# کأشرِ ادبٕچ تأریخ

جِلد - اکھ

(۱۲۰۰ءٕ پیٹھ ۱۷۷۵ءٕ تام)

از

اوتار کِشن رہبر

# نذرانہٕ

کلہن، حسن تہٕ گریرسن نہٕ ناوٕ !

"آرٹ تہٕ ادبس منز چھُ اکہِ قومُک دُب دُب کرہ وُن
دِل نایان۔ یِم چھہٕ تہذیب تہٕ کلچرکی تتھی شوٗبہٕ دار
تہٕ پوشہِ وٕنی آینہٕ آسان یِمن منز اکہِ مُلکہٕ کِہن روزن
والین ہُنز یژ تہٕ اصل تصویر چھہٕ موجوٗد آسان۔
دوٚکھن تہٕ دادبن، امارن تہٕ خابن ہُنز تصویر! اجان
تہٕ بدحالاتن منز وٕنیچ تہٕ ژُھنِ پان زِندہ تھاوِنچ
تصویرٕ! انسان سِندہِ دوٚہہ دِتھ بیٹھِ ہُنز تہٕ تِمہِ سِندہِ
لسنچ بسنچ تصویر! ــــــ لہٰذا یِم آینہٕ
رٹِھنہٕ تہٕ رٹِھ دٕنی، شیرٕنی تہٕ سنبھالنہٕ تہٕ یرٕنی
تہٕ للہٕ وٕنی چھُ سون فرض۔"

●

یہِ کتاب چھاپنکِ خرچُک اکھ حصہ چھُ ریاستچہِ کلچرل
اکادمی برداشت کوٗرمُت۔ مُصنّف چھُ امہِ خاطرہ
اکادمی ہُند سیٹھاہ مشکوٗر۔

# سرنامہ

کأشرِ زبٲنۍ تہٕ ادبس پیٹھ آیہٕ نہٕ ازتام خاص کانٛہہ کٲم کرنہٕ۔ زبٲنۍ ہندِ اہارٕ موجوٗب یِہ کینٛژھاہ مولہٕ وٲنۍ کٲم سپدٕ یہٕ، سۄ رُوز تٕتی ییٚتھین پنڈت ایشر کولن (۱۸۲۸ء–۱۸۹۳ء) تہٕ سر جارج ابراہم گریرسنن (۱۸۵۱ء–۱۹۴۱ء) تراوِتھ اُس۔ تحقیق تہٕ تنقید کیو زأوِ ہارٕ کنۍ یِہ کینٛژھاہ سپد تہٕ چھُ نہٕ آسنس برابر۔ مرحوم عبدالاحد آزاد (۱۹۰۲ء–۱۹۴۸ء) نہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" رٛوس آیہٕ نہٕ بێیہٕ کانٛہہ ترٛژھ کتاب یا تذکرہ لیکھنہٕ، ییتھ اندر سارنۍ کأشرِ ین گوٗ نہٕ ماتن ہُندِ ذات نامہ پھرنہٕ یِہن یا یِہندِس کلامس پیٹھ اکہٕ قسمُک پرکاش پییہ۔

آزاد صأبن یِہ کینٛژھاہ کٲم کرٕ، سۄ چھِ پننہِ زمانہٕ تہٕ وقتہٕ موجوٗب اکھ تھوٚد پایہ تھاوان۔ اِمہٕ کامہِ علاوہ بێیہِ یِہ کینٛژھاہ لیکھنہٕ پرٕ سپدٕ یہٕ، سۄ رُوز سیٹھاہ بے گنٛڑہ۔ اکہٕ آرہ رُود فقط تمن کینٛژن مضمونن تانۍ یِمن دامانہ داہرٲوِتھ، یِم زن وِزہٕ وِزہٕ دکھرہ دکھرہ کتابن تہٕ رسالن ہنز شوٗب بنان رُودی۔ یِمن سارنۍ لیکھن والین منز چھِ پروفیسر جے لال کول، پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ پروفیسر پی۔ این پُشپ خاص پأٹھۍ زیوٚہ پیٹھ ہینٛز لایق۔ مگر یِنٛزد چھِ یِہ زِہ ییتھ دِمس تانۍ یِہ کینٛژھاہ لیکھنہٕ پرٕ سپدٕ یہٕ، سۄ رُوز زیادہ تہٕ دوٚیمین زبانن منز سپدان تہٕ یِہ سأرِے چھِ تیٚژ اڈہٕ ہیچ تہٕ بے ترتیب، کانٛہہ کتھ چھِنہٕ مُتزاوِتھ، نہٕ تہٕ شوٗبہٕ دار پأٹھۍ اُچھن بروٚنہہ کُن یِوان۔ کأشرِ زبٲنۍ تہٕ ادبکس وۄتلنس پیٹھنس پیٹھ چھِنہٕ کانٛہہ مولہٕ وٲنۍ پرکاش پیوان۔ جایہِ جایہِ چھِ کھرِی ہانٛظرٕ گژھان تہٕ پھیرہٕ ہا پہان۔

کأشرِ زبأنی منز پرٛژھ کامہٕ نہٕ سپدنکۍ وجوہات چھہ وارِیاہ۔ حکمرانن ہُنز دِیاتہٕ لاپرواہی
لکھارین ہُند احساسِ کمتری، بے شوٗب رسمِ خط تہٕ چھاپہٕ ہندِ سیٹھاہ کم وسیلہ چھہ یمو منزہ
کینہہ بڈٕ وجوہات۔ یوٗت بوزو ۱۹۲۵ء تام آسہٕ صرف کینہہ کأشرِ کتابہٕ چھاپ خانہٕ منزہ
دراٛمژہ تہٕ بس۔

کأشرٕ چھاپہٕ پنچ کام چھہ گوڈٕ تلہٕ ۱۸۲۱ء پیٹھہٕ شروع سپدان، ییلہٕ زن بائبل (انجیل)
ہُند اکھ بوڈ حصہٕ "نیو ٹیسٹامنٹ" (New Testament) "سرم پور مشنری"
(Serampore Missionaries) طرفہٕ شاردا ہس منز چھاپ سپد۔ ۱۸۲۷ء
تہٕ ۱۸۳۲ء منز آو یُہے ترجمہ نوٕ سرٕ چھاپنہٕ۔ ۱۸۴۴ء منز آیہٕ "برٹش اینڈ فارین بائیبل
سوسایٹی" برٕونہہ کُن۔ یمو چھوٗپ یُہے چھاپ سپدمُت حصہٕ ایرأنی رسمِ خطس منز۔ پوٗرہ
تہٕ توٗت بائیبلہٕ ہُند ترجمہ چھہٕ امی سوسایٹی ہُندہِ طرفہٕ ۱۸۹۹ء منز چھاپ سپدان۔ یہ تہٕ آو
ایرأنی لیپی منزے چھاپنہٕ۔

کأشرین گوٚنماتن ہُند کلام چھاپنچ کامہٕ چھہٕ کأشرٕ رامائن چھاپ سپدنہٕ پتہٕ یُہے
۱۹۱۸ء — ۱۹۱۹ء پیٹھہٕ دِس وٕ تھان، ییلہٕ زن "شتی کنٹھنی" "مہلنے پرکاش" تہٕ پنڈت باسکر
راز دانہٕ "سوٚنبراوی منتہٕ" "لل واکھ" چھاپ خانہٕ منزہ درامہٕ۔ فرق روٗز یہ اوٚتام یہے چھاپ
سپدے منزن کتابن ہُندہِ خاطرہٕ شاردا تہٕ ایرأنی لیپی ورتاونہٕ آیہٕ، یمہ دوٚشوٕے کتابہٕ
آیہٕ دیوناگری لیس منز چھاپنہٕ۔ شاردِ ہیک پرانہٕ تہٕ بٹن تانی محدود سپدنہٕ تہٕ امہٕ پتہٕ اذ کالچہٕ
نوٕ ایرأنی لیپی تام مقرر پأٹھی کانہہ شوٗبہٕ دار رسمِ خط نہٕ آسنہٕ سپد کأشرِ خاطرہٕ سیٹھاہ مُضر ثابت
کأشرِ پرنچ، لیکھنچ تہٕ چھاپنچ کام روٗز اوٚہ موکھ تہٕ وارِیاہ سوٗت۔ بہرحال ۱۹۴۷ء تام یہ
کینژھاہ کأشرِ چھاپ سپد تہٕ بالٕ اٚنس منز چھہٕ غلام محمد نوٗر محمد صأبن ہُند کأشرین پیٹھہٕ
بوٚڈ احسان۔ ہرگاہ یہ ژُکٕ در تہٕ ہمدرد پبلشر تہٕ برٕونہہ کُن آمُت آسہ نہٕ، سو دولت تہٕ آسہ
ضایہٕ گمٕژ، یہ زن اٚہندہِ دُسی ژٕٹرٕ رٕتھ روٗز۔

وَنُن چھہٕ یہ زہٕ کأشرین شاعرن ہُند کلام چھہٕ بلکل اوتہٕ اوتہٕ پیٹھہٕ چھاپ سپدان۔
اوٚتام اوس یا تہٕ یہ الکہٕ سعتی لیکھتھ رٕژھہٕ راونہٕ یوان، نتہٕ زبأنی زبأنی اکہٕ پیرہٕ پیٹھہ
دوٚیمہٕ پیرہٕ تام واتان۔ نتیجہ دراو یہ زہٕ وارِی بڈٕ گذرنس سعتی گو وارِیاہ کینہہ ضایہٕ سیٹھاہ

کم رُود دژھ رِتھ۔ یُت پُوزو ۱۲۰۰ ہ بییہ ۱۷۷۵ اۂ تام یِم کینژھاہ کأشرٕ ادبٕ رٕنگۍ تھٕنہٕ
پیو، تِہ سورُے چھُ کینژو کتابو منٛز سینہٕ بہ سینہٕ رُژِتھ حال حالی سوٚنبراونہٕ آمُت۔
ظاہر چھُ یہِ کینژھاہ یتھٕ پأٹھی رٔچھنہٕ آو، تِہ رُود نٕہ تمی ڈنٛجہ، یتھٕ پأٹھۍ یہِ وننہٕ یا گنڈنہٕ
آمُت اوس۔ پرأنۍ لفظ پییہ ڈُسی۔ نوٚۍ لفظ سپدۍ دأخل۔ کینژو بدلو ہنٛتہ تہٕ کینہہ مصرٕ
گییہ اوہ یوٕر۔ مُختلف شاعرن ہُند کلام گو تِتھٕ پأٹھۍ رَلہٕ مِلہٕ، یُس یہِ زِہ ناوُن گییہ سیٹھاہ
مُشکل سپدان چھُ۔ حیرأنی چھےٚ یہِ زِہ یہِ کینژھاہ چھاپ خانہٕ منٛزٕ دراو تہٕ تہٕ آو نہٕ تحقیقی
کین اصولن نظرِ تھاوِتھ چھاپنہٕ، تیٚتیچ برأندٕ کُنۍ کُنہِ حدس تان گریرسن ("لل واکیانی"
ترتیب دِتھ) پیٚشرٕ مژ اوس۔ کأشرین شاعرن ہندۍ شار آیہِ سیٹھاہ ژچایہِ پأٹھۍ چھاپنہٕ۔
سوٚنبراون والین ہُندِ ڈُسی سپدۍ نوٚۍ اضافہٕ۔ مختلف واکھن، وژنن تہٕ شارن منٛز یم
لفظی ہیر پھیر نایان چھِ، اکھ اکھ لفظ تہٕ اکھ اکھ شار اوس الگ الگ بحث منگان۔
مگر دوکھ سان چھُ ونُن پیوان زِہ نہٕ چھِ سانیو شیرٕ ژاأرکرن والیو یِمہٕ کتھ محسوس کرِمژٕ
نہٕ اوس تمِن پرن والۍ سِندِ طرفہٕ امہِ قسمُک کانہہ بازکھاس سپدان۔ وِیکھزار چھُ یہِ سوٚنبراونٕ
والۍ چھِ نہٕ تمِن وسیلن تہٕ انسانن ہُند ناو تِہ وِنان یمِن نِش تمو یم شار بوزِمتۍ یا سوٚنبراوۍ متۍ
آسی۔

یہِ چھِنہٕ کأنسہٕ شاعرٕ سُند کلام ترتیب دِنہٕ چی یاژ کتھ، بلکہ یتھۍ دوش چھِ کلچرل اکادمی
ہُنزو کینژو چھاپۍ مژہ کتابو منٛز (مثلن "لل دید" از پروفیسر کوکل تہٕ طالب، "حبہٕ خاتون"
از امین کامِل بیترِ) یمن ذات نامن منٛز تہِ میلان، یم زن سانِہن گوہ نہٕ ماتن متعلق لیکھنہٕ
آمتۍ چھِ —— امہِ کِنۍ چھُ کأشرس ادبس منٛز تنقیدس سیتۍ سیتۍ تحقیقچ وارِیاہ ضرورت۔
توٚتام ہیکہِ نہٕ کانہہ رُت تنقیدی کارنامہٕ شاہ لیکھتھ یوٚتام نہٕ تحقیقچ برأندٕ کنۍ درآسہِ۔
یہے وجہ چھےٚ زِہ ونیکِس تام یِم کینژھاہ سانین شاعرن تہٕ سأنِس ادبس متعلق لیکھنہٕ کرنہٕ
آو، سُہ چھُ دوشو سیتۍ بٔرِتھ۔

کأشر زبان بروہہ پکہٕ ناونی تہٕ اتھ پرٕیتھ قسمُک یوچھر بخشُن چھُ پرٕیتھ اکس کأشرٕ
سُند فرض۔ یوٚتام نہٕ یتھ زبأنۍ منٛز جان پأٹھۍ لِکھہٕ پرہٕ سپدِ، زبر پأٹھۍ علمی، تنقیدی تہٕ
تحقیقی کامہٕ بال ییٚن توٚتام ہیکہِ نہٕ یہِ زبان سُہ بجر تہٕ یوچھر پرأوِتھ یُس بجہٕ زبانہٕ پرأوان چھےٚ۔

یہِ "ادبی تأریخ" لیکھنک خاب چھُ اُتھی پوٚت منظرس منز شاہ لبان۔ مگر زانن وأل ہیکن جان پأٹھۍ زأنِتھ، یہِ خاب یُوتاہ سوندر تہٕ ننٛدہٕ بون اوس، تیوٗتے اوس امیک بالین کرُن تہٕ دُشوار۔ تہٕ کیازِ ہأوان اوس اکہِ جنگلٕکۍ پأٹھۍ سیٹھاہ زیوٗٹھ، وچایہٕ تہٕ بے ترتیب۔ کأم اُس حسین اٚسِتھ تہٕ سیٹھاہ کھوژہِ وٕنۍ تہٕ بے وطیرہ۔ گوڈٕ ماتن ہُند کلام ژھکراوِتھ آسُن، حالاتن ہُنز کمی، کامہِ ہُند ذیچھر، تنقیدی لفظن ہُنز پاژرے تہٕ ساروٕی کھوتہٕ بوٚڈ چیز تمہِ زبانۍ ہُند سینہ یتھ اندر ژوٚنہٕ یژھ کانہہ کأم سپدے مژ آسہِ چھِ تژھ کینہہ دُشوأری یمہ وٕژھ نادنہٕ سیٹھاہ مُشکل چھِ سے

مٕل ووٚنہٕ گوٚلُم
جِگر ہوٚ رُم
تیٚلہِ لٕل ناد دِرام
ییٚلہِ دُلی ترأوہِم تِتھُے

کینژن وُرین ہُنزہ عرق ریزی پتہٕ چھُس یمہٕ ادبی تأریخہِ ہُند گوڈنیک جلد تُہہِ بروٚنہہ کنہِ تھاوان۔ یتھ جلدس منز چھِ تتھ سأرسۍ ادبس سام ہینہٕ آمٕژ، یہِ زن گوڈہ کالہِ پیٹھہٕ ۱۷۷۵ء تام تھنہٕ پیو۔ امہِ علاوہ چھُ کأشرہ زبأنۍ ہُندِس ووتلنس پوٚتھنس پیٹھ تہٕ بحث کرنہٕ آمُت۔ اکھ "ادبی تأریخ" چھِ امہِ بابہٕ روٚس تہٕ مکمل زانہٕ لوان۔ یہِ باب چھُ محض سُہ اَنہٕ روٚس ژھرہٕ نظرہِ تھاوِتھ جمع کرنہٕ آمُت، یہِ زن اتھ موضوعس پیٹھ اسہِ ذٕرٛینٛٹھۍ لوان چھُ، یمہِ موجوب گھہے ادبک ووتلن پوٚتھن زانہٕ نس منز تہٕ پہے وُدل ہِش چھِ لوان۔

دوٚیمِس جِلدس منز ین تمہِ زٕہ کال وٕژھ نادنہٕ، یم زن ۱۷۷۵ء پیٹھہٕ اَز کالس تام کأشرِس ادبس سگہٕ وان رُودی۔

یہِ کتاب چھاپنہٕ خرچُک اکھ حصہ چھُ ریاستچہ کلچرل اکادمی برداشت کوٚرمُت۔

بہٕ چھُس امہِ خأطرہ سیکرٹری اکادمی پروفیسر جے، ایل کوٚل صأبُن سیٹھاہ مشکور۔

بہٕ چھُس پروفیسر لُشب، پروفیسر حسن شاہ، پرنسپل محمود، پروفیسر فدا محمد حسنین تہٕ تمہِ ساری عملکُ سیٹھاہ شُکر گذار، یُس زن ۱۹۵۹ء پیٹھہٕ ۱۹۶۴ء تام مختلف صوٗرتن

منز ریاستی ریسرچ تہٕ آرکے وُز محکمن سیتؠ وابستہ رُود۔

بہٕ چھُس تمن ساریٚنی دوستن تہٕ لِکھارین ہُند تہٕ خاص کر شری علی محمد لونؠ (مٕ) سیٹھاہ مشکور، یمو زَن یہٕ کتاب جان تہٕ شوٗبہٕ دار پأٹھؠ چھاپنہٕ خاطرہ کینہہ رٕتی تہٕ نفیس مشورٕ دِتی۔

نر پرستان (سرینگر)

اوتار کرشن رہبر

# ترتیب

## ترٚیِم حِصہ

# گۅڈنیُک حِصہ

(کأشرِ ادبُک شروع سپدُن، کأشرِ زبان تہٕ بیٚون بیٚون کال)

# اَکِیُم باب

## گوڈٕ

کاشُرِس منز کیٚہ پیٚٹھ آیہِ شارٕ دِنہٕ، یِتھ زبٲنۍ منز کیٚہ پیٚٹھ آیہِ کِتابہٕ لیکھنہٕ، یِمکہ بٲپتھ ہیکو نہٕ کانٛہہ تارِیخ مُقرر کٔرِتھ۔ تِکیازِ ازچہ نہٕ کاشُرِ زبٲنۍ ہِندۍ زیادہ پرٲنۍ نمونہٕ موجود زیادہ پرانہِ کِتابہٕ چھہ ضایہ تہٕ برباد گامٕژٕ۔ وقتہ وقتہ لگو نار، یِمو سٲنۍ بڈۍ بڈۍ کِتابہٕ خانہٕ زالۍ۔ وقتہ وقتہ ہیٚچ کٔرِ بتہ یِمو نہٕ پننہِ تباہی سیٖتھ کیٛتہہ ترٛاو۔ ظالِمَو تہٕ لُٹیرَن ہِندۍ حملہٕ، سیاسی گڑبڑ تہٕ اَندرونی فساد، بادشاہن ہنز لاپرواٲیی تہٕ خانہٕ جنگی، دُراگ تہٕ سیلاب ـــــ یِم رودی پتہ وۄتھ کشیرِ پیٹھ سوارٕ، یِمَو ژھ وارِیاہ پرٛون اَدبی سرمایہ رٔتہٕ چھِتہٕ تہٕ برباد گو۔ سُہ مولُل سرمایہ گو ضایہ یُس سانہِ کلچرُک ہِنگ تہٕ رنگ اوس۔

وارِیاہن کالس اوس یہِ خیال زِ ودر رٕٹھ زِ للہ دید (۱۳۳۵ء ـــ ۱۴۰۰ء) چھےٚ کاشُرِ زبٲنۍ ہنز گوڈنِچ شاعرہ آسمٕژ۔ یہے چھ سہ گوڈنِچ گونہ مات، یُس زَن کاشرِس ادبس دِیت تُل۔ مگر زبٲنۍ ہُند پورہ علم تہٕ تحقیق چھہ ہاوان زِ یہِ خیال چھہ سراسر غلط۔ ازچہ سِتی کنٹھہٕ "مہانےٚ پرکاش" تہٕ دریافت سپدیمژ۔ یہِ گو سُہ شاعر یُس زَن ترواہِمہ صدی سیٖتھ چھہ واتھ ہاوان۔ وونی گوشتی کنٹھس تہٕ للہِ برونٹھ کیاہ اوس کاشُرِ ادبُک حال، گو سہ کو سہ ہیٚچھ اُس بارسس آمٕژ، کم کم کِتابہٕ آسہ لیکھنہٕ آمژٕ، امیہ چھہ نہٕ اتھ متعلق زیادہ کینہہ خبر اَتھ۔

اکہِ وقتہ آیوو یہِ خیال بارسس زِ لوہورکِس عجایب گھرس منز چھہ اکھ ترژھ کنہ موجود، یتھ پیٹھ زن کینہہ پرانۍ کاشرۍ لفظ چھہ کھننتھ۔ وننہ آو یِم لفظ چھہ شاردا ہس منز تہٕ یہِ چھہ ملہ تلہ رانی دیدا یہِ (۹۸۰ء ـــ ۱۰۰۴ء) ہندِہ وقتُک اکھ فرمان اتھ کنہ پیٹھ کھننتھ۔ یہِ خیال ثابت کرنہٕ خاطرہ آو ڈاکٹر جی، بہلرن حوالہ دِنہٕ۔ یہِ گو سُہ جرمنُک عالم یمہ زن ینہہ وارِیاہ وکھ سنسکرت کِتابہٕ ژھاران کشیرِ، راجپوتانہس تہٕ ہندوستان

کس مُنزِ یِمس علاقس منز گُذور۔ بُہلر چھُ یُزی پاٹھو یتھ کینْہہ لفظ لیکھان۔ تمٗ سندی زبأنی :

"یِم کأشرِ لیکھتہٕ[1] دریافت سپدیمتیٚ چھہ، تِمن منز چھُ شاید سُہ ٹُکرہ زیادہ پرٛون یُس زن رانی دِدا یِہ (۹۸۰ء — ۱۰۰۴ء) ہندِ وقتُک لاہورکِس عجایب گرس منز رٔژھرِتھ چھُ ...."[2]

مگر یِہ کینژھاہ بُہلر امہِ پتہ لیکھان چھُ تمہِ سیتی چھُ یہ ٹھیک پاٹھی نون نیران زِ یُہ لیکھت چھُ نہ کأشرِ زبأنی منز لیکھنہ آمُت۔ کأشرِ زبأنی ہندی پأنْز نمونہ امہِ سنزہ ژھارُنی چھہ بڈ غلطی۔ بُہلر چھُ یِہ کتھ یِمن لفظن منز ہیران :

"امہِ سیتی یُس ٹِکٹ لگاونہ آمُت چھُہ، سُہ چھُ ہاوان امہِ لیکھتچ زبان چھہ کأشر۔ مگر سُہ چھُ غلطی۔ یہ زبان چھہ سنسکرت، یِم حرف چھہ چھاپنس لایق۔"[3]

---

[1] کُتبہ (INSCRIPTION)

[2] بُہلرنِ رپورٹُک ناو تہٕ نیب چھُ:
"ڈِٹیلڈ رِپورٹ آف ٹوٗر اِن سرچ آف سنسکرت مینسکرپٹس — میڈ اِن کشمیر، راجپوتانہ اینڈ سینٹرل انڈیا" — چھاپ ۱۸۷۷ء

اصل لفظ چھہ یتھہ پاٹھی:

"Kashmiri inscriptions which have been found the oldest among which is probably the fragrant of the time of the Didda Rani (980—1004 A.D) preserved in the Lahore Museum." (P.31).

[3] انگریزی بیان چھُ:

"The ticket attached to it states that it is Kashmiri. But that is a mistake. It is in Sanskrit and deserves to be published." (FOOTNOTE. P.31)

کشیرِ ہنز سارِوی کھوتہ پرٲنی تاریخ یوسہ اَز موجوٗد چھےٚ، سو چھےٚ راج ترنگنی[1]۔ کلہن
چھُ نہٕ اتھ پوٗرہ کتابہِ منز کُنہِ جایہِ تہِ کٲشرِ زبٲنی یا اَدبچ ذِکر کوٗرمُت۔ یِہ چھُ بیاکھ کتھ
زِ اُمہِ شاعرن چھِ پانہٕ اتھ کتابہِ منز واتِل، لِدر (لمبودھری) دِگام ہِوی کینہہ کٲشرِ لفظ
استعمال کٔرِتھ مِتی۔ یوٗتۍ نہٕ اَکِس جایہِ چھُ اکھ لوکٕٹ موکٕٹ کٲشُر جملہ تہِ ذرینٹھو یوان۔
جُملہ چھُ "رنگہس ہیلیو دِیُن۔"[2] تہِ زن گو رنگہس ناوہ گِس اَکِس انسانس آو اکھ
گام بخشنہٕ، یتھ زن ہیلیٖن دنان اٲسی۔ یِہ چھُ نہٕ کلہنٕنی کتھ، اگر تٔرِ کرِ تہِ دِلہٕ سان پتھے
پٲٹھو بیہ تھاۍ دِنہ، یتھو کینہہ لفظ ہیکن بتن دٔوِمین کِتابن اندر تہِ میلتھ یمہِ زن پتھ
اُس منز کٲشرِ پوٗ سنسکرت شاعِرو لیچھہ۔ مگر پتہٕ رگو یِہ زِہ یم کینہہ ناوس سوٗ نمبو لفظ
دِن نہٕ کُنہِ خاص نتیجس پیٹھ واتنس اندر مدد۔ تہِ کیازِ لفظ پانژھ داہ بُنیاد بنا دِتھ
کانہہ کتھ ونُن چھُ نہٕ جایز۔ مطلب چھُ کتھ چھُرف یاژِمی کٲشر زبان اَکِس یمن وقتن منز موجوٗد۔
اَدہ سو یتھ شکلہِ منز اٲس تہِ تتھ۔

زبانن ہُند علِم زانن واٲلِس چھُ خبر سنسکرتن لوٗب آرین ہندِ ہندوستانس منز
داخِل سپدنہٕ پتہ اکھ خاص بجر تہِ پوٗچھ۔ یمن دوہن سنسکرت یِوہ ووت، یتِہ پانچلیو تہِ
عروجس ووت کشیرِ منز اٲسی پنِنہٕ بوٗل بوٗلج پشاچ زبان تہِ موجوٗد۔ یہے چھےٚ سو
زبان، یوسہ زن زمانہ کیو حالاتو بدلان بدلان اَزِ چہ شکلہِ واتٕ۔ ہندوستانس منز آیہِ اکھ

---

[1] "راج ترنگنی" ہُند لفظی مطلب چھُ "بادشاہن ہُند دریاو"۔ کلہنن ہیژ یِہ تاریخ ۱۱۴۸ء منز لیکھنہٕ۔
۱۱۵۰ء منز سپز یِہ مُکمل۔ امہِ کتابہِ ہُند فارسی ترجمہ سپُد زین العابدین بڈشاہنس وقتس منز۔ مگر دیان
یہ سپُد نہٕ اتھ زمانس منز پوٗرہ پاٹھی مُکمل۔ مُغل بادشاہ اکبرنس زمانس منز کوٗر یہ بیٚیہ اَکی شاعرن مُکمل۔ حیدر
مَلک ناوِکی اَکی کٲشرِ چھُ راج ترنگنی ہُند اکھ جان فارسی نسخہ ترتیب دِیُتمُت۔ انگریزی زبٲنی منز چھُ
امہِ تاریخِ ہُندی زِہ ترجمہ سپدیمِتی۔ اکھ چھُ سٹین ناوکی اَکی انگریزن سرانجام دِیُتمُت، بیاکھ چھُ رنجیت
سیتارام پنڈتن کوٗرمُت۔

[2] ترنگ ۵ شلوک ۳۹۸ وُچھو۔ کلہنن چھُ اَتھی بابس منز اکھ تیتھ شار تہِ لیوکھمُت یتھ متعلق سٹینن
خیال چھُ یہ گژھ "نوٗشین چھُ پرٲنس شینس گالان" تمہِ کے ترجمہ اَکس سٹینن تہِ ترجمک صفحہ ۲۲۸ وُچھو۔

گوڈہ کالس منز بیٚیہ بولِہ تہٕ بول بوش چھ زبانہٕ تہٕ موجوٗد مگر لیٚشاَچ زبانٕہ ہُند پاے اوس وارِیاہ کھوٚد۔ تہٕ کیازِ سوٚ اُس نہ سنسکرت زبانہِ منز کوٗر، سوٚ اُس تمِچ اکھ بیٚنہٕ زبان۔[1]

سوال چھُ وۄتھان زِ کاشرِ زبانہِ ہُند گوڈنیُک شاعر کُس چھُ؟ سُہ کتھ زمانس سیٚتہٕ اوس واٮ۪تھ تھاوان؟ —— تہٕ زانہٕ خاطرٕ پیٚن کینہہ خیال نظرِ تھاونی۔ مثلن انگریزی ادبکس گوڈنِکس شاعرس نسبت گیہِ ونن وآلی یہِ تہٕ دٔنہہ زِ انگریزی ادب گو تتہِ پیٹھٕ شروع یمِہ وقتہ تتھ مُلکس منز، یتھ زن انگلستان ونان چھِ، جرمانی ( GERMANIC ) زبانہِ منز گوڈنیک شار وننہٕ، گنڈنہٕ یا لیکھنہٕ آو۔ یوٚدوے اَسی تہٕ یُہے جوش نظرِ تھاوَو تہٕ یہے کتھ اصوٗل بناوٕن تیٚلِہ ہیکوٚ آسانی سان دٔنہہ زِ کاشر ادب گو تتہِ پیٹھٕ شروع، یمِہ وقتہ پیٹھٕ تتھ لیٚشاَچ زبانہِ منز گوڈنیک شار لیکھنہٕ، وننہٕ یا گنڈنہٕ آو۔ یوسہ زن کشیرِ منز بولان اَسی۔ ہوٚل بوٗزِو للہِ تہٕ[2] شتی کنٹھس برونٹھ چھُ کاشرِن شاعرن ہُند اکھ جان کاروان گُزریومُت — للہ واکھن ہُند بجر تہٕ شتی کنٹھُن عالمانہ ٹھرزَر تہٕ چھُ امہِ کتھِ ہُند بارہ ثبوت۔ یُوتے نہ یہِ پزر چھُ بیٚیہ تہٕ وارِیاہو طریقو ثابت سپدان۔ مثلن کھشمیندرنین[3] کتابن منز چھیہ تتھو کینہہ مولودنی اشارہ میلان یم زن اتھ کتھِ ٹھیک پاٹھی واش کڈان چھِ۔ مثالہ پاٹھی نی توٚن اُمی ہنز سو کتاب یتھ زن "نرم مالا" ناو چھُ۔ اتھ منز چھُ یہِ شاعر اکِس جایہِ لیکھان :

---

[1] کاشرِ زبانہِ ہُند پوٗرہ پوٗرہ بحث پیٚیہ "کاشر زبان تہٕ اپ بھرنش" ناوہ کِس بابس منز

[2] للہ دید چھِ انگریزی شاعر چاسرنی (۱۳۴۰—۱۴۰۰ء) ہم کال یا ہم عصر اُسمژ۔ وارِیاہس کالس اوس انگریزی ادبس نسبت یہِ خیال زور رٹتھ زِ چاسری چھُ انگریزی ادبک گوڈنیُک شاعر۔ مگر از چھُ سٕتمہِ اٹھمہِ صدی ہندی فن پارہ تہٕ دریافت سپدیمٕتی۔ چاسرن تہٕ للہ دیدِ ہُند ہم کال آسُن تہٕ وارِیاہس کالس پنٕنس پنٕنس ادبس منز گوڈنِکس شاعرٕ سُند درجہ تھاوُن چھُ اکھ عجیب اتفاق۔

[3] کہمہِ صدی ہُند اکھ زبردست عوامی شاعر۔ اُمی چھِ سنسکرتس منز وارِیاہ کتابہٕ لیچھمٕژٕ۔ یمن کتابن منز چھِ کشیرِ ہنز اکھ پزٕ تہٕ اصل تصویرٕ ڈرینٹھی یِوان۔

"امہِ پتہٕ ووٚتھ ووستادجی۔ ہمہٕ اوس نِشس منز سیٹھاہ مست۔ تمیٚ لوٗزہ ناوی پننٕ کم قلیل کلام پننہِ مادری زبانْی (دیشی بھاشایہِ) منز۔۔۔ ۔۔۔" (باب ۲)

یِم لفظ چھِہ صاف پأٹھۍ یہِ کتھ ثابت کران زِ اتھ وقتس منز اُسۍ تیتھۍ کینہہ مولہٕ وٕنی شار کأشرِس منز لیکھنہٕ یِوان یِم زن مجلسن تہٕ محفلن ہُند رنگ تہٕ رونق بنان اُسۍ۔

"کوٗی کنٹھابھرن" تہٕ "دیشی اُپدیش" ناوہ چن کِتابن منز چھُ یِہے شاعر لیکھان:

"شاعرن پزِہ پننہِ مادری زبانْی منز لیکھ پرٕ کرٕنی۔"[1]

"مادری زبانْی ہند بو لفظو سیتی میلیتھ سنسکرتس منز کرہ وونی بیان۔۔۔۔"

یِم لفظ چھِہ اتھ کتھِ گیٚنز کڈان زِ کہہِ صدی منز اُسِ کأشرِس منز جان پأٹھۍ لیکھ پرٕ سپدان۔ عالِم تہٕ ووستاد اُسۍ کأشرہ زبانْی تیتھۍ ہمبہ لأوی متۍ زِ تِم اُسۍ امہِ چ لیکھ پرٕہ ہُند دِلاسے تہٕ مشورہ دوٚیمین شاعرن تہٕ فن کارن تہٕ دِوان۔ یہِ چھِہ بیاکھ کتھ از چھُ نہٕ یِمن وقتن ہُند کینہہ تہِ ریٚژھ رادنہٕ آمُت۔ یہِ کینژھاہ اتھ وقتس منز لیکھنہٕ آو تہٕ سوٗرے چھُ ہایہِ تہٕ ضایہِ گومُت۔

"بہِہ[۱۲] صدی ہِندِس گوڈنکس نصفس منز چھُ اکھ جان ادبی ماحول اُسمُت۔ مانکھ ناوہ کِس اکِس سنسکرت شاعرہ سٕنز "شری کنٹھ چرِت"[2] ناوِچ کتاب پرِتھ چھِہ یہِ کتھ جان پأٹھۍ ظاہر سپدان۔ اتھ کتابہِ منز چھُ مانکھ تمہِ اکہِ مجلسہِ ہنز تہٕ ذکر کران ییتھ اندر زن تمہِ وقتُکۍ بٔڑۍ بٔڑۍ شاعر، عالِم تہٕ فن کار اُسۍ حاضر۔ بادشاہس، وزیرن تہٕ جان جان عہدہ دارن برونٹھہ کنہِ آیہِ اتھ نفیس فن پارس سام ہینہٕ۔ مانکھن[3] چھِہ شاعرن تہٕ ادیبن ہِندی ناو تہِ گنٕزرِتھ متۍ۔ یِمن ناون منز چھِہ آنند، کلیان، گووِند، گارک، شری گُن، مندن، جنک راج، جل ہن، بُدھ، پدم راج، لوشٹھ ویو کینہہ ناو۔ سیٹھاہ ممکن چھُ یِمن شاعرن تہٕ ادیبن منز آسہن کینہہ کأشرِ تہِ لیکھان۔ ییتہٕ نہٕ یِمن شاعرن ہُند ناو سٕتۍ، مرن سٕتۍ یا زِندگی

---

[1] دوٚیمین شاعرن نصیحت کرنہٕ تلہٕ چھُ باسان زِ کھشمیندرن اُنہِ ہے پننہِ مادری زبانْی ہُند مطالعہ ٹھیک پأٹھۍ کورمُت۔

[2] یہِ کتاب چھِہ ۱۱۳۵ ع پیٹھہ ۱۱۴۵ ع کِس وقتس منز لیکھنہٕ آمٕژ۔ النکار اوس مانکھن بوی۔ سُہ اوس تمہِ وقتہٕ کشیرِ ہُند اکھ وزیر۔ یہِ مجلس چھِہ النکارنہِ گرہ لگان۔ [3] یہِ اوس شیٚہ زبانْ زانان۔

ہِنٛدۍ حالات موجوٗد رُودۍ، تِتہٕ گیہِ تِمہٕ سارے کِتابہٕ ضایہِ تہٕ بَربادیہِ یِموٚ فن کارَو لیچھمژہ آسہٕ۔

یِہ چھِہ نہٕ کہِنہٕ " بہِہہٕ[2] " صدی ہِنٛزۍ کتھ، تتھ وقتس منٛز تہٕ اوس ادب زِنم لبان یتھ زَن ہِنٛدوستٲنۍ زبانن ہِنٛزہٕ لیکھہٕ پرہٕ منٛز " پراکرتن ہِنٛد وَکھ "[3] وَنان چھِہ۔ یِہ گو سہٕ وَکھ یُس زَن ۵۰۰ ق۔م پیٹھہٕ ۱۰۰۰ ء تام ہیوٚ چھُہ روزان۔ ۱۰۰۰ ء منٛز چھِہ زبانن ہِنٛدۍ نٔوۍ رنٛگ بارسس یِوان۔ یِمن رنٛگن چھِہ " اپ بھرنٛش " وَنان۔ " اپ بھرنٛش " کالس منٛز چھِہ لگ بھگ سارے ہِنٛدوستانٛچہِ اَزۍ[4] چہِ آریٲیۍ زبانہٕ اَکِہ نٔوِہ آیہٕ سنسکرتہٕ نِشہٕ فیض یاب سپدان۔ اَکھ تیٛتھ دَور چھُہ شروع سپدان یِیلہِ زَن مقٲمۍ زبانن ہُنٛد ادب چھُہ سنسکرت زبٲنۍ ہِنٛدِہ مُدتہٕ سیٛتھ پھانہٕ پھلان تہٕ استادہ سپدان۔ کشمیٖندرنۍ تِم لفظ، یِم زَن " دیش اُپدیش " کِتابہٕ منٛز چھِہ میلان۔ تِم تہٕ چھِہ اَتھۍ کتھ کُن اَکھ صاف اشارہ۔ رُوزِ کتھ پراکرت کاریٛچ تہٕ تِمہٕ وقتہٕ کرٕ اَدٕ رٛیچ۔ اَز چھِہ صرف کینٛژن ادبی کارنامن ہُنٛدۍ ناو کنن گژھان۔ یِمن ادب پارن ہِنٛز ذکر کرنہٕ برونٛٹھہِ چھِہ تِم لفظ باوٕنۍ ضروری یِم زَن اَکۍ ادیبن[5] اتھہِ سِلسلس منٛز دٕنۍ متۍ چھِہ۔ وَنان چھِہ:

" کٲشرین[6] شاعرن ہِنٛزہٕ کِتابہٕ چھِہ صرف سنسکرت زبٲنۍ منٛز میلان۔ کٲشرِہ پراکرژ منٛز چھِہ مستقل کِتابن ہُنٛد ژھرٕ یہٕ تہٕ نہٕ آسُن باسان ۔۔۔ ۔۔۔ ۔۔۔ "

یِہ وَنُن زِہ کٲشرِہ پراکرژ منٛز کیاہ آیہٕ نہٕ کِتابہٕ لیکھنہٕ۔ تہٕ چھُہ نہٕ بہہ وَن۔ اصل کتھ چھِہ یِہ زِہ یِہ کینٛژھاہ لیکھنہٕ آو تہٕ رُودٕ نہٕ موجوٗد۔ بیاکھ وجہ چھُہ یِہ تہٕ کشیرِہ منٛز یِموٚ سنسکرت شاعرو تہٕ ادیبوٚ زِنم لوٚب تِموٚ دِژٕ نہٕ ڈرامہ لیکھنس کُن کانہہ تن۔ امہِ کِنۍ تہٕ ہیٚکو دٕ پراکرژ

---

[1] کٲشرِہ زبٲنۍ تہٕ پراکرژ کیاہ واٹھ چھُہ، کٲشرِہ زبٲنۍ تہٕ اپ بھرنٛشس کیاہ واٹھ چھُہ، پوٗرہ بحث پیِیہ " کٲشر زبان تہٕ اپ بھرنٛش " ناوکس بابس منٛز۔ یتھ بابس منٛز یتھ یتھ جایہ کٲشرِہ زبٲنۍ ہِنٛدِہ بدلہٕ " پراکرت " استعمال سپدِہ تِمیُک مطلب چھُہ سو کٲشر زبان یوٚس زَن ۵۰۰ ق م پیٹھہٕ ۱۰۰۰ ء تام کشیرِہ منٛز بولان اُسو۔ یِتھے پٲٹھۍ یتین " اپ بھرنٛش " استعمال سپدِہ تِمیُک مطلب چھُہ سو کٲشر زبان تہٕ ادب یُس زَن ۱۰۰۰ ء پیٹھہٕ ۱۲۰۰ ء تام ووٚتلیو۔

[2] جدید ہِنٛد آریٲیۍ زبانہٕ (ماڈرن انڈو آرین لینگویجز) [3] پنڈت کیدار ناتھ شرما

[4] نوٚیمِس صفحس پیٹھ

زبانٕی ہندی نمونہٕ محفوظ رُوزِتھ، یتھ پأٹھی زن یم ہندوستان چھ باقی جاین محفوظ رُوزِ۔
کأشرِ پر اکر زمنز چھےٚ ملہ تہٕ بودھ عالِمن تہٕ شاعرن ہندِ دسی گوڈنچہ لٹہٕ ادب
تھٕنہٕ پیوان۔

## بودھ عالِم تہٕ تہنزہ کتابہٕ

کشیرِ منز لوب وکھرہ وکھرہ فلسفو وقتہ وقتہ یادُن۔ سہٕ تہٕ اوس وکھ ییلہِ زن کشیرِ
منز بودھ فلسفس سیٹھاہ چکہ چاو اوس۔ جایہِ جایہِ آسہ بودھن ہنزہ سرگرمی ڈرینٹھی
یِوان۔ مہاراجا اشوکُن وقتہٕ (۲۳۲ ق۔م پیٹھہٕ ۲۷۳ ق۔م) برونٹھی آسہٕ یتہٕ
بودھ فلسفکو مول لگومتو تہٕ پھیٚلمتو۔ غرض الغرض پوٚرہ بودھ زمانس منز یتہٕ وادیاہ کینہہ
کشیرِ منز سپد تہٕ تہٕ لج عوامی بول بوٗش چہ زبانٕی تہٕ زیر۔ بول چال چ زبان آیہٕ تبلیغہ
(پرچارہ) خأطرہ استعمال کرنہٕ۔ کأشرو بودھ شاعرو تہٕ عالِمو لیچھ تمہِ وقتچہ کأشرِ زبانٕی
منز وادیاہ کتابہٕ، یموٚ منزہ زن کینہہ چینی، تبتی، نیپالی تہٕ دوٚیمین کینژن زبانن منز
ترجمہ آیہٕ۔ یمن بودھ عالِمن تہٕ شاعرن ہنزہ کتابہٕ چھےٚ تمام ییلہِ لیکھنہٕ آمژہ۔

از چھےٚ امہِ وقتچہ صرف اکھ کتابہٕ ہُند ناو کنہٕ گژھان۔ یہٕ کتاب چھےٚ "بلندرہ پینہ"
یوٚس زن ناگ سین لیچھمژ آس۔ یہِ گوٚو سہٕ گوزنات تہٕ عالِم یمہٕ سند وکھ ۱۵۰ ق۔م چھےٚ
مانہٕ یوان۔ پروفیسر حاجنی چھہ امہِ کتابہٕ پیٹھ بحث کران لیکھان:
"از چھہ یہٕ کتھ تہٕ وُتھرزہ بودھن ہُند بوڈ ہیوٚ عالِم ناگ سین تہٕ اوس شاید
کوٚشرُے، یمیٚ پننہ کتاب "بلندرہ پینہ" تمہِ زمانٕکس کشتوارُی کأشرِس منز سوالہ
جوابکس صورتس منز وُنمژ آس، یتھ پألی تہٕ سنسکرتہٕ ترجمہ آو کرنہٕ۔ اصل
روو تہٕ ترجمہ رُود باقی ..." [1]

---

[بقیہ فٹ نوٹ] یہٕ کتھ چھےٚ یتھ کال کینہ کأشرین شاعرن سیتی واٹھ تھاوان، یم زن ۵۰۰ ق۔م
پیٹھہٕ ۱۰۰۰ ق۔م تانی وُچھمتی چھہ۔

[1] کأشر شاعری ساہتیہ اکادمی نئی دہلی

امہِ شیٚچھ ہُند اگُر کیاہ چھُ، لیکھن وألؠ کتہِ چھہٕ یہِ شیٚچھ بوزمژ ــــــ تہٕ چھُنہٕ مولوم۔ "مِلندہِ پہنہٕ" ناوِچ کتاب چھہٕ ناگ سینن منز ورِ لیچھمژ۔ مگر عام شیٚچھ خبر چھےٚ یِی ونان زِ یہِ اُس سنسکرتس منز لیکھنہٕ آمژ تہٕ یہِ اُس پالی تہٕ چیٖنی زبانن منز تہٕ پھیرنہٕ آمژ۔ اتھ کِتابہِ منز اوس سُہ بحث درج یُس زن ناگ سینس تہٕ مینٛنڈر درس (MENANDER) کینشرن پھیرہ بہہ دُنہِن نوکتن پیٹھ سپدیومُت اوس[1]۔ موٗخصر "مِلندہِ پہنہٕ" کاشرس منز لیکھنہٕ آمژ آسہِ یانہٕ، یہِ کتھ چھےٚ صاف زِ بودھہِ یہِ کینشہ ہاہ بودھ مت پھالاونہٕ موکھہ کشیرِ منز کوٚر، تتھ سیٖتھؠ وۄتھ کأشرہ زبأنی تہٕ درس۔ کأشر زبان آیہِ تبلیغہٕ خأطرہ استعمال کرنہٕ۔

ناگ سین چھُ پننہِ وقتُک، بوٚڈ بارہ بودھ عالِم تہٕ فلاسفر اوسمُت۔ حسن کھوٗیہامی[2] زِ ونَنہٕ موجوب چھُ تمیٚ ہارونس آس پاس بودھ مت پھالاونس منز اکھ زبردست رول ادا کوٗرمُت۔

## برہت کتھا

برہت کتھایہِ ہُند لفظی مطلب چھُ "بڈ کتھہ کتاب"۔ اتھ کِتابہِ منز آسہ بےشمار دلیلہ درج۔ یِمہِ دلیلہ آسہ بہوٗدرن تہٕ بادشاہن، جِنن تہٕ پرِٛین، جانہ ورن تہٕ حیوانن، انسانن تہٕ تہندِین مُشکلن سیٖتھؠ واٹھ تھاوان۔ امہِ کتابہِ ہُند چھُ صرف اکھ حصہ بچومُت، اُتھی سُہ تہِ ترجمہ زٔنگؠ۔

---

[1] "بُدھ ازم اِن کشیر اینڈ لداخ" از جے۔ این گنہار تہٕ پی۔ این گنہار
"از چھہٕ یہِ کتھ تریوان، ونتہٕ زِ ناگ سین اوس کٲتھ کشتواری۔ مگر یِیلہِ دِنہٕ وألؠن ثبوت چھہٕ پرژھان، تِمن چھُنہٕ کانہہ جواب پھوران۔

[2] پوٗرہ ناو چھُ پیر حسن۔ سُہ اوس کھوٗیہامُک روزن دول (زأ سنہٕ ۱۸۳۲ء تہٕ مرُن سنہ ۱۸۹۸ء) اُمی سُنز تأریخ چھےٚ فارسی زبأنی منز۔ راج ترنگنی پتہ یِمہِ کینٛہہ تأریخہٕ کشیرِ پیٹھ لیکھنہٕ آیہِ تِمن منز چھےٚ تاریخِ حسن اکھ تھوٗد پایے تھاوان۔ پیر حسن چھُ تِمن بادشاہن ہُند حال تہِ لیوکھمُت یِم زن ۱۹۱۴ء پیٹھ ۱۸۸۴ء تام کشیرِ پیٹھ آسہ راج کران۔ کلہن چھُنہٕ یِمن بادشاہن ہنز کانہہ ذِکر کوٗرمُت۔ حسن اوس کأشرس منز شار تہِ ونان۔

بڑہت کتھا آسہ گنآڈھیہ نِوِ آدِ نفیس شاعرن تہ عالمن پشاچ زبانِ منز لیچھمژ۔ یوسہ زان ہندِ ہندِس دکھنس منز کیٚژہ اندر آس رائج۔ کتاب لیکھنک اصل تہ تیم وجہ چھیہ نہ مولوم۔ وونی گو یہ کتھ چھیہ پزبٕہ کانٛہہ عالمن ماگی منز زہ یہ چھیہ ہر حالتس منز [illegible] نِہ لیکھنہ آمژ۔

پشاچ زبانی اوس پتہ کالس منز تکھن تہ بعد منز زبان [illegible] ونہ [illegible] یہ بد ناو چھی شاید تموِ سنسکرت عالمو تہ شاعرو دِتمُت یم زان عوامی زبانن منز [illegible] وژان آسی۔ وہان امہ نظرِ ژہندِ بڑہ [illegible] چھ بڑہت کتھایہ پنجہ [illegible] اکس عوامی [illegible] آسی منز بڑہت کتھا "ناوِ چ اکھ جان کتاب لیکھنہ آیہ۔ کتاب لیکھن وألس (ادیب) سنز زندگی آیہ ناممکن بناونہ۔ گنآڈھیس آو عالمن تہ حکمرانن [illegible] تیوت نکھ واتہ ناونہ یوت [illegible] گو یہ کتاب نالس تہ شہر تمادوس پیٹھ مجبور۔

سنسکرت ادبس منز چھ بڑہت کتھایہ منز ذکر بعد کالہ عام پاٹھی سپدان تہ کیازہ سنسکرت منز چھ ترجمہ واریاہ کتابہ لیکھنہ آمژہ یمن ہنز بنیاد بڑہت کتابہ چھ زانہ یوان۔ امہ کتابہ تہ لادِ واریاہ سنسکرت شاعر۔ ستی ہندِ ہندِس زِہ بڈِ سنسکرت شاعر بانہ تہ ڈنڈی تہ چھ یہ کتھ بڈہ چادہ سان ہران۔ یہ کتھ چھ کنہ عدس تانی امہ کتھ ہندہ بارہ ثبوت زِہ سنسکرتن تہ چھ پشاچ زبانِ نش واریاہ فیض حاصل کورمُت۔

گنآڈھیس تہ بڑہت کتھایہ اُندِ اُندِ چھ از واریاہ کتھ گنڈنہ آمژہ۔ از چھ یہ کتھ تہ وژہمژ زِہ گنآڈھیہ اوس اُمرتل جنوبی ہندوستانس منز گوداوری دریا ہس آس پاس کتھ تام جایہِ روزان تہ یہ کتاب لیکھنچ وونی چھ تس اُجینس منز تجویز۔ مگر جنوبی ہندوستانس تہ اُجینس کیاہ اوس پشاچ زبانی ہیتو واٹھ؟ سنسکرت ادیب[۲] کتھ زبانی چھ پشاچ زبان وننہ تہ چھنہ سمجھ یوان۔

بڑہت کتھایہ ہندس وجودس ہیتو چھ کیہنہ دلچسپ دلیلہ مشہور۔ اکہ عام دلیلہ موجوب

---

[۱] مطلب بجیرہ جھکو

[۲] سنسکرت چہِ ادبی تأریخن منز چھ یہ کتھ لیکھنہ آمژہ۔

مہاراج ست واہن اوس نہ جان تہ زبر پاٹھو سنسکرت زانان۔ سُہ اوس تیتھ سنسکرت بولان
یُس زَن گرامرِ کینہ وارِیاہ غلط اوس آسان۔ ییلہِ ژھانڈِ تہ آبس سیتی واٹھ تھاوِن وازِنین
کھیلن ہُند مقابلہ اوس لگان، وۄنہ بادشاہ تہ رانہِ آسہ سمان۔ نفیس تماشہِ اوس لگان۔
ست واہنس اوس پرٛژھین سیتی کتھ باتھ کرنہ خاطرہ سنسکرت بولُن پیوان تہ کیازِ تمہِ آسہ
نہ سو مادری زبان سمجھان، یوسہ زَن ست واہن بولان اوس۔ ییلہِ سُہ پنُن اَڈہ پھٹ تہ ہوٗل
کوٗل سنسکرت اوس بولان، مہان اُسہ تہنزِ غلط زبانی ہُند مذاق ژٹان۔ دیان ست واہنن
آشنہ ییلہِ اکہِ دۄہہ امہِ کتھہِ ہُندپے لوٗگ، تس گو موتہ کھوتہ سخ۔ بادشاہ سپُد سنسکرت
گرامر ہیچھنس پیٹھ مجبور۔ وقتُک مونتُ عالِم گناڈھیہ آو بُلاونہ۔ تس آو وننہ بادشاہ گژھ
ژٕلہ ژٕلہ سو ژٕسہ گرامر ہیچھُن۔ گناڈھیہ سپُد نہ یہِ کام تیوٗت ژٕلہ بال اَننہ خاطرہ تیار یوٗت
زَن بادشاہ یژھان اوس۔ یہِ کتھ بوٗزِتھ کھیو ڈٔیِم اَکھ سنسکرت عالمن اشتعال[1] سُہ سپُد
یہِ کام شینہٕ ریتن منز بال اننہ خاطرہ تیار۔ گناڈھیس باسیو یہِ ناممکن۔ تمہٕ کھیو قسم زِ ہ
ہرگاہ اُمہِ سندہِ اَتھہ یہِ کام یوٗت ژٕلہ بال ییہِ، سُہ تراوِ سنسکرت لیکھنے۔
گناڈھیس پیو شرط ہارُن۔ بیاکھ وۄستاد ژٕنہ یہِ کام اَند واتناونس منز کامیاب۔
گناڈھیہ سپُد وارِیاہ موٗیُوس۔ تمہٕ ترٛوو شہر۔ سُہ گوو وَنن تہ پہاڑی علاقن منز دربدر پھیران۔
اُتھہ وقتس منز سپُد تس کان بھوتی[2] ناوہ کس اَکِس انسانس سیتی ملاقات، یمہٕ زَن گناڈھیہ
وارِیاہ دلیلہ بوزنہ نوو۔ گناڈھیس آیہِ یہِ وارِیاہ پسند۔ تمہٕ لیچھہِ تمہِ سادسے پشاچ زبانی منز
تہ کیازِ تمہٕ اوس سنسکرت لیکھنُک قسم کھیومُت۔ گناڈھیہ نیو ژاوٗت تہ ژٕکی دروہ ییلہِ یہِ
شیچھ بوٗزِ، تمو وات ناوِ یہِ کتاب بادشاہس نِش۔ بادشاہس اُس بُرونٹھ پیٹھے فوٗرشان۔
تمہٕ کرٕ نہ یہِ کتاب وُچھنہِ تہ برداشت۔ گناڈھیس پھُٹ یہِ شیچھ بوٗزِتھ وارے دِل۔ تمہٕ کوٗر

---

[1] اُمس وۄستاد سُند ناو چھُ سروہ ورمن اوسمُت۔ "کانتنتر" (KĀNTANTRĀ) ناوُک یُس گرامر
سنسکرتس منز میلان چھُ، سُہ چھُ اُمی لیوکھمُت۔ دیان تمہٕ اوس یہِ گرامر دراصل یہے کام بال اننہ خاطرہ لیوکھمُت۔
[2] کان بھوتی یُس سیتی چھُ بیہِ تہ کینہہ کتھ جوڑنہ آمژ۔ یہِ کتھ چھُ جنتس، یار دوتی تہ شوس وسیتی تتھ پاٹھو
ملہ ناوِنہ آمژ یمہٕ کنہٕ یہِ سادی چھِ اکھ فرضی دلیل باسان۔

یِہ کتاب زالنٕگ فاصلہ۔

گُناڈھیو گو اَکھ اَکھ کتھ پرٛان تہٕ سو ختم کٔرِتھ تمِن درقن زالان یِمن پیٹھ سو لیکھِت اُس۔ گُناڈھیو ہٕنٛزِ زبانی منٛز اوس رٔچھتھ جوت تہٕ میچھر زِ سہٕ اوس نبہ چ تارہ ژٹان۔ دپان یِہ کتاب زالنہٕ وقتہٕ ووتلیو تمہٕ ہنٛزِ زبانی منٛز زیادٕے سوز تہٕ میچھر۔ یُوت بُوزِتھ ژرِہ تہٕ ون ہارِہ گٔیہِ رٔودِتھ۔ وَنہٕ کین حیوانن تہٕ جاناوارن گو کھین تام مُشِتھ۔ یٲرِ اُس کتاب وارِیاہ بٔڈ۔ دلیلہ آسہ بے شمار۔ یِہ کتاب زالنس تہٕ لوگ وارِیاہ وَکھ۔ یُوت کال گو وَنہٕ کین جاناوارن حسبِ حال۔ تمن دمایہِ کھانکھر۔ یتہِ کٔنہٕ ماز دٕنیاہ آسکھ سو پٔنیکھ چھُنِتھ تہٕ ہُرِتھ۔ شہرس اندر دٔوتھ قحط۔ ماز سپُد وارِیاہ درٛوگ۔ بادشاہ ژاد پانی پانہٕ حالاتن سام ہینہٕ۔ ییٚلہِ سہٕ اصل کتھِ سیتی واقف سپُد، سہٕ گو کِیُتھ تام۔ گُناڈھیو آدلو ترٛیِنہٕ تہٕ سان۔ بادشاہن شہرس منٛز واتہٕ نادِ۔ مگر اَوتام اُس ساری برہت کتھا دٔزِتھ سُورٕ گٔمُژ۔ صرف اوس اکھ حِصہ بچومُت۔ امی حِصکی ترجمہِ چھِ سنسکرتس تہٕ دٔویمین زبانن اندر سپدیمژِ۔ اصل حِصہ چھُنہٕ اتھِ یوان۔[1]

برہت کتھایہ ہنٛزِ بنیادِ پیٹھ یِمہ کتابہ سنسکرتس منٛز لیکھنہٕ آیہ، تمن منٛز چھِ سوم دیوٕنی "کتھا سرت ساگر" (کتھن ہنٛد سرِتہٕ ساگر) کھشمیندرٕنی[2] "برہت کتھا منجری" (بجن کتھن ہنٛد پوشہ گوند) تہٕ سوم الشورٕنی "برہت کتھا" "شلوک سنگریہ" کیٚنہہ نادیٚنس لایق کتابہ۔ برہت کتھایہ ہندی بچے ہتہ حِصکی ترجمہ چھِ بیٚیہِ تہٕ وارِیاہن زبانن منٛز سپدیمژِ۔ یِمن منٛز جرمن تہٕ نیپالی ترجمہ تہٕ شامِل چھِ۔ نیپالی ترجمہ چھُ اٹھِمہٕ[8] صدی منٛزی سپدیومُت یودوَے نیپالی ترجمہ تہٕ [illegible] سنسکرت ترجمہ زیادہ پرٛانی چھِ، کھشمیندرٕنی ترجمہ چھُ زیادہ جان تہٕ اصلس قریب زانہٕ یوان۔ کھشمیندرن چھُ یِمن کتھن تہٕ دُرن تُلمُت، یِمن



---

[1] میکس مُلر ناوکی اَکی تھدی عالمن چھُ پرانین سنسکرت تہٕ ایرانی کِتابن منٛز ذکر کران ویدٕ کتابن ہنٛدِ لیکھنک وَکھ ۶۰۰ ق م پیٹھ ۱۲۰۰ ق م تہٕ اوستا زبٲنی (فارسی زبٲنی ہنٛدی تمہٕ قدیم نمونہٕ، یِمن منٛز زرتشتن فلسفہ چھُ درج) ناونہٕ آمُت) ہنٛد وَکھ ۱۰۰۰ ق م مونمُت۔ اگر ہے برہت کتھایہ ہنٛد اصل نُسخہ اتھِ یِیہِ زبانن منٛز لبکھ پرٛاکرتس منٛز سپدِہ وارِیاہ آسانی۔ تمہٕ وارِیاہ پزر یِرن نیٚرِ یِمن ہنٛد واٹھ ملکہٕ ہسترٛی سیتی چھُ۔

[2] یِہ گوسٕے کھشمیندر۔ یِمہٕ ہنٛز ذکر برونہہ پیٚیہِ۔ * انگریزی ترجمہ چھُ پنٛزیرن (Penzear) کورمُت۔

تحت "برہت کتھا" لیکھنہ آمژ اُس [1]۔

## جے پیڈنہ آشتہ ہنز دلیل

جے پیڈ اوس اُٹھمہ صدی منز کشیرِ پیٹھ راج کران۔ اُمہ سندِس زمانس منز اُسی کاشرِس منز جایہ تہ اَنیس شار دِتہ یوان۔ بشاعر اُسہ تم عشقہ باُتھہ تہ لولہ نغمہ۔ کاشرِس منز لیکھان یِم زن جایہ جایہ بازرن تہ کوچن، کھلن تہ ڈلن، گامن تہ شہرن منز اُسی سبٹھاہ چاوہ سان گیونہ یوان۔ حسنہ تارِیخہِ منزہ چھُ اکھ تیتھ حوالہ میلان یمہِ سیتی زن یہِ کتھ ٹھیک باُٹھو ثابت سپدان چھےَ۔

جے پیڈنی آشنہ اُس وادیاہ حسین۔ دپان ییلہِ اکہِ پیرہ بادشاہ بیِنہ بیِنہ مُلک فتح کرنہ باپتھ کشیرِ نیبر دراو۔ سو اُس سیٹھے گاش فولرونی اکس عام مندرس منز نوژا باٹھ کرنہ خاطرہ دامان۔ اکہِ گاٹہ پیٹھ اکہِ دوہہ اکس جوان لڑکس اُمس وُزلہِ گوو نظر۔ تس گیہِ سو دِلس سینتھ۔ تس سپز مجنونُن عمل۔ سُہ آو اکس عجیب آلادس منز ہبنہ۔ عشقہِ نارن ییلہِ زیادہ زھٹ گُڈ، سُہ سپُد سخ بیمار۔ تمہ سندِہ بچنچ رُوز نہ کمی پہن دوہ میت۔ خبر کیتھہ تام گیہِ تمہ سنز ماج تمہ سندِس اصل دادِس سیتی واقف۔ ڈیٹھو دادہِ لاران تہ تیتھی تھاسان داُژ سو دانہ نش۔ راُنی سپز یہِ کتھ بوزِتھ سیٹھاہ پریشان۔ تمہِ کوژ وقتہ کُس اکس تھدِس برہمنس سیتی صلاح مشورہ۔ سو سپز تور باگنی دِنہ خاطرہ تیار۔ بیمار آو کیتھہ تام پاُٹھو محلہ خانس منز واتنہ ناونہ۔ راُنہِ لوگ ہنا زیادے زرق برق کرہ ون پوشاک۔ سو آیہِ پاُرِتھ تہ شیرِتھ ڈالہ ماران بیمارس برونہ کُن۔ تمہِ کرِ تس

---

[1] دِنہ چھُ یوان زِ اصل برہت کتھایہِ منز اُسی ستہ لچھ شار۔ مگر از چھےَ یہِ کتھ مانہ آمژ زِ "برہت کتھا" اُس نہ شارن منز، سو اُس نثرس منز۔ بہرِ کُرلہ چھہ کُرس نزدیکی گورودی ین زہ تمہ یُہ گرہ روزان۔ یمن نش چھہ برہت کتھایہِ ہندی کینہہ ترجمہ موجود۔ یِم نسخہ چھِ فال وُچھنہ خاطرہ استعمال سپدان۔ اتھہ فال وُچھنس چھہ "برہس کتھا" وُچھنہ ونان۔ آتوارہِ ہند صبح دم الکتاب کھستہ پرونہہ چھُ فال وُچھنہ خاطرہ جان تہ شوبِہ وکھ مانہ یوان۔ یمن گورودی ین نش چھہ بڈ کیہو مُسلمان رژھ تہ تاویزہ تہ حاصل کران۔

تِتھ پاٹھو لاگِنۍ تہٕ للہٕ دُنی زٕن تہٕ سوٗ پزۍ پاٹھۍ اُمو سِی ان وٲنی عاشقہٕ ہٕنز محبوب تہٕ آشنۍ اُس۔
موخصر راتھ گذرے یہ تہٕ بیمار آو یِتہٕ سان پنُن گرہ واتہٕ ناونہٕ۔

واریہٕ ہنز قوربانی اُس وُنۍ اُڑی۔ گوناہن ہُند بارہ کلہ پیٹھ نکھ والنہٕ خاطرہٕ نوول تمہٕ پنُن
پان زِندَے نارس منز۔ یِیلہٕ یہٕ دلچسپ دلیل شہرہ گامہ پھٲلیے یہٕ، کاشرِ لو شاعرو کرۍ یہٕ لولہٕ
دلیل پنٕنہٕ میچہ زبانی منز پیش۔

کینہہ کال گژھت آو مہاراج سِے پیڈ واپس کشیرہ۔ سُہ سیُدٕ واریاہ موٗیُس یِیلہٕ نہٕ
تمۍ پنٕنۍ آشنۍ زِندہ وُچھ۔ دیان سُہ آو نہٕ اصل پزرس ہیتو واقف کرنہٕ۔ تس وُنٛکھ زہ
راُنی سپنۍ ہنگہ تہٕ منگہ بیمار تہٕ وُچھان وُچھان گوس چھٹہ تہٕ پھر پیٹھ۔ مگر یِیاری اُس یہٕ ساری
دلیل مطمین کٔرمِنز۔ اٰخر کوٗت تام روزِہ ہے بادشاہس نِش تہٕ ژورِہ۔ موٗرخ حسن چھ
لیکھان:

"اتھ گِٹہٕ راژن منز اکہٕ راتہٕ یہٕ جان تہٕ رُت بادشاہ ووت شب گردی کران شہرہ کس
اکس سوٗنہٕ دُکانس پیٹھ۔ تمۍ وُچھ آتھن اکھ جامانہٕ ہیتھ۔ یِم اُسو سِے پیڈنۍ
آشنہٕ تہٕ جوان عاشقنی مختصر دلیل بڈہ میچہ آوازہ منز گیوان۔ یہٕ قصہٕ اوس
کاشرِ ین شادن منز گنڈنہٕ آمُت۔ اصل حقیقت ہنگہ تہٕ منگہ بوزِتھ گونڈُن بادشاہس
نار۔ تمۍ اُنی یہٕ ساری جامانہٕ دِتھ۔ داے دِنہٕ وول برہمن تہٕ راتہٕ ہُند عاشق
آیہٕ قتل کرنہٕ ... ... واریاہ جوتش، پنڈت، دیدپرن والۍ تہٕ برہمن
آیہٕ کرِاونہٕ ... شاسترن ہُند اکھ بوٛڈ بارہ انبار آو جمع کرنہٕ۔ یہٕ آو میٛنزرہ تل
دفہٕ یہٕ راونہٕ۔ اتھ کتابہٕ ڈھیرس پیٹھ آو اکھ بوٛڈ سۆنتھ تعمیر کرنہٕ، یتھ زٕن
اُمِہ وقتہٕ "موسحو" دنان اُسی۔ یہٕ سۆنتھ چھ تلہٕ تل گژھان یوان ...[١] "
موٗلہِ غرض یِم چھ تِم آکار تہٕ ادبی کارنامہ یِم زٕن پراکرتن ہُندِس وقتس منز رچھ

---

(١) حسنن چھ پننہٕ تاریخہٕ منز اکھ پزمی کتھ جبر خوتونہٕ ہنز ذکر کران تہٕ لیکھمژ۔ دوٗنی گو امہٕ کتھ
ہُند اُخری حصہ چھ یمہٕ کتھہِ نِشہٕ واریاہ دکھرہ۔

کاشرِ زبانِ منز ذرینٹھی لوان۔ دوہ نی گوڈنیتھ سورُے ادب چھُ نایاب۔ بێیہِ یہِ پرانی زبان آسِہ ہے لازمی اَنزِ چھِ زبانی نِشہِ وارِیاہ مختلف تہٕ کیازِ پراکرت تہٕ اپ بھرنش زبانی منز چھُ زمین آسمانُک فرق موجود۔ لہٰذا اگر یِم گوڈہ کالکی آخ تہٕ آکار نظرانداز کرو وکھ کاشرِ اَدبُک باقاعدہ تاریخ چھُ کہہ "صدی پیٹھی شروع سپدان۔ یہِ گوشہٕ وکھ یتھ زِ اپ بھرنش کال ونان چھِ۔

اپ بھرنش اثر چھُ وشتی کنٹھ بنہِ زبانی پیٹھ ترنایان۔ یہِ اثر آسِہ ہے اَمِس پتہٕ تہٕ کنہِ وقتس برابر موجود۔ مگر کاشرِ زبانی منز چھُ اپ بھرنش کالُک اصل وکھ ۱۰۰۰ ء پیٹھ ۱۲۰۰ عیسوی تام ہیوٚ رٕوزان۔ کاشرِ اَدبُک اصل تاریخ چھُ لازمی طور امی وقتہ پیٹھ شروع سپدان۔ یہِ چھُ سانی بدقسمتی زِ ازچھُنہٕ امہِ وقتُک اکھ ادب پارہ تہٕ موجود۔ یِمن حالاتن منز چھُ کاشرِ اَدبُک باقاعدہ تاریخ ۱۲۰۰ ء پیٹھی شروع کرُن زیادہ جان باسان۔

# دٗویُم باب

## کأشرِ زبان تہٕ اَپ بھرنش!

اپ بھرنش کیاہ گوٚو؟ پراکرت کیاہ گیہٕ؟ کأشرِ زبأنی تہٕ پراکرژ کیاہ واٹھ چھےٚ؟ کأشرِ زبأنی تہٕ اپ بھرنشس کیاہ واٹھ چھےٚ؟ کأشرِ زبأنی چھا یِم کال وُچھتھ کنہٕ ژھ؟ — یِم سأری سوال چھہِ لسانیاتس (بھاشاوِگیان) یا زبانن ہُندِس علمس سیٖتۍ واٹھ تھاوان۔ یِم چھہِ تتھی کینہہ وزن دار سوال، یِمن نسبت سیٹھاہ کم لیکھنہٕ آو۔ یُتین چھہِ کینہہ ژرکہٕ تلہٕ چھ کتھ زانُن ضروری، تہٕ کیازِ یِم سأری سوال چھہِ کأشرِ زبأنی ہُندِس ادبی ارتقاہس سیٖتۍ تہٕ اکھ سوٚن واٹھ تھاوان۔

### اَپ بھرنش تہٕ پراکرت

زبانن ہنز لِکھ پرٕ کران چھہِ بوٗلی[1]، بول بوش[2]، زبان[3]، پراکرت تہٕ اپ بھرنش ہِی کینہہ لفظ پریتھ قدمس پیٹھ یوان۔ عام پأٹھی چھہِ نہٕ یِمن لفظن ہُندِس استعمالس تہٕ ورتاوس منز کانہہ فرق لبنہٕ یِوان، مگر زبانن ہُندِس سائینسس یا زبانن ہُندِس کاڈکڈنس، پھہلنس تہٕ ارتقاہس منز چھہِ یِم کینژن منزلن کُن اشارہ کران۔ بولی یا بول بوش چھہِ زبانہٕ چھہِ زبانن ہنزہ تِمہٕ گوڈہ گوڈہ کالہ چھہِ صوٗرژہ یِم گوڈہ گوڈہ ڈریٖنٹھی چھہِ یوان۔ یِمن منزلن منز چھہِ اکھ زبان سیٹھاہ کم پھبے مژ تہٕ بوٚڈے مژ آسان۔ یِمن منز چھہِ نہٕ کُنہِ قسمُک ادب یا گوڈہ

---

[3] Language. [2] Speech. [1] Dialect.

سپدان۔ پراکرت تہٕ اپ بھرنش چھہ زبانن ہنزہ تمہٕ صورژہ، یمہٕ زَن ہند آریایی زبانن ہنزہ لِکھِہ پرہ منز ہاپہٕ جایہٕ چھہ ینٛن بوٛڈ تہٕ تھوٛد معنے ہیتھ اِستادہ سپدان۔ دوٛیمین زبانن ہُنٛدِس مُطالعس منز چھہ کم و بیش تتھی مُنزِل ضرور یوان۔ مگر "پراکرت" تہٕ "اپ بھرنش" ناو چھہ ہند آریایی زبانن ہُنٛدِسی مُطالعس منز نظرِ گژھان۔

"پراکرت" چھہ کُلہ تلہ "پرکرتھ" (پرکرت) منزہ درامُت۔ یمیُک مطلب "شروع" یا "فطری" چھُ۔ یہ چھُ ہند آریایی زبانن ہُنٛدِس ارتقاہس منز تتھ مُنزِلس کُن اشارہ کران ییٛلہٕ زَن عام بولہٕ تہٕ بول بوشہٕ چہ زبانہٕ اکھ خاص ترقی تہٕ پوچھر لبتھ اکھ نوٛ شکل پراوان چھہ۔ یودھ ہیتھ دینی زبان پالی تہٕ چھہ اکھ پراکرتی آسمٕژ۔ سورسینی، مگدھی، اردھ مگدھی، مہاراشٹری چھہ ییتھے پاٹھۍ بیٛین کینٛژن پراکرتن ہُنٛدۍ ناو۔ بھرت[1] چھہ ستن پراکرتن ہُنٛز ذِکر کران۔ ہیم چندر[2] چھہ اَکھ فہرستس منز بیٛیہ زِہ شامِل کران یمن منز اکھ پشاچی (پشاچ) چھہ۔ کاشرہ زبانۍ ہند واٹھ چھُ پشاچ زبانۍ سیتۍ۔ ہندی اُردو چھہ اَکھ برعکس تتھ پراکرژ سیتۍ واٹھ تھاوان، یتھ سورسینی وَنان چھہ۔ پراکرت زبانن ہُنٛد دور چھُ ۵۰۰ قبل مسیح (ق م) پیٹھہٕ ۱۰۰۰ ق م تام روزان تہٕ ۱۵۰۰ ق م پیٹھہٕ ۲۵۰۰ ق م تام لیٛس وکھ گزران چھُ، یہ چھُ بولین تہٕ بول بوشن چھِن زبانن ہُنٛد وکھ مانہٕ یوان۔ یا ترشہ، سشٹمہ صدی منز چھہ یمن پراکرتن منز اکھ خاص تبدیلی نظرِ یوان۔ یمہ زبانہٕ چھہ لوٛکن ہُنٛدِس دِل و دِماغس پیٹھہٕ یوت سٔنتھ گژھان زِ یمہ چھہ تحریری زبانہٕ بنان۔ شاعر تہٕ ادیب چھہ یمن زبانن ہُنٛز اظہارُک ذریعہ بناوان۔ شار چھہ چادہ سان گنڈنہٕ یوان۔ ادب چھہ نفیس پاٹھۍ کھٔنہٕ یوان۔ اُدبِچ ژیٛہن تہٕ قاعدٕ تہٕ رنگہ چھہ فرقہٕ تہٕ کوٚر پراکرتن ہُنٛزِ ترقی منز دار یاہ اتھ رٔٹ بُڈھمت آدس یمن چیزن سخت خلاف۔ پانٕے لوٚب ساروی بول بوشہٕ چہ زبانو یوچھ۔ مختلف پراکرتن ہُنٛدۍ نموٗنہٕ چھہ پرانین سنسکرت ڈرامہن منز ژٕھ راونہٕ آمتۍ۔ تہٕ کیازِ ڈراما لیکھن والۍ آسہ پننۍ ڈراما زیادہ حقیقت آمیز بناونہٕ خاطرہ پننۍ کردار سوی زبان بولہ ناوان، یوسہ تمن کردارن ہُنٛز اصل زبان آسان آس۔

---

[1]، [2] سنسکرت زبانۍ ہُنٛدۍ لکھاری

....۱۰۰۰ اہ ہس منز چھُ یہِ اکرٕ اَکھ نَوٕ رنگ رٹان۔ پرانین رنگن چھِ ژریہ۱ یان۔ ادبی زبانہٕ چھِ اصل طریقس منز بارسس یوان۔ یمنی رنگن چھِ "اپ بھرنش" وَنان۔ اَزکۍ جدید ہِند آریائی زبانہٕ مثلن ہندی، اُردو، بنگالی، پنجابی بیترِ چھِ یمنی رنگن ہنزہ ترقی یافتہ شکلہ۔

"اپ بھرنش" لفظک اصلی مطلب چھُ فراہ، نا اصل یا بگریومت۔ زبان دانن ہُندِ وَنُن چھُ زِ یہِ بدناو چھُ شاید تِمو سنسکرت عالمو دِیتمُت یِم زِ ن عوامی زبانن (پراکرتن) نِش نفرت وُچھان آسی۔ جان تہٕ رتبو سنسکرت عالمو چھُ یِمن زبانن ہُند بجر مونمُت۔ تِمو چھُ یِمن زبانن "آزاد زبانہٕ" (سوتنتر بھاشا) تہٕ مُلکی زبانہٕ یا مادری زبانہٕ (دیش بھاشا) وَنمُت۔ کھشمیندر تہٕ چھُ کاشرِ زبانی ہنز ذِکر کران ییتھی ناو لیکھان۔

## کاشر زبان —— دوہتلُن تہٕ پوٗٹھُن (ابتدا تہٕ ارتقا)

کاشرہ زبانی ہُندِس دوہتلنس تہٕ پوٹھنس نسبت آیہٕ از تام وارِیاہ خیال ہیرٕ ونہٕ کرنہٕ۔ گہے دلیلِ سان گہے امہٕ روٗس۔ گہے وزن دار، گہے خام تہٕ بےوزن —— از تام کھوتہٕ شوبہٕ دار کام اتھ رنگس منز سپدے یہٕ، سو وُژ سر جارج ابراہام گریرسنن انجام۔ گریرسنن چھِ لسانی تہٕ سائنسی دلیلو جار نظرہ تھاوِتھ خاص نتیجہ حاصل کرنچ کوشش کرمژ۔ کانہہ شک چھُنہٕ یہٕ کام چھِ وُنہ وارِیاہ یوز شوٗژ تہٕ تحقیق منگان۔ مگر امہِ کامہِ ہُند پایہ تہٕ بجر چھُ یُہے، یہٕ اکہِ مکانہ خاطرہ تمیک کُن تھاوان چھُ۔

---

لہ سُہ اوس ڈٲکٹر (آئرلینڈک) روزن وول۔ تمہ سنہ ۱۸۵۱ اہ تہٕ مرِن سنہ چھُ ۱۹۴۱۔ ۱۸۷۳ اہ ہس منز تھاوِ تمہ یِنہٕ قدم ہندوستانس منز۔ زبانن ہنز لکھ پرکرنک اوسُس بروہہ پیٹھے بے حد شوق۔ ۱۸۹۸ ہس منز آو سُہ تمہِ عملک زیٹھ بناونہٕ، یُس زِ ن ہندوستانی زبانن ہُنزہ سروے خاطرہ قایم سپُد۔ ساری کام رُوز اَمہ سی مٕٹہ تہٕ یہٕ کام وٕژ اَمہ بڈہ جان پاٹھی انجام۔ "لنگوسٹک سروے آف انڈیا" ناوہ چہ کتابہٕ منز چھُ زبانن ہُند تہٕ سورُے مطالعہ درج، یُس زِ ن امہِ سروے علمہٕ دُسہ یاہ آو۔ اتھ رپوٹس منز چھِ ۱۷۹ زبانن تہٕ ۵۴۴ بولین ہنز ذِکر موجود۔ یہِ ساری کام واژ ۱۹۲۸ اہ ہس منز انْد۔ کاشرہ زبانی تمہٕ لوو گریرسنن دِل سیٹھاہ زیادہ۔ ییتہٕ کانسِہ شاعرن کلامہ نظرہ گوس سہ کورُن مرتب کرنچ کوشش۔ کاشرہ زبانی ہنز اکھ بڈ بارہ ڈِکشنری تہٕ کرٕ امی تیار۔ امہِ ڈکشنری ہِندی مختلف حصہ رُودی ۱۹۱۶ اہ پیٹھہ ۱۹۳۲ اہ تام برابر چھپان۔

کأشرِ زبأنی ہُندِس خاندأنی لگاوس نسبت آیہِ از تام ترِیہٕ خاص خیال وَننہٕ۔ یِم چھِ یِتھ پأٹھۍ:۔

(۱) کأشر زبان چھِ آریأیی زبانن ہُندِس تتھ لُکِس خاندانس سٟتۍ واٹھ تھاوان یتھ زن "درد" یا "پِشاچ" خاندان وَنان چھِ۔ آریأیی زبانن ہُندیہِ لُک خاندان چھُ سأرِسی دردستانکِس علاقس پیٹھ پھألِتھ۔ یہِ گو سُہ علاقہٕ یتھ منز زن مشرق پیٹھ مغرب، گلگت پیٹھ کشیر، سندھ تہٕ سوات، کوہستان، چترال تہٕ کافرستان سورُے علاقہٕ یِوان چھِ۔

دردیا پِشاچ زبانہٕ چھِ ترِٛن لوکٹین لوکٹین حصن منز تقسیم سپدان:۔

(الف) کھووار، چترألی یا آرینا (ب) کافر (ج) "درد" خاص۔

کأشر زبان چھِ "درد خاص" زبانن سٟتۍ یِوان۔ شِنا تہٕ کوہستأنی چھِ امِ چہ زٕ بێیہٕ زبانہٕ۔

(۲) کأشرِ زبأنی ہُند بُنیأدی خاندأنی لگاو چھُ ہندوستأنی آریأیی زبانن سٟتۍ۔ یہِ چھِ اکھ ترٛیشی آریأیی زبان، یِتھہ زن اُردو، ہندی، بنگألی، مرأٹھی یا پنجأبی چھِ۔

(۳) کأشرِ زبأنی ہُند واٹھ چھُ عبرأنی زبأنی سٟتۍ۔ عبرأنی زبان گیہِ یہوُدِیَن ہِنز زبان۔ اِمیک واٹھ چھُ زبانن ہُندِس تتھ بڈِس خاندانس سٟتۍ، یتھ زن سأمی خاندان وَنان چھِ۔

یِمن ترِٛشوِ وُنی خیالن پیٹھ بحث کرنہٕ خأطرہ چھُ دۆن کتھن کُن خاص توجہ دِیُن ضروری۔ نمبر اکھ توأریخی زأوِیہ جار تہٕ نمبر زٕ لِسأنی زأوِیہ جار۔ ہنا اَکِس کُن زیادہ پہن توجہ دِنہٕ سٟتۍ چھُ غلط نتیجہ نیرنک اندیشہ۔

سہ "راج ترنگنی" اَسہِ تن یا بێیہِ کانٛہہ تأریخ، کشیرِ ہُندی گوڈہ کالکۍ حالات چھِنہٕ کَنہِ منز صاف پأٹھۍ درج۔ کشیرِ پیٹھ آیہِ وارِیاہ کِتابہٕ لیکھنہٕ۔ از تہٕ چھِ مورخ زٕنم لبان تہٕ کِتابہٕ لیکھان۔ مگر سیٹھاہ دۆکھ سان چھُ وَنُن پِوان زِ کانٛہہ اکھ چھُنہٕ ژٕکرِ سان یِمن وقتن پیٹھ اصل پأٹھۍ تحقیق کران۔ دُنیہِ چھُ وارِیاہ کینٛہہ اِنٛگریٹس منز پیو سُت، یِمہِ کِنہٕ زبأنی تہٕ دۆیِمین چیزن سٟتۍ واٹھ تھاون واجہ کامہ تہٕ چھِ سیٹھاہی مُشکل بنان۔ دۆیمی گو یہِ کتھ چھِ صاف زِ کشیرِ ہُندی سارۍی کھوتہٕ پرأنۍ بسکین چھِ ناگ اَسی متۍ۔ ناگو پتہٕ آیہِ پِشاچ یور۔ پِشاچ چھِ آریا۔ ناگ چھِ نہٕ آریا۔ یتھ کم اَسی یِم؟ تِم کتھ نسلس سٟتۍ اَسی واٹھ تھاوان؟

تم کتہِ پیٹھ اُسی آمتۍ ؟ یسکہ پاٹھی ہیکو نہٕ کینٛہہ وَنِتھ۔ باسان چھُ یِم گژھن آسٹرکی یا
دراوِڑ آسنۍ، یِم زَن آرین ہُندٕ ہندوستانس منٛز دٲخل سپدنہٕ پتہٕ یورکُن ژٕلِتھ آیہٕ۔
یِم آسٹرکی تہٕ دراوِڑ تہٕ چھنہٕ دراصل ہندوستانُکی روزن وٲلی اُسی متۍ۔ دراوِڑ چھ بحیرہ رُوم
تہٕ ایشیائے کوچکہ پیٹھ ہندوستان کُن ژٕلِتھ آمتۍ۔ آسٹرکن ہُند اصل وطن چھُ پتھکے پاٹھو
بحیرہ رُومک آس پاسک علاقہ اوسمُت۔ اُردو زبانۍ ہُندی تھدی عالِم سید احتشام حسین چھ
اتھ کتھہِ یِمن لفظن منٛز واش کڈان :-

"ییلہِ آریا یور ہندوستان یِنہٕ لگی، تمہِ وقتہٕ اُسی وکھرہ وکھرہ نسلن ہُندی لُکھ یتہٕ
وارِیاہ برونہہ کالہٕ پیٹھ لسان بسان۔ یِمن منٛز اُسی افریقہ پیٹھ آمتی حبشی (نگرایڈ)
یہندی نِشان وُنہِ انڈمان کین جزیرن منٛز میلان چھ۔ یِموٗ پتہٕ آیہٕ فلسطینہ پیٹھ
آسٹری ([illegible] - AUSTRALIAD) یِم زَن پتہٕ لنکا، برما، ملایا
تہٕ آسٹریلیاہس منٛز پھٲلیہٕ۔ پتہٕ آے آسٹرک، یِم زَن شمالی ہندوستان کین
کینٛژن حصن منٛز آباد سپدے یہٕ۔ یِم لُکھ چھ شاید بحیرہ رُوم پیٹھ عراق چہ وتہٕ
یور آمتۍ ... آسٹرین ہُندٕ زبانہٕ چھ وُنہِ کینٛژن قبائلی علاقن منٛز بولنہٕ
یوان۔ یِمن زبانن منٛز چھ کول یا مُنڈا، سنتھالی، کھاسی تہٕ نکوباری کینٛژن
زبانن ہُندی ناو۔"

یِمن پتہٕ کیٛہہ کالہِ یہے مسیح ہس برونٛہہ ساڑھ ترٛیہ ساس وُری ہیوٗ واتی
دراوِڑ ہندوستان۔ یِم آیہٕ بحیرہ رُوم تہٕ ایشیائے کوچکہ پیٹھ ——
مسیح ہس برونہہ یہے ترٛیہ ساس وُری ہیوٗ۔ یِموٗ ترٲو ہڑپا تہٕ موہنجو دارو
(پنجاب تہٕ سندھ) کِس علاقس منٛز اکھ زبردست تمدُنُچ بُنیاد۔ یِم لُکھ پھٲلے یہٕ
شمالی ہندوستانس اندر۔ اتہٕ گیہٕ یِم آسٹرکن سیتۍ گُلِتھ میلتھ۔ ییلہٕ آریا ہندوستانس
منٛز دٲخل سپدی، دویشہِ وی کوڑ اکھ اَکِس سند اثر قبول۔ از چھ ہندوستانس
منٛز دراوِڑ زبان سارِوی کھوتہٕ زیادہ وزن تھاوان۔ یہ زبانہٕ چھ از جنوبی
ہندوستانس تانۍ محدود سپدے مژہ۔ یِمن زبانن ہُندی بولن وٲلی چھ ستو
کروڑو کھوتہٕ زیادہ۔ دراوِڑی خاندان چہ مشہور زبانہٕ چھ تامل، تیلگو، ملیالم

کنڑ بیترٕ ... ...[1]

مۄل غرض یِم ناگ ییٚتہٕ روزان اٲسۍ، تِم اٲسۍ یِمے آسٹرک تہٕ دراوِڑ یِم زٕن آرین ہنز
گوڈنِچ چھوک ہندوستانس منز واتنہٕ پتہٕ یورکُن ژٕلتھ آۓ۔ گریرسن چھ اتھ رنگس منز سانین
مورخن سیٚٹھاہ بروٚنہہ درامتۍ۔ تِم چھ یِمن کینژن لفظن منز اُتھۍ نتیجس سیٚتۍ اتھ واس کران :۔
"... ... لبنہٕ چھُ یِوان زِ کشیرِ منز اٲسۍ تمہِ وقتہٕ تمن خلقن تہٕ قبیلن ہُندۍ
جد تہٕ جدہ بُڈٕ بب روزان' یِم زٕن از ہُنزا تہٕ نگرس (گلگت) منز آباد چھِ۔
یِم زٕن سۄ غار آریاۓ زبان بولان چھِ' ییتھ بُروشاکی ونان چھِ۔ سیٚٹھاہ مُمکن چھُ
زِ یِم آسہن تمن لُوکن ہُندۍ نشان، یِم زٕن گوڈنکیو ہند آریاۓ حملہ آورو
شمال مغربی ہندوستانہٕ پیٹھ یورکُن ژٕلہٕ راوۍ متۍ آسن۔[2]

---

[1] مزید لکھ پرٕ خاطرٕ وُچھو جان بیمزنی "این آؤٹ لائن آف انڈین فلولاجی" ہُند اُردو ترجمہ یُس زٕن "ہندوستانی لسانیات کا خاکہ" ناوہ چھپیومُت چھُ۔ اتھ ترجمس سیٚتۍ چھُ ترجمہ کرن والۍ سُند مُقدمہ تہٕ شامِل۔ ترجمہ چھُ احتشام حسین کوٚرمُت۔

[2] اصل لفظ چھِ ییتھ پاٹھۍ :۔

"The country appears at that time to have been inha-
bited by the ancestors of the tribe now found in Hunza
Nagar speaking the Non-Aryan Burushaki, who were
quite probably remanents of the old inhabitants of
North Western India driven thither by the arrival
of the first Indo-Aryan invaders." (لنگوسٹک سروے آف انڈیا)

ناگ چھ کاشرِ پاٹھۍ تتھ آبہٕ کس آگرس ونان ییتھ زٕن "چشمہ" (Spring) ونان چھِ۔ ناگ
چھ سرفس تہٕ ونان۔ ناگن (چشمن) تہٕ سرفن چھُ ییتھ کال کین کاشرن ہندین سیٚتۍ اکھ سۄن واٹھ رُودمُت۔
وَننہٕ چھُ یِوان زِ ییٚتکۍ بسکین ناگ اٲسۍ سرفن بایزتھ چیز سمجھان تہٕ تِم اٲسۍ ناگن تہٕ ناگہ رادن نزدیک
ووٚتھن بہن سیٚٹھاہ پسند کران۔

ناگہ بیتہٕ چھہ پشاچ کشیرِ واتان۔ یِم اُسی آریاسلس سیتی واٹھ تھاوان۔ یِم کتہٕ پیٹھہٕ تہٕ کیاپارٕ آیہٕ؟ یہٕ کتھ چھہ وارِیاہ بوز شوز منگان۔ تہٕ کیازِ آرین ہُندِ اصلی وطنک نیاے چھہٕ پانہٕ عجیب عجیب لکھرٕ منز وَلنہٕ آمُت۔ قسم وار خیال چھہ مارکس منز شولہ ماران۔ یاٹرہٕ پراٹرہٕ چھہ تیژہٕ چھہ کتھ —— کینژن ہندوستانٕی عالِمن ہند خیال چھہٕ زِ آریا چھہ دراصل ہندوستان کی روزن والی۔ یِم چھہ یتی پیٹھہٕ دوٚیمین ملاقن منز واتی متہٕ۔ بیٚین کینژن ماہرن ہند خیال چھہٕ یِم چھہ ڈری یا یہٕ دولگا کیو دہانہٕ پیٹھہٕ یورٕ آمتہٕ۔ کینہہ چھہ یمن ہند وطن آسٹریا تہٕ ہنگری مانان۔ تہٕ کینہہ چھہ یمن ہند اصل وطن منز ایشیاکین علاقن اندر ژھاران۔ یمن سارنٕی خیالن پیٹھہٕ اکہٕ اکہٕ بحث کرنک چھہٕ نہٕ حاجت۔ بہتر وَتھ چھہ یہ زِ اُسی بناوَو کُھ تمے خیال بُنیاد، یِم زِیادہ قابلِ قبول چھہ۔ عام تہٕ رِژ رایے چھہ یہے زِ تِم اُسی منزِ ایشیاکی روزن والی۔ مُختلف دُشوارِیو تہٕ اماروٕ کنہٕ لگ تِم دُنیاہ کین دوٚیمین حصن منز پنُن وَتھ بناونہٕ۔ سُہ تہٕ نہٕ اکی ساعتہٕ تہٕ یکہ وَٹہٕ، بلکہ وارٕہ وارٕہ تہٕ دکھرہ دکھرہ جمأژن منز۔ یِہوی منزہ واژہ کینہہ جمأژہ جنوب مشرقچ وَتھ ژھنڈِتھ مشرقی ایرانس منز۔ اتہٕ پیٹھہٕ آیہٕ کینہہ جمأژ کوبلچہ (کابل) وتہٕ ہندوستان کُن۔ رِگ ویدس منز یمن دِیسی قبائلن تہٕ آرین ہُنزن لڑایَن ہُنز ذکر میلان چھہ، تمہِ سیتی تہٕ چھہ یہ کتھ وَنہٕ نیران زِ آریا چھہ شمال مغربی دَرو کِنہٕ لڑان، فتح یاب سپدان تہٕ برونہہ برونہہ پکان ہندوستان کین مٲدانن اندر داخل سپدان رُودی متہٕ۔

آریا واتی نہٕ ہندوستان یک مُشت تہٕ یکہ وَٹہٕ۔ تِم آیہٕ ایرانس منز کینہہ کال گُذارِتھ دِزہ دِزہ تہٕ بیوٚن بیوٚن جمأژن منز۔ لفظِ "ایران" چھہٕ مُلہ تلہٕ "آرین" یا "آریان" یعنے آرین ہُندہٕ روزنچ جاے۔ یُہے لفظ چھہٕ بگرِتھ تہٕ ہیر پھیر سپدِتھ "ایران" (ERAN یا IRAN) بَنیومُت۔ یہ أنی ایرأنی زبان "اوِستا" (سیٹھاہ پرُون فارسی) تہٕ ویدن منز زبان (سیٹھاہ پرُون سنسکرت) مثلن رِگ وید، یجر وید، سام وید، پران تہٕ پرکھان تہٕ چھہ یہے کتھ صاف پأٹھو نابان زِ ایرأنی آرین تہٕ ہندوستأنی آرین ہُند جاے مقام اوس کُنی تہٕ اکی۔ تِم چھہ وارِیاہس کالس یکہ وَٹہٕ لسِتھ اکھ اَکِس نِش جُدا گامتہٕ۔ زبان دانن ہُند وَنُن چھہٕ "اوِستا" تہٕ رِگ وید چہٕ زبانہٕ چھہ گہے تیژھ قریب سپدان زِ یمن زِ اَلگ زبانہٕ وَنُن تہٕ چھہٕ مُشکل سپدان۔

آرین ہُند کشیرِ منز داخل سپدُن چھُ کشیرِ ہنزِ تاریخِ ہُند اکھ اہم موڑ۔ یہ چھُ سُہ اہم موڑ، یتھ پیٹھ مُلکچ ساری براندہ کنہ دُرِتھ چھِ۔ کشیرِ اندر چھِ آریا اکس عجیب اندازس منز یوان۔ یِم آریا گوڈہ گوڈہ آیہ، تِم آیہ نہ ہندوستانہ پیٹھہ بلکہ تِم آیہ براہِ راست ایرانہ پیٹھہ۔ تِم آیہ ہندوکش تہٕ پامیر ژھنڈِتھ تہٕ واتان واتان گلگت تہٕ کشیرِ۔ گریرسن چھِ اتھ کتھِ یِمن حسین لفظن منز فِٹ کڈان :-

"سیٹھاہ گوڈہ کالس منز پیٹھِ زن ایرانی آرین ہُند بول بوش ہندوستانی آرین ہُندِس بول بوشس داریاہ قریب اوس ایشیائی آریو منزہ آیہ کینہہ جماژ شمالی ہندوکُش کِس مشرقس کُن۔ تِمو دوٗل پامیرس نال۔ ہندوکش یتھ تراوِتھ سپدییہ تِم جنوبی حِصس اندر داخل۔ تِم آیہ کینژن جماژن منز تتھ سرزمینس کُن، یتھ زن "دردستان" وَنان چھِ۔"

یہے کتھ ہیکون یتھ پاٹھی وَنِتھ زہ ایرانس منز کینہہ کال گُذارِتھ پیٹھِ آریا اوردٕ یور ژلنہٕ لگی، کینہہ جماژ آیہ ہندوستان۔ بییہ کینہہ وَکھ گُذرِتھ آیہ کینہہ لوکچہ لوکچہ جماژ براہِ راست ہندوکش تہٕ پامیر ژھنڈِتھ تتھ جایہ کُن، یتھ زن "دردستان" وَنان چھِ۔ کشیر چھِ اَتھی دردستانس سیتی یوان۔ یہے چھِ تِم مُلکھ، یِمن زن "پشاچ" یا "درد" وَنان چھِ۔ پشاچ یا درد اُسی پزی پاٹھی آریا، تمیک ثبوت چھِ داریاہو طریقو کنہ میلان۔ ڈاکٹر لیٹنرنی جان تہٕ نفیس کتاب "دردستان" پرِتھ چھِ یہ کتھ ٹھیک پاٹھی ظاہر سپدان۔ لیٹنرنہ ہنز راے چھِ داریاہ معتبر۔ تہٕ کیازِ اُمہِ ہنز یہ کتاب چھِ پننہِ قسمچ کنہ تہٕ اکی کتاب۔ فریڈرک ڈریو نہٕ اَکس کتابہ منز چھِ کینہہ لفظ یتھ پاٹھی میلان :-

"Whether we judge from language or from physiognamy the conclusion is inevitable that the Dards are an Aryan race ... ..."

---

لہ فریڈرک ڈریو چھِ دۆن کتابن ہُندہ مصنف، یِم زن کشیرِ سیتی داٹھ تھاوان چھِ۔ اکہِ کتابہِ ہُند ناو چھُ "جموں اینڈ کشمیر ٹریٹریز"۔ بیاکھ چھِ "ناردرن بیریر آف انڈیا"۔ یِم دۆشوے کتابہ چھِ ۱۸۷۵ اِ تہٕ ۱۸۷۷ اِہس منز لندنہ چھاپ سپدے مژہ۔

پوٚٹھنس تہٕ دوٚہ تلنس سیٚتؠ تھاوان چھِ۔

ناگن تہٕ پشاچن ہندی اتھ داسن دیُت اَکِس نوِس زندگی ہُندِس فلسفس زنم۔ اُتھی فلسفس رچھہٕ نیلمت وَنان۔ یُہے فلسفہ اوس گوڈہ کالس منز کاشرِ ہُند راچھدر تہٕ رہبر۔ اَمی بناو تِہنز زندگی شوٗبہٕ دار تہٕ مزہ دار۔ یوٚت کال گو زمانہٕ بدلان، تیتِس کالس تِہندو ہندوستانس منز واتِتھ بیٚیو آریو اَکِس نوِس تہذیبس کُن۔ یہِ گوو تہذیب "پیتھ زن" دیدِک تہذیب" وَنان چھِ—

کشیر اَمِس پتہٕ کالہٕ پیٹھہٕ پننہِ خوٗب موٗرتی تہٕ بجرہٕ کنہِ مشہوٗر۔ ستی سر اوس ہندو عقیدہ موجوٗب شنکر تہٕ پاروتی ہُند گرٛہ زاننہٕ یوان۔ ہندوستٲنی یاتری اَسہِ یور یوان تہٕ "یاترا" پوٗرہ کرِتھ واپس گژھان۔ کینژہاہ وندکہٕ تہٕ کُجارہٕ، کینژہاہ پشاچن تہٕ ناگن ہُند روب داب تِم اَسہِ نہٕ یتہِ پوٗرہ تہٕ مکمل پأٹھی آباد سپدنک جُرٲت کران۔ وکھ گو گذران تہٕ آخرس دوت شہٕ وکھ ییلہِ زاہ ہندوستٲنی یاتری یتہِ ٹھیک پأٹھی روزنہِ لگہِ تہٕ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ گو یِہند تعداد بڑان۔

لِہٰذا چھِ یہِ کتھ ٹھیک پأٹھی ظاہر سپدان زِ آریا چھِ دوٚیو طریقو کشیرِ منز داخل سپدان۔ اکھ گیہِ تِم آریا، یِمن زن پشاچ یا "درد" وَنان چھِ۔ یِم زن ایرانہٕ پیٹھہٕ براہِ راست یور آیہِ۔ دوٚیِم گیہِ تِم آریا یِم ہندوستانس منز کینژھ کال گذارِتھ یور آیہِ۔ یِہندی رہبر تہٕ رہنما دیُد تہٕ برٛاہمن آیہِ۔ یِمن سیٚتؠ دوٚیِمن نسلن تہٕ فارن ہُند تہٕ خون میوٚنہٕ اوس۔

---

[1] کینژن کاشرین تأریخن منز چھِ یہِ دلیل سپدان چادہ سال پٔرنہٕ یوان زِ اکھ ہوٚر یہِ ییلہِ یاترین ہنز اکھ جماعت کشیرِ وأژ۔ تِمن سیٚتؠ اوس زُندرہ ناوک اکھ بُڈہ بُزرگ تہٕ شامل۔ دیوان یہِ سپد یتہِ سخ بمار۔ ییلہِ یِمن یاترین واپس گژھنک وکھ ووت، بُڈہ سنز حالت خراب وُچھِتھ تِہندو تِموسہٕ یتؠ خودایہِ سندِس فضلس پیٹھ۔ یتہِ کُنہِ ییلہِ یہِ بُڈہ زندہ یتؠ وُچھ، تِم سپدی حأران۔ تِموٚ واتہٕ نو سہٕ نیلہِ ناگس، یُس تِہند اکھ بوڈ سردار اوس۔ نیل ناگس آو اَمِس بُڈس پیٹھ سخ رحم۔ تَس آو وَننہٕ زِ ہر گاہ شرط قبول کرِہ تس یِیہ تہٕ کُنہِ قسمک آزار واتہٕ نادنہٕ۔ تِموٚ کوٚر یہِ خوشی سان قبول۔ وَختہٕ دوٚیِم وُری پیٹھہٕ یِم ہندوستٲنی یاتری یتہِ مستقل پأٹھی روزنہٕ لگ، تِمن تہٕ آو اَتھی سہاہس پیٹھ یتہِ بسنک اجازت دِنہٕ۔

پٔرسورسے حساب کتاب، ہیکون یمہٕ دوٚیہٕ شکلہٕ دیتھ جان پٲٹھۍ سمجھاوِتھ:

کٔشیر تہٕ آریا

شکل نمبر (۱)

دردِ ایشیا
یا حوجاے یتھ
یہٕ آریا ایران
وٲتی

ایران

ہندوستان

دردستان
(کشیر)

• ۱، ۲، ۳، ۴ ... ... ... آرین ہُنٛزٕ مختلف جماژٕ

• ا، ب — — تم آریا یم دردستان کِنۍ آیہٕ

• ا ۔ بٲژ چھِ ب ۔ جماژن برونہہ آمژٕ




شکل نمبر (۲) [1]

ہندوستانہٕ پیٹھٕ یِم آریا یور آیہٕ، تِم آیہٕ ویدک تہذیب تہٕ کلچر ہیتھ ۔ اَمہِ کلچرن چھِ
ہندوستان کِنۍ یتھ کال کِنۍ بسکیتن ہُنٛدِس کلچرس تہٕ اثر قبول کوٚرمُت ۔ مثلن کینٛژن دیوی

[1] یہٕ شکل چھےٚ "لنگوِسٹک سروے آف انڈیا ہس" منٛز درج

کأشِرہ زبأنؠ ہِند بُنیادی خاندأنی لسگاو چھُ "دردِ" زبأنؠ سیتؠ۔ دُنیاہچین دۆیمین زبانن سیتؠ۔ یہِ رِشتہ ییٚتھ زبأنؠ حأصِل چھُ تتھ نیرِہ ییٚتھ پأٹھؠ گیِنہٕ:

## کأشِر زبان تہٕ دُنیاہ چہٕ زبانہٕ



کأشرِ زبأنی ہُندِس خاندأنی لگاوس نسبت یِم ترٕ خیال مشہور چھِ، تِمن منز یوسہ فرق موجوٗد چھُ، سو چھَ دوٕنی ظاہر۔ گوڈنکس تہٕ دوٚیمِس خیالس اندر چھَ یہِ فرق زِ کینہہ ماہر چھِ اُردو، بنگألی، گجراتی تہٕ پنجأبی زبانن ہندی پأٹھو کأشرِ زبأنی تِہ تِمن اُزی چھِ آریا زبانن سیتی شأمِل کران یِمہٕ زن ہندوستانس منز بوٗلنہٕ یِیہ۔ دوٚیمِہ کینہہ ماہر چھِ اتھ "درد" یا پشاچ زبانن سیتی مِلہٕ ناوِتھ اکھ الگ زبان مانان۔ تہٕ ترٚیِم آریا زبان مانٕنہٕ نِشہٕ اِنکار کران یِمہٕ زن پنجأبی، اُردو، ہندی تہٕ بنگألی چھِ۔

کأشرِ زبأنی ہنز لِکھہٕ پرٕ کرنہٕ وقتہٕ چھُ یہِ سوال زِندہ سپدنک تِہ اندیشہ زِ پشاچ یا درد زبانہٕ چھا ہند آریأیی زبانن ہند اکھ حصہٕ کِنہٕ ایرأنی زبانن ہند۔ کینٛژو ماہرو چھَ پشاچ زبان اکھ "پراکرت" مأنِتھ یہِ ہند آریأیی زبانن سیتی مِلہٕ ناونچ کوٗشش کٔرمٕژ۔ کینہہ چھِ پشاچ زبانن ہنزِ سیٹھہی گوڈہ کالٕچ خوٗبی نظرِ تل تھأوِتھ یِمہٕ ایرأنی زبانن سیتی شأمِل کران۔ مگر صحیح تہٕ جایز دِتھ چھِ اکے۔ پشاچ زبانہٕ چھَ پأنی پانہٕ اکھ تِتھے لوٚکٕ خاندان بناوان یُتھ زن ہند آریأیی یا ایرأنی زبانہٕ بناوان چھِ۔

سیٹھہی گوڈہ کالس منز یِتھے آریا ایرانہٕ پیٹھہٕ ہندوستان تہٕ کشیرِ وأتی، تِمہٕ وقتہٕ آسہٕ پشاچ زبان لأزمی طور ایرأنی تہٕ ہندوستأنی بول بوٗشس واریاہ قریب۔ دوٕنی گو اتھ گوڈہ کالس منز آسہٕ اِمِیک جھُکاو ایرأنی زبانن کُن ہنا زیادہ پہن۔ تہٕ کیازِ پشاچ چھِ ہندوستأنی آرین ہندِ ییرہٕ نہٕ پتہٕ تِہ کینٛژس کالس ایرأنی منز روزان۔ تِم چھِ ایرانیٚن سیتی بیٚیِہ کینہہ وَکھ یِکہٕ وٕٹہٕ گُذأرِتھ الگ سپدان۔ مگر ہنہٕ ہنہٕ ییلہٕ ہندوستأنی آرین ہند زیادہ زیادہ یُن گژھن کشیرِ منز شروٗع سپدان چھُ، وقت چھُ سہٕ تہٕ وآتان ییلہٕ زن کشیر تہٕ ویدک تہذیبُک اکھ خاص اڈہ بنان چھُ۔ کشیر چھَ ہندوستأنی اثرات زیادہ زیادہ قبول کران۔ یِمہٕ کِنہٕ کأشر زبان دوٚیمین پشاچ زبانن نِشہٕ چھَ یِہے ژھینہ ہش گژھان تہٕ یِہ چھِ ہند آریأیی زبانن ہنزِس ارتقاہس واریاہ قریب یِوان۔ یِہ چھِ کم و بیش تِتھے پأٹھی پوٚھٹان، کاڈکڈان تہٕ پارجأیی لبان، یِتھ پأٹھو زن ہند آریأیی زبانہٕ پوٚھٹان تہٕ پھبان چھِ۔ دراصل چھُ یُہے سوٚن تہٕ پایدار اثر، یُس زن کینٛژن ماہرن اِمِیک اصل تہٕ بُنیادی خاندأنی لگاو مُشراونس پیٹھ چھُ آمادہ کران۔ یوسہ زن

اکھ بٔڑ غلطی چھہٕ۔

گریرسن چھہٕ یمن کتھن ہُند برابر احساس تھاوان۔ تہٕندی زبٲنی :

" دردٕ زبانہٕ چھہٕ آریٲیی زبانن ہِیتھ واٹھ تھاوان۔ یہٕ کتھ چھہٕ بِلکُل یقینی۔ سوال چھہٕ یہٕ زِ ہ اُسی کرٕونا یہٕ ایرٲنی زبانن ہِیتھ شامِل، کِنہٕ ہندوستٲنی زبانن ہِیتھ۔ کِنہٕ یِمہٕ زبانہٕ چھہٕ پانٕنی پانہٕ اکھ الگ شاخ بناوان۔ میٲنی کِنہٕ چھہٕ اُخری وَتھ پزٕ۔ یہٕ چھہٕ سوٕ وَتھ' یُس اُسی سیٹھاہ آسٲنی سان ہیکون اَپنٲوِتھ۔" [1]

دردٕ زبانہٕ چھہٕ ترٕینہٕ خاص حِصہٕ تھاوان :۔

(۱) کھووار، چترٲلی یا آرنیا

(۲) کافر

(۳) دردٕ خاص

"کافر" تہٕ "دردٕ خاص" چھہٕ بیٚیہٕ تِرٕ کینژن حِصن منز باگراونہٕ یِوان۔ یِمن حِصن منز چھہٕ وارِیاہ لۆکٕٹ لۆکٕٹ بولہٕ شامِل۔ پٔزرٕ حِصہٕ باگرٕ سے چھہٕ یِتھہٕ پٲٹھۍ :۔

---

[1] "That the Dardic Languages are of Aryan stock is absolutely Certain, the question is whether we are to Class them as Eranian or Indian, or as forming a seperate third branch by themselves I believe that the last is the only Classification which we are at liberty to adopt."

## "پشاچ" یا "درد" زبانہ




لفظن ہنز بناوٹ، تہنز تلہ تراو، آوازن ہنز تبدیلی تہ دوٚیمہ کینہہ زاوِ جار تہٕ
چھاوان زِ کاشرِ زبانۍ ہند بُنیادی واٹھ چھُ درد زبانَن سیتۍ۔ یہِ چھُ بُزِ ہ پاٹھۍ سانۍ
بدقسمتی زِ از تام ییٚزِ آوازن ہُندِس ہیر پھیرس (Phonetical changes)
تہ دوٚیمین لِسانی زاوِ جارن نظرہ تھاوِتھ کاشرِس پیٹھ کانہہ کام۔ از چھُ پرانین دردی
لفظن ہنز ژھانڈ مُشکل تہ تہنز اصلی حالت دریافت کرٕنۍ سیٹھاہ محال۔ ایرانی زبانن
ہُندی اصل خدوخال چھِ ہیکان تیٚلی پرٛتھ ییٚلہِ اوستیا زبانۍ ہُندۍ پرانۍ نمونہٕ بَرٕکھاونہٕ
یِوان۔ سنسکرتُک خدوخال چھِ ہیکان تیٚلی پرٛتھ ییٚلہِ ویدن تہ پرانن ہنز زبان چھَ
بَرٕکھاونہٕ یِوان یِہ۔ یوٚدوے پشاچ زبان تہِ اکھ پرٛژھی پرانۍ زبان چھِ، مگر امیُک
چھُنہٕ تیٚتھ کانہہ پرٛون نوسخاہ موجود یمہِ کِنۍ امہِ زبانۍ ہنز اصل صورت ہیکہِ ہے
معلوم سپدِتھ۔ اَزی یمہِ وارِیاہ پشاچ زبانہٕ چھَ ترٛژھ، یِم وارِیاہ پس ماندہ چھَ۔ یِمن

منز چھُتھ پڑ دِن امِہ بِمان پاٹھیٛ پرزٕہ راوِنہٕ آمُت۔ یہِ مُشکِل کام سرانجام دِنہٕ خاطرٕ چھِ اوستیا، پوشتو، برُوشاکی، شِنا، کوہستانی تہٕ ویدی سنسکرتُک مطالعہ سیٹھاہ ضروری۔ یہِ لِکھ پرٕ کرنہٕ وقتہٕ پزن یہِ دراوڑی زبانہٕ ترٕ مُشراونہٕ۔ ترٕ کیازِ گوڈٕ گوڈٕ کالس اندر چھِ جنوبی ہندوستانٕ کِنی لُکن ہُند ترٕ کانٛہہ یِن گژھن رُودمُت۔ تہٕ ناگ ترٕ چھِ سیٛٹھے دراوڑ ترٕ آسرکی آسی مِتھ۔ یِمن زبانن ہُند اکھ غیر ضروری عنصر ترٕ آسہِ کاشرِس منز داخِل سپدیومُت۔

یم ساری نظٔری جار چھِ امہِ کتھِ ہُند بارہ ثبوت زِ کاشرٕ زبانی ہُند پھانٛپھلُن یا گوڈٕ کالُک ارتقا چھُ اُزی یِن ہندوستانی آریائی زبانن نِشہٕ وارِیاہ بدوُن تہٕ مختلف اسہِ پزِ یاد تھاوُن :۔

” اگرچہ اُسی لفظکِس اصل تہٕ عام مطلبس کُن گژھو، پشاچ اُس نہٕ مُکمل پراکرت۔ یہِ اُس سیٹھاہ پرانی زبان۔ یہِ اُس نہٕ کوُر بلکہِ تمہِ بول بوٗشِچ بیٛنہٕ، یوسہٕ زن آخرس پیٹھ ادبی سنسکرت بنیہٕ۔ یِتھ امیُک مقابلہ سنسکرتس سیتیٛ چھِ کران، اُسی چھِ وُچھان امیُک اکھ خاص خوٗبی چھِ یہِ زِ نرم لفظ چھِ سخت بنان ... ... “ لہ

سنسکرت ادیب چھِ پانہٕ نان زِ ” برہت کتھا “ اُس پشاچ زبانی منز لیکھنہٕ آمُژ۔ عام پٲٹھی کرتھ منز چھُ پانٛژہ شیٛمہِ صدی یتھی ادب تخلیق سپدان۔ مگر پشاچ زبانی منز یہِ علاوٕ سنہٕ کِنی گوڈٕ نیچِنی شتو لین (صدی) منز ” برہت کتھا “ ناوُچ

---

لہ The Pisachi was not really a Prakrit, in the usual sense of the word. It was very ancient language, a sister and not a daughter of the form of speech which ultimately developed a literary Sanskrit. As compared with Sanskrit its principle peculiarity is the hardening of the soft letters." (لنگوسٹک سروے آف انڈیا) -

اکھ دِلی کش زبان لیکھنہٕ آمٕژ۔ یتھ زِن "بھوتن ہٕنز زبان" وَنِتھ نخاس سپدِ [1]
کأشرِ زبأنی منز چھِ تیتھی وارِیاہ لفظ موجوُد یِم زِن تِتھے پأٹھی یا پھِنا تبدیلی کھیتھ
دٕرِشٕ وِنی سنسکرتس تہٕ دردِ زبانن منز استعمال سپدان چھِ۔ تِم محض سنسکرت مأنِتھ
کنہِ ژھٹنی چھِ بڑ غلطی۔ یِم چیز آسن چھِ لازِم۔ تِکیازِ "درد" زبان چھِ سنسکرت زبأنی ہٕنز
اکھ بینہٕ زبان آسمٕژ۔ درد زبان چھِ ایرأنی زبأنی ہٕنز تیہٕ تِ بھاوان تہٕ ہندوستأنی آریا
زبانن ہٕنز خوبی تِہ۔ مگر یِمہٕ چھِنہٕ تِمہٕ سارٕے خصوصیژہ تِ بھاوان یِم زِن أزی چھِ ایرأنی یا
ہندوستأنی زبانہٕ بھاوان چھِ۔ از کال چھِ درد زبانن اندر (خاص کر کأشرِ زبانِ منز) چھِ
وُنِہ تیتھی کینہہٕ لفظ درینٹھی لیوان، یِم زِن بلاکُنہِ خاص تبدیلی ویدی سنسکرتس اندر تِ میلان
چھِ۔ مثلن لکُو (لکِ وک)، وازہ (واج)، امند چھِ (منداکش)، مرُچ (مرٕچی)، پرِشن یا پرِسن
(پرِسنی)، ماکھیوُس (ماکشن)، کوٗل (کلا) چھِ یِتھی کینہہٕ لفظ۔

---

[1] دیان پیتہٕ گُناڈھین اوس اِشتعالس منز سنسکرت لیکھنک قسم کھیوٗمُت تہٕ اوس تمیٚ پراکرژ منز
لیکھنک تِ قسم کھیوٗمُت۔ لہٰذا لیچھ تمیٚ "برہت کتھا" تتھ پِشاچ زبأنی منز یُس نہٕ پراکرت
آس نہٕ سنسکرت۔ مشہور عالِم اے بی کیتھ چھُ سنسکرت ادبچہِ تأریخہِ منز لیکھان:

"Gundhya vows to use neither Sanskrit Prakrit nor the vernacular if the deed was done. It is a complished Kana bhuti meets him and relates the tales learned from Vararuchi. Gunadhya would record them, but must write in Paicaci, the language of the goblins, as he is debarred from use of any other speech of his vow."

اگرچہ گُناڈھیہ جنوبی ہندوستانک روزن وول ناوُن، مگر سُہ اوس امرِ موجوُب پِشاچ زبأنی
ہُندا اکھ جان ووستاد یمہٕ کِنۍ تمیٚ سنسکرت تہٕ تِمہٕ سارٕے زبانہٕ نظرانداز کرِہ یِمہٕ تس آسن پاس
شولان آسہٕ۔

[2] اصل مطلب چھُ طوفان

یُت یُت ویدک تہذیبی اثر کشیرِ بیٹھ سۄن تہ پایدار پیوان گو، سو پشاچ زبان
یتھ سیتی کاشرِ زبانی ہُند واٹھ اوس، سو آیہِ اَکِس نۄوِس ماحولس منز ہینہٕ۔ اتھ نیو
ماحولس سیتی اتھ واس کرُن تہ نۆوۍ چیز اپناوٕنۍ۔ واریاہ پرانۍ چیز ڈوکے یِہ تہ واریاہن
پرانین چیزن آو زوال۔ یہے زِیٹھ عمل گیہِ واریاہس کالس پکان۔ نتیجہ دراو یہ زِ
یہ بیٚٹھن ہندوستانی آریا زبانن واریاہ قریب سپدٕنۍ۔ یِم اثرات کرِی کاشرِ زبانی ڈلی
ترجِل آوہ کنِز ترِ قبول، ترِ کیازِ سنسکرت، پشاچ تہ ایرانی زبانہ آسہ مُلہ تلہ اَکی خاندانچہ
ہم شیرہ زبانہ۔ مول بوزِو کاشرِ زبانی ہُندِس ارتقاہس منز گو اکھ تیتھے دور شروع
یُس نہ گُنہ کنہِ پراکرتی کالس دُور اوس۔ کاشر زبان ترِ آیہِ تمہ خوبیو تہ خصوصیژو
سیتی رنگنہ، یمو سیتی دویمہ بول بوشچہ زبانہ رنگنہ یوان آسہ۔ امی چھہ پشاچ زبان
اکھ پراکرت ترِ ماننہ آمژ۔

پراکرتن ہُند زمانہ رُود ۱۰۰۰ عیسوی تام۔ امہ پتہ یُس "اپ بھرنش"
دَور ہند آریائی زبانن منز شروع سپُد، اتھ زمانس اندر ترِ سپز کاشر زبان تیتھے
پاٹھی متاثر، یتھ پاٹھی ہندوستانچہ آریا زبانہ سپزہ۔ وونی گو امہ پزہ ہندوستانی
زبانن ہُندِس پراکرت تہ اپ بھرنش کالس تہ کاشرِ زبانی ہُندِس پراکرت تہ اپ
بھرنش کالس منز واریاہ فرق کرُنی۔ [1]

---

[1] پروفیسر میکڈونل چھہ کم و بیش یہے کتھ یمن لفظن منز ونان:

"Kashmiri is the most northern, being the language of the state of Kashmir. Owing to the Pecularity of its vowels, it is some what difficult to pronounce ... It seems to be Dardic language very heavily impregnated with borrowings of Apabharmsa of the North-west of India."

# عبرٲنؠ تہٕ کٲشُر زبان

کٲشرِ زبانؠ چھےٚ نہٕ عبرٲنؠ زبانؠ سیتؠ کانہہ خاندٲنؠ لگاو۔ یہِ کتھ آیہِ بۄنٛہؠ ثابت کرنہٕ۔ نۄو کٲشرِ زبانؠ پیٚٹھ عبرٲنؠ زبانؠ ہندِ اثرُک سوال، تمہِ خاطرہ چھ داریاہ بۄڈ شوٗژ حاجت۔

یہوٗدین تہٕ کٲشرین ہندِ رِشتُک ذِکر آیہِ اتھ تام داریاہن مضمونن تہٕ کتابن منٛز کرنہٕ۔ دیان سیٹھاہ گوڈہ کالس منٛز چھےٚ یہوٗدی تہٕ یور آمتؠ۔ حضرت عیسیٰ علیہ السلام چھےٚ دارس کھسنہٕ پتہٕ تہندؠ پٲٹھؠ زمینہِ منٛزہ صحیح سلامت واپس درامتؠ، یتھہ پٲٹھؠ زان حضرت یوٗنُس علیہ السلام گاڑہ ہندِ شکمہ منٛزہ ترینہِ دوٚہہ تہٕ ترینہِ راتہٕ زِندے واپس درایہِ۔ مرزا غلام احمد صاحب چھےٚ پننہِ کتابہِ "مسیح ہندوستانس منٛز" لیکھان:

"یمہِ پتہٕ اَتھ منٛزہ زِندے صحیح تہٕ سلامت نیرنہٕ پتہٕ حضرت عیسیٰ درایہِ تمن لُکن تہٕ قبیلن ژھارنہِ، یم زان مشرقی مُلکن مثلن کشیرہ، تبتس تہٕ دوٚیمین جاین آباد سپدیمتؠ ٲسؠ۔ یم قبیلہٕ چھےٚ تمہِ دٔہ اسرائیلی قبیلہٕ یم زان بادشاہ اشرشل من سیرن قیدی بناوِتھ مسیح ہس یوٚنٛہہ ۷۲۱ ؤری پانس سیتؠ شام نیمتؠ ٲسؠ۔ یم لُکھ ٲسؠ آخرس ہندوستان آمتؠ تہٕ یتؠ داریاہن علاقن منٛز آباد سپدیمتؠ . . . . . . حضرت عیسیٰ ہندِ یِنُک مقصد اوس یمن یہوٗدین سمکھن تہٕ یِم وتہٕ لاگنؠ۔ یمن یہوٗدین چھےٚ اسرائیلکؠ راوِمتؠ تیر[1] تہٕ وَنان۔ تہٕ کیازِ یِم یہوٗدی ٲسؠ ہندوستانس منٛز آباد سپدنہٕ پتہٕ پننین بزرگن ہندؠ عقیدہ تانؠ مشراوِمتؠ۔ داریاہو اوس بوٗدھ دھرم قبوٗل کوٚرمُت تہٕ ابتہٕ سپدِ تھ موٗرتی پوٗزا شروع کرمٕژ۔ ڈاکٹر برنیئر تہٕ چھےٚ پننین کتابن منٛز پرٛیمتین لیکھمتین انسانن ہنٛز معتبر رائے پیش کرِتھ یی وَنان زِ کٲشری چھےٚ دراصل یہوٗدی یم زان بادشاہ اشرہ نِس زمانس منٛز چھلہ پھلہٕ گرٛژھت یور کُن ژلِتھ ٲسؠ . . ."[2]

---

[1] Lost Tribes of Israel.

[2] صفحہ ۱۹ (جیسس اِن انڈیا)

عزیز کاشمیری، مرزا عارف تہ ڈاکٹر عزیز احمد چھ بیٛیہ کینہہ لیکھن واجِلیٛم زن کم د بیشس یِتھی خیال تھاوان چھ۔ جیالال کول جلالی تہ مری کنٹھ کول چھ تمن انسانن منز کینہہ شخص ییٛم زن یہ خیال مانِنہٕ خاطرٕ تیار چھنہٕ۔ "تعمیر" کین ورقن تہ مقامی اخبارن منز یِتھول یہ بحث واریاہس کالس مگر اٰخرس سپُد ذاتی حملن تہ لفظی جنگس پیٹھ ختم۔ علم تہ ادبس منز چھنہٕ زِلہِ وِنِین (متضاد) خیالن ہنز یِہ بتہ کانہہ گنجایش۔ مگر یِمو عالمو ژِینیو نہ یِہ کتھ۔

وَننہٕ چھُ یِوان یہوُدی چھ از برونہہ زٕہ ساس وُری کشیٖرِ منز آمتی یِمن ژھاران ژھاران حضرت عیسیٰ تہِ یور واتی۔ سوال چھُ وونتھان کیاہ حضرتِ عیسیٰ آیا یِژی یا ٲٹھو یور؟ ہرگاہ حضرت عیسیٰ آیہ نہ یور، کیاہ یہوُدی چھا یور آمتی کِنہ نہ؟ موضوعس سیٖتی یُودہ یاٹھو واقف سپدنہٕ موکھ چھ طرف دارن[1] تہ ناطرف دارن[2] ہندین خیالن ہنز اکھ مختصر وِکھنے ضروری۔ اصل حقیقت ژھارنس منز ہیکہِ یِتھہ یاٹھو واریاہ آسانی سپدِتھ۔

## طرف دار

(۱) کاشُر زبان چھ عبرانی زبانی منزٕ درامٕژ، اتھ پیٹھ چھُ امِ زبانی ہُند واریاہ اثر

(۲) "کا" چھ عبرانی زبانی منز "ہیوٗ آسُن" وَنان۔ "شیر" گو ملکِ شام۔ کشیر باسے یہ یِمن یہوُدین شامس ہِش۔ لہٰذا وونہس "کاشیر" یُہُے بنیو وارہ وارہ "کشیر" یا "کاشمیر"۔

## ناطرف دار

(۱) کانہہ زبان چھنہٕ کُنہِ زبانی منزٕ نیران۔ یِم لفظ چھُ لسانی علمِ کِنہ واریاہ غلط۔ نہ چھ کاشرِ زبانی عبرانی زبانی سیٖتی کانہہ خاندانی لگاو۔ نہ چھُ اتھ پیٹھ امیُک کانہہ اثر

(۲) "کشیر" ناو چھُ واریاہ پرٛونُن اصل ناو چھُ کا + سمیر = کاسمیر۔ مطلب سو زمین یمہِ منزٕ آب کڈنہٕ آمُت آسہِ یا یِہ سہ آب تہ ہوا سیٖتی ہُرتھ آسہِ۔ "کشیر" چھُ "کاسمیر" منزٕے درامُت۔ لفظِ "کشیر"

---

[1] یِم گیہِ تِم لُکھ ییٛم زن یہ کتھ مانان چھ زٕ یہوُدی چھ یور آمتی تہ یِمن چھ کشیرِ ہُندی لُکھ واریاہ متاثر گٔمتی۔

[2] یِم طرف دارن مخالف سوچان چھ۔

یہوٗدی زبانۍ منٛز چھُ "کأشُر" حلال خورس
ترٛونان۔ یتھے یہوٗدی یورٕ وأتی تتہٕ وُچھ
نہٕ ئیتکی لُکھ "کاشر" (حلال خور)۔ اُمی
لفظن دیُت کشیر یا "کشیر" لفظن زنم۔

(۳) کأشری چھ پننِس ناوس سیتی "جوٗ" لاگان۔
مثلن رگوٗ جوٗ، بلہٕ جوٗ، مادھو جوٗ، اسمال جوٗ،
رحمان جوٗ، علی جوٗ۔ لفظ "جوٗ" چھُ دراصل
جو (Jew) یعنے یہوٗدی۔

(۴) یہوٗدی چھِ گیوہ ترٕ چربی بدلہٕ تیلی استعمال کران۔
تہٕ کیازِ بائیبلِ منٛز چھُ یمن یی حکم دِنہٕ آمُت۔
کأشر تہٕ چھِ تیلی استعمال کران۔

(۵) کاندر پتہٕ چھ کشیرِ منٛز دُکانس پیٹھ بہان۔
زنانہٕ چھ صف دِتھ وَدان۔ لوسہٕ چھ ترٛیِچھہِ
دوٗہہ شرأن کران
یِم طریقہٕ چھ اسرائیلن سیتی میلان۔

(۶) حضرت عیسیٰ مسیح چھ پانہٕ کشیرِ آمتی۔ اُہنز قبر
چھ خانیارہ موجوٗد۔

چھُ امہٕ چی اکھ بگریمژ شکل۔ "کاس" گو نالہٕ۔
"میر" گو پہاڑ۔ لہٰذا سو آب یُس جلیے یوٗسہ
پہاڑن منٛز باگ اُس، تتھ آو "کاس میر" وننہٕ۔
کشیرِ تہٕ کشمیر چھ امی منزہ دراممتی۔

(۳) "جوٗ" لفظ چھُ اکھی اندازس منٛز برج بھاشاہ
منٛز تہٕ استعمال سپدان۔ ہندی زبأنی ہندِ
مشہور شاعر سوٗرداس چھُ امیک استعمال
پننِس کلامس منٛز تہٕ کوٚرمُت۔ تمٚو چھ کرشنس
جی تہٕ بدلہٕ کینژن جاین کرشنہٕ جوٗ تہٕ استعمال
کوٚرمُت۔ لفظ "جوٗ" چھُ ممکن "جی" لفظچ
اکھ بگریمژ شکل۔ یِم دوشوے لفظ چھ کُنے
آگرُ تھاوان، یتھہٕ پأٹھی زن کأشر "دِیہ" تہٕ
پنجأبی "دِی" چھ اکے معنے تہٕ آگرُ تھاوان۔

(۴) غریبی اوس پتہٕ دِتھ کشیرِ نال وَلمُت۔
امیک وجہ چھ یہے غریبی

(۵) یہ چھ معموٗلی کتھ۔ یمن بُنیاد بنأوِتھ کانہہ
محل تیار کرُن چھ نہٕ شوبان۔

کاندر وان، تندوٗر تہٕ کاندرن ہندی وارِیاہ
چیز مثلن کلچہٕ، لواسہٕ چھ ترکن سیتی میلان۔
یِم چھ ترکی لفظی، یمن چیزن چھ منٛز ایشیاہس سیتی
تہٕ کیاہ تام واٹھ رُودمُت۔

(۶) یہ کتھ چھ وُنہٕ بحث طلب۔ تم انگریز یمو نہٕ
پانہٕ تحقیق کٔرِی کٔرِی کینہہ ترٛدو۔ تم چھ وُنہٕ

کلہن یُس سند ہانٛز ذِکر کران چھ۔ سُہ چھُ
نُمہ تلہ حضرت عیسیٰ مسیح ہی اوسمت۔

(۷) کاشُرِ ہانٛز یِم پانہٕ وتھرہ چالہِ کھوٚرو (چھہ)
استعمال کران چھ۔ یِم چھ اسرائیلی طرزٕکی۔

اتھ سِلسِلس منٛز خاموش۔

امہ کتھہ ہند تہٕ چھہٕ نہ کانٛہہ ثبوت زِہ کلہن
یُس سند ہانٛز ذِکر کران چھہ، سُہ گیاہ اوس
سُلیمان۔ حضرت عیسیٰ تہٕ سند ہان گیاہ چھہٕ
نُمہ تلہ اکھُ انسان اوسمُت۔ امیک تہٕ چھہٕ نہٕ
کانٛہہ ثبوت میلان۔

(۸) یتھو کھوٚرو چھہٕ سپٹھاہ پرانہ وقتہٕ پیٹھہ جاری
اسرائیلو آسہ اَنتھتٕ کاشُرِ بن نشی ہیوٚ چھُمُت
تہٕ گیازِہ یِم اُسہ واریاہس کالس ریگستانن
تہٕ صحراون منٛزی پھیران۔

معتبر عالمو چھُ لیوکھمُت زِہ یوٗرپی خانہ بدوشن
ہنٛزہ زبانٛی تہٕ درد زبانٛی منز چھُ اکھ خاص ناہِر
موجود۔ باسان چھُ یِم آسن ہندوستانہٕ پیٹھی
اور کُن گیمتی تہٕ اُہنز زبان آسے درد زبانن
ہنٛزی کانٛہہ صورت۔

گوڈہ کالس منز آسہ لشارچ زبانہ واریاہس
کالس پیٹھ پھاُلیمژہ۔ یمو آسہ پنیٛنِ بٕڈِ بلتستان
تہٕ جنوبی تبتس پیٹھ تہٕ تراوی متی۔ یمن جاین
انٛدِ تبتی تہٕ یرمی زبانہ بولان چھہ۔

علمِ لسانیات چھہٕ ہاوان زِہ لشارچ زبان آسہ
ہے اکہٕ وقتہ دُرس پنجابس پیٹھ تہٕ کافی اثر ترووُمت
لہٰذا[1] تہٕ پنجابی زبانہ تہٕ چھہ امیک ثبوت دِوان۔

[1] یہ زبان چھہ دریاے سندھ کس مغربس منز بولان۔ "لہندا" لفظک اصل مطلب چھُ "مغربی"۔

پتھے پأٹھۍ ادس سندھی زبأنی تہ امہ نش سیٹھاہ فیض حاصل کورمُت۔ یُوت بوزِو امِکۍ اثرات آسو نیپال تہ چیٖنہ کین علاقن تانی تہ وأتی متۍ۔

وَننہ چھُ یِوان زِ یورپی خانہ بدوشن تہ شأکِ روزن والین ہُند اصل جاے مقام اوس ہندوستانی۔ یم چھِ یُتی پیٹھہ تور وأتی متۍ۔ رومی زبانن منز چھِ وُنِ تہِ تِژھہ صورتہ موجوٗد، یم زن "درد" آگرہ (ماخذ) سیتی ہیکوک ٹھیک پأٹھۍ سمجھاوِتھ[۱]

(۸) کأشرِ بن پچُن ہُنزہ شراکہ چھِنہ ہندوستأنی پچن ہُنزن شراکن سیتی رلان۔ کأشرہ پچ شراکہ چھِ سوی چال ڈھال تھاوان یُس زن اسرائیلی شراکہ تھاوان چھِ۔

(۹) کشیرِ منز چھِ تِژھہ کینہہ پرانہِ قبرہ موجوٗد، یِہُند روٗخ شمال جنوب بدلہ مشرق مغربس کُن چھُ۔ وچھِ برارِہ چھِ اکھ تِژھہ قبر موجوٗد، یتھ

(۸) سیٹھاہ ممکن چھُ زِ یِم آسہن یورہ کیو لوکو وی تور واتہ ناوی مژہ۔

(۹) حال حالی چھِ راجستھانس (کالی بن گن ضلع گنگانگر) منز ۲۳۰۰ ؤری کھوتہ تہِ پرانہ قبرہ دریافت سپدیمژہ۔ یم زن امہ کتھہ ہند

[۱] مزید لکھِہ پرہ خاطرہ وُچھو "لِنگوِسٹک سروے آف انڈیا"۔ کینہہ لفظ چھِ یتھہ پأٹھۍ:

"Finally it is well known that the Gipsies of Europe and the Conquerers of Armenia and Syria found their way to present abodes from India, which they left from the North-west, and it is certain that Romani still retains many forms which can best be explained by Dardic origin."

(لِنگوِسٹک سروے آف انڈیا۔ کوڈنیک جلد)

پېٹھ زَن کینہہ عبرأنی لفظ تہٕ لیکھت چھہٕ۔

(۱۰) بانگلہٕ منز چھہٕ واریاہن ذاتن ہِندی ہِتھو ناو میلان، یم زَن اکثر ین بٹہٕ مُسلمانن منز تہٕ میلان چھہٕ۔ مثلن پاکل، بٹ، ڈانگر، ڈار، دَر، ڈوم، گگر، قرہ، الوسے، نائکو (نائیک)، گنائی وغیرہ۔

(۱۱) گھاسس منز گاڈہ بُزِتھ یتھ پاٹھی کشیرہ منز پھو بناونہٕ یوان چھہٕ۔ یہٕ طریقہ چھہٕ مُلکہ تلہٕ اسرائیلی۔

(۱۲) نام سُند بنیچُ اوس کُشس۔ اُہندی لیہ کھر چھہٕ یتہٕ آباد سپدیمتۍ۔ نانز چھہٕ ینیس یانس حضرت نوحٕ سندی اولاد زانان۔

صاف ثبوت چھہٕ پرانین وقتن منز آسی موجود دفن تہٕ سپدان۔

کینہہ سادھ تہٕ سنت چھہٕ دزنہٕ بدلہٕ دفن سپدُنی پسند کران۔ یژھ روایت چھہٕ سینٹ تھامس بِتھ کالہٕ پېٹھ ہندوستانس منز رُوزمژ۔

دیچھ براری چھہٕ قبرِ نسبت ہیکو یہ تہٕ وُنتھ زِ زانہہ کالہٕ آسہ ہے کانہہ یہودی تاجر یا سفیر یور آمت، یُس یتہٕ فوت سپُد۔

(۱۰) یمو منزہ چھہٕ واریاہ ذاتہٕ ہندوستان کِین باقی حِصن منز تہٕ میلان۔ پاکل چھہٕ پنجابس منز ہِندی راجن ہنز خات۔ بٹ چھہٕ سنسکرتس منز برہمنس ونان۔ ڈوم چھہٕ مُلہ تلہٕ "ڈومت" یُس زَن سنسکرتس منز شُدرن ہِندِ خاطرہ استعمال سپدان چھہٕ۔ "دَر" چھہٕ گُتھر (گوتر) ناو۔ یہٕ چھہٕ بنگالس منز تہٕ ذاتُک بدلہٕ استعمال سپدان۔ نائیک چھہٕ فوجس منز کأم کرنہٕ کِنہٕ ذات بنیمژ۔

(۱۱) یہٕ رواج چھہٕ مُسلمانن ہِندِ ینہٕ پتہٕ شروع گومت۔

(۱۲) حضرت نوحٕ چھہٕ یہودین ہِندی تہٕ بزرگ آسی متۍ۔ سو چھہٕ دُنیاہچ اکھ شخصیت آسمژ۔ یہٕ یتھ کأنسہ ہِندِس ملکس منز چھہٕ اُہندِ خاطرہ کأنی یژھ موجود۔

مُسلمانن اندر چھ خاص طور اُہنز حیثیت وارِیاہ

تھزٕ تہٕ معتبر۔

سہلاب، سمندر، آب تہٕ مُشکل ــــــ

یمن سارِنی چیزن چھ حضرت نوٗحس سیتۍ اکھ

خاص مُناسبت۔ اَوے کِنۍ چھ ہٲنز یأنی یانس

اُمی سندۍ اولاد نانان۔

لوٗ تہٕ کُش چھ سیتایہ ہُندۍ زہ گبر تہٕ اسۍ

ہتۍ۔ اکھ ضعیف روایت چھ یہ تہٕ یمنی گبرن

ہُندۍ گبر تہٕ پوہتر چھ شمالی ہندوستانس منز

پھٲلۍ ہتۍ۔

(۱۳) بائبلِ منز چھ تیتھۍ کینہہ ناو میلان، یم زن

کشیرِ اندر کینژن جاین ہُندۍ ناو چھ۔ مثلن

برزُل، ڈوٗر (ڈورُو)، ، شہہ لوگ،

اسٹور۔

(۱۳) یہ چھ محض اتفاق۔ یژھ مِثالہ ہیکن دُنیاہ

کین دوٚیمین حصن اندر تہٕ میلتھ۔

(۱۴) کأشرِ زبأنی منز چھ وارِیاہ عبرأنی لفظ

تہٕ آمتۍ۔ مثلن کینہہ چھ یتھ پأٹھۍ:

اڈ، اب (یہ گو کأشر "بب")، طہر، ایم

(یم)، افن (کأشرِ: دُفن)، آکھ (اکھ)، اجل،

اوٚن، اوٚب (اوٚپ)، تقر، توک (ٹھوک)،

تمز، نیوٗر، شِشر، درک (دِرک)، غیر، ہوٗن،

مزہ، قبر، ذبح، قطل (قتل)، سحر، گھبر (گبر)،

اَبتاوُن، لول، دکہ، شملہ، نقط (نقھط)، سنٛن،

ژیر، دازٕ، نزٕ، ہوٚدُھر، اصیل، (آلزی)،

واد، پانژھ، ترٛیہ، اوٚزبج، رفا (رٲوف)،

(۱۴) یمو لفظو منزہ چھ وارِیاہ لفظ تِم، یم زن

سنسکرتس وارِیاہ قریب چھ۔ مثلن اُلیو

نی (تہٕ) (آلُش)، یم، یوٗدُن (یادُن)، اکھ،

ترٛیہ، پانژھ، شِشر بیترِ۔ کینہہ لفظ چھ

تیتھۍ پأٹھۍ کأشرس منز استعمال سپدان

یتھ پأٹھۍ زن ہندوستان چین دوٚیمین زبانن

منز استعمال سپدان چھ۔ مثلن قتل، سحر،

قبر، غیر، شملہ، ذبح، دفن، طہر بیترِ۔ یم

کینہہ لفظ چھ فارسی ییس منز تہٕ استعمال سپدان۔

یہ کیازِ وَنو نہٕ یم آیہ فارسی پیٹھے یور۔

رف، ترپور (کیُور یا کرُدر) مالیُن، یاوُن بیترِ۔

دازچھ یہ کتھ ٹھیک پأٹھۍ مانن یوان زِ
سنسکرتن چھ ساری زبانہ واریاہ متأثر کرِمژ
یِہ تہِ چھ ممکن ییم آسن سنسکرتہ پیٹھ عبرأنی زبأنی
منز داخل سپدے متی۔ اگرچہ کأشرس منز
کینہہ عبرأنی لفظ تہِ آسن آمتی تِم آسہن کینژو
خاص طریقوٚ وی آمتی۔ کشیرِ اندر چھ یونانین ہُندی
واریاہ سِکہ میلان۔ ہرگاہ کلہن نہ "راج ترنگنی"
منز امہِ کتھہِ ہُند کانہہ ثبوت چھُنہ میلان زِ
ییتہِ چھ یونانیو تہِ حکومت کرمژ۔ مگر یہ چھُ پزر
زِ یور چھِ یونأنی تہِ آمتی۔ یِمو چھ ییتہِ حکومت
تہِ کرمژ۔ سِکن ہُند میلُن چھُ امہِ کتھہِ ہُند بارہ
ثبوت۔

سکندرنہِ مرنہ برونٹھ آسی شامس (سیریا)
پیٹھ یونأنی حکومت کران۔ یُدوے کشیرِ پیٹھ
حکومت کرن وألی یونأنی شامہِ پیٹھے آمتی آسن
تمو آسن پانس سیتی کینہہ عبرأنی لفظ ضرور
أنی متی۔

(۱۵) کأشرۍ مؤرخ پنڈت ہرگوپال کول تہِ چھ
اکِس خاص اندازس منز امہ کتھہِ سیتی اتفاق
کران زِ کأشرِ زبأنی پیٹھ چھُ عبرأنی زبأنی
ہُند اثر موجود۔ تہندی زبأنی ——
"کأشرہ زبأنی منز چھ پنژاہ فی صدی سنسکرت،
داہ فی صدی فارسی، پانژھ فی صدی ہندوستأنی
زہ فی صدی عربی تہ ۲۳ فی صدی کأشرۍ تہ متصلہ

(۱۵) عبرأنی لفظ کتھہِ پأٹھۍ آسن کأشرس منز
آمتی، تہِ آو نمبر ۱۴ کس جوابس منز ونہ۔ امہِ
علاوہ چھ ییمہِ کینہہ کتھہ تہِ یاد تھاونس لایق۔
کانہہ شک چھُنہ عربی تہ عبرأنی چھ سامی
خاندانچی زبانہ۔ مگر امہ پزرِ ییمن دۄن زبانن
منز فرق کرنی۔ پنڈت ہرگوپال کول چھ ونان
کأشرس منز چھ زہ فی صدی عربی لفظ تہِ موجود۔

علاقن ہُندی لفظ۔

یہِ چھِ حقیقت۔ مگر امیک مطلب پزِہ نہٕ ایسہ
ہیراگی زانُن۔

عربی زبانٕ چھُنہ براہِ راست کاشُرس پیٹھ
کانہہ اثر ترٛووُمُت۔ یہِ زبان چھِ مسلمانن ہنز
دینی زبان۔ ہاریاہ لفظ چھِ یتھے پاٹھی داخل
سپدیمتی۔ دوم فارسی زبانٕ چھِ عربی زبانٕ نِش
واریاہ کینہہ حاصل کوٚرمُت۔ فارسی زبانٕ منز
چھِ بے شمار عربی لفظ داخل سپدیمتی۔ کاشرِ
زبانٕ چھِ فارسی زبانٕ ہُند زبردست اثر قبول
کوٚرمُت۔ یتھہ پاٹھی تہٕ آیہِ واریاہ عربی لفظ
کاشُرس منز۔

عربی تہٕ عبرانٕی چھِ ترٛشے بینہِ زبانہٕ، یِتھہ
زن ایرانی (اوستیا) تہٕ سنسکرت (ویدی سنسکرت)
چھِ۔ سیٹھاہ ممکن چھُ زِ یِم کینہہ عبرانٕی لفظ کاشُرس
منز آمتی آسن، تِم آسن عربی زبانٕ ہُندی
ذٔریعہ کاشُرس منز داخل سپدیے متی۔

یِم چھِ طرف دارن تہٕ ناطرف دارن ہُندی خیال۔ اتھ اندر چھُنہٕ کانہہ شک زِ ناطرف دارن
ہُندی واریاہ خیال چھِ سیٹھاہ معقول تہٕ وزن دار۔ مگر یہِ آسِتھ تہٕ چھُ باسان زِ یہوُدین
سیتی چھُ کاشرِن کیاہ تام واٹھ رُودمُت۔ امہِ قسمک ساروی کھوٚتہٕ پرٛون حوالہ چھِ مشہور مورٔخ
البیرونی سندِس بیانس منز میلان۔ وَنان چھُ:-

"کاشرِ چھِ پننِہ ملکچہِ سلامتی تہٕ مضبوطی خاطرہ سیٹھی ہُشیار رُودی متی۔ تِم چھِ
ہر ہمیشہ اندرٕ اَتھہ ژِہن دتن پیٹھ سیٹھاہ راچھ کران رُودی متی۔ لِہٰذا چھُ یِمن سیتی
تجارت کرٛن مُشکل۔ گوڈہ گوڈہ کِنِہن وقتن منز اوسی تِم اکس دۄن قومن پننِس ملکس منز داخل
سپدنک اجازت دِوان خاص کر یہوُدین ...... " (البیرونی اِن انڈیا۔ ترتیب ڈاکٹر ایڈورڈ سخاؤ ایس
صفحہ ۲۰۶)

اَخر یِم یہوُدی کر سنا آیہ یور؟ کیاہ یہند کانہہ واتھ اوسا آسٹرکن، دراوڑن، کاشرِن ناگن یا پشاچن سیتیٚ؟ یہ آدیہ وَنِتھٕ وَنہٕ نہٕ دراوڑ اُسہٕ بُنیادی ہندوستانکی روزن وٲلی تمہٕ اُسہٕ بحیرہ روم تہ ایشیاے کوچکہ پیٹھہٕ یور آمتیٚ۔ آسٹرک تہٕ اُسہٕ بحیرہ روم کِنہ آس پاس علاقن ہُندی روزن وٲلی۔ یہ تہٕ آدیہ وَنِتھٕ ثابت کرنہٕ نہٕ ناگ، گژھن پیٚیہ دراوڑ یا آسٹرک آسنۍ، یِم زن ہندوستانہٕ پیٹھہٕ یور کُن ژلیتھ آسے۔ سوال چھُ دوہتھان نہٕ تیٚلہ ما چھ پیٚیہ ناگ یہوُدی اُسہٕ میتیٚ؟ مگر سہٕ چھُ غلطی! ناگن ہُند دَکھ ؟ ازن پیٚیہ ۱۵۰۰ ق۔م پیٹھہٕ ۵۰۰ ق۔م تانی ہیوٚ اوسمُت۔ اُتھی وقتس منز چھ پشاچ تہٕ یور یِوان تہٕ ہندوستانی آریا تہٕ یور واتان۔ طرف دارن ہُندوِنُن چھُ نہٕ یہوُدی چھ از برونہہ پیٚیہ نہٕ ساس وَری کشیرِ منز داخل سپدے میتیٚ۔ سہٕ گوٚ دوٚیمین لفظن منز سہٕ وَکھ، ییٚتھ زن "پراکرت کال" وَنان چھ۔ سو پشاچ زبان یوسہ امہِ وقتہٕ کشیرِ منز بولان اُسۍ، سہٕ اُس واریاہ برونہہ دراٹھ۔ امہِ کِنہٕ ہیکوک نہٕ ناگ یہوُدی مانِتھ۔ یُدوَے یہ ناممکن تہٕ ممکن مانون، تو تہٕ چھِ نہٕ کاشرہ زبانۍ ہُندِس خاندانی لگاوس کانہہ فرق یِوان۔ تہٕ کیازِ کاشرہ زبانۍ ہنز بُنیاد چھِ نہٕ ناگن ہنز زبان بلکہِ پشاچ زبان۔[1]

---

[1] ناگن متعلق تہٕ چھ مورخو کم کم خیال وَنی میتیٚ۔ ڈاکٹر سی، الف اولڈھم سُند خیال چھُ ناگ چھ سوٗرج بنسی اُسہٕ میتیٚ تہٕ تِم چھ ٹیکسلا پیٹھہٕ آمتیٚ۔ ڈاکٹر ایس سی رے چھُ میٚے خیال تھاوان، یہ زن گریرسن تھاوان چھُ۔ جیمز فرگوسن چھُ وَنان:

"The Nages were not originally serpents but serpent worshipers, an ab original race of Turanian stock inhabiting north of India, who were Conquered by Aryans."

---

تورانی زبان چھ عبرانی زبانۍ ہنزِ اکھ بیٚنہِ زبان۔ مگر یہ چھ نہٕ کنہٕ عبرانی۔ مزید تشریح خٲطرہ وُچھو نقشہ ایس ییٚتھی بابس منز درج چھُ۔

ہرگاہ یہوٗدی کشیرِ منز داخل سپدِ مُتی آسن - تمہِ ہن تجارت کرنہٕ کی غرضہ یور آمتیٖ[1]۔ یِم یہوٗدی چھِنہٕ کأشرِ زبأنۍ پیٹھ تیٚتھ کاہہ اثر ترٲوِتھ یتھہٕ زن زبانِ ہندس علمس منز "اثر" ونو۔

زبانن ہُند دوٚ تلُن، پوٚٹھُن تہٕ پھانٛپھلُن چھُ سپٹھاہ دِلچسپ۔ یہِ چھِ اکھ زبردٕ عمل۔ لفظ چھِ عجیب عجیب طریقو اکہِ زبأنۍ پیٹھہٕ دوٚیمہِ زبأنۍ منز داخل سپدان۔ لفظن ہُند ین گژھُن چھُ دوٚن دَربن یا دوٚن قومن ہندِ رِشتُک ضرور اکھ ثبوت۔ دوٚنۍ گو خاصکر کینٛہہ لفظ ہی گژھان تہٕ یہِ وَنُن زِ اکِہ زبأنۍ چھُ دوٚیمہِ زبأنۍ پیٹھ اثر ترٲوِمُت تہٕ چھُ نہٕ جایز۔ اکس زبأنۍ پیٹھ دوٚیمہِ زبأنۍ ہُند اثر دریافت کرنہٕ خاطرہ چھُ تمہِ زبأنۍ ہندین فعلن (کریا) یا مصدرن (Verbs) آوازن تہٕ صوتی تبدیلی ین، لفظن ہنزِ تکہ ترادِہ تہٕ لب ولہجس پیوان ژونُن۔ تتھی سمن[2] (تت سم) تہٕ بدلیتھ سمن[3] (تدبھو) بُتھہِ لگِن (سابقہ یا Prefix) تہٕ پتہٕ لگِن (لاحقہ یا Suffix) پیوان ژونُن۔ مثلن فارسی تہٕ سنسکرت اثر ہیکو یتھہٕ پأٹھی اکسأنۍ سان ثابت کرِتھ:

(۱) "شاہ" (فارسی) —— [تتھے سم (تت سم) بُتھہِ لوٚگ (سابقہ) نی تون] مطلب چھُ بوٚڈ — شاہ سوار، شا، رگ، شاہ باز، شاہ پأز، شاہ مال، شاہ توس، شاہ دیہ، شاہ پری، شاہ تُل، شاہ توس، شاہ صأب، شاہ کوٚل، شاہ سوندر، شاہ ناز، شاہ مار)

(۲) "نا" (فارسی)۔ [تتھے سم، بُتھہِ لوٚگ] معنے چھُ نکار۔ ناواقف، ناجایز، ناکارہ، نالایق، ناموٗزوم، ناٹھیک، ناپسند، ناجایز۔

(۳) سُ (سنسکرت) —— [بدلیتھ سم (تدبھو) بُتھہِ لوٚگ] —— معنے چھُ بڑہ جان —— بدلیتھ

---

[1] البرونی ہندِ ثبوت بیانہٕ خاطرہ ڈیچھو صفحہ نمبر (۵۵)

[2] یِم گیہ تِم لفظ یِم زن اکہِ زبأنۍ پیٹھہٕ دوٚیمہِ زبأنۍ منز تتھے پأٹھۍ آسن آمتۍ یتھہٕ پأٹھی زن تتھ اندر آسن بولنہٕ یوان۔

[3] یِم گیہ تِم لفظ یِم زن اکہِ زبأنۍ پیٹھہٕ دوٚیمہِ زبأنۍ منز ہنا تبدیلی کھیتھ آسن آمتۍ۔

شکل چھہ سو ـــــ سو کال، سو واکھ، سو وکھ، سو وِز، سو کام، سو برٛز، سو کار،
سو شرٕ، سو وَتھ، سو پُوتی، سو کیرن۔

(۴) کُ (سنسکرت) ۔ [ بدلِتھ سم، بُتھِ لوٗگ ] ۔ معنے چھہ بڈھ خراب۔ بدلے ہٕز شکل کو۔
کو کام، کو کار، کو صحبت، کو ورن، کو فیچہ، کو کیرن، کو مغز، کو شکل، کو وَتھ،
کو وَکھ، کو کتھ۔ کو پُوتی۔

(۵) "اُ۔ آ" (سنسکرت उ ऊ) ۔ [ بدلِتھ سم، بُتھِ لوٗگ ] ـــ بدلیہٕ ہٕز شکل "دُ"
یا "دو" ـــ دُرُن، دُتار، دُجاره، دُلٹھ، دو پھرن، دو پدیش، دو تیم، دوم
دو پس۔

(۶) "نِر" (سنسکرت) ـــ [ بدلِتھ سم۔ بُتھِ لوٗگ ] ۔ بدلے ہٕز شکل "نِر" ـــ نِرمل، نِرزل،
نِربل، نِرزل، نِر دوش، نِراحال، نِرنجن، نِرملا۔

(۷) "ہم" (فارسی) ـــ [ تِھتھے سم۔ بُتھِ لوٗگ ] ـــ ہم شانہ، ہم پیالہ، ہم مُدعا، ہم شکل، ہم
خیال، ہم بستر، ہم جماعتھ۔

(۸) "منت" (سنسکرت) یا مند (فارسی) : [ دوشوَے چھہ بُنیادی گُنٕ مطلب تھاوان
کاشُرس منز چھِنہٕ "منت" اِستعمال سپدان۔ لِہٰذا چھُ یہ فارسی "مند" لفظُک تِھتھے سم۔ پتہ
لوٗگ یا سنسکرتُک بدلِتھ سم پتہ لوٗگ ] ـــ عقل مند، ہونر مند، حاجت مند، درد
مند، رضامند، غیرت مند۔

(۹) اُن (سنسکرت) ـــ [ بدلِتھ سم۔ بُتھِ لوٗگ ] ـــ بدلے ہٕز شکل کُن ـــ معنے چھُ
اکھ کم ـــ مثلن کُن وُہ (وُہہ کم اکھ)، کُن ترِہ (اکہ کم ترِہ) کُن ترٛاجی، کُن وِن زاہ،
کُن ہاٹھ، کُن ستتھ بیترِہ۔

(۱۰) "بنت" (سنسکرت) : [ بدلِتھ سم، پتہ لوٗگ ] ـــ بِگرٕ، ہٕز صورت چھہ "ند" ـــ مثلن
اند، دند، ہند

(۱۱) "دار" (فارسی) : [ تِھتھے سم۔ پتہ لوٗگ ] ـــ طرف دار، تھان دار، مال دار، محال دار،
ایمان دار، سمجھ دار، تحصیل دار، ضلع دار، ذٲل دار۔

(۱۲) دانی یا دان (فارسی) : [ بدلِتھ سم۔ پتہ لوٗگ، تِھتھے سم، پتہٕ لوٗگ ] نُونہٕ دانی، سودٕ

دانُو، مصالہ دانی، دودھ دانی، قلم دان، گل دان، شمع دان۔

پژھ مِثالہ ہیکن واریاہ نیرِتھ۔ دِچھیکھ تانی آیہ نہ زانہہ تہِ پژھن کیتھن کُن کانہہ تن دِنہ۔
ضرورت چھ پژھ کام سپدِہ، یتھہ زن پریتھ کینہہ واضح سپدِہ۔

کاشرِہ زبانی منز چھ از واریاہن زبانن ہُندی لفظ موجود۔ مِثالہ پاٹھی نی تو:
یاغو، لواس، کلمچہ وُور، بوقچہ (بغچہ)، لالہ، کاک، شرتل (شتل)، قالمہ — یم
چھ ساری ترکی لفظ۔

سماوار، کمرہ، نیلام (سون لی لام)، پادری — یم چھ ترتیب وار رُوسی، اطالوی
(اِٹلی زبانی ہُندی)، پُرتگالی تہ لاطینی (لیٹن) زبانن ہُندی لفظ۔ "پادری" لفظ چھ صاحب
کول نِس کلاس منز تہِ دِرینٹھو لیوان۔ امیک مطلب چھ یہ زِ یہ چھ واریاہ برونہہ
کاشرِس منز داخل سپدیومُت۔

کرتیژ (کرتہ)، چوغ (چوغا)، برقع، باگرخانی (باقرخانی)، پلاو (پلاؤ)، موربہ
(مربہ)، گولاب (گلاب)، حمام، شمع، فونوس (فانوس)، گاہ، چلم، حقہ، پستہ، بادام،
تکیہ، رُومال، رِکابی (رِکابی)، چمچہ، شال، ابرو، وسد — یم چھ عرب (عرب) تہ فارس
(فارس) پیٹھہ آمتی۔

فارسی لفظن ہُند تیداد چھ اَنتہ رۆس۔ سنسکرتکی پاٹھی ہیکو کیتی لفظ تہ کیژہ
ترکیبہ پیش کرِتھ، یم زن سائنس بول بوشس سیتی تتھہ پاٹھو رلے متی ہیمہ زِ شک تہِ
چھنہ سپدان زِ یم آسن فارسی پیٹھے آمتی۔ مِثالے نی توکھ یم کینہہ لفظ:

دوس (دوست)، نور، خبر، راہ، صبح، مقام، جنگ، بکار، شِکار، خراب،
اگر، مُلک، سُلطان، دُر (دور)[1]، دردیش، قناعت، سلطنت، زمین، خدمت، مجال،
فلاں (یا سون فلانی)، کجا، تمہ، فرصت، غنیمت، رحمت، زخم، رحم، نقد، جنس،
بانھ (بیت)، شار (شعر)، دوستاد (اُستاد)، علم، دلیل، دانہ، بزرگ، جہان، شخص،
نغمہ، دُشمن، قضا، چراغ، بےخبر، حال، پریشان (پریشاں)، ال، صاب (صاحب)، لازم

---

[1] کاشرِس منز چھ دُرس دُور تہِ ونان

(لازم)، وقف، حاکم (حاکم)، ملامتھ (ملامت)، ملازم (ملازم)، درگاہ، نگاہ، آستان یا
استان (آستان)، خریدار، نکھ (نک)، تماہ (طمع)، شکل، مزاج، قد، آب، بے تاب،
کباب، جواب، ثواب، آفتاب، حجاب، ماہتاب، اکتاب (آفتاب)، شراب (شراب)،
بے دِل، خوٗن، وحشت، زِندہ، موردہ (مُردہ)، ہمشیرہ، یاد، فریاد، نالہ، نیزہ، زینہ،
وعدہ، چمن، باغ، دامن، چاک، آہ، سِتم، ظلم، گُل، سینہ، خط، خد و خال، ساز، راز،
ناز، انداز، زاہر (زہر)، رخسار (رُخسار)، جمال، ہجر، ملال، کمال، فراق، آئین، عاشق،
دِلبر، صبر، بے صبر، پادشاہ، بیگم تہ بیٚیہ ساسہ بدی لفظ۔

انگریزی زبانی ہنٛدی واریاہ لفظ تہٕ چھہ از کاشرس منز داخل سپدان۔ وتہٕ
کار، میٹر، موٹر، ہیٹر، انجکشن، پنسل، پنسلین، ڈِس مِس، پمپ، ...
ریڈیو، وایپر، کنٹرول، فُٹ بال، سائیکل، بینڈ، گیٹ، ہنڈل (ہینڈل)، ٹیچر، گاڈ،
چارج، اکونٹنٹ (اکونٹنٹ)، سپری ڈنٹ (سپرانٹنڈنٹ)، ٹیوب، پوڈر، ٹب، مشین،
کمپونڈر، ایکس رے، ڈاکٹر، شیڈ، واشل، کار، موٹر، لاری، سٹارٹ، بریک، سلیٹ،
تھرما میٹر، بلیڈ، برش، قلم، کمپنی، پارک، لان، سوڈا، ٹافی، سگریٹ، سُچ (سوچ)، فیوز،
کنکشن (کنکشن)، کوٹ، بوٹ، لان مَن (لاین مین)، سپروائزر (سپروائزر)، پرنسپل،
پرافسر (پروفیسر)، سوٹھ (سوٹ)، انجنیئر، اورسیر (اوورسیر)، پالش (پالش)، پلگ،
واسلین (ویسلین)، پلستر (پلاسٹر)، سیمنٹھ (سیمنٹ)، ریٹھ (ریٹ)، کپتن (کیپٹن)،
ماسٹر (ماسٹر)، ٹکٹھ (ٹکٹ)، لیڈر، والنٹیر، ووٹ، مٹرس (میٹرس)، نرس، مس، سکتر
(سیکرٹری) ——— یم چھہ ساری انگریزی لفظ۔

سکھ تہ ڈوگرہ عہدہ پٹھہ ہستن کاشرہ زبانی منز اردو، ہندی لفظ تہٕ داخل سپدنی۔
کینہہ لفظ آسہ ہن امہ برونہہ تہٕ وأتی متی۔ خاص کر مغل دورس منز۔ روپ دیدہ[1] (پٹھان
وقتچ شاعر) متعلق چھہ ونہ یوان زِ سوٗ اُس ہندوستانی زبانی منز شار تہٕ ونان۔ اُردو نثر
کوٗر کاشرہ ادبن واریاہ کینہہ حاصل۔ اتھ پوٗرہ پوٗرہ ذکر ییہ ترہیمس ژورمس دورس منز۔
موخصر اگر محض لفظن ہندس پیٚنس اثر ونو، اَدہ تم ییمہ طریقہ آمتی آسن ترتیمہ، چاہے
یہودی آسن یور آمتی یا نہ، تیلہِ چھہ کاشرہ زبانی پیٹھ عبرانی زبانی ہند اثر ضرور پیومت۔

---

[1] روپ دیدہ ہند کلام شیرہ ژار ڈاکٹر شیوناتھ شرما وچھو۔

# اصل کتھ

کاشرِ زبٲنۍ ہند ارتقا چھُ ترٛین وکھرٮ۪ن کالن[1] منز یتھ پاٹھۍ سپدان :-

(۱) ناگ پشاچ کال :

یہ چھُ ۱۵۰۰ ق م (یا امہ برونہہ پیٹھہ) ۵۰۰ ق م تانۍ روزان۔ یتھ وقتس منز چھِ کشیرِ منز پشاچن ہنز زبان چاو بران۔ یہے زبان چھ کاشرِ زبٲنۍ ہنز بنیاد۔ یہ پشاچ زبان چھ ہندوستانچن دۄیمین بول بوشن چین زبانن واریاہ برونہہ آسان۔ اَتھ وقتس منز چھ ناگن تہٕ پشاچن ہندِ اتھہ واسہ سیتی "نیل مت" بارسس یوان۔ اَتھ دورس منز چھ ویدک اثرات کشیرِ پیٹھ قدم ترٲوان۔

(۲) پراکرت کال

یہ دور چھُ ۵۰۰ ق۔م پیٹھ ۱۰۰۰ء تانۍ روزان۔ یہ گوٚو وکھ ییلہِ زن کاشر زبان اکھ الگ زبان اَسحق تہٕ چھ پراکرت یمہ خوٚبوٚ سیتی سیٹھاہ متاثر سپدان۔ یتھ دورس منز چھُ کشیرِ پیٹھ ویدی تہذیبک اثر گژھان تہٕ یتھۍ وقتس منز چھُ بُدھ دھرمس بوش کھسان۔ سیٹھاہ ممکن چھُ پالی پیٹھ تہٕ آسہ ہن کینہہ لفظ کاشرس منز داخل سپدے متی۔ یہ گیہ سوٚ زبان یتھ منز زن بُدھ مَتک پرچار سپد۔ یتھی دورس منز چھ یونانی تہٕ تُرک تہٕ یور یوان۔ تہٕ یتھی دورس منز چھ تم یہودی تہٕ یور یوان البرونی یہ وننہ یم آمتی آسہ ہن تہٕ تم۔

(۳) اثر کال

یہ چھُ دُہمہ صدی پیٹھ شروع سپدان۔ کاشر زبان چھ "اپ بھرنش" خوٚبوٚ سیتی متاثر سپدان۔ یہ اپ بھرنش کال چھُ ۱۲۰۰ء تام ہیو روزان۔ ترٛوُاہمہ[13] صدی منز چھ اَزِچ کاشر زبان ہِنۍ موکھ ہیوٚ کڈان، یس زن اَکھوس ژدہ اہمہ[14] صدی منز چھُ ٹھیک پاٹھۍ نون نیران۔ اسلامس چھُ بوش کھسان۔ عربی زبان چھ دینی زبٲنۍ ہنز حیثیت پراوان۔ فارسی

---

[1] دور، Periods

زبان چھ درباری زبان بنان تہ دوہہ کھوتہ دوہہ چھ فارسی لیس زیادہ زیادہ چلے جاوٗ۔ لگان فارسی زبان چھ مہاراج رنبیر سنگھ نِس وقتس تام بلاکہٕ تبدیلی درباری زبانہِ روزان۔ امہِ پتہ چھ یہِ رُتبہ اُردو زبان پراوان۔

ہندی، اُردو تہ انگریزی زبانہ چھ کُنوُہمہِ[19] صدی پیٹھہٕ پننہِ پننہِ کشیرِ منز دُرہ راوان۔ از چھ اکس کاشرِس اَندی پکھی پینی زبانن ہندجوش تہ وُشنیر نایان۔ کاشر شاعر تہ ادیب تہ چھ اُتھی ماحولس منز لسان لسان تہ پھانپھلان۔

---

البرونی (زا سنہ ۹۷۳ء) سِندِ ین کینژن لفظن ہند ترجمہ چھ بروٗنہہ لیکھنہٕ آمُت۔ اصل لفظ چھ یِتھہ پاٹھی:

"Kashmir lies on a plateau surrounded by high inaccessible mountains ... ... The inhabitants of Kashmir are pedistrians, they have no riding animals nor elephants ... ... They are particularly anxious about the natural strenght of the country and therefore take always much care to keep a strong hold upon the entrances and roads leading to it. In consequence it is very difficult to have any commerce with them. In former times they used to allow one or two foriegners to enter their country, particularly Jews, but at present they do not allow any Hindu whom they do not know personally enter, much less other people."

["Al Beruni in India"— edited with notes and indicies — By Dr; Edward C. Sachau. Page 206]

# ترٛیُم باب

## بیۆن بیۆن کال

کأشرِس ادبس سیٖتۍ پوٗرٕ پوٗرٕ زان پہچان حأصِل کرنہٕ خأطرٕ تہٕ امِیُک پھولُن تہٕ پھوٚلُن جان پأٹھۍ زانٕنہٕ موکھ چھُ ضروری زِ یہِ سورُے ادب کرون کینٛژن بیۆن بیۆن کالن اندر تقسیم۔

یِم ادبی کال ہیکن جدید تہٕ قدیم تنقیدی خیال نظرِ تَل تھأوِتھ وارِیاہن اندازن اندر قأیِم سپدِتھ۔ یوٚدوَے سون تنقید اَزی اَزی تھنہٕ پیوان چھُ، پتہٕ ہین کینٛژن وٕرِین منٛز آیہِ دکھرد وکھرہ طریقو مختلف ادبی کال گرنہٕ۔ کأشرُ ادب آو مختلف اندازَو بیۆن بیۆن دَورن منٛز بأگراونہٕ۔ مگر پزر چھُ یہِ یِیلہِ اَسہِ یِمن کالن پیٹھ وارہ پأٹھۍ بوز شوز چھِ کران، وارِیاہ نوقص چھِ برٛونٛہہ کُن یِوان۔ یِمہِ کِنہٕ اکھ نٔو کالہٕ بأگرے ژھارُن چھُ ضروری باسان۔ زیادہ بہتر چھُ اَسہِ ہیمَو گوڈہ یِمن سارِنی خیالن سام، یُتھ زن نٔوۍ کال گرنس منٛز آسأنی سپدہ۔

پروفیسر بی۔ این پُشپ چھِ کأشرِس ادبس پانٛژن۵ کالن اندر تقسیم کران۔ یِم کال چھِ یِتھہٕ پأٹھۍ:

(۱) آدمی کال (گوڈنیُک دَور) ... ... ۱۲۰۰ء پیٹھہٕ ۱۳۵۰ء تانی

(۲) پربندھ کال (انتظامی دَور) ... ... ۱۳۵۰ء ،، ۱۵۰۰ء تانی

(۳) گیت کال ... ... ۱۵۰۰ء ،، ۱۷۵۰ء تانی

(۴) پریما کھیان کال (لولہٕ دلیلن ہُند وکھ) ... ۱۷۵۰ء ،، ۱۹۰۰ء تانی

(۵) آدٕھ نٕک کال (از کال یا جدید دور) ... ... ۱۹۰۰ء پیٹھہ

ہرگاہ ہیٚے یہِ تقسیم واریاہ شوٗدھ، صاف تہٕ زوٗردار چھےٚ، کینہہ خاص کتھ چھےٚ اِستادہ سپدان، بیمہٕ کنہٕ یہِ ناقص سپدان چھےٚ۔ "پرٕبندھ کال" اکھ الگ دور مانُن چھےٚ نہٕ ژلان تہِ کیازِ دوٚیَو تریوٚ کتابو بغیر چھےٚ نہ امِہ وقتُک کینہہ تہِ موجود۔ محض تأریخی حوالَن پیٹھ اکھ الگ بٔرانٛدہ کنہٕ دٔرہ راوِنی چھُنہٕ شوبان۔ دوم یہِ کینٛژھاہ امِہ وقتُک رٔژھ راوِنہٕ آمٕت چھےٚ تہِ وُچھت چھےٚ نُندہ ریٚوٚش (۱۳۷۸—۱۴۳۸ء) ممتاز سپدان۔ نُندہ ریٚوٚش چھےٚ سانہِ صوٗفی شاعری ہُنٛد سرتاج۔ یہِ چھےٚ سانہِ شاعری منٛز تمہِ ہٕنٛجہِ ہنٛز بُنیاد ترٛاوان یتھ زن صوٗفی زبانی منٛز "لوٚلہٕ وتھ رٔٹن والی (پریم مارگی) ونان چھےٚ۔ للہ (۱۳۳۵—۱۴۰۰ء) تہٕ نُندہ ریٚوٚش چھےٚ آسانی سان تتھ ہٕنٛج تل یوان، یتھ زن ادبی زبانی منٛز "نِرگُن فلسفہ" (نِرگُن فلسفہٕ) ونان چھےٚ۔ یُہےٚ فلسفہ تہٕ یُہےٚ رنگ چھےٚ سانہِ گوڈہ کال چہ شاعری (آدٕھ کالس تہٕ پرٕبندھ کالس) اندر دٔرینٛٹھی یوان۔ یہِ ہٕنٛج (Trend) چھےٚ جبہ خوتُنہِ ہُنٛدِس آو آدس تانی برابر گرٛایہِ ماران۔ باسان چھےٚ کٔشپ جی نِس ذہنس منٛز چھےٚ یمہ کتھ برابر موجوٗد۔ اَمی چھےٚ اُہنٛدین خیالن اندر پھیرہ ہیوٗ بہان۔ تِم چھےٚ بٔنیِس اکِس جایہِ کأشرہ شاعری ہُنٛد دوٚیُم دور جبہ خوتُنہِ ہُنٛدِ لولہ ؤژنو پیٹھی شروع کران لیکھان چھےٚ:—

"زین العابدینس پتہ آے کٔشیرہ واریاہ گٔیلہ۔ اُندری فساد تہٕ فتِنہ رُود چلاوُن۔ ماگریو، ڈارو تہٕ ژکٕ تکٕ نوٚیہ نوٚیہ جنجال، یمہٕ سیتی مُلکی تہٕ سماجی زندگی آیہِ وُہھرنہٕ۔ علم تہٕ ادب گو اُندری اُندری دَم پھُٹ تہٕ سُلطان حسن شاہنٛز سرپرستی آسِتھ تہِ ہیٚچ نہٕ کأشر شاعری تمن دوہن وٕتلتھ۔ پتہ یٔیلہِ ژک حکوٗمژ کھور ٹھیکہ راوی، جبہ خوتُنہِ ہُنٛدی ؤژن گٔے تھدان تہٕ کأشرہ شاعری ہُنٛد دوٚیُم دور آو اَکِس کُنتھ، میٚٹھ تہٕ موٗدرہِ سوزُک گرو ژُن پیالہٕ ہیٚتھ گرٛایہِ ماران ..."

(کونگ پوش نمبر۱، جلد اوّل)

۱۷۵۰ء پیٹھہ ۱۹۰۰ء تانی اکھ الگ کال مانُن تہِ چھُنہٕ ژلان۔ تہِ کیازِ ۱۷۵۰ء پیٹھہ

۱۷۷۵ء تام چھُنہ اکھ وولہ دلیل تہٕ کأشرِس منز لیکھنہ آمژ۔ اَتھ وقتس منز چھُ حبہ خوتونہٕ تہٕ آرنہٕ مالہِ ہُنٛدُے سوز چاوبران۔ تہٕ اَتھ وقتس پیٹھ چھُ یِہُنٛدُے رنگ نایان۔ از یِمہٕ سارِوٕی کھوتہٕ پرانہِ وولہ دلیلہِ (مثنوی) ہُنٛد پَے یِیوٚلمُت چھُ، سُہ چھُ محمود گامینٛ مثنوی "شیرین خسرو"۔ محمود گامی چھُ کأشرِس منز مثنوی ہُنٛدِس فنس دَس تُلان۔ یہٕ مثنوی چھےٚ اُمہٕ ۱۷۸۵ء منز مُکمل لیچھمژ۔ تہنٛدی زبأنی:

هزاران رحمتِ حق بر نظامی
قلام در گهش محمود گامی
ملک چون شاه در شهباد باشد
بر عمر و دولت خود شاد باشد
بروز چارشنبه ماهِ صفر
برکشمیری زبان گفتیم خوشتر
(۱۱۹۹ھ (۱۷۸۵ء)
هزار دوصد بود از یکی کم
گذشته هجرت سردارِ عالم

(مثنوی شیرین خسرو)

محمود گامی یُن زااَسنہٕ تہٕ مرن سنہ چھُنہ خبری۔ گریرسن چھُ اُمی سُند سنہ وفات ۱۸۵۵ء لیوکھمُت۔ امہِ پتہٕ یہٕ کینٛژھاہ لیکھنہ آو، سارِوٕی کُر اَتھۍ سنس کھُف۔ محمود گامی نہٕ دُمرہ ہُند ٹھیک ٹھیک اندازہ چھُ "شیرین خسرو" تہٕ "قصہ ہارون رشید" مثنوی لوِ سیتۍ ہیکان ٹھیک پأٹھۍ سپدِتھ۔ "قصہ ہارون رشید" ناوٕچ مثنوی چھےٚ تمۍ ۱۸۴۳ء منز لیچھمژ۔ یہٕ کتھ چھےٚ یمہٕ لفظو سیتۍ ٹھیک پأٹھۍ ظأہر سپدان:

رحمتِ حق بر نظامی شُد نصیب — چھُ بنا[1] محمود گامی ہم قریب
شعر وَنُن موختہ ژٕبنِ[2] زانتن — با دِل و جان چھی کران بیرونِ زِتن
رحم کرتس درد و عالم اے خدا — از فراقِ خود چنیں دادا و صدا

---

[1] یہٕ لفظ گژھِہ "بنان" آسُن۔ "بنا" چھِ یِتھہ پأٹھۍ "ڈوٚکھ" آسنس تہٕ وَنان۔ اَتھ مطلب پیٹھ تہٕ چھُ یہٕ لفظ پوٗرہ وُتران۔

[2] ژونبن

چھُس یُہ برحق دوستدار چار یار — یا جمیع یار در جنّت در آو

ہشت و پنجہ سال بہشت سۄ اوس (۱۲۵۸ھ (۱۸۴۳ء)) — دۄن مینہ پیٛٹھ قصہ زِ ہجرت گومُت اوس

گُفت در ماہ بہا در ایں کلام — چار دہ از ماہ رفتہ شُد تمام

قصۂ کوتاہ مختصر کرِم کتاب — فاتحہ پرِ سہ پرِ یتھ واتی ثواب

(مثنوی قصۂ ہارون رشید)

اگر محمود گامی ین "شیرین خسرو" کنُوہ ۱۹ وۄہ ۲۰ وُہرس لیچھمٕژ آسہ، تمۄ سُند زاسنہ چھُ تیٛلہِ ۱۷۶۵ اُمیُو نیران۔ تمِیُک مطلب چھُ "قصۂ ہارون رشید"[۱] یُس تمۍ وقتس منز لیکھہ آخر یم وقتہ سۄ ۷۸ وُہری اوس۔[۲]

کأشرِ شأعری ہُند قدیم دور چھُ تکہ تہ ۱۷۷۵ء تام ہیُو روزان۔ یہ گو دۄیمین لفظن منز اُرزہ مالہ ہُند آخری وکھ ہیُو۔

کأشرِ شأعری ہُند "از کال" (جدید دور) ۱۹۰۰ء پیٹھہ شروع کرُن تہ چھُنہ ٹھیک باسان۔ یُو دوَسے یہ کال ۱۹۲۵ء پیٹھہ (مہاراجہ ہری سنگھہ نہٕ تخت پراونہ پیٹھہ) ییہ شروع

---

[۱] قصہ ہارون رشیدس منز چھُنہ محمود گامی نہٕ زبأنی منز تُرجمہ کانہہ تبدیلی لبنہ یِوان۔ دوہنی گو کأشرِ ین شأعرن پیٹھ یُس اُردو شأعری ہُند اثر پیوان اوس، محمود چھُنہ امہِ نِشہ بچتھ ہیکان۔ کینہہ شار وُچھو:۔

شیر و شربت بو کرے واہ تیار — ہا مُسأفِرو بو لاگے بالہ یار

باو کیاہ چھے ناو، اے سروران — باو ذاتِ خود کُجا داری مکان

کِس چمن کا پھوٗل ہے سچ تو بتاوٗ — ہم تیرا بُلبُل ہے یا کیاہ چھے تُہ ناو؟

ناک کتہ سۄ آک، در شہرِ بصر — کر قبول کرتم مُسأفِرو سفر

"قصۂ محمود غزنوی یس منز چھُ یتھۍ شار سیٹھاہ زیادہ میلان۔ باسان چھُ محمودن چھِہ یہ مثنوی تہ آخری وقتس منز لیچھمٕژ۔

[۲] یٛیلہِ یہ خبر آسہ محمودن چھ اکھ مثنوی ۱۸۴۳ء منز تہ لیچھمٕژ۔ تمۍ یمنز عُمرِ ہیکوَ نہٕ کُنہ کینہ کُن ۱۹ وُہر، ۲۰ وُہرِ علاوہ آسنتھ، یٛیلہِ زن تمۍ "شیرین خسرو" لیچھمٕژ آسہ۔ امہِ کِنۍ ماننہ تہ چھُنہ مُناسب تہ کیازِ یژھ فارسی آمیز مثنوی ہیکہِ نہٕ امہِ کم وُمرہ ہُند شأعر لیکھِتھ۔ گریرسن یُس سنہِ وفات لیوکھمُت چھُ تمہ موجب چھُ تم ۱۸۵۵ء منز ۹۰ وُہری آسمٕت۔

کرنہٕ زیادہ بہتر سپدِہ تہٕ کیازِہ کاشُرِ شاعری منز چھُ اکھ نوٚو جوش تہٕ رنگ آتی پیٹھہٕ ڈرینٹھو یوان۔ یِمَن زن ۱۹۳۱ء پتہٕ مختلف سیاسی تہٕ سماجی تحریکو سیٹھی زیادہ زیادہ بڑزان تہٕ کاڈ کڈان چھُ۔ مہاراجہ پرتاپ سنگھ تہٕ مہاراجہ گلاب سنگھنِس عہدس منز چھینہٕ کاشرِ پن ہُندِس سوچس سمجھس منز تڑھ کانہہ فرق لبنہ یوان۔ نہٕ چھُ کاشرِس ادبس منز کانہہ منتہی شاعر زنم لبان، یُس زن پننہٕ خاص انفرادی کمالہٕ کنہ اکھ نوٚو طرح رسٹے۔ سانہٕ از کال چہ شاعری ہندی سرتاج چھہ مہجور۔ مہجور صابنی نوٚی نغمہ چھہ آتی پیٹھ گنن گژھان۔

یتھین چھہ یہ کتھ تہٕ ونہٕ لایق زِہ پروفیسر جے لال کول مانین چہ پننس اکِس مضمونس منز سِکھن ہُندِہ تخت پراونک وکھ (۱۸۱۹ء پیٹھہ) نوٚین تبدیلین ہُند وکھ مانِتھ۔ کاشرِہ شاعری ہُند "از کال" (جدید دور) آتی پیٹھہ شروع کورمُت۔ کول صاب چھہ پننین خیالن گنیتھ کڈان لیکھان :-

"کاشرِہ ادبُک "از کال" چھُ کنہ وُہمہ صدی ہستی ہستی پننہٕ کوڈ بران۔ اگرچہ کانہہ تاریخ ژھارُن ضروری چھُ تیلہِ چھُ یہ ۱۸۱۹ء پیٹھہ شروع سپدان۔ یہ گوشہ وکھ یٹیلہ سِکھ یور آیہ۔ یمو زن پانی پانس ہستی امن تہٕ انتظام اوٚن۔ یمِچ زن تمہ وقتہ سیٹھاہ ضرورت اُس۔ حالانکہ اتھ وقتس اندر تہٕ رُودی لاعلاج تہٕ برحق ظلم تہٕ زیہیہ جاری۔ کاشرِ اُسی دوٚنی زمانن پڑون نظام بدلیو تہٕ ملکس چھِنہٕ دوٚنی کوبل (کابُل) تہٕ افغانستانس یا مغرب تہٕ شمال مغربس کُن وچھُن بلکہ لوہور (لاہور) تہٕ ہندوستانس کُن یا شمال تہٕ جنوب مغربی کُن۔۔۔"[1]

یہ بیان چھنہٕ زیادہ مولہٕ وُن تہٕ کیازِہ فارسی شاعری ہُند ناکارہ اثر چھُ کاشرِ لو جنگ نامو تہٕ مثنوی یو پیٹھہ زیادہ زیادہ زوٚ لبان۔ ۱۷۷۵ء پیٹھہ ۱۹۲۵ء تانی چھہ کاشرِ شاعر زبانی تہٕ بیانہٕ کنہ فارسی ادبہ نِشہ سیٹھاہ زیادہ رس تہٕ مس حاصل کران۔ فارسی کتابن ہندی واریاہ کاشرِ ترجمہ چھہ اُتھی زمانس منز سپدان۔ بیٹھہ لوہور ادس نہٕ

---

[1] یہ مضمون چھُ "لٹریچرس اِن ماڈرن انڈین لینگ ویجز" ناوہ چہ کتابہ منز چھپیومُت۔ یہ کتاب چھہ وی۔ کے گوکاکن ترتیب دِژمژ تہٕ دِلہ ہُندی پبلی کیشنز ڈِوِہ جنن چھاپمژ۔ چھاپنک سنہ چھُ اپریل ۱۹۵۷ء

اِمہِ وقتہٕ کلچرُک کانٛہہ بوٚڈ مرکز ترٚ - یہِ ادس سٕہ دٔکھ ییٚلہِ زن اِیرانس، افغانستانس تہٕ ہندوستانس اندر اُمسی پرٚ بھٕڑجایہِ لوٗٹ پھرٚکی تہٕ پُستی ہُندی سایہِ قد پٕراوان - یمو علاقو پیٹھ کٔرٕ گاشرٚ زٕتٕرہ ہیکو، وٗدُ تلیٖتھٕ، تہٕ حچہ ظاہر - دِلّی (دہلی) ہنز مرکزی حکومت اُمس ہراے ناو سٕہ کمن ہُندہ حکومتُک آرہ ادس وار یاہ تنگ - سوٚ کُس آیہِ فرصت ادب تہٕ کلچر چہٕ شوبہ دار تہٕ بارونق محفلہِ سجاوے ! کینٛہہ مومولی فارسی شاعر چہٕ ادرہ یور نظرہ یوان تہٕ بس - نہ چھہ تہٕندِس دِلس منز کانٛہہ سوز نہ شاعری منز کانٛہہ چاو - امہ برخلاف اُردو ادبس منز چھہ اُسی زیادہ زیادہ جوش تہٕ پاو وُچھان - اظہارکی نوٚی قالب تہٕ سانچہ چھہ تیار سپدان - کانٛہہ چھہ نہٕ کانٛسہِ ہُند صلاح تہٕ دماے بوزنہٕ خاطرہ تیار - سیٚہے حال چھہ کشیرِ ہُند ترٚ - یُنی بناے سانٛین پیٹھ اُمس کاشر زبان تراونہٕ یوان - کشیرِ منز وُدتلیوی رُجحان یانی پانٕے تہٕ بلکل آزاد طریقس پیٹھ - جذبہ مغرب چہ پیروی ہُند چھُنہٕ امہ اندر کانٛہہ دخل"۔[1]

سُکھ جیون نہ عہدہ (۱۷۵۴ء — ۱۷۶۴ء) پتہٕ چھہ اکھ عجیب ماحول دٕریٛنٹھ یوان - فارسی زبأنی تہٕ ادبس کُن تہٕ چھہ نہٕ حکمرانن ہُند زیادہ کانٛہہ توجہ روزان - اگرچہ امہ وقتہ پتہٕ تہٕ کاشرین حکمرانن، فارسی زبأنی تہٕ ادبک سیٚے ٹُک تہٕ درد روزے یُس گوڈہ کالٕ کین پٹھان حکمرانن تام برابر رُود، سیٹھاہ تمکن ادس محمود گامی، پرکاش بٹ[2]، شاہ غفور

---

[1] "کشیری زبان اور شاعری" کتاب ہُند دوٚیم حصہ وُچھو - امہِ کتابہ ہُند مقدمہ چھُ علی جواد زیدی ین لیوکھمُت - یم حرف چھہ اُتھی مقدمس منز درج وُچھو صفحہ ۹۴

[2] پرکاش بٹُن زا دوہ تہٕ زاسنہ چھُ انہٕ گٹس اندر پیومُت - امہ کنہ تہٕ چھہ ادبی کال بناون والین یہے سیٹھہ ہِشہ آمژ - گریرسنن چھُ لیوکھمُت زہ سہ ادس سُکھ جیون سُنس عہدس منز زِندہ - تمُ سُندی زبأنی :-

"Devakara Prakasha Bhatta was alive during the eight years of the reign of the Hindu King Sukh Jivana Simha who came to the throne in 1786 A.D. He lived in the Gojwar ....."

آزاد چھہ لیکھان: "پرکاش بٹن ہیوٚت دیو دمرہ کرِ گامہ اکس بڈ گرس (باقی دوٚیمس صفحس پیٹھ

تہٕ ییٚہ واریاہ کأشِر شاعر یِم ۱۷۷۵ اۍ پتہٕ ہیوٚو وُتھۍ، تِم تہٕ آسہٕ ہن فارسی ادبچی اندر گم گمتۍ۔ مِتن تہٕ آسے نہٕ کأشِرس کُن کانٛہہ وتھ آمٕژ۔ اَتھ سرد بازأری ہٕندِس وقتس منز یُتہٕ نہٕ فارسی شاعری منز کانٛہہ چاو اوس، یُتہٕ نہٕ کأشرِ بن شاعرن مرفأرسی یَس کُن پھیرنس منز کانٛہہ باو نظرہ آو، تِم لگۍ شعوری تہٕ غیر شعوری طور کأشرِس زیر زیر دِنہٕ۔ فارسی شاعری منز یِمہٕ صِنفہٕ (شاعری ہٕنزٕ ژأنٛژ) مقبوٗل آسہٕ تِمہٕ ہیٚژن کأشرِس منز یُنہٕ۔ نتیجہ دُراو زیادٕ زیادہ پیروی ہُند۔

پٹھان عہدٕچ بے ربطی، ناہموأری تہٕ پراگندگی چھہٕ کأشرِس ادبس پیٹھ پنٕنۍ سایہٕ ترأوان۔ کأشرِ بن ادبس منز چھےٚ اکھ نوٚ نٔژ لول تہٕ محبّت۔ حیرأنی تہٕ حسرت کِہن جذبن زیر دِتھ اَکھ خاص روٗمأنی نٔژ ہٕنزِ شکلِ منز آسۍ لبان تہٕ گرایہٕ مارأن۔ محمود گأمی چھہٕ امہٕ نوِ نٔژ ہُندی سردار تہٕ شاہ سوار۔ مثنوی ہٕندِس فنس چھےٚ اُہندی دُسی دِس ووتھان۔ غزلہٕ ہٕنزٕ صِنف تہٕ چھہٕ بارِسس یوان۔

پٹھانن ہُند وکھ چھُ ۱۸۱۹ اۍس منز ختم سپدان۔ امہٕ پتہٕ چھہٕ سِکھ تخت پراوان۔ یہٕ وکھ تہٕ چھُ نہٕ جان مانہٕ یوان ؎

---

(بقیہ فُٹ نوٹ) منز ژنم۔ سُہ اوس سِکھ جیونِنس عہدس (۱۷۵۴-۱۷۶۲ اۍ) تام زِندہ۔ پرکاش بٹُن لڑکہ سنہر رام اوس ۱۹۴۸ اۍ بروٚنٛہہ تقریبن ۳۵ وُری زِندگی ہُندی پانٛژہ ہأٹھ [۶۵] وُری گذأرِتھ موٗد مُت۔

یِمن دوٚن بیانن منز چھےٚ واریاہ فرق۔ سِکھ جیونِنہٕ عہدٕکی تأریخ تہٕ چھہٕ نہٕ میلان۔ آزادُن بیان چھُ مُبہم اُسِتھ تہٕ زیادہ وزن دار تہٕ کیازِ سنہر رام نہٕ مرینٛچ شیٚچھ چھےٚ آزادن ۱۹۴۵ اۍس منز پانٕہ تِمی سِندِ بن لڑکن نِش بوٗزمٕژ۔ سنہر رام نیٚبن لڑکن ہُند وَنُن چھُ ــــ "تِہُند موٗل (پرکاش بٹُن نیچُو) موٗد ۱۹۴۸ اۍ بروٚنٛہہ ۳۵ وُری۔ سُہ گو ۱۹۱۳ اۍ۔ سنہر رامنِ کُل عمر اُس ۶۵ وُری۔ تِمِک معنے گو سُہ اوس ۱۹۴۸ اۍس منز ہیوٚو زامُت۔ اگر ہے پرکاش بٹُن ژامٕنہ ۱۷۶۸ اۍ یا ۱۷۵۴ اۍ مانو، تمِیُک مطلب چھُ یہ نیران زِ پرکاش بٹ آسہٕ ہے تِمہٕ وقتہٕ ۸۰ ییٚٹھو، ییٚلہٕ تَس سنہر رام (نیچُو) ژاو۔ یہ کتھ چھہٕ بِلکُل ناممکن۔ پرکاش بٹُن ژامٕنہ آسہٕ زِ پزٕ اسہٕ ۱۸۰۰ اۍ سیتی ژھأرُن۔ یہ حقیقت چھہٕ پرکاش بٹ نہٕ زبأنی سیتی تہٕ ثأبت سپدان۔ سنہر رامنُ وجوٗد تہٕ چھُ یہ کتھ ثأبت کران۔

لرزہ بر جانِ مرد و زن اُفتاد
خلق را شورِ محشر آمد یاد

وقتہ کِس گُذرنس تہ عاگمن ہُندِس بدلنس سیتی سیتی چھنہ یک رنگی تہ ناہمواری منز کانہہ فرق یِوان۔ ۱۸۱۹ اہس منز گیہ سِکا شاہی ختم۔ امِہ پتہ آیہ ڈوگرہ۔ ڈوگرن ہُندِس وقتس منز سپد وارِیاہ کینہہ جان تہ مولہ وُن۔ کاشرِ بن میچھ وارِیاہ رِعایتہ۔ مگر جاگیر داری نظام کرِ نہ پیٹھ جاوِہ۔ کینہہ آیہ نہ حالاتن اندر کانہہ خاص تبدیلی۔ کاشرہ ادبچ حالت چھہ ۱۷۷۵ اہ پیٹھہ ۱۹۲۵ اہ تانی کُنی تہ ہِشی روزان۔ اکے رنگ تہ اکےُ حساب کتاب چھہ نظرِ یِوان۔ ۱۹۲۵ اہ پیٹھ چھہ سانہ ادبس اکھ نوٚ دَور شروع سپدان۔ یُہےَ گو سُہ دَور یتھ زن ۱۰ اہ کال وَنوٚن زیادہ بہتر چھہ۔

پروفیسر جے لال کول چھہ پننس بٹیس اکس مضمونس منز کاشرس ادبس پانژن کالن منز باگراوان۔ یتھ مضمونس منز چھہ کول صاحبن خیال زیادہ صاف تہ واضح۔ یتھ ہین خیالن منز چھہ وارِیاہ تبدیلی لبنہ یِوان۔[1]

یم ادبی کال چھہ یتھ پاٹھی :-

(۱) گوڈنیک دَور —— ۱۵۵۵ اہ تانی۔ سُہ گو شاہ میری خاندانک راج ختم سپدنس تام یا تتھ وقتس تام ییلہِ سُلطان حبیب شاہ تختہ پیٹھ وٲلنہٕ آو تہ غازی چک تختس بوٚٹھ۔

(۲) دوٚیِم دَور —— ۱۵۵۵ اہ پیٹھہ ۱۷۵۲ اہ تانی —— ژکو پیٹھ تتھ وقتس تام ییلہِ احمد شاہ دُرانی کشیرِ پیٹھ حملہ کوٚر۔ ییمہِ کینز سۄ مُغل حکومت اند واتژ، یوسہ زن ژکو پتہ یتہِ بارسس آمژ اٲس۔

(۳) ترٚیِم دَور —— ۱۷۵۲ اہ پیٹھ ۱۹۲۵ اہ تانی —— اکھ زیوٗٹھ دَور یُس زن ترٚین لوکٹین لوکٹین کالن اندر باگرتھ ہیکون :-

(الف) ۱۷۵۲ اہ پیٹھ ۱۸۴۶ اہ تانی۔ سُہ گو افغانو پیٹھ ڈوگرن ہُندِس راج سنبھالنس تام۔

---

[1] یہ مضمون چھہ "جموں و کشمیر یونیورسٹی ریویو" جون ۱۹۶۰ اہس منز چھپیوٚمت

(ب) ۱۸۴۶ء پیٹھ ۱۸۸۵ء تام۔ یہ گو گوڈنکین دۄن ڈوگرہ مہاراجن گلاب سنگھن تہ رنبیر سنگھن وکھ۔

(ج) ۱۸۸۵ء پیٹھ ۱۹۲۵ء تام۔ یہ گو پرتاپ سنگھن وکھ۔

(۴) ژوٗریُم دَور ـــــ ۱۹۲۵ء پیٹھ ۱۹۴۷ء تام ـــــ یہ گو دۄیمین لفظن منز مہاراجہ پرتاپ سنگھ نِہ سودگر داس سپدنہ پتہ آزادی حاصل کرنہ کِس وقتس تام۔

(۵) پانژِیُم دَور ـــــ ۱۹۴۷ء پیٹھ از تام ـــــ اَزِیُک دَور۔

یِم دَور چھ بادشاہن ہُندین وکھرہ وکھرہ خاندانن، راجن تہ نوابن ہُندِس طاقتس، تہٕندِس تخت پراونس تہ تخت راوہ راونس نظرِ تھاوِتھ کرنہ آمتی۔ ادب تہ فن چھ تواریخی خوٗبین تہ زاوِی جارن آویزان تھاونہ آمت۔ بادشاہ بدلنس سیتی سیتی شاعری تہ ادبُک مزاج اتھ عدس تام ڈالُن چھنہ ژمان۔ اَزی کیو تنقیدی زاوِی جارو کنہ چھ پرژھ کالہ باگرٕے واریاہ ڈیجو تہ اڈہ لیٚچ۔ ادبکِس دٔری پاوس سیتی سیتی یِم رنگ بدلان چھ یا یِم وکھرہ وکھرہ نہج (Trends) ووتلان چھ، تِمہٕ ژانس اندر چھ واریاہ وٕل لِوان۔

پروفیسر محی الدین حاجنی چھ کاشُر ادب اَکِہ نوٕہ اندازہ باگران[1] :۔

(۱) کنوٕہمہ صدی برٕونٹھ (گوڈہ کالکی شاعر ـــ متقدمین)

(۲) کنوٕہم صدی (منز کالکی شاعر ـــ متوسطین)

(۳) وُہیم صدی

(الف) گوڈہ دَور ـــ متاخرین

(ب) موجوٗدہ دَور ـــ معاصرین

حاجنی صابن چھ یِم کال کاشرین شاعرن ہُندِہ کلامُک نموٗنہ ترتیب دِنہ خاطرہ گرٕہ متی۔ امِہ کامِہ خاطرہ اُس یہ شیرہ ژار سیٹھاہ جان تہ نفیس۔ ووٚنی گو اُسی ہیکوک نہ یِم ادبی تاریخ ہُندی کال مانتھ۔ وکھرہ وکھرہ ادبی نہجن رُوبرو کاشرہ اَدبچ لیکھہ پرٕہ کرنس منز چھ واریاہ سیٹھہ لِوان۔

---

[1] کاشُر شاعری ـــ مرتب محی الدین حاجنی

عبدالاحد آزاد صأبنز کالہ باگرے چھ ہنا زیادے کمزور۔ تم کیازِ چھ ۱۳۲۵ء پیٹھی کال گرِ فی ہیوان ؟ ۲۲۴ار پیٹھ ۱۵۹۵ء تاثیک وکھ کوٚت چھ گژھان ؟ پیٹھے پأٹھو چھ بیٚن واریاہ توکتہ، یم زن یہِ تقسیم واریاہ ناقص بناوان چھ[1] آزاد صأب کرِمن داریاہ کینہہ، مگر کیاہ کرِنہو زِ تس قودرتس، ینہِ تہِ اُنہِ تن یاوری دِژ۔ تم اُسو وُنہِ موادِ سے جمع کران۔ تریس ہیکہِ وُنہتھ آخری مرحلس تام کہ کہ تبدیلی ہیکہن اتھ منز ییتھ؟ بہرحال آزاد صأب نین نظرن تل یہِ کتاب آسہ، تم اُسو زیادہ تر اُردوٗ تہٕ تذکرہ۔ اُردوٗ ہس متعلق چھ یہِ کتھ از سیٹھاہ لاچأری سان محسوس کرنہٕ یوان زِ وُنہِ چھنہ نوٚین (جدید) طریقن پیٹھ کانہہ تہِ ادبی تأریخ لیکھنہٕ آمژ۔ اَدہ کِنہٕ تہِ دوٚ تلیہِ اُہنزِ کتابہِ منز واریاہ کمزوری۔

ادبی کال بناونہٕ وقتہ پزِ تہِ سورُے ادب اَچھن بروٚنہہ کنِ تھاوُن، یہِ زن گوڈہ کال کیو نمونو پیٹھ از کال کین نموٗنن تانی لیکھنہٕ آمُت آسہِ۔ ادب ہیوٚن بیوٚن بادشاہن ہُندین خاندانن اونہ تھاوِتھ کال گرِ فی چھنہٕ جان تہٕ دُرست قدم۔ یہِ کتھ چھ پزٕ زِ ادب چھ اِنسأنی زندگی ہُندین وکھرہ وکھرہ ترٲین سیتی وابستہ آسنہٕ کِنہٕ سیاسی ہیرہ پھیرہ کِنہٕ ضرور رنگنہٕ یوان۔ مگر یہے ہیر پھیر پزِ بتھ کینہہ مانُن چھنہٕ جأیز باسان۔ ادیبن تہٕ شاعرن ہُند یان، تہُنز شخصیت تہٕ انفرادیت تہِ چھ اکھ خاص پلہٕ تھاوان۔ ادبی کال بناونہٕ وقتہ چھ ادر کُن تہِ نظر تھاونہٕ یوان۔ ییتھے پأٹھو موضوع چہ رنگ برنگی، مختلف ہنجن (Trends) ہُندِس دوٚ تلنس تہٕ پوٚھٹنس تہٕ شاعری ہُنزن بیوٚن بیوٚن ذأژن تہٕ قسمن (فارم) تہِ چھ سام ہیننہٕ ضروری۔

کانہہ ادبی نہج چھنہٕ یک دَم یا ہنگہ تہٕ منگہ شاہ لبان۔ یم چھ شاعرن تہٕ لِکھارین ہُندی داخلی تہٕ خأرجی حالاتی آسان، ییمہِ کِنہٕ اکھ نہج چھ زنم لبان تہٕ ہتہ بدین وُری ین شولہ ماران یا یک دَم کینہہ کال گُذرِتھی ژھوکان، ڈوکان تہٕ موکلان۔ اکھ ادبی کال (انفرادی دَور) چھُ تمی وقتہ پیٹھ شروع سپدان، ییمہِ وقتہ پیٹھ اکھ نوٚو ادبی رنگ زور دار موٗل ہیتھ ادبی سطحس پیٹھ نموٗدار سپدِ۔ گہے چھ اکِ دورکی فن پارہ بیٚیس

---

[1] یمن کمزورین کُن چھُ "کشیری زبان اور شاعری" ہُندِ ترٚیہِ جلد ترتیب دِنہٕ والیو وِزہ وِزہ اِشارہ کوٚرمُت۔ امہِ کتابہِ ہُند دوٚیِم حِصہ چھُ خاص کرِتھ یمہِ کتھہِ زانہٕ خأطرہ وُچھن لایق۔

دورس اندر تہٕ میلان۔ یتھ اندر نہٕ تمہٕ قسمہ کین فن پارن ہُند کانٛہہ دخل آسہ۔ مگر یہ چھ محض زٕژہ۔ یہ زٕژہ وُچھت پزہ نہٕ تھاشُرن۔ ادبس منز چھ ہمیشہ مجموعی نتیجن کُن نظر تھاونہٕ یِوان۔[1] یہ سارے کتھ نظرِ تل تھاوِتھ چھُ کاشُر ادب یِمن بیون بیون کالن منز تقسیم سپدان:

(۱) گوڈٕہ کال ( Early Period )

یا نِرگُن بھگتی کال ۱۲۰۰ء پیٹھ ۱۵۵۵ء تانی

(۲) وٕژن کال

یا منز کال یا رومانوی ہیٚج بڑٕ ونٛھیُم دور

( Pre - Romanticism )

۱۵۵۵ء پیٹھ ۱۷۷۵ء تانی

(۳) دوٚ ترایِی کال

یا تصوف کین نغمن تہٕ رومانوی ہیٚج ہُند کال

( Period of Romanticism cum Mysticism )

۱۷۷۵ء پیٹھ ۱۹۲۵ء تانی

(۴) از کال

یا جدید دور ( Modern Period )

۱۹۲۵ء پیٹھ از تانی

(الف) مہجوٗرن تہٕ آزادٕن وکھ

( Literary age of Mahjoor and Azad )

۱۹۲۵ء پیٹھ ۴۷ ۱۹ء تانی

(ب) خاص از کال ( Modern Period Proper )

یا بے حد ترقی ہُند وکھ ۱۹۴۷ء پیٹھ از تانی

---

[1] ہندی ادبس منز چھ تصوّف کالس (بھگتی کالس) اندر ترٛٹھ نظمہ تہٕ ڈرٛینٹھ یِوان یِمن منز بہوٗ دری ہنز ترٛمی وکھنے میلان چھ پزٕہہ تتھ گوڈٕہ کالس منز میلان چھ یتھ زن "رزمیہ شاعری ہند وکھ" (ویرگاتھا کال) وناں چھ۔ مگر پزٕ چھُ یہ یہ چھ محض زٕژہ، یہ زٕژہ چھنہ دوٚن وکھرہ وکھرہ کالن ہُندس اصلس منز کانٛہہ فرق انان۔

بیٚون بیٚون کالن ہُندۍ ناو چھِ بیٚون بیٚون ہیتن، دکھرٕ وکھرٕ ادبی ہنٛزن تہٕ موضوعچ رنگ برنگی نظرٕ تھاَوِتھ بناونہٕ آمتۍ۔

"وژِن کالس" اندر چھِ لوٚل نغمو علاوہ تِتھو لوٚل وژن تہٕ میلان، یِمن منٛز شاعرٕ سُند محبوٗب "خودا" (خُدا) یا "اِلیشر" چھُ۔ یِہیٖن لوٚل نغمن ہُند ادبی پایہ چھُ سبٹھاہ لوٚت۔ یِم نغمہ تہٕ چھِ کم وبیش تِتھو طریقس (فارم) اندر وَننہٕ آمتۍ، یُس یتھ وقتس منٛز زیادہ بارسس اوس۔ اَمی چھُ یتھ دورس "وژن کال" وَنُن زیادہ شوٗبِہ دار باسان۔

"دوترٛایِل کالک" مطلب چھُ سُہ وکھ، یتھ اندر زٕہ ترٛایہ یا زٕہ ہنٛج چھِ شانہٕ برشانہٕ پکان۔ یمہٕ زٕہ ہنٛج چھِ رومانیت (Romanticism) تہٕ بھکتی (تصوف)۔ دوشوٚنی ہُند زور چھُ کُن تہٕ دوشوٚنی وَسے چھِ ہم شانہٕ کاشرس ادبس سٕگ دِوان تہٕ برٛزر بخشان۔ تصوفس منٛز چھِ دوشوٚے سگُن فلسفہٕ تہٕ ریزگُن فلسفہٕ درمیٚنٛٹھ یِوان۔ سگُن تصوفس تحت چھِ رام بھکتی، شِو بھکتی تہٕ کرشنہٕ بھکتی سٕگ لبان۔ ریزگُن فلسفس منٛز چھِ سۄ صوٗفی شاعری شولہٕ ماران، یتھ زن صوفی اِزمچ ہنٛج وَنان چھِ۔ ہتہٕ بٔڈۍ صوٗفی شاعر چھِ یتھ وقتس منٛز تھٔنہٕ پیوان تہٕ کاشرِ شاعری منٛز اَکھ نوٚو رنگ تہٕ میچھر بران۔

---

# اَکیُم باب

## گوڈنِیُک لفظ

یُہ دورُک سوٗرُے ادبی ذخیرہ چھُنہٕ رٕژھہٕ راوِنہٕ آمُت۔ یہ رٕژھہٕ رٕژھ چھُ، تہٕ چھُ سیٹھاہ کم۔ دوٗنی گو یہِ کتھ چھےٚ صاف زِ یُہ وِتھاک سوٗرُے ادب چھُ تتھ نہٕج ہیٚتھ واتھ وان، یتھ زن تصوّف (بھگتی) ونان چھِ۔ لہٰذا اگر یتھ دورس تصوّف کال (بھگتی کال) تہٕ وَنو، کانہہ مُلٲ کتھ سپدِہ نہٕ۔ امہِ ناوہ کھوتہٕ تہِ زیادہ شوٗبہٕ دار تہٕ زُو دار ناو چھُ "زرگوٗن بھگتی کال" (زرگوٗن فلسفُک وَکھ) تہِ کیازِ یتھ پوٗرہ تہٕ سالِم کالس منز چھُ تصوفُک سیٚہٕ فلسفہ کاشرِس ادبس سگ وان تہٕ پوٚرچھر بخشان۔

شاعر تہٕ ادیب چھِ کُنہِ حدس تام اکِہِ وقتُک مزاز پیش کران۔ یہ مزاز چھُ داخلی تہٕ خارجی تبدیلیو، مُلکی تہٕ سیاسی حالاتو، مالی تہٕ سماجی نزاکتو ہیٚتھ ووتلان تہٕ کاڈ کڈان۔ مثلن یێلہِ اکھ انسان انگریزی ادبُک لیکھہٕ پرٕ کران چھُ، سُہ چھُ رومانیت، کلاسکیت، معقولیت[1] تہٕ قسمہٕ قسمہٕ ہِنٛزن ہیٚتھ واقف سپدان۔ اگرچہ یِمن ہِنٛزن پوٗرہ پاٹھی سَنو تہٕ سام ہیٚمو، یہِ کتھ چھےٚ ٹاکارہ پاٹھی برونٛہہ کُن یِوان زِ یِمہٕ چھےٚ مُلہٕ تلہٕ تمہِ مزازہٕ چہ مختلف شکلہٕ، یِمہٕ زن انگریزن ہِنٛدی مجموعی یا قومی شعوٗرن وقتہٕ وقتہٕ ہاوِہ۔۔۔ قومی مزازچہ تبدیلی ہیٚتھ ہیٚتھ چھےٚ باتن تہٕ نغمن ہِنٛدِس سونٛدس تہٕ سُرٕ ورس اندر تہِ تبدیلی یِوان۔ حالات بدلنہٕ سیٚتہٕ چھےٚ لُوکن ہِنٛزن خواہشن، خیالن تہٕ امارن منز تہِ فرق یِوان۔ یِمہٕ تبدیلی چھےٚ شاعرن تہٕ فن کارن ہِنٛدِس سوچس پیٹھ تہِ اثر ترٛاوان۔ پانٛسے چھُ فنس منز

---

[1] رشنل اِزم (Rationalism)

نوٚو نغمہ تہٕ ضرب ترنم لبان۔ نوٚو پیمانہٕ چھہ ییران۔ نوٚو آسے تہٕ میزان چھہ بارسس یوان۔ تہٕ نوٚو سوز چھہ شاہ لبان۔ یہِ سارے تبدیلی چھہ ہر ہمیشہ زمانہٕ کِس شعوٗرس براہِ راست۔ یمہٕ چھہ تمہِ کےٚ اُمرٕ، پھل، دوا تہٕ مرہم آسان۔ ہندی ادب نی تون "اپ بھرنش" کالہٕ پتہٕ چھہ اکھ ترٛژھ ہیٚنہٕ دوہ تلان، یتھ زن "وِیر گاتھا" نہنہٕ ونان چھہ۔ ہندی شاعر چھہ رزمیہ[1] نظمہ لیکھان، یمن زن "راسو" ونان چھہ۔ اٰخر یہِ رزمیہ شاعری ہند دور کیازِ گو ہندی ادبس منز شروع؟ ییٚلہِ انسان یہِ چیز سوچان چھہٕ، اکھ پوٗرہ پوٗٹ منظر چھہ بروٗنٹھ کنہٕ یوان۔

ہندوستان چھہ یمن وقتن منز گیرِس منز آسان۔ دراصل ہرشن وردھن نہٕ راجہ پتے چھہ حالات خراب سپدان۔ ہندوستان چھہ لوٚکٕچن لوٚکٕچن ریاستن منز باگرادنہٕ آمت آسان۔ یمہِ کنہٕ ریاستن ہند اکھ اَکِس پیٹھ حملہ اوس لازم۔ یوٚتے اوت نہٕ، نیبرٕمہ حملن ہند خوف تہِ اوس لازم، یُس زن محموٗد غزنوی تہٕ محمد غوری سندیو حملو زیادے یقینی بنوو۔ محموٗد غزنوی سندیو حملو (۱۰۰۰ پیٹھ ۱۰۲۶ تانی) کوٚر خاص طور اکھ بدلی فضا پاُدہ۔ یتھ زمانکی موٗل اُسی دوہ نٕیے پرٛان ہی ترادان۔ یتھ والہِ زمانک اوس نہٕ کانہہ پتے۔ یہِ اُسِتھ تہِ اُس مُلکچ سلامتی سیٹھاہ ضروری۔ اُمی چیزن تہٕ ترٛو شعوٗری تہٕ غیر شعوری طور ادبس پیٹھ اثر۔ وَکھ گو تیز تیز بدلان۔ تِس وَکھ ییٚلہِ زن شاعر بادشاہن تہٕ شہزادن ہنز تعریف کرِتھ مالامال اُسی سپدان۔ تِس وَکھ اوس گومُت۔ پرٛتھ کانٛسہِ بادشاہ سنز کوٗشش اُس یہے زِ سلطنت گژھہ مضبوٗط روزٕنی۔ یُتھ زن کُنہ تہِ ناگہانی بلایہِ ہُند مقابلہ سپدِ۔ یہِ اوس لہٰذا لوٗکن لڑنہٕ خاطرٕ تیار کرنُک وَکھ۔ دلیرن تہٕ بہادرن ہنزہ دلیلہ وَنٕنی وَنی قوم تہٕ مُلک ہوشیار کرنُک وَکھ۔ یہِ اوس جنگن منز لڑن والین سپاہن ہندی باتھ گیوٕ گیوٕ تہندی حوصلہ بڑہ راونُک وَکھ۔ پانے آیہِ اکھ ترٛژھ رزمیہ شاعری ہنز ہیٚنہٕ بارسس، یمہِ کنہٕ یمہٕ پوٗرہ دیٚتھ شاعری رزمیہ شاعری بنے یہِ۔ ہندی ادبچ مشہوٗر دار رزمیہ نظمہ پرتھوی راج راسو، بیسل دیو راسو، الہا اودھل چھہ اُتھی دورس منز لیکھنہٕ آمژہ۔

---

[1] ایپک پوئٹری (Epic Poetry)

یِم سأری خیال تہٕ اُصوٗل نظرِ تل تھاوِتھ ییٚلہِ کأشُر ادب زانٕنچ تہٕ سمجھنچ کوشِش چھ کرنہٕ یوان، اکھ بدلیٚ ماحول تہٕ فضا چھُ ڈریٚنٹھۍ یوان۔

کشیٖر چھ اکھ خود مختار ریاست آسان۔ اَندری جنجال تہٕ فساد چھ زوردن پیٹھ آسان۔ لگ بگ ۹۵۰ ء پیٹھے رٕچھ کشیٖرِ ہنٛز حالت خراب سپدان۔ کشیٖرِ ہُند بادشاہ چھُ کیمگُپتا (کھیمہ گُپت) آسان۔ یُس زن سیٹھاہ عیّاش تہٕ لاپروا اوس۔ دوہ تہٕ رات اوس خوٗن تہٕ تماشس، جنگس تہٕ دٲبس تہٕ شورابس [illegible] تہٕ زارس منٛز گُذران۔ جایہِ جایہِ آسہ زارٕن ہنٛزہ ڈِفرہ لجمٕژہ آسان۔ بادشاہس اٲسۍ عجیب عجیب شوق گژھان۔ سُہ اوس پانس تہٕ پنٕنین دوستن زنانن ہُند پوشاک لاگان تہٕ پتہ اوس تمن سیٖتۍ وحشی انسانن ہُندۍ پأٹھۍ مست سپدان۔ رنگن گرٕیۍ اٲسۍ تس "سون چھکرُنہ وۄل اَوبُر" (کنگن ورش) ونان۔ بادشاہ سٕندِ مرنہٕ پتہ رُوز دِدہِ رٲنی[1] داریاہس کالس کشیٖرِ ہنٛز ہرتا کرتا بٔنتھ۔ سوے رُوز پننہِ والین بادشاہن (راجا ابھمینس راجا نندگُپت تہٕ راجا بھیمہ گُپتس) وتھ ہاوان۔ مگر یہِ زمانہ تہِ رُود نہٕ فتنو رٔوس خالی۔ وزیرن ہنٛزہ ژھ دہ یہِ روزہ برابر سپدان۔ نار تہٕ انقلاب رُودی برابر جٲری۔ لگ بھگ ۱۰۱۵ء پیٹھ ۱۰۲۱ء ہکِس وقتس منٛز سپُد محمود غزنوی سُند حملہ۔ اُہندۍ حملن[2] ہرگاہ مے کشیٖرِ ہُندۍ حاکم ہناہیہِ ہی تہِ اُنِ۔ مگر حالاتن اندر آیہِ نہٕ ترژھ کانٛہہ تبدیلی۔ حالات اٲسۍ دوہ دِش

---

[1] دِدا رانی اٲس لوہر کوٹ کِس بادشاہ سٕنٛز کوٗر۔ سو اٲس لنٛڈ۔ مگر سو اٲس سیٹھاہ شکیل۔ کھیمہ گُپت سپُد تس پیٹھ عاشق۔ جلدی سپُد کھاندر۔ دِدا اٲس سیٹھاہ عاقل تہٕ چالاک۔ سو اٲس سیاست کِنۍ داو پیچن سیٖتۍ ٹھیک پأٹھۍ واقف۔ کشیٖرِ چھ از تام دِدا یہِ ہشہ سیٹھاہ کم زنانہ پادہ کرہ مژہ۔

[2] محمود غزنوی سٕندِ حملہ وقتہ اوس کشیٖرِ ہُند بادشاہ سنگرام راجہ۔ اَمی بادشاہن رٔچھ کشیٖرِ پیٹھ لگ بھگ ۳۰ وُرہیَن حکومت کٔرمٕژ۔ کلہن چھنہ "راج ترنگنی" منٛز محمود غزنوی سٕندِ حملچ کانٛہہ ذِکر کٔرمُت۔ مگر یہِ کتھ چھ از پورہ پأٹھۍ مانہ آمٕژ زِ محمود غزنوی ین چھ کشیٖرِ پیٹھ حملہ کوٚرمُت تہٕ یہِ حملہ سپُد راجہ سنگرامنس وقتس منٛز۔ راج ترنگنی منٛز چھ سنگرام راجنہ دلیل پران "ہمیر" سٕندِ حملچ ذِکر میلان۔ "ہمیر" چھُ دراصل "امیر" بدلہ استعمال کرنہٕ آمُت۔ خیال چھُ زِ یہے "امیر" یا "ہمیر" گژھہِ محمود غزنوی آسُن!

بدلان تہٕ کوٗشُر عوام اوس دوٕہہ کھوتہٕ دوٕہہ پریشٲنی تہٕ گیرِس منز وَلنہٕ یِوان۔ یِمن وقتن ہُنزٕ
بدحٲلی ہُند عکس چھُ کھشمیندرنِس کلامس اندر تہِ میلان۔ سرکٲری حاکِمن ہُند لوٗٹھ تہٕ
بددِیانتی، شوٗرابین تہٕ لفنگن ہُنز خانہٕ وُجاڑی، عاشقن ہُنز ترٛپ تہٕ بدکار زنانن ہُنز
دھوکہ بازی، عوامُچ پریشٲنی تہٕ بے چینی ——— یِم سارِی چیز چھِ اُکس خاص
طریقس منز اَچھن برٛونٹھ کُن یِوان۔ بٲہِمہِ [12] صدی منز چھِ حالات زیادٕے خراب سپدان۔
دُرس آبٲدی چھِ مختلف جمٲژن منز بٲگراونہٕ آمٕژ آسان۔ اُونچ نیٖچ بڈ بارہ کھےٚ اُمس
مختلف دَرین اندر اکھ خاص ژھین پٲدٕہ کرِتھ۔ مختلف ذاژ تہٕ کرٲنی آسہ خنجر تہٕ
تلوار ہیتھی اکھ اُکس آرٕنج ہوران تہٕ قِصاسس ہیوان۔ کاشرٕ تارِیخ چھِ یِمن وقتن
ہُند حال بڈٕ غم ساں بوزہ ناوان۔ ڈامر، کھش، تانترِی تہٕ ٹھاکُر آسہ مُستقل
جمٲژن منز تقسیم سپدٕمٕتی۔ تِم آسہ یٲغی ہی بنِتھ اکھ اُکس زاگان۔ گامہٕ
گامن نار دِوان تہٕ کرٕہ بتہٕ کران۔ سٹین چھُ لیکھان:

"بٲہِمہِ [12] صدی ہُند وکھ شروع سپدنس سیتی سیتی چھُ کشیرِ منز اکھ بوڈ
خاندٲنی انقلاب شروع سپدان، یُس زن مُلکی سیاستس پیٹھ بارہ
اثر تراوان تہٕ وارِیاہ تبدیلی انِ۔ گوڈٕ گوڈٕ باسیو بادشاہ ہرشہٕ سُند زمانہ۔
(۱۰۸۹ء پیٹھ ۱۱۰۱ء تانی) سوٗ کالُک تہٕ آرامُک وکھ۔ باسیو پریتھ کینہہ
لگِ دوٕنی بال بھیٚتھ۔ مگر شُرتہِ بیوٗٹھ اُمرس نمرودٕنی دَم دِنہٕ تہٕ کھٕہنہٕ
ظلُم تہٕ جبر وراناونہٕ۔ نفس پرست تہٕ عیاش دربار رچھنہٕ خٲطرٕ آیہِ سخت
تہٕ بارہ ٹیکس لگاونہٕ۔ ڈامر آیہِ ظالمانہٕ طریقس پیٹھ تباہ کرنہٕ۔ یِم زن
اکھ پَنُنے دُنیاہ بسٲوِتھ آسہ۔ اُکل تہٕ سُستل ناوٕ کین دۄن باین
ہُنزِ رہنمٲیی منز گیہِ بغاوت شروع۔ یِم دوشوے بارنی آسہ بادشاہ
سُندی رشتہٕ دار تہٕ تِتھ خاندانس سیتی واٹھ تھاوان، یتھ زن لوہر
خاندان وَنان آسہ۔ جنگ سپُد شروع تہٕ ہرشس میٖج شکست۔ سُہ
آو لڑایہِ منزٕ قتل کرنہٕ ... ... ... ہرشہٕ نہٕ زوالُک ذمہٕ وار
چھُ فقط سُہ بوڈ طاقت، یُس زن تمہِ وقتہٕ کشیرِ ہنزٕ ڈامر تھاوان
آسہ۔ امہِ پتہٕ تہِ رُود اوہند بڈٕ وُن طاقت بادشاہ تہٕ مُلکہ کہِ امنہٕ تہٕ

آسامہٕ خاطرٕ اکھ بوڑ خطرٕ بَنتھ ... ... ..."

(راج ترنگنی از سٹین)

کٲشرِ ہِندی حالات چھِ ترٛوٲہِم تہٕ ژوداہِم صدی منز مجموعی لِحاظٕ زیادٕ بے خراب سپدان۔ موٗمولی موٗمولی کتھن پیٹھ چھُ ہے وۄتھان تہٕ عجیب عجیب تہٕ تازٕ زیٹھان۔ بادشاہ سٕمہ دیونس وقتس منز (ترٛوٲہِمہِ صدی ہُند آخری وَکھ) اُس کٔشیر پُورٕ پأٹھۍ شوٗرابین، زارِبن، بدمعاشن تہٕ بدکار زنانن ہُند اَڈٕ بنے مُژ۔ عجیب عجیب قونوٗن اُسۍ بارسس آمتۍ۔ مُلک تہٕ عوام اٲسۍ دۄہ لابہ منزٕ کڈنٕ خاطرٕ چھِ کھہِمہ[11] صدی پیٹھ ترٛوٲہِمہ صدی تام مُختلف سماجی تحریکہٕ چلان۔ عالِم تہٕ فلسفی چھِ پرانین تہٕ نوین فلسفن شیرٕ تژأرٕ کرِتھ نوۍ تژٲوی جار وُنی وُنی سبیتھ بہہ ناوُن یژھان۔ اکہِ طرفہٕ چھُ شیوی فلسفہ (ییمیُک بُنیاد أٹھِمہِ صدی منزٕ پییمُت اُس) لُکن ہُندین دِلن زندگی تہٕ تازگی بخشان۔ بیٛیہِ طرفہٕ چھُ دِشنوی فلسفہ زورٕ شورٕ سان گرایہ ماران۔ یُدوت بُوزٕ زہٕ نیرم فلسفی تہٕ رہنما تہٕ چھِ یور واتان تہٕ وقتک پُورٕ پُورٕ فائدٕ تُلتھ پننہٕ پرچار تہٕ تبلیغ کران۔ وقتکۍ بڑۍ بارٕ بُزرگ رامانُج تہٕ چھِ بٲہِمہ[12] صدی ہُندِس گوڈٕ کالس اندر مدراسہ (مدراس) پیٹھ کٔشیرِ واتان[1]۔ وُنک مقصد چھُ یہ زِ ییمِ شیو مَتٕ ...

---

[1] رامانُج (۱۱۳۰ء یا سمت ۱۰۷۳) چھِ شنکر آچاریہ پیٹھ پٲٹھۍ پننہٕ وقتکۍ بڑۍ بارٕ انسان اُسۍ متۍ۔ ہندوستٲنی سوچ سمجھس تہٕ ادبس پیٹھ چھُ یمو زبردست اثر ترٛوومُت۔ سر رچرڈ ٹمپل چھُ یمنز ذِکر کران لیکھان:

"Even Ramanunja, the leader of a rival Vishnu belief, in the early twelth Century of christian era – 200 years and more before Lalla's birth – felt compelled to travel from distant Madras to Kashmir, with the special object of Combating the whole creed at its fountain head, leaving many Vaishnava ideas behind to him some of which found an echo in Lalla's verse..."

تحریکن ہند چلن تہٕ اوس کنہٕ حدس تانی یمنی بدحالاتن ہُند نتیجہ یمہٕ سببہ کأشُر عوام یہے گیر تہٕ گمراہ اوس۔

اکہٕ حسابہٕ ؤچھو محمود غزنوی سُند حملہ اوس کأشرین ہُندِ خاطرہ تہٕ تیتھے اِشارہ یُتھ زن تمن شاعرن یا تمکن ہُندِ خاطرہ اوس یہو "راسو" (رزمیہ نظمہ) لیکھو یا بوزی۔ آخر کأشرو کیازہ نہٕ تھوو یہ جذبہ کھٔتھ؟ جواب چھُ مشکل آسِتھ تہٕ (تہٕ کیازہ ۱۲۰۰ء برونٹھم زمانک چھُنہ کانہہ فن پارہ موجود) سیٹھاہ سہل۔ وجہ چھُ یہ زہ تمکھ اُسی بے وار۔ تمن اُس نہٕ پننین بادشاہن ہُندِس طاقتس پیٹھ تہٕ کانہہ پزھ۔ سنگرام راجن ییتھ پاٹھی محمود غزنوی لیس یودوہہ کنہٕ شکست قبول کرٕ، تمی گأل تہندی حوصلہ وارے۔ بیاکھ وجہ چھُ یہ تہٕ زہ تمکن اوس نہٕ پانہٕ وأنی کانہہ ہشر تہٕ اتفاق۔ ؤرس آبادی آس وکھرہ وکھرہ درین تہٕ جماژن منز باگراونہ آمٕژ۔ مٕ ژگری تہٕ دُشمنی اُس زورن پیٹھ۔ یتے چھ تم چیز یمو کنہٕ زدالکو سایہ اُسی دوہ دِشی قدپزاوان تہٕ کشیرِ ہنز حالت آس خراب تہٕ بدتر سپدان۔

سیٹھہ دیونٕس زمانس (۱۳۰۰ء ــــ ۱۳۱۹ء) منز آسہٕ ہندی راجن ہنزہ عالی شان لبہ پورہ پاٹھی آوسیمژہ۔ یمن آوسیمژن لبن آو ذلچو نہٕ خوفناک حملہ سپتی ۱۳۱۹ء منز اکھ خوفناک بٕنیل۔ یمہٕ سپتی یہ پورہ پاٹھی آوسے یہ تہٕ ؤسی پتیہٕ۔ ذلچو اوس سیٹھاہ ظالم تہٕ جابر۔ اُمی لیٹرن کوٚر کشیرِ ہیٚنز پھوک۔ یہ کینژہاہ جنتو منز اوس تہٕ سپد فنا تہٕ برباد۔

---

[1] مورخو چھُ ذلچو سُند اصل ناو زرالقدر خان لیوکھمُت تہٕ اُس چھکہ تاتاری لیٹرن چنگیز تہٕ ہلاکو خانس سپتی تارہ کانچہ لِہ ناوِہ مژہ۔ اُمی سُند ناو چھُ "دولچو" یا "دلچ" تہٕ لیکھنہ آمت۔ جونراج (بڈشاہی وقتُک مؤرخ) چھُ اُمِس لیٹرہ ہنز ذکر کران وارِیاہ کینہہ لیکھان گر تمی سُندِ خیالہ موجوب چھُ یہ کرم سینن ناوہ کِس اکِس بادشاہ سُندِ فوجک کماندر اوسمت۔ جونراج سُند اصل لفظ چھ ییتھ پاٹھی:-

"At this time Dalacha, Commander of the army of the great king Karmmasena, came to Kashmira, as comes a lion into the cave of a deer. He brought with him sixty thousand mounted force as if

داریاہ اَکھ آیہٖ کتراونہٕ۔ داریاہ مُودی بوچھہِ بوچھہِ کران۔ یم بچے ، تم نیہِ ذلچُو ہن قیدی بناوِتھ۔ جونؔ راج چھُ لیکھان۔۔۔ "پتہٕ لوٗب نہٕ نیچوٗ موٗل۔ مٲلی نہٕ نیچوٗ نہٕ ہیوٗک بوے سمکِتھ بٲیِس۔ کشیر بنیہٕ یہِ وجوٗدہ پتہٕ اکھ ترٛٲہ جاے یتہِ نہٕ کھینُ رُود نہٕ خوراک۔ بلکہ اوس پرٕ ہتھ طرفہٕ گھاسہ تہٕ دِدوِنہِ یوت۔" ذلچُو نہٕ تباہی مُرزہِ رینچن نہٕ قسمتکو دروازہ۔ کشیرِ ہند بادشاہ سُہہ دیو اوس ذلچُو ہُن ناو بوٗزِتھی مُلک ترٲوِتھ خبر کیاژھ تام ژٕلمُت۔ یمُو سُند نہٕ پتہٕ کانہہ پئے پتاہ دراو۔ یتھے وَندک آو آو بوٗزِتھ ، ذلچُو ژٕول پننِس وطنس کُن واپس۔ رینچن صابس آیہِ وِز اَتھہِ۔ سُہ بنیوٗ اَتھہ اِنہٕ گٹِس منز کشیرِ ہند بادشاہ۔ سُہ اوس بودھ۔ مگر کشیرِ ہُند تخت حاصل کرنس سیتی کوٗر تموٗ بلبلؔ شاہ بلبل لنکرنہٕ دایہِ تہٕ مشورہ سیتی اسلام قبوٗل۔ بلبل شاہ صاب (اصل ناو سیّد شرف الدین) چھِ تِم بزرگ یِم زَن اِسلامُک پرچار کرنہٕ کِہ غرضہ یور آمتیٖ آسہِ۔ یِم چھِ پننہِ زندگی منز ژٕہ[2] چکر کشیرِ لگاوان۔ اکھ سُہہ دیونِس زمانس منز ، بیاکھ رینچن نِس زمانس منز

---

بقیہ فٹ نوٹ :۔

intending to Conquer and bestow as many villages as to his army... Dalacha, like a fire brand, harassed the Country and the People of Kashmira became like insects in the fire... when the Voilence caused by the Rakshasa Dalcha ceased, the son found not his father, nor the father his son, nor did brother meet brothers. Kashmira became almost like a region before the Creation, a vast field with few men, without food and full of grass. Dalcha took away the strongmen from the Country and Rinchana established his supermacy; when darkness covers the earth unchaste women find it to their advantage."

[ "کِنگس آف کشیر" از جے، سی درت صفحہ ۱۶ تا ۱۸ ]

رینچن نہٕ فوت سپدنہٕ پتہ اگر کٔشیر بیٛیہِ پنڈاہن[15] شراہن[16] وریین ہیٚنٛدۍ راجن ہِندِس
اتھس تل آیہٕ، مگر تہندۍ کمزوری چھپٕنہٕ اَکھ کُنہٕ کُنہٕ سنبھالتھ ہیکان۔ اَندرم فتنہٕ تہٕ فساد
رُود برابر جٲری روزان۔ آخرس چھُ ۱۳۳۹ء منز شمس الدین شاہ میری کٔشیرِ ہِند سُلطان
بنان۔ کٔشیر چھےٚ ۱۳۳۹ء پیٹھ ۱۸۱۹ء تام برابر مُسلمان حکمرانن ہِندِس اتھس تل روزان۔
یتھ پیٹھ زَن شاہ میری خاندانک راج ۱۳۳۹ء پیٹھ ۱۵۵۵ء تام روزان چھُ۔

---

[15] ٹاکہر دیونس زمانس منز چھےٚ ترِیہ خوش قسمت انسان رینچن، شاہ میر تہٕ لنکر چک کٔشیرِ واتان۔
یم ترٛیشوے زٕنی چھےٚ کٔشیرِ ہِندِس مُستقبلس پیٹھ زبردست اثر تراوان۔

[16] رینچن اوس گُمہ تلہ لداخٕچ بیٹھہ۔ سُہ اوس پننس پترس سیتۍ ہر کُرتھ کٔشیرِ ژلتھ
آمُت۔ ٹاکہر دیون کوٚر تَس سیتۍ بڑہ جان سلوک۔ سُہ آو کٔشیرِ ہِند مِہمان زانٕنہٕ۔ رینچن
اسلامی ناو چھُ ملک صدر الدین اوسمُت۔ سُہ چھُ ۱۳۲۰ء پیٹھ ۱۳۲۳ء تام ہیوٚ کٔشیرِ پیٹھ
راج کران۔ اگرچہ اُمی سُندہ مرنہٕ پتہ کٔشیر بیٛیہِ ہیٚنٛدۍ راجن ہِندِس اتھس منز یوان چھےٚ
مگر یہ چھُ تٲریخی لحاظہٕ گوڈنیک مُسلمان بادشاہ یُس زَن کٔشیرِ ہِند تخت پراوان چھُ۔

شمس الدین شاہ میری اوس راجوری ریاسی طرف کمہ تانی علاقہ پیٹھ ۱۳۱۲ء منز
یور آمُت۔ سُہ اوس پیدایشی مُسلمان۔ سُہ سپُد یتہٕ فوجس منز بھرتی۔ مگر سُہ گو ترقی کران
کران کٔشیرِ ہِندِ سیاستُک اکھ اہم جُز بنِتھ۔ سُہ اوس پختہ سیاست دان۔ سُہ چھُ
۷۴۰ ہجری (۱۳۳۹ء) منز کٔشیرِ ہِند تخت حاصل کران۔

لنکر چک اوس گُریسہ (گُریس) پیٹھہٕ آمُت۔ سُہ اوس بودھ، یُس زَن کٔشیرِ واتِتھ
مُسلمان سپُد۔ کٔشیرِ ہِندۍ چک بادشاہ چھِ اُمی سُندی اولاد زانٕنہٕ یوان۔

کوٹہ رانی ہِندِس وقتس منز چھےٚ اکھ بیاکھ لڑٲیہ اَردا کٔشیرِ پیٹھ حملہ کران۔ مگر آخرس
چھُنہٕ سُہ یور یوان۔ یُس راج نہٕ بیانہٕ موجوب چھےٚ آچل ناوک۔ اکھ خوفناک لڑٲیہ مگدھ پورہ کِس
بادشاہ نہٕ حدہ تہٕ سیتۍ اُتھی زمانس منز یور یوان۔ سُہ اوس ڈلچو ہیوٚ ظالم تہٕ جابر۔ شاید گُرزم
اندِ دل تہٕ آچل گنۍ شخص آسن!

مۆلہِ غرض یِم چھِ تِم حالات، یِم زن مُسلمان حکمرانو برونہہ کشیرِ نال وۆلِتھ اۤسی۔ یِمے چھِ تِم حالات یِمن رُوبرو کاشُر ادب پننہِ گوڈٕکۍ کال چھاوان رُود۔ یِتھین زوال کِین دوہن منز چھُ سۆ ادب تہٕ شاہ لبان۔ یِتھ زن ادبی زبانہِ منز "روحانیت" ونان چھِ۔ مگر کشیرِ اندر آیہٕ نہٕ روحانیت بارسس۔ تصوف[1] گو گراہ یِہِ مادان تہٕ پایہِ جایہِ لبان۔ اَمِکۍ وجہ چھِ داریاہ۔ یِمن منز زن کینہہ یِتھ پاٹھۍ چھِ:

(۱) دینی تہٕ اِصلاحی تحریکن ہُند زور تہٕ اثر۔

(۲) شاعرن تہٕ گُکن ہُند شیوی، ویشنوی تہٕ یوگ فلسفس تہٕ تانترک آرٹس سیتی ٹھیک پاٹھۍ یا کم زیادہ واقف آسُن۔

(۳) وراثتی اثر

(۴) وقتیچ بدحالی۔ یِمہٕ کنہٕ لُکھ یِمے دٕم پھُٹۍ ہی گمتۍ اۤسی۔ نہٕ اوس تِمن پننین راجن تہٕ مہاراجن ہُندِس طاقتس پیٹھ کانہہ بھروسہ نہٕ اوسک پانٕنۍ پانہٕ حالات جان تہٕ شوٗبہِ دار بناونُک کانہہ طاقت۔ تِمن اوس صِرف اَکس خودایس سٕنز سَتھ، یُس زن گِہے دِے گِہے شیو تہٕ ایشر بنِتھ تِہُندین دِلن رنزہ ناوان اوس۔

## نوٕ تبدیلی

مُسلمانن ہِنز حکومت بنٕنہٕ پتہٕ سپٕزہ نوٕ نوٕ تبدیلی کشیرِ منز نمودار۔ بُت پرستی خلاف سپٕز اِسلامک تبلیغ زورہ شورہ سان شروع۔ بادشاہو گونڈ پانٕنۍ پانہٕ مندر تہٕ پوٗلٕ لُہراونس پیٹھ کمر۔ سُلطان سکندر بُت شِکن (۱۳۸۹ء — ۱۴۱۳ء) ڈوٗدھ اَتھ سِلسِلس منز خاص کرِتھ پھرنس لایق۔ یِتھین حالاتن اندر بڈٕلو نہٕ عامس تہٕ خاصس یوتے پننِس مذہبس پیٹھ یِہے شک، ہیوٗ بلکہ بڈٕین بڈٕین پنڈتن تہٕ دین دارن تہٕ۔ اَمِیُک نتیجہ دراو یہِ زِ لُکھ ہیتِن اَکس بڈِس تیداس منز مُسلمان سپدنۍ۔ داریاہ اۤسی یِنہٕ مرضی،

---

[1] تصوف "یتھ یتھ جایہِ یِیہِ، تمیُک مطلب چھُ "بھگتی" (Mysticism) تہٕ یتین یتین صوفی شاعری، صوفی فلسفہ یا صوفی مت یِیہِ تمیُک مطلب چھُ تصوفچ سوہُچ یا لُنڈ یتھ زن صوفی ازم (پریم مارگی) ونان چھِ۔

بلاکنہٕ ظلمہ تہٕ جبرہ مسلمان بنن پسند کران۔ واریاہ آیہٕ بادشاہن ہندٕ روبہ دابہٕ سیتی مسلمان
بناونہٕ۔ ملکس منز اوس اکھ عجیب تضاد زور لگیتھ۔ یُس زن بڈشاہ صاحب نہٕ (۱۴۲۰ء
ــــ ۱۴۷۰ء) عہدہ روٗس یتھ سازیٖ دورس منز کاڈ کڈِتھ اوٗد۔ یہ تضاد دُور
کرنچہ آسہ کینہہ وتہٕ۔ اکھ وتھ اُس شمشیرٕ تکنہٕ تہٕ حالاتن ہند مقابلہ کرُن۔ تتھ سوٗنب
اوس نہٕ ملکن طاقتی۔ دوٚیم وتھ اُس بدلیمتین حالاتن سیتی اتھ واس کرُن تہٕ واوس
سیتی ناو تراونی۔ یہ وتھ کرٕ واریاہو قبوٗل۔ ترٛییم وتھ اُس سو وتھ، یتھ زن پانہٕ
نیایرچ تہٕ سمژاوچ (Compromise) وتھ ونان چھ۔ مسلمانن ہندہٕ تخت پیٹھ اونہٕ
پتہ یوسہ تصوفچ لہر یتھ پوٗرہ کالس منز زورہ شورہ سان پکنہٕ لجِ، سو اُس اکھ یژھی
شعوٗری تہٕ غیر شعوٗری تحریک۔ امیُک مدعا اوس یہے پانہٕ نیاد تہٕ سمژاو۔

مسلمان حکمرانن ہندس وقتس منز کھوٗت اسلامس زبردست بوش۔ مگر تمیُک مطلب
چھُنہٕ ہرگز یہ زِ امہٕ برونٹھ کیاہ اُسی نہٕ مسلمان کشیرِ منز روزان۔ محمود غزنوی سندہٕ
حملہ پتہ اُسی ہینٛدی راجہٕ واریاہ مسلمان پننس فوجس منز ملازم تھاوان۔ ہرش
دیو (۱۰۸۹ء ــــ ۱۱۰۱ء) سندس فوجس منز تہٕ آسہ یژھ کینہہ جماعژ موجوٗد۔ سہ ہ
دیونس زمانس منز اُس بُلبُل شاہ نہٕ اتھ تبلیغچ کام زبر پاٹھی شروع کمژ۔ تیمن
نہٕ مسلمان سیدن کنہٕ چھ باسان۔ لس اُس اتھ وقتس منز واریاہ کامیابی حاصل سپدے مژ۔[له]
بُلبُل شاہس پتہ چھ شاہ ہمدان صاحب (حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی رحمہ) تبلیغچ کام
سرانجام دوان۔ یم چھ سلطان قطب شاہ نس (۱۳۷۷ء ــــ ۱۳۹۳ء) زمانس منز بخارہ
پیٹھ کشیرِ یوان۔ یمن سیتی چھ نزدیکن ۷۰۰ مرید تہٕ تراٹھ آسان۔ یمے چھ صوفی تعلیم
یتہٕ عام کران۔ ریشی، فقیر تہٕ درویش چھ صوفی فلسفہ سیتی واریاہ متاثر سپدان تہٕ
کاشرس تصوفس منز چھ اکھ نوو باب جمع سپدان۔

---

له اٹھمہٕ صدی منز چھ محمد بن قاسم نہٕ ذریعہ عرب تہٕ ہندوستان اکھ اکس نزدیک یوان۔ اتہ چھ یہ کتھ
تہٕ وُزھمژ زِ ہ صمیم بن سام ناوُک اکھ مسلمان چھ یمنی وقتن منز کشیرِ آمت تہٕ امی چھ گوڈنچ مشید
کشیرِ منز بناومژ۔ مگر اصل کتھ چھ یہ زِ اسلامک تبلیغ چھ ژودٛاہمہ صدی پیٹھی شروع گژھان۔

اسلام پھٲلنہٕ برٛونٹھ اوس کٲشرِ منٛز شیوی تہٕ وِشنوی فلسفس سیٹھاہ چلے
جاوٕ۔ یِمن فلسفن سیٛتؠ واتھ تھاوِن واجِب زِ تحریکہٕ آسہٕ ہاوباوکِین اصولن تہٕ رسمن
سیٹھاہ خلاف۔ یِمہٕ آسہٕ کٔنہٕ عدس تانی بُت پرستی، تیرتھ یاترایہٕ تہٕ مذہب چہ ظٲہری
شکلہٕ پیٹھ زور دِنہٕ بدلہٕ دِلہٕ چہ صفٲیی تہٕ خودایہٕ سنٛدِس اصل مایہٕ تہٕ محبتس پیٹھ زور
دِوان۔ یِمو تحریکو اُس اوٗنچ ینچس خلاف اکھ زبردست آواز تُجمُت۔ شاید یِمہٕ وِی کتھو
کنہٕ آسہٕ یِمہٕ عوامس منٛز مقبول تہٕ سپدیمژٕ۔ ییلہٕ اِسلامی تعلیم سیٛتؠ تہٕ یِمنی کتھن
پیٹھ زور دِنہٕ آو، مُختلف فلسفو کوٚر اکھ اکِس سیٛتؠ اتھ واس تہٕ کٲشر تصوف لوٚگ
زورہ شورہ سان برونہہ برونہہ پکنہٕ۔

تاریخی تہٕ تہذیبی لحاظہٕ تہٕ چھُ یہِ وکھ کٲشرِ ہِنٛدِ کِن ہنٛدہٕ خاطرہ اکھ بوٚڈ پایہٕ
تھاوان۔ اتھ وقتس منٛز اوس اکھ پرٛون زمانہٕ دَم ہاران تہٕ اکھ نوٚو زمانہٕ زنم لبان۔
پرٛون تہذیب اوس پیٚیہٕ پران ہی تراوان تہٕ اکھ نوٚو تہذیب اوس پننہٕ موٗل درہ راوان۔
پرٛون ماحول اوس ختم سپدان تہٕ اکھ نوٚو ماحول اوس ہنہٕ ہنہٕ موکھ کڈان۔ مُسلم
کلچرک صحت مند تہٕ پایہٕ دار اثر اوس پننہٕ وتھ بناوان۔ فرسودہ خیال آسو ختم
سپدان۔ ہنٛدٕ مُسلمان اتھ واسہٕ سیٛتؠ اوس مُشترکہ کلچر تھنہٕ پیوان۔ ییٚنچ رٕہہ تہٕ تُہہ
تتہٕ پیٹھ از تانی برابر قایم چھِ۔ امہٕ قسمک اکھ شوبہٕ دار ماحول چھُ بڈشاہی عہدس
منٛز ڈرینٹھی یِوان۔ سورُے تضاد چھُ ختم سپدان تہٕ ماحول چھُ پوٗرہ پاٹھو ڈنجہٕ
تہٕ قرارہ بہان۔ اگرچہ یہِ ماحول بڈشاہ صاب زِ مرنہٕ پتہٕ تہٕ تِتھے روزِ، ممکن
اوس کینہہ نوِہ ادبی نٔنج ناپھن جلدی بارسس۔ تہٕ کیازہ امہٕ قسمہٕ چہ کینہہ زِ تتہٕ آسہٕ
بڈشاہ سنٛدِس زمانُسی منٛز وۄتلے مژہ۔ مگر اُمو سنٛدِ مرنہٕ پتہٕ سپدی حالات بیٚیہٕ
تِتھے پاٹھو خراب۔ سوے وتھ وارٕی تہٕ سوے تباہی گیہٕ بیٚیہٕ شروع، لیہہ اُمس
بادشاہس برٛونٹھ کاڈ کڈتھ اُس۔

بڈشاہ لِنس عہدس (١٤٢٠ء — ١٤٧٠ء) منٛز چھُ کٲشر ادب وارِیاہ ترقی کران۔
سٹیج تہٕ ڈراما چھِ خاص کر ترقی کران۔ یوٗت کُوزُو اتھ چھُ "ژومو کھل دیوتا" تہٕ
وَننہٕ یِوان۔ کٲشرِہ زبٲنی منٛز سپدی امہٕ وقتہٕ وارِیاہ ترجمہ۔ عربی، فارسی تہٕ سنسکرت

زبانٕی ہنزٕہ جان تہٕ نفیس کِتابہٕ آیہٕ کاشرِس منز پیرنہٕ۔ دیہان کاشر زبان اُس اتھ وقتس منز ییٚتر برٛونٛٹھ تیٚچ ہٕژ زِہ کٔلہِن کتٲبن ہُند سائنس (باٹنی) تہٕ علمِ کیمیاہ ہیچ (کیمسٹری) لیکھہ یہٕ اُس کاشرِ ہِی منز سپدان۔ یُوتے نہٕ شری اُور چھِہ لیکھان ـــ علمی تہٕ ادبی سرگرمی آسہٕ نہٕ وحہٕ نِ امیرن تہٕ رٔیسن ہُندی خاطرہ، بلکہ حیرانٕی ہنز کتھ چھےٚ یہٕ یِم سرگرمی آسہٕ یتھ حدس تانٕی جاری زِہ مزدور تہٕ وازہ تہِ اُسی شاعر تہٕ لِکھاری بنے ہیتہٕ۔ زنانٕو اوس علمِ تہٕ ادبس منز اکھ تھوٚد مقام حاصِل کوٚرمُت۔ اگرہٕ ییٚہِ ییٚہِ امن تہٕ آرام روزِے، کاشرِس ادبس منز آسِہ اکھ بوٚڈ ادبی خزانہ جمع سپدیومُت۔ مگر بدقسمتی چھِہ یہٕ زِہ یہِ کینہہ موجوٗد تہِ اوس تہِ تہِ رُود نہٕ رٔژھہٕ رِتھ۔ تِمیُک ناو تہٕ نشان تہٕ رُود نہٕ باقٕی۔ کٕہ وقتو کوٚر یہِ بتھ کینہہ کامِہ۔ بیٚنہٕ والین بادشاہن ہنزٕہ بے قدری، نارہٕ تہٕ مُلکی فِتنو کوٚر یہِ بتھ کٕنہٕ پھِنٕز پھوک۔

مُسلمانن ہنز حکومت کشیرِ منز قائم سپدنہٕ پتہٕ یوسہٕ تصوفچ تحریک کاشرِس منز پکنہٕ لٔج، تمِیُک مقصد اوس :

(۱) عوامس منز رُوحانیچ گرمی بیدار کرٕنی۔

(۲) خوٚشک اصوٗلن برخلاف مذہب سہل تہٕ شوٗبہٕ دار طریقس منز پیش کرُن۔

(۳) لُکن ہُندی دِل رنزہٕ ناوٕنی۔ تِمن منز صبر تہٕ برداشت پٲدٕ کرُن۔

(۴) لسنٕکی بسنٕکی سیدی سادٕہ اصوٗل عام کرٕنی، یِتھ زن پانہٕ نیار تہٕ سمٕزار پھالُکس منز آسانٕی سپدِ۔ یِتھ زن یہِ بتھ کانٕہہ اکھ اکِس دار یاہ قریب یِیہ۔ تہٕ مختلف جماژن تہٕ فِرقن منز یوسہٕ کھِژے اُس، سو پوٗرہ وٕنہٕ یِیہ۔

للہِ ہُنٕدِ وقتہٕ (۱۳۳۵ء ــــ ۱۴۰۰ء) پیٹھٕ ۱۵۵۵ء تام یِم یِم شاعر کاشرِس منز ووٚتھ، تہُنٕدِ شاعری منز تصوفُک رنگ پٲدٕ کرنس منز چھِہ یِم ساری وجوہات کارگر سپدان۔ یِمے چھِہ تِم حالات، یِم زن للہِ ہُنٕدِس جگرس سوز تہٕ دود بران چھِہ تہٕ تس پنٕنہِ کلہِ امرِت تراونس پیٹھٕ آمادہ کران چھِہ۔ یِمے چھِہ تِم حالات، یِم زن شیخ العالمس[رح] (۱۳۷۸ء ـ ۱۴۳۸ء) وجدس منز انان چھِہ تہٕ تہُنٕزٕ زبانٕی موختہ ہران چھِہ۔ لل تہٕ شیخ العالم[رح] چھِہ ہندوستانٕکِ بھگتی کال کین رہنماہن تہٕ شاعرن رامانند، کبیر، ملک محمد جائیسی، سوٗرداس، تُلسی داس

تہٕ میرا باۍ وارِیاہ زِٹھۍ۔ تِم چھہِ یِمن سارِنۍ برونٛہہ کھنہٕ یِمتۍ۔ یِمَو دوٛیو شاعرو چھہِ تِمن برونٛہہ
خوٗدآیی لوٗلچ سوٚ علم کھوٚڈ ہتھ تجُرُ، یتھ زَن یِم سارۍ شاعر وکھرہ وکھرہ اندازن منٛز یِمن
پتہٕ وارِیاہن کالن لوٗلہ متہٕ لاے کران چھہِ۔ یہِ وَنُن زِ نُندہ رێشۍ (شیخ العالم) یا لَلہٕ کیاہ
کرِ یِم اِصلاح پانہٕ تیار۔ تِمَو کیاہ دِیُت یِمن پانہٕ زنم۔ سوٚ چھُنہٕ کتھ۔ بَلکہِ تِمَو کرۍ یِمنٕ ہِن
زمانہٕ کِین تھدین انسانن تہٕ فلسفین ہِندۍ شوٗبہٕ دار خیال، یِم تِمو پانس دِلس سَنے متۍ
اُسۍ سہل، موٚرد تہٕ عوام پسند زبانۍ منٛز پیش۔ امہِ سیتۍ دوت تِمن پانس تہٕ شہجار تہٕ
دوٚیمین تہٕ واتہٕ نووُکھ شہجار۔ وقتُک رُوح تھیرنس سنبھالنس منٛز کورٕ تِمَو یتھہٕ پاٹھۍ
وارِیاہ مدد۔ لَلہٕ تہٕ شیخ العالمنہٕ زمانہٕ پیٹھہٕ لیو سہ تصوفچ نہجٕ کاشرِس منٛز دوٚ تلان چھہِ دوٚہہ
کھوتہٕ دوٚہہ چھہِ صوٗفی فلسفُک اثر اَتھ پیٹھ زِیادہ تہٕ پیوان۔ سیّد جلال الدین بُخاری
صاب، حضرت سیّد حسین سمنانی صاب، حضرت امیر کبیر میر سیّد علی ہمدانی صاب، حضرت
سیّد تاج الدین صاب تہٕ ہتہٕ بدۍ سیّد حضرات چھہِ یہِ صوٗفی تحریک برٛونٛٹھ پکناونس اندر
وارِیاہ کینٛہہ کران۔ تصوفچ یہِ خاص نہجٕ چھہِ یِنہٕ پایدارۍ کنٛز دوٚیمین بارسس آمرِژ نہجن
سیتۍ اَتھ واس کران۔ دوٚ شہِ وسے بٹہ کیہو مُسلمان، مرد کیہو زنانہٕ، شہر کیہو گام چھہِ دوٚلہ
سنس یِوان تہٕ تصوّف چھہِ کاشرِ شاعری منٛز مضبوٗط موٗلن پیٹھہٕ اِستادہ سپدِتھ لول
باگران تہٕ جورہِ مادان برونٛہہ برونٛہہ پکان۔

---

# دویُم باب

## تصوّف تہٕ نِرگُن فلسفہ

ہندوستانس یا کٲشِرِ منز یُس شاعری تصوّفس سٟتۍ واٹھ تھاوان چھےٚ، سو چھہٕ کینژن حصن یا لنجن منز بٲگراونہٕ یِوان۔ اکھ گیہِ شاعرن ہنز سو جماعتھ، یُس زن خدایہِ ہنز حقیقت (معبودِ حقیقی) کُنہِ خاص مادی شکلِ اندر ژھاران چھےٚ۔ یمن نِشہٕ خداہ اکھ لاجواب چیز چھُ تہٕ یَتھ وَکھنُے (تشریح) ناممکن چھُ۔ سُہ چھُنہٕ تیٚتھ کانہہ چیز یَس وُچھِتھ یا اَتھہٕ سٟتۍ رٹِتھ ہیکون[۱]۔ ادبی زبٲنی منز چھُ اَتھ فلسفس "نِرگُن فلسفہ" (نِرگُن بھگتی) ونان۔ بیٚیہ چھُ سُہ فلسفہ یُس زن سانہِ گوڈہ کالہِ چہ شاعری پیٹھ پننہِ سایہِ ترٲوِتھ چھُ۔ دوٚیِم گیہِ شاعرن ہنز سو جماعتھ، یُس زن خُدا وندکریم سُندِس وجودس، تہُندِس حقیقتس تہٕ تہُندِس نورس کُنہِ مادی شکلِ اندر ژھاران چھےٚ۔ یمن مادی مجسمن تہٕ شکلن ہندی ناو ہیکن بیون بیون اَستھ مثالہِ پٲٹھۍ رام جی، کرشن جی، شیو جی۔ ہندو عقیدہ موجوب چھُ یِم سٲری تہٕندی نورکی وکھرہ وکھرہ روپ۔ ادبی زبٲنی منز چھُ تصوّف چہ یتھ نہجہ "سُگن فلسفہ" (سُگن بھگتی) ونان۔

تصوّف، چہ یِمہ دوشہ وَسے لنجہ چھُ بیٚیہِ کینژن لنجن اندر بٲگراونہٕ یِوان۔ تہٕ یِہ حصہ بٲگرے چھُ یِتھہ پٲٹھۍ:

---

۱؎ abstract.

تصوّف
(بھگتی)




کاشرِ شاعری منز چھےٚ یِمہٕ سارٕے لنجہٕ وۄنلیمژٕ ۔ رام بھگتی منز ہیکو تمن شاعرن ہنز ذِکر کرِتھ، یِمو رامایَن لیکھ یا رام جی سندین گونن ہُنز کھاج۔ یِمن شاعرن منز چھِ وِشنہ کول، پرکاش بٹ، نیل کنٹھ شرما ناو ہیٚنہٕ لایق۔ کرشنہ بھگتی منز چھِ تِم شاعر یِوان، یِمو اصل حقیقت کرشن جی سنٕز شکلہِ منز ژھارنچ کوشش کٔر۔ یِم گیہِ تِم شاعر، یِمو کرشن جی سنٕز زندگی ہُندی وادیاہ ورق پننہِ زبانی منز پیش کٔرِ تہٕ ساعلم عمرٕ کرشن جی سنٕز ناو سوٕران رٔودی، یِتھہٕ پٲٹھۍ زن سور داس، میرا بائی، وِس کھان تہٕ دوٚیِم کینہہ ہندوستٲنی شاعر سوٕران رٔودی۔ یِمن شاعرن منز چھِ کرشن جو رازدان لچھہٕ کاک، پرمانند، دیناناتھ ہی شاعر یِوان۔ شیو بھگتی منز چھِ تِم شاعر یِوان، یِمو شیو تہٕ پاروتی ہُندی قصہٕ لیکھی۔ کاشرِ شاعری منز چھِ تِمے شاعر اَتھ گُن تَوجُہ دِوان یِم زن رام بھگتی یا کرشنہ بھگتی درِس سیتی چھِ یِوان۔ یِمن سارنی سگُن بھگتی شاعرن پیٹھ یِیہِ ترٛیِمِس دورس اندر پوٗرٕ پوٗرٕ بحث۔ گوڈٕ کالِج شاعری یِوان رچھ تصوفکٕ سِٕے فلسفہ جایہِ جایہِ نایان، یِتھہٕ زن "نرگُن فلسفہ" (نرگُن بھگتی) ونان چھِ۔ یِتھ دورس منز چھِ نرگُن فلسفچہِ دوٚشہٕ وٕے لنجہ نظرِ یِوان۔ سوال چھُ ووٚتھان زِ آخر یِمن دوٚن لنجن اندر کیاہ چھِ فرق؟ گیانہ شری ہُنٛد کتھ چھِ ونان؟ یِ کِتھہٕ پٲٹھۍ چھِ صوٗفی فلسفہ چھِ ہُنٛد نِش بدُون سپدان؟

(۱) وُچھن کالس "منز وُچھو" صاحب کول:

صوٗفی شاعرن نزدیک چھُنہٕ خوداے ہُنز ذاتھ کانہہ خاص شکل تھاوان۔ خوداہ چھُ نوٗر فقط نوٗر۔ سُہ چھُ لول فقط لول۔ سہٕ چھُ گاش فقط گاش۔ نہ چھِ اَتھ نوٗرس کانہہ شکل نہ چھِ اتھ لولس کانہہ صورت۔ نہ چھُ یہ گاش کُنہِ خاص قالبس منز پوٗشیدہ نہ چھُ یہ لول کُنہِ خاص مادی مجسمس منز موجوٗد۔ نہ چھِ اَتھ لولس کانہہ خاص جاے نہ کانہہ خاص روٗپ تہٕ شکل۔ سُہ (خودا) چھُ عرشہٕ پیٹھہٕ فرشس تام پرتھ جایہِ موجوٗد۔ اصلی محبوٗب (خودا) چھُ اِنسانہٕ سُندِس دِلس اندر بسِتھ۔ اصل عرفانک مطلب چھُ محض ذاتُک عرفان۔ اصل حقیقژ تام واتہٕنچ چھِ کینہہ وَتہٕ تہٕ یمن سارنی وتن منز چھُ نفسُک عرفان اکھ بُنیادی پڑاو ع

(الف)

نفسی کرٕنم ادل تہٕ ودَل
نفسی کرٕنم زدَل[1] ژھیٚر
نفسی کوٗرِم کرٕیہ ہُند کدٕل
نفسی شیطان ودَل گیٚو

یا

نفس وگلن[3] اَچھ منز سرٕن[4]
گاشیچ آشا برژہِ نہ زاہ
سون روٗپ ترأوِتھ رِیوٗم[5]
کرٕتل پھٹرِتھ گرٕمس دراٚتی

(شیخ نوٗرالدین رح)

---

[1] آمژ کوٚرِ پتہٕ گژھنہٕ    [2] کامہٕ ہُند کدٕل (اصل حقیقت ژھارنچ وتھ)

یہِ توٗبُت واکھ چھُ یتھ پاٹھۍ تہِ لیکھنہٕ آمُت سہ

نفسی کرٕنم ادل تہٕ ودَل    نفسی میون شیطانس بدل آو
نفسی کوٗرم کرٕیہ ہُند کدٕل    نفسی کرٕنم زدَل ژھیٚر

[3] پرورش    [4] گھاسہ    [5] دِل رنزہ ناوُن

یا

بشر ترأوِتھ، الیشر ژہ گاژن
اِلیشر ہس سیتی روز سپد کھ سُہ
الیشر سپدُن، شریہ گو نادُن

درِ تے گاژن سُو ہم سُو

(شاہ غفور)

(ب)

لچھ دتہ نفس لوگُس زالس
مچھ گرید پیومُت چھم شیطان
بچھ سئے روزِہم رچھ یامالس
سوزہ بُہ استقبالس جان

(عبدالاحد نادم)

(ج)

ژٹھ نفس ساری کلو کھٹ کشف تہ کرامأژ ی
شاہ سپدِ کھ بنکھ اہلو دوٗن لالن ہیتھ قیمتی

(شمس فقیر)

(د)

غافلو غفلتن کورُن کھ تباہ    داوہ رِتھ یہ نفس کیاہ اڈے نفع
نفس سیتی چھے رسول اللہ
نفسی ڈیتھ گو عین اللہ
نفسی ابتدا تا اِنتہا    داوہ رِتھ یہ نفس کیاہ اڈے نفع

(رحیم صاحب)

---

۱ زندہ، آزاد    ۲ زور

صوفی شاعرن ہندی پأٹھی چھ گیانہ شری لنجہ ہندی شاعر تہ بُت پرستی خلاف۔ تِم تہِ چھہ نفس کشی تہ قناعتس پیٹھ زور دِوان۔ اگر ہے تِم تہِ کُنہِ خاص مأدی شکلِ منز خدایہ ہنزہ حقیقژ ژھاران چھہ نہ مگر کتھ چھہ یہ زِ تمن چھہ کینہہ ناو شنتھ گمژ—— خدایس چھہ وارِیاہ ناو۔ گمریم وارِیاہ ناو اُسِتھ تہِ چھُ سُہ کُنُے۔ سُہ ہیکہِ رام تہِ اُسِتھ، رحیم تہِ۔ شیو تہِ اُسِتھ، کریم تہِ۔ اوم تہِ اُسِتھ، اللہ تہِ، تہ صاحب تہِ اُسِتھ، دَتے تہِ۔ گیانہ شری شاعرن نِش چھُ رام، کرشن یا شیو سُند تصور تمہِ تصورہ نِشہِ بلکُل بدون، یُس زن شگُن وأدی شاعر تھاوان چھہ۔ ہندی ادبس اندر چھہ نِرگُن فلسفہ کِہن شاعرن منز کبیر تہ ملک محمد جایسی خاص بجر تھاوان۔ کبیر چھہ گیانہ شری سکولس سیتی واٹھ تھاوان تہ ملک محمد جایسی چھہ تتھ دِرس سیتی یِوان، یم زن صوفی فلسفس تحت یِوان چھہ۔ کبیر یتھہِ پأٹھی رام تہ رحیم سوران چھُ، سأنی لل چھہ سہ وظیفہ پران یتھہ زن سو گہے شیو، گہے اوم، گہے دَتے تہ گہے صاحب وَنان چھہَ ع

ادمی اکُے اَچھُر پُوٚرُم
سُے مالہِ رٹُم وٚندس منز
سُے مالہِ کنہِ پیٹھ گوٚرُم ژوٚرُم
اُسس ساس[1] تہ سیٚنُس سوٚن

یا

کوٚہ چھُک دِوان اینتھا[2] بڑھ[3]
تُرکی چھُک تہ اندری اژھ
شیو چھُے اتی تَے کُنُ مو گڑھ
سو نہِرہ کتھہِ میانہِ کر تو پڑھ

(لل دید)

---

[1] شور (راکھ)
[2] بے فائیدہ، اُنتہِ روٚس
[3] بڑژھارہ دِنہِ، ژھأر دِنہِ
[4] گأٹُل، عاقل

لل دید، نش اوس شیو یا اومکار محض خدا یہ سُند اکھ ناو۔ خالص دوّیمین
ناون ہندی پأٹھی اکھ ناو، یتھ پأٹھی رحیم، کریم، وغیرہ، الیشر یا صاحب کینہہ ناو
چھہ۔ تمۍ سُند مطلب چھُنہ سہ شیو، یُس شولِنگ چہ شکلِ منز مندرن منز آسان چھُ۔
تمۍ سُند مطلب چھُ اکھ سو تھزٕ ہستی، یتھ خداہ یا اللہ ونان چھِ ع

سۄے شل چھےٚ پیٹھس پیٹھس
سۄے شل چھےٚ وُتم دیشس
سۄے شل چھےٚ پھرہ ونس گرٹس
شیوس چھےٚ کرٕ وُٹھ تے ژٕہن دٕدہ پیشس

(لل دید)

یہ کتھ چھہ یِر واکھہ سیتی ٹھیک پأٹھی ظاہر سپدان زِ لل چھہ مورتی پوزایہ سخت
خلاف۔ سو چھہ جایہ جایہ اتھ خلاف پننہ ژاوِلی احساس تہ تجربات باوان۔ للہ ہنز
زِندگی تہ تمۍ سُند کلام چھہ صاف پأٹھی ہاوان زِ سو چھہ صوفی خیالو سیتی تہِ متاثر
سپدے مژ۔ دوٚیُم گو یہ کتھ چھہ یاد تھاونس لایق زِ یِم شاعر للہ ہندِس وقتس
تانی ژنم لبان چھِ، تِم چھِ گیانہ شری سکولسی سیتی واٹھ تھاوان۔ اتھ برعکس چھہ
شیخ العالم رح وراثتی فلسفن ہند اثر تھاوِتھ تہِ صوفی درِس سیتی زیادہ واٹھ
تھاوان۔ شیخ العالمن کلام چھُ آسانی سان دۄن حصن اندر تقسیم سپدان۔ اکھ گو
سہ حصہ، یتھ اندر گیانہ شری اثرات کارگر چھِ، بیاکھ گو سہ حصہ، یتھ اندر صوفی مت کی
اثرات کارگر چھہ۔ ع

(الف)

نرگنس زِ رویش دِتم
چھُس بہ چونے ناو شرانہ
بھگہ، کیلاس کھارِتھ نتم
چھُ ہم ژبتس ژہ مہربانہ

---

۱ کنز ۲ وتھ ۳ بیٹھ ۴ مورتی یا مندر ۵ اپدیش ۶ نرگن (میانہ لیے شکل و صورت خدایہ) ۷ درشن یا دیدار
۸ سوران ۹ بھگوان ۱۰ تھزرس، اسمان

(ب)

پُزر وَنان یِن زن نٹکھ
اپُز وَنان لگی رَس
محمدؐ[۳] ترٲوِتھ اِبلیس[۱] ڈکھ
سہٕ چھےٚ وُچھان کھٹکھ کس

(ج)

عاشق سُےیُس عشقہ نارہ دَزِے
سون زن پریز لبس پنہٕ نےٚ پان
عشقُن دود یُس واٴلنجہ سَرِے
سُے اَدٕ وا تی لامکان

(د)

قرآن پَران کونو مُو دُکھ
قرآن پَران گوٚڈِ نو سُور
قرآن پَران زِندہ کِتھہ رُود دُکھ
قرآن پَران دٔود منصور
قرآن پَران بے غم رُود دُکھ
تامت پھُوٚرِ اکِتھ ژُور

صوفی فلسفچ بُنیاد چھہ دراصل شیخ العالم نِ دٕسی پیوان۔ یہ فلسفہ چھُ کاٴشرہ شاعری منز دوہہ کھوتہ دوہہ برٔزر تہ پوچھر لبان۔ ترہیمس[۳] دورس (۱۷۷۵ء — ۱۹۲۵ء) منز چھُ یہ خاص کر سیٹھاہ زورہ شورہ سان گراٴیہ ماران۔ شمس فقیر، سوچھہ کرال، شاہ غفور، رحمان ڈار، نعمہ صاٴب، رحیم صاٴب، عبدالاحد نادِم، عبدالاحد ناظم، اسد پرے، محمد میر

---

[۱] شیطان

احمد بٹہ واری بیترِ شاعرن ہُندی ناو چھ اتھ سِلسلس منز زیوٗہ پلہٕ ہیکنہٕ لایق۔ یمن صوٗفی شاعرن ہُندِس کلامس منز چھ وراثتی فلسفن تہٕ تصوف چن دوٚیمین لنجن ہُندی اثرات تہٕ ڈرینٹھی لیوان سہ

یوٗت یتھ زٕنمس کینہہ چھُ نہٕ لارُن
درنے گارُن[1] سُہ ہم سہ[2]

برہما، وشنو، مہیشر ژٕہ گارُن
شُنت ہو چھے تہُندُے زٕو
پان ہے کھٹنے، جان ہیکھ مارُن
درنے گارُن سُہ ہم سہ

بشر ترا اُدھو، ایشر ژٕہ گارُن
ایشرس سیتی روزِ ہسپد کھ سہ
ایشر سپدُن، ترِیرِ گو مارُن
درنے گارُن سُہ ہم سہ

دٕہ چھی اوتار زٕنہہ لگہ نہٕ تھارُن
مہٕ زن پرپٕلان ناراں چھُہ
رام رام کرُن گو نام سُندر راوُن
درنے گارُن سُہ ہم سہ ...

(شاہ غفور)

---

[1] شاہ غفور سند کلامکۍ یم نوسخہ میلان چھِ، تمن منز چھ "درنے گارُن" لیکھت، بلکہ اکثر جایہ دُرچھِم "درنے گارُن" تہٕ۔ شاید غلطی سان چھُہ یہ پھیوٗر ییومُت۔ "صوفی شاعر" (جلد۲) کتابہ منز چھ شاہ غفورُن کلام تہٕ درج۔ اتھ منز چھُ "درنے گارُن" بدلہٕ "دا درنے دارُن" لیکھت۔ "صوفی شاعر" جلد۱ تہٕ جلد۲ چھِ جموں و کشمیر کلچرل اکادمی چھاپی متہٕ۔

[2] اُپنشد (چھیوٗ، شیوٗ) یا صوفی شاعرن ہُند "اَنا الحق" (بہ چھُس پزر)

(ب)

وشنس، کرشنس، ربشہ ماُدانس
مہ گنیش تتہ کس کرہ نمسکار
گنگہ رازہ بیوٗطھم گنگہ بل تھانس

جان چھم میلتھ جہانس سیتھ

(احمد بٹہ واری)

(ج)

آدم بہٕ کرِتھ دراس ادمکار ہی
آدم نارائن ست لوگم سیتھ
توسس ادمہ کی پن کھاُلی مے

بہٕ رسہ رسے کوٗرنس تیار...

سُہ ہم سُو یاری دُچھ نو ونسے
تتھی رام ژنُدر شو[1] نو
سایس تہندِس تل تھووُنسے

بہٕ رسہ رسے کوٗرنس تیار...

(اسد پرے)

(د)

مرُو زِندہ سرہ کرہا تے ہوٗ | پرَ آدم سُو، پرَ آدم سُو
لاکر بیٚیہ دون کہتام چھُ | پرَ آدم سُو، پرَ آدم سُو
رِمن دراہ محیط البشر چھُو | تتہ گو نبیس آ لو ہیوٗ
رِچھہ بدٕی وانسِہ گو اکھ اُچھ موٗہ | پرَ آدم سُو، پرَ آدم سُو
ژلِیس شک دِی ژکھ تہ شبھُو | رام رحیم تس یکسان چھُ

---

[1] خرامِ لفظک معنے کیاہ چھُ؟ شاید گرِژھ "وُچھُن" معنے آسُن!

گلِیس منٛزٕ دٔی بنٕہ سادھو  پَرٕ آوم سُو، پَرٕ آوم سُو

رایِ بَد نِشہ کرتراہِ بھگوان  پوٚنی ترٛپاپ تراوِتھ بوزِکیسان

دوٚن صمد میرن شاستر ہیوٚ

پَرٕ آوم سُو، پَرٕ آوم سُو

(صمد میر)

---

# ترٛیِم باب

## سون تصوّف ــــ خیال تہٕ فلسفہ

یہِ زِندگی کیاہ چھےٚ؟ دُنیہِک وجوٗد کیاہ چھُ؟ کاینات کِہن بیوٚن بیوٚن ذأژن تہٕ وکھرہ وکھرہ چیزن تہٕ طاقتن کیاہ واٹھ چھُ؟ اِنسأنی زندگی کر چھےٚ کام یاب مانہٕ یِوان؟ نجات یا مُکھتی پرٛاونکۍ طریقہ کیاہ چھِ؟ انسان سُند مٔنزل کیاہ چھُ؟ فنا تہٕ وجوٗدُک سِلسلہ کیاہ چھُ؟ ــــــــــ یِم تہٕ یِتھی وارِیاہ سوال رُودی پتہ دٕتھ انسأنی بوز شوژرٕ ہُندی مرکز بنان۔ اُمی سوچنٕ دِژ انسانس وقتہ وقتہ نوٚی نوٚی فلسفہ تہٕ بیوٚن بیوٚن خیال، یِم تس زندگی گُذارنس اندر وارِیاہ بکار آیہِ۔

اِنسأنی نظام چھُنہٕ ہیوٗ روزہ وُن۔ نہ چھُ یہِ ژانہہ کالِہ ہیوٗ رُود مُت نہ روزِ۔ پرٛون نظام چھُ ڈٕوکان تہٕ ژھوکان۔ اکھ نوٚو نظام چھُ زنم لبان تہٕ وتھ بناوان۔ اِنسان چھُ پننہِ زندگی شوٗبہِ دار تہٕ سوکھالہ بناونہٕ خأطرٕ بیتہ کالہِ پیٹھ جکھان رُود مُت۔ یِتھ چیزس اندر ژٕ تس کانہہ شوٗب باسے یِہ، سُہ گویا تہٕ تتھ یک مُشت ڈُلی دِتھ ترأوِتھ، نتہ تتھ اکھ نوٚ شکل دِتھ برٛونٹھ پکہ ناوِتھ۔ یِتھے پأٹھۍ گو سُہ تتھ چیزس پیٹھ فِدا تہٕ دیوانہٕ، یتھ اندر تس وقتہ وقتہ حُسن تہٕ پایہ جأیی باسے یہِ۔ سُہ گو یِتھین چیزن عِزتھ تِتھ پأٹھۍ نوان، زان تہٕ تہُندی پانٕکۍ حِصہ آسی۔ نوٚی نوٚی اصول تہٕ میزان، نوٚی نوٚی خیال تہٕ فلسفہ تہٕ نوٚو نوٚی مت تہٕ طریقہ آیہِ یِتھے پأٹھۍ بارسس۔ ماحولکۍ بدلنن تہٕ وقتکۍ بِزرن ( Variety ) کوٚر اتھ اندر وارِیاہ اتھ روٚٹ ــــــــــ

یہِ کتھ چھےٚ پأنی پانے یہِ تہٕ ہاوان زِ یِم یِم فلسفہ از تام کھنہ بیٚیہٕ، تِم آیہِ نہٕ ہنگہ تہٕ منگہ

زٕنس ئِکہ یِم اُسو کُنہٕ حدس تام واتِتھ چلہٕ دُنیٲہِ فلسفن ہُنزہ ترقی یافتہ شکلہٕ۔ یِم نٔوۍ فلسفہ اُسو پرانین فلسفن ہُند تنقید تہٕ دَوا، یُس زن ماحولس تہٕ وقتس برٲہ اوس۔ یہ چیز چھُ کُنہٕ حدس تام اِنسانی شعورُک ارتقا تہٕ ہاوان زِ پرانٮ۪س تہٕ نٔوِس اندر پورہ پاٹھۍ اکھ واٹھ اُسِتھ یہ کِتھہ پاٹھۍ گو پزِ کرِ سیر باوان، وقتُک ساتھ دِوان تہٕ برونہہ برونہہ پکان زمانس سیٖتۍ بُہہ ناوان تہٕ زِندگی لُرہ پارہ نِشہٕ بچاوان۔

عام اِنسانی خیالہٕ موجوٗب چھُ تصوّفُک معنے سیٹھاہ ژھوٚٹ تہٕ موٗخصر۔ تصوّف یا بھگتی چھِ خُدایہ سنز گل۔ تہنزہ مایہ منز مست سپدُن۔ بلا کُنہٕ فرق پرٕبتھ اَکِس سیٖتۍ محبت کرُن۔ اَدہ سہٕ کُنہٕ تہٕ ذاتہٕ تہٕ رنگس سیٖتۍ اُسو تن واٹھ تھاوان۔ تصوّف چھُ خُدایہ سٕندین پاڑہ کرِی مزان لنگ لنجن سیٖتۍ مانے ورتاونُک ناو۔ تمن پیٹھ دھنہ منہ تھو ربان سپدنُک ناو۔ تصوّف چھُ اَکِس خُدایہ سُند تصوّر پیش کران۔ خُداہ چھُ پاک ذات، یُس زن اَکِس اِنسانہ ہُندِ کھوتہٕ سیٹھاہ بوڈ، تھوٚد تہٕ معتبر چھُ۔ یُس سیٹھاہ دوٗر اُسِتھ تہٕ اَسی سیٖتۍ آسان چھُ۔ یُس سون جزٕ بنِتھ پرٕبتھ کانٛسہ مدد کران چھُ۔ اِنسان چھُ تمہِ بڈہ سمندرُک اکھ قطرہ، یتھ سمندرس "خُداہ" وَنان چھِ۔ جزٕ تہٕ کُل ہیکون نہٕ اکھ اَکِس نِشہٕ الگ کرِتھ ع

قطرہ دُری یاوس تہٕ دُری یا قطرہ سِی نِشہٕ گو ظہوٗر
قطرہ در دُری یاو تہٕ دُری یا قطرہ کِے دُر دانہ اج[ل]

(وہاب پرے)

یا

دِل ہر قطرہ ہے سازِ انا البحر
ہم اس کے ہیں، ہمارا پوچھنا کیا؟

---

[ل] یہ چھُ "ملہ تلہ" اژ۔ یتھ اُسو "اج" پرو۔ کاشرِس رسمِ خطس منز چھِ "ژ" (ژے) آواز ژاین، ژامن، ژاکھ بیترِ لفظ لیکھنہ خاطرہ استعمال سپدان۔ "ژ" (یتھ "ج" آواز چھِ) سِہ آواز چھِ "ج" (جیم) آوازی سیٖتۍ لیکھنہ یِوان۔ "اج" لفظُک مطلب چھُ "مُرکب" یا "ملہ ون"۔

تصوّف چھُنہ یُتتے۔ یہِ چھےٚ واریاہ بوٚڑ معنے تھاوان۔ اتھ اندر چھ وکھرہ وکھرہ مذہبن
ہُنز تتھہ موجوٗد۔ اتھ اندر چھےٚ سوٗچک سمجھک، اِلہامُک تہٕ دُنیاوی بزرُک اکھ بوٚڑ بارہ دفر
جذب گومُت، یُس زن وقتہ وقتہ دکھرہ وکھرہ وسیلو کِنہ تھنہ پیو تہ اِنسان ہُنز زندگی
شوخ تہ شوٗبہِ دار بناوِتھ گو۔

کشیرِ تہٕ رُوحانیتس چھےٚ بوٚڑ بارہ واٹھ رُودمُت۔ امی چھےٚ کشیرِ "رِیشہ وارٕ" تہٕ ناو
دِنہ آمُت۔ یتھ رِیشہ وارِ منز چھ وِزِہ وِزِہ وکھرہ وکھرہ فلسفہ پھوٚلمِتۍ تہٕ پرٕتھیمتۍ۔ کشیرِ
منز یُس تصوّف بارسس آو، سُہ چھےٚ یمہ دِی فلسفو سیتۍ رس تہ مَس حاصل کران تہ بروٚنہہ
برونہہ پکان۔ یمِ سارنی فلسفن منز چھےٚ شیومت تہ صوفی فلسفہ زیادہ خاص وزن تھاوان
تہٕ کیازِہ یمِ فلسفن ہُند چھےٚ کاشُرس شعوٗرس پیٹھ زبردست اثر دُودمُت۔

کاشُر شیوی فلسفہ (یتھ ترِکا فلسفہ تہٕ چھ ونان) چھےٚ ویدانت، وِشنو، بودھ،
شکتھی، سانکھیہ تہ یوگ فلسفن ہُند اکھ نفیس پےٚ وندہ۔ اتھ پیٹھ آسہٕ نیل متُک تہٕ اثر
موجوٗد۔ یوٚتام صوٗفی فلسفُک واٹھ چھےٚ ہرگاہ سُہ ایرانہٕ پیٹھ کشیرِ وٚوت، یہِ چھےٚ مُلہ تلہ
عربس منز زامُت۔ اِمکی موٗل چھ قرآن چن تعلیمن پیٹھ دُرِتھ تہٕ یہِ چھےٚ مُلہ تلہ اِسلامی
فلسفہ پیٹھی پوٚتھان۔ ژھوٚرِتھ بوٗزو زِہ کشیرِ منز یُس تصوّف یتھ کالہِ پیٹھ شاہ لبان
رُود، سُہ چھےٚ یتھہ پاٹھو پھولان، کاڈکڈان تہٕ گرایہ بادان :-

(الف) کاشرِہ بوزشوژِہ ہُند اثر (مقامی فلسفن ہُند اثر)

(ب) ہندوستانی بوزشوژِہ ہُند اثر (ہندوستانی فلسفن ہُند اثر)

(ج) صوٗفی بوزشوژِہ ہُند اثر (غیر ہندوستانی اثر)

## مقامی فلسفن ہُند اثر

کشیرِ ہُندی ساروی کھوتہ پرانی بسکین چھ ناگ تہٕ پشاچ آسی متۍ۔ اُہندِہ
بلزارہ تہ سمزارہ سیتی آو "نیل مت" بارسس۔ نیل مت فلسفہ وبڑھ ناوُن چھےٚ سیٹھاہ
مُشکل۔ تہٕ کیازِہ امہِ قسمُک چھُنہ تیُتھ کانہہ چیزاہ بِزرِتھ، یمہ سیتی اتھ پیٹھ کانہہ
پرکاش پییہ۔ اندازہ چھےٚ ونان زِہ یمن ٹکن ہُنز زندگی آسے کُنہِ حدس تانی ترژھی، یِژھ

زن ایرٲنی تہٕ ہندوستٲنی آرین ہنز سبٹھاہ گوڈہ کالس منز اٲس۔ از یوسہٕ "نیل مت پُران" ناوِچ کتاب میلان چھےٚ، سو چھےٚ واریاہ کتھہ پٲدہ کران۔ برٛہت کتھایہِ ہُندی پاٹھی چھہ "نیل مت پُرانس" سیٖتی تہٕ قسمہ قسمہ کتھہ وٗنہٕ آمژہ۔ یِمن کھویہأمی چھےٚ لیکھان:۔

"راژہ ابھی منیو[1] بیوٗٹھ ۱۸۳۵ اک ہس منز۔ لگن ہُنزِہ مرضی سیٖتی تختس۔ سارِوی کھوتہٕ گوڈنِچ کامہٕ یوسہٕ تمیٚ کٔر، سو اٲس یہِ زِ تمیٚ گٲلی بُدھ متکو مول تانی۔ یِمن دوہن اوس چندر[2] اچارج ناوک اکھ پوٚژمُت لیوکھمُت برہمن یور آمُت۔ تمیٚ اٲس ہندوستانہٕ پیٹھہٕ "مہاباش" ناوِچ کِتاب پانس سیٖتی یور اٲنی مژ۔ تمیٚ دِژ پیٚتہٕ کین برہمنن یہے تعلیم ...... ... نیلہ مت پرانس پیٹھ لٔج بیٚیہِ عمل سپدنی۔ ... ... ... "گُلزارِ کشیر" لِکھارِی چھےٚ لیکھان زِ یُہے چھُ سُہ چندر اچارج یمیٚ زن نیلہ مت پُران نیلہ ناگہ منز کھور یا پانہٕ لیوکھ دےٚ چھُ پزر زانان[3]۔ یِ شیچھ چھےٚ واریاہ کھرٕ دار اٲسِتھ تہِ یہِ کتھ جان پٲٹھی نٔنہٕ کڈان زِ وقتہٕ وقتہٕ چھُ نیل متن کاٗشرِ ہن ہُند دِل سگہٕ نوومُت تہٕ زنژہ نوومُت۔ اُمیٚ فلسفن چھےٚ وِزہ وِزہ کاٗشرِ ہُنز زندگی شوُبہِ دار تہٕ سوکھالہِ بناوِمژ۔

---

[1] ابھِمنیو [2] ژندرہ دیو (چندر آچاریہ) یہِ گو سُہ اِنسان یمیٚ زن ناگن تہٕ پشاچن سیٖتی ہندوستٲنی یاتری ین اتھہ واس کوٚر۔ اُمیٚ ہنز ذِکر چھےٚ ناگن تہٕ پشاچن ہُندِس بیانس سیٖتی گوڈنکس حِصس منز سپدے مُژ۔

[3] "نیل مت پُران" چھہ پرٲنی کتاب زانہٕ یوان۔ مگر از چھُ امہِ کِہ لیکھنُک وَکھ شیٚیمِ شیٚیمِ صدی عیسوی زانہٕ یوان۔ امہِ حسابہ یہِ کتھ حدس تانی آسہِ ییتھ پرٲنس فلسفس وَرتن تُلنس منز کامیاب سپدے مژ۔ یُس ناگ تہٕ پشاچ اپناوان اٲسی۔ تہٕ سو چھنہٕ مُشکل۔ "نیل مت پُران" ناوِچ اتھہ کِتابہ منز چھےٚ کشیرِ ہُنزن پاک تہٕ مُتبرک جایِن ہُنز ذِکر موجود۔

ہندوستانہ پیٹھ تہٕ یِم فلسفہ کٲشرِ واتی، یمن پیٹھ تہٕ رُود کٲشُر اثر (مقامی اثر
کارگر، تہٕ کیازِ کٲشرِ اوس پتہٕ وَتھ اکھ خاص پاے تہٕ بجر حاصل۔ وقتہ وقتہ رُوز یہ
دۄیمین کیشرن خاص جاین ہندی پاٹھو نوٕن نوٕن تحریکن ہُند اَڈہ بنِتھ۔
کٲشرِ منز یِم فلسفہ پیٹھے یہ تہٕ پربھیہ، یمن منز رُود کٲشُرس شیوی فلسفس سیٹھا
کٲشرِ ذہنگ واریاہ دخل۔ یہ چھُ تمہِ شیوی فلسفہ نشہ واریاہ بدُون، یُس زن جنوبی
ہندوستانس منز بارسس آو۔

## ہندوستانی فلسفن ہُند اثر

کٲشرِ یُس ہندوستانی اثر وِزہ وِزہ پئو تمیُک مِثال چھ سبٹھاہ کم میلان۔۔۔۔
ہندوستانس منز یِم یِم فلسفہ ووتلے یہ، کٲشرِ منز رُودی یِم تھکے پاٹھو پوشان تہٕ پاپر
جائی لبان، یتھ پاٹھی یِم دُرس ہندوستانس اندر رُودی۔ نیل مت پتہ چھ ویدانت، بودھ
فلسفہ، ولشنومت، سانکھیہ، شیوی مت تہٕ یوگ فلسفہ کٲشرِ منز بارسس یوان تہٕ
کٲشرِین ہندین دِلن سگہ وان تہٕ شہجار واتہ ناوان۔
ہندوستانس منز یِم آریاسٕ بسٕنہٕ لگی، تمو دِیُت ویدک تہذیبس زنم۔ تِم
اُسو فلسفہ ویدانتس پیٹھ پکان۔ ویدانت فلسفک رُوح چھُ ژوٗن ویدن (رگ وید،
سام وید، یجروید تہٕ اتھروید) منز نایان۔ رِگ ویدس منز یُس فلسفہ ویژھ ناوہ آمُت

---

لہ لفظِ "وید" چھُ "وِد" یا "وِدیا" لفظہ منزہ دراموٚت، یمیُک اصل مطلب "زانُن" یا
"علم" چھُ۔ "انت" "گو" "اند" ویدانت (وید انت) چھُ سُہ فلسفہ، یُس زن علمُک
تہٕ گاٹہ جارُک اند اوس زانہ یوان۔

یمو ساروی ویدو منزہ چھ رِگ وید ساروی کھوتہ پرٲنی کتاب زانہ یوان۔ یہ چھُ
اکھ شاعرن ٹیکہ شاعرن ہندو کینژو خاندانو دُنیہ مرتب۔ اتھ اندر چھ کُل بِل ۱۰۱۷ نظمہ، یمو منزہ زن
۲/۳ حصہ یُندرارس تہٕ نارس (اگنس) سیتھ واتھ تھاوان چھ۔

چھُ، تمہِ موجوب چھہٕ یہِ سورُٕے دُنیاہ اُکس خاص قوٗنس تحت پکان۔ یہِ یتھ کانہہ
چیز چھُ اُکس خاص طریقس منز سپدان۔ سورُٕے عالم چھُ اُویل زآوِیل مادہ ـــــ
( matter ) نظرِ تھأوِتھ مختلف حصن تہٕ قسمن اندر بأگراوتہٕ آمُت ـــ یہِ
سورُٕے دُنیاوی کارخانہٕ چھُ اکہِ طاقتہٕ کِنہٕ پکان، ییتھ زن " زِندگی ہُند طاقت ل " ونان چھِہ۔

یہِ زِندگی ہُند طاقت چھُ وکھرہٕ وکھرہٕ شکلہٕ تہٕ وکھرہٕ وکھرہٕ رُوپ تھاوان۔ دیوتا
تہٕ چھِہ اَمی مادہ چہِ وکھرہٕ وکھرہٕ شکلہٕ، یِم زن پننہِ پننہِ طاقتہٕ تہٕ بجر تھاوان چھِہ۔ طاقتچ
تہٕ کامہِ ہنز فرقے چھُ کُنہِ حدس تانی اُکس تہٕ بیٚیِس تہٕ دیوتاہس اندر فرق قائم کران۔
ییتھ چیزس اندر اِنسانس وقتہٕ وقتہٕ کانہہ غیر موٗمولی بجر تہٕ تھزر لبنہٕ آو، تتھ آو
دیوتا ونہٕ۔ مثلن ہوا، اکتاب، نار ( اگن )، سحر، اسمان، یُندرازہ ( بہُودری ) یِم ( موت
تہٕ وورُن ( یُونانی ـــ Ouranos ) آیہِ مختلف دیوتا زانہٕ زمانہٕ بدلنس سیتی سیتی
ییتہٕ وادِیاہ چیز بدلے یہِ، دیوتاہن اندر تہٕ آیہِ تبدیلی۔ کینہہ یہِ اُنی دیوتا گیہِ ختم۔ کینہہ
نوی آیہِ زنمس۔ کینژن ہنزہِ کامہِ تہٕ پالیس ہنز آیہِ فرق۔ مثالے یُندرازہ ( اندرا )
لیُس زن اکہِ وقتہٕ لکن ہُند قومی ہیرو اوس زانہٕ یوان، سُہ چھُ جنگُک بادشاہ بنان۔
سُہ چھُ سوزس تہٕ سازس اندرمست سپدان۔ سُہ چھُ پننہِ آشنہِ ہُند زبردست
عاشق سپدان، لیس یُندرانی ( اندرانی ) یا ساقی ونان چھِہ۔ سُہ چھُ تہنُدس لوس
اندر کوہنہٕ پأٹھو وَلنہٕ یوان۔ سُہ چھُ گوٗنگُک تہٕ نٔژک زبردست شوقین بنان ــ
یُندرازہ چھُ آرین ہُند دیوتا زانہٕ یوان۔ تسُند ناو چھُ صُوفی تہٕ بھکتی شاعرن
ہُندِس ذہنس پیٹھ ٹُنتھ گومُت ع

اوم شتہٕ یہِ یُندرس گادِسے دُرالیس
آیس یُندرہ نہٕ گھرہ یہِ تہٕ
( صاحبہ کول )

---

Life force. ل

## یُندٕ رازہ ہٕ دربارہ نغمہ کران پرٛستانو
## سوزِ منصور وزان، کن میٚہ دِژاو گوس دیوانو

(احمد بٹہ واری)

یِتھے پأٹھۍ چھہ بیٚیَن دیوتاہن ہُندِس پالِس اندر تہٕ فرق یوان۔ یِم، یُس اوٚتام موتک دیوتا اوس، تَس آو جہنم حوالہ کرنہٕ۔ دوٚیِم، یُس اوٚتام اسمانک اکھ تہٕ مالک اوس، یُس دُنیاوی حالاتن سام ہیوان اوس، تَس رُودی سدرٕ تہٕ سمندر مٹہٕ۔

دیوتا آسی یتھہ کالِکس تہذیبس منز اکھ تھوٚد پایہ تھاوان۔ تِم آسی اِنسانن بجہ بجہ کامہٕ اُنز داونس منز اکھ روٗٹ کران۔ تِم آسی سوندر جامہٕ نالی ژھینتھ، پأرِتھ تہٕ زٕیرتھ دال تلوار چأرِتھ رنگہ بُنگن تہٕ محل خانن منز روزان۔ تِم آسی بڈین دوہن پیٹھ اِنسأنی جشنن منز شریک سپدان تہٕ انسانن ہُندی پأٹھۍ سوم رس[1] چوان۔ تِم آسی نہٕ عام انسانن لبنہٕ یوان۔ مگر تھدی تہٕ برتی انسان آسی تِمن وُچھِت ہیکان۔ یِم تھدی تہٕ برتی انسان گیہٕ تِم شاعر تہٕ عالِم، یِمن ریشی[2] ونان آسی۔

شاعر (ریشی) آسی ویدک دورس اندر واریاہ تھزر تہٕ بجر تھاوان۔ تِم آسی تِم تھدی تہٕ کاڑٕ موہینو آسان، یِم زن دُنیاوی حساب کتاب آسی ژٕینتھ ہیکان۔ یِم آسی تِم تھدی انسان آسان یِمن زن قودرتن ژینک، سمجھنک تہٕ اِظہار کرنک اکھ غیر موٗمولی طاقت بخشمُت اوس آسان۔ یِم ریشی آسی تِم فلسفی تہٕ شاعر آسان، یِم زن پننہٕ بوزنہٕ شوژرہ، اِلہامہ تہٕ گاٹہٕ جارہ سیتی یِنہٕ والِہ زمانکی حالات آسی وُنِتھ ہیکان۔

---

[1] ہندوستأنی آریا آسی اکھ نشاوٕر چیز استعمال کران، یتھ زن سوم (سوم رس) ونان آسی۔ ایرأنی آریا تہٕ آسی یہ نشہ استعمال کران۔ تِم آسی اتھ "ہوم" ونان۔ پارسی چھہٕ پشارچ آسی امہٕ خأطرہ "ہوم" لفظی استعمال کران۔ کشیرِ اندر چھہٕ تژھہ واریاہ جایہ موجود یِمن پتہٕ "ہوم" لگان چھہٕ مثلن برژہ ہوم، زُہوم، دودرہوم۔ شاید آسہٕ ہن یتھہ کالس منز یِمن جاین بجہٕ لُبتی آباد تہٕ تِمن جاین آسہٕ ہے یہ نشہ زیادہ تیار سپدان۔

[2] ریشی لفظک اصل معنے چھہ "Poets with Vision"

یم اُسو خودا ئیس وارِیاہ قریب آسان۔ بوزِو تی یہ زن اقبال شاعرن تہٕ شاعری
نِسبت "ہست ولیکن از پیغمبری" دُنِتھ ونان چھ۔

ویدن[1] سیتی سیتی چھ اُپنِشد، پُران تہٕ اِتہاس تہٕ ہندوستانی فلسفس تہٕ ادبس
منز اکھ بنٛیُن پایہ تہٕ قدر تھاوان۔ اُپنِشد چھُ نہ کُنہ تہٕ کانٛہہ الگ چیز۔ ویدن ہُندی
اصل تہٕ ٹھوس فلسفس چھ اُپنِشد ونان۔ یِمن اندر چھُ ویدن ہند فلسفہ جان پاٹھی
وبرٛتھ ناونہٕ آمُت۔ دپان :۔

"یہِ دُنیاوی کارخانہ قایِم سپدنہٕ بروٹھہ اوس صِرف کُنُے تہٕ کیول آتم (اللہ)
فقط سُے تہٕ اسنہٕ ناو۔ اُمِس رٕوس اوس نہٕ کینہہ اندر زور۔ تمۍ سوچ زِ پانس
سیتی۔۔۔۔۔ "بہٕ بناوہ دُنیاہ۔" تمۍ بناوۍ وارِیاہ دُنیاہ۔" (اُپنِشد)

انسان چھُ خدا یہٕ سندِہ نورٕچ اکھ زٕژ۔ تمی نورٕچ اکھ زِتنٛز چھ اِنسانہٕ
سندِس پانس اندر لبنہٕ یِوان۔ اِنسانس اندی اندی چھ بیٛیہ پانٛژ چیز ڈٕینٛتھی یِوان۔ یِم
زن دُنیہک لسُن بسُن چلاونس اندر کارگر سپدان چھ۔ یِم پانٛژ چیز چھ مادہ[2]
(انّم)، زِندگی (پرٛانم)، من یا شعور (منس)، عقل (وِجنانم)، رُوحانی ترٲوتھ یا خوشی
(آنندم)۔ یِمے چھ تِم چیز یِمن پیٹھ عالمُک سورُے لیٖہ لاو تہٕ رنگ ڈھنگ دٕرِتھ
چھُ۔

"پُرانن[3]" منز چھُ پرٛون گاتہ جار میلان۔ یِمن اندر چھُ ویدن[4] تہٕ اُپنِشدن ہُندِہ

---

[1]

[2] matter. [3] لفظی مطلب چھُ "پرٛون" کاشُر لفظ "پرٛون" چھ پرٛانہٕ "منزٕ دراٛمُت
[4] رِگ ویدس برخلاف سام وید تہٕ یجر وید چھ زمانہٕ کین بڈٕین دورن، رِشِن تہٕ رِواجن
سیتی واٹھ تھاوان۔ اتھرو ویدُک موضوع چھُ اِنسانی زِندگی۔ اتھ اندر چھُ سُے طاقت
نظرِ یِوان، یُس رِگ ویدس منز لبنہٕ یِوان چھُ۔ یتھ زن "زِندگی ہُند طاقت"
(Life force) ونان چھ۔

فلسفہ علاوہ وقتکی سماجی تہ سیاسی زادی جاد تہِ میلان۔ یمن اندر چھ مختلف بادشاہن تہ
تہندین خاندانن ہنز ذِکر تہِ میلان۔ قونون، جغرافیہ، تأریخ، جنن تہ پرِیِ ین ہُنزہ
ڈلیلہ تہِ چھِ یمن منز موجود۔ اِتہاسن (تأریخن یا جنگ نامن) منز تہِ چھِ یم ساری
چیز میلان۔ مگر یہِ اُسِتھ تہِ چھِ تأریخن (اِتہاسن) تہ پُرانن منز واریاہ فرق۔ تأریخن
(رامائن تہ مہا بھارت) منز چھِ اکھ ترِتھ کتھ (کہانی) میلان، یمِچ بُنیاد اکس بہودرس
(ہیرو) پیٹھ چھِ درتھ آسان۔ باقی ساری مضمون فلسفہ، مذہب، جغرافیہ، سیاست،
قونون چھِ اَتھی کتھِ سیتی بیان سپدان۔ یمہِ وقتہ (ادہ) پڑھ وِزآسہِ تہ یہِ چیز شُوبہ۔
پُرانن اندر تہِ چھِ کہیہ بہودرن ہنز ذِکر سپدان۔ مگر تأریخن یا جنگ نامن
منز ییہ مرکزیت یمن حاصل چھِ، سو چھِ نہ پُرانن اندر نظرِ یوان۔ مہابھارت کِس
جنگ نامس منز ییلہِ کہانی اکس خاص موڑس پیٹھ واتان چھِ اکھ خاص کشمکش
چھِ ووتلان۔ ارجنس تہ کرشنس درمیان چھِ اکھ بحث سپدان۔ اَتی چھِ زِندگی
ہُند اکھ خاص فلسفہ تھنہ پیوان، یتھ زن "بھاگوت" (بھگوت گیتا) ونان چھِ۔ زندگی
ہُند وجود، اِنسان سُند فرض، دُنیاہ تہ دُنیاہ داری تہ یتھی واریاہ اَدِ تہ دُری
سوال چھِ وِپڑھ ناونہ یوان۔ [۱]

ہندوستانس منز یُس تصوّف (بھگتی) پرِہبو تہ پوشبو اتھ پیٹھ چھِ بھاگوتک
سیٹھاہ اثر موجود۔ یوت بوزِو لفظ "بھگتی" (تصوف) چھُ دراصل "بھاگوت"
منزے دراٹ، یمیک معنے محبت تہ اُنس (Devotion) چھُ۔ یہِ لفظ آو پانے تمہِ
بولہ تہ مایہ خاطرہ ورتاونہ۔ یُس زن اکھ بھکتھ (عابد یا پارسا) بھگوانہ (اللہ) سُندِہ
خاطرہ تھاوان چھُ۔

---

۱؎ مہابھارت چھُ وید ویاسن لیکھمُت۔ یہِ چھُ والمیکی سُندِ رامائنکہِ تہ فردوسی سُندِ "شاہ
نامکہِ یائتھی جنگ نامن (رزمیہ شاعری) منز اکھ بوڈ کارنامہ زاننہ یوان۔ کرشن جی تہ ارجن
چھِ امہِ کہانی ہُندی نزہ کردار۔ رامائنس تہ مہابھارتس منز چھِ مذہبی عنصر منز درشامل۔
مگر تِتھے، یتھ زن مِلٹن، ہومر تہ دانتے سُندِس رادوی مُتِس جنتس (پیرا ڈایز لاسٹ)
"ایلیڈ" تہ "ان فرنو" ہِس منز موجود چھُ۔

## بودھ فلسفہ

اُوپنِشدن، چھوت چھاتن تہ دٔیمبو بنٛدی شرٛ کنہِ لوٗگ پرٛانِس ماحولس ٹھنجر۔ ماحولس سٕبھتھرٕ بہہ ناوُنہٕ خاطرٕ آیہِ کینہہ اصلاحی تحریکہ بارسس، یِمن منز بودھ تہ جینِن فلسفہ سیٹھاہ بوٚڈ پایہ تھاوان چھ۔ ہندوستان کِین کینژن خاص جاین ہُندی پٲٹھۍ چھُ بودھ فلسفس کشیرِ منز ہنا زِیادٕے بوش کھسان۔ اَمِکۍ وجہ چھ وارِیاہ۔ یِمن منز زٕ زیادہ خاص چھ۔ نمبر اکھ کشیر اوس ویدک تہذیب و تمدنُک اکھ خاص اڈٕ بنے مژ۔ لہٰذا اوس بودھ خیالن ہُنٛد زورٕ شورٕ سان یتہِ چارٕ سینٛدن سیٹھاہ ضروری۔ نمبر زٕ برہمنن تہ بوٚنِمہِ طبقہ کِین لُکن اندر اوس زِ یٹھ کھے موجود، یِمہِ کنہِ فتنہ تہ فساد اوسی جاری۔

کشیر بنے یِہ بودھ فلسفُک اکھ بوٚڈ بارہ اڈٕ۔ یِہ بنے یتہِ لِمژارچ تہ سمژارچ سعہ دَکھ، یِمہِ زن ہندوستان، چین تہ تبت اکھ اکس وارِیاہ نزدیک اُنی۔ کشیر بنے یِہ علمُک ترادبنگ گھرٕ۔ یوٚت زن چینی، تبتی تہ ہندوستٲنی اوسی تعلیم پرنہٕ کِہ غرضہ یِوان۔ وارِیاہ کٲشرۍ وٲتۍ بودھ متُک پرچار کران دوٗر دوٗر مُلکن منز۔ وارِیاہو عالمو لیٚچھ جان جان کِتاب یِمن منز بودھ فلسفہ نفیس پٲٹھۍ وِچھرٕ ناوُنہ آو۔ یِمن لِکھارِین منز چھ کُمارجیو، ناگ سین، بُدھ میا، گُن ورمن، جن مِتر، ہری ورمن انند، دھن شِل ہندی ناو پیرنی لایق۔

بودھ مت چھُ راز اشوکس (۲۳۲–۲۷۳ ق،م) وارِیاہ برونہہ کشیرِ وآتان۔ اُمی سِنٛدِ وقتہ وارِیاہ بر دنٛھی اوسی کشیرِ منز وارِیاہ "وِہار" قایم سپدے متی۔ وارِیاہ ژاٹہٕ ہال تہ سکوٗل اوسی بناونہٕ آمتی تہ وارِیاہ کینہہ اوس سپد یومُت۔ وکھ بدلِنس سیتی گو یِہ زیادہ زیادہ زور لبان۔ اشوک نِس وقتس منز اوس کشیرِ منز اکھ نفیس بودھ ماحول پٲدٕ سپدیومُت[1] پانہ نیار تہ لمژار اوس پرٛیتھ طرف گرایہِ ماران۔ اشوک نِس وقتس منز

---

[1] راز سُریندر چھُ کشیرِ ہُنٛد گوڈنیُک بودھ بادشاہ مانہٕ یِوان۔ سمارِ وِہ برونٛٹھ چھ اُمی رازن کشیرِ منز "وِہار" قایم کرِی متی۔ اکھ بوٚڈ بارہ وِہار اوس زوجِلا بالس نزدیک بناونہٕ آمُت، بیاکھ اوس اُمی سوورِس نزدیکی آنچارکِس ڈٔلس پیٹھ بنومُت۔ راز سُریندر چھ مہاتما بُدھس پتہ کینہہ کال گُزرِتھ زامُت۔ کشیر چھ اُمس پتہ کینہہ کالہٕ اشوک نِس اتھس تل لگان۔

یوسہ ترٛیِم بودھ مجلس پاٹلی پُترس منز بُلاونہ آیہٕ، اتھ اندر اُسی کافی کاغذٕ موجوٗد۔
اشوکس پتہٕ چھےٚ کُشان خاندان کین بادشاہن ہُندِس وقتس منز بودھ متس زیادٕے
پھلنے جاےٚ لگان۔ کنشک (۷۸ — ۱۰۲ء) چھےٚ بودھ متُک زبردست مانن وول ادسمُت۔
اُمی سنٛز سلطنت اُس بہارہ پیٹھہٕ (ایرانہ کین سرحدن تانی پھاُلمِتھ۔ کاشغر، یارقند تہٕ کینہہ
دوٚیِم علاقہٕ تہٕ اُسی اتھ سیتھ شامِل۔ بودھن ہنٛز ژوٗرِم مجلس چھےٚ اُہندِسی زمانس منز
کشیرِ منز بلاونہ یوان۔ یہِ مجلس ژوٗرشن رِہتن جاری۔ ہندوستانہٕ، چینہ، تبتہ تہٕ
دوٚیمیو ملکو پیٹھہٕ آیہٕ تھدٕی تھدٕی بزرگ تہٕ عالِم کشیرِ[1] بودھ شُترن تہٕ اصولن آیہٕ سام
ہینہ تہٕ رِتن کمزوری ین پیٹھہٕ آیہٕ بوز شوٗژ کرنہٕ، یمہٕ زن بودھ متس منز اَمہِ وقتہ نوٚیرٕ
آسہٕ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ نوٚہ نوٚہ کِتابہٕ آیہٕ لیکھنہٕ۔ داریاہن پھیرہ بیہہ دِہن کھتن آیہٕ توٚہ
سرٕ وکھنے (تشریح) کرنہٕ۔ امہِ مجلسہِ دِیُت کِنہٕ حدس تانی بودھ فلسفس تتھ لِنجہٕ پیٹھہٕ زور
ییتھ زن "مہایان" ونان چھِ۔

"مہایان" چھےٚ بودھ فلسفٕچ سوٚ لنٛڈ، یوسہ زن ویدانتس تہٕ بھاگوتس واریاہ
قریب چھےٚ۔ اتھ لِنجہِ چھِ امی "سنسکرت بُدھمت" تہٕ ونان۔ "مہایان" چھےٚ خوٗدایہ سنٛدِس
وجوٗدُک قایِل۔ یہِ چھےٚ دیوی دیوتاہن مانان تہٕ مندرن منز پوٗزاہ پاٹھ کرنس پیٹھہٕ زور
دِوان۔ یہِ فلسفہ مانن والیو موٗن گوتم تہِ اکھ دیوتا۔ تمہٕ ہیٚتِ تمہٕ سنٛز تہِ پوٗزاہ شروع
کرٕنی۔ امہِ فلسفکی مانن والی چھِ امارن تہٕ خواہشن ہُندِس پوٗرہ سیدنس تہٕ وانگ (نجاتُک)
گوڈٕ زانان۔ اتھ برخلاف "ہِنٛن یان" بودھ چھِ خوٗدایہ سنٛدِس وجوٗدس نسبت خاموش۔
تمہٕ چھِ نہٕ موٗرتی پوٗزایہ پیٹھہٕ یقین تھاوان۔ تہندِ کِنہٕ چھےٚ نجات یا نِروان حاصل کرنُک
شوٗبہٕ دار طریقہ پننٕہ امارٕ مارٕنی۔

---

[1] اکِس تبتی لِکھاری سنٛد وَنُن چھےٚ زِ اتھ مجلسہِ اندر اُسی ۱۵۰۰ عالِم موجوٗد۔ یمن منز پانٛژھ ہتھ (۵۰۰)
برہمن، ۵۰۰ "ارہت" (Arhat) تہٕ ۵۰۰ "بودھِ ستو" (Bodhi sattwa) اُسی۔ "ارہت"
گیہٕ تمہٕ بودھ یِم زن "ہِنٛن یان" فلسفہ مانان آسن۔ "بودھِ ستو" چھِ تمہٕ یِم زن سنسکرت بُدھ متکی
قایِل چھِ۔ یہِ بودھ مجلس اُسی ہارونس نزدیک کنہِ تام جایہِ بُلاونہ آمٕژ۔

مئی ۶۳۱ء ہس منز ووت مشہور چینی سفر ہیون سانگ[1] کشیرِ۔ سُہ رود یتہِ
اپریل ۶۳۳ء تام۔ اُمی سُند یورِ یُن تہ یتہِ تم چیز زانن خاطرہ دۄن وری ین ٹھہرُن یم زِ
تس شاسترو تہ بودھ کتابو منزہ فکری ترٛی متی آسی۔ چھُ پانٛی پانہ امہِ کتھہِ ہُند بارہ ثبوت
زِ کشیرِ منز اوس امہِ وقتس منز بودھ مت سیٹھاہ زور موجود۔

بودھ فلسفچ بُنیاد چھِ نِروان (نجات یا مُکتی) کرم تہ اہنسا ہس پیٹھ تھاونہ آمژ۔
یمن سارنی کتھن ہُند مقصد چھُ اِنسان جان بناوُن۔ تہنٛدہِ پانک مل دُور کرُن تہ تہند
چال چلن جان بناوِتھ سُہ سوبرژ لاگُن یُتھ زن اکھ تِتھ سماج شاہ لبِہ، یُس زن
سوکھس تہ شانتی پیٹھ ڈرِتھ آسہِ۔ بودھ فلسفہ چھُ اِنسانس سنتوٗت (قناعت) ہیچھناوان
تمن امارن تہ خواہشن پیٹھ قو یوٗ کرنس اندر مدد دِوان یمن ہُند نتیجہ دغا تہ جرم نیران
چھُ۔ اِنسانی تکلیفن ہُند وجہ تہ چھِ یمے امارِ یم زن ہینٛیو دوشو کنٛہ اِنسان
سندہ خاطرہ فریبن ہُند زال واہرِتھ تس پامال تہ بدحال کران چھِ۔

دیان انسان چھُ پانٛی پانہ پینہ نِہ کاشک آگرٕ۔ سُہ چھُ پانٛی پانہ پینہِ منزٕ ٹک
مالِک۔ بدی ہُند انجام چھُ بدی۔ بُرائی ہُند وجہ چھُ گوناہ۔ گوناہ چھِ تکلیفن ہُندی
موٗل۔ یم تکلیف چھِنہ اِنسانس صرف زندگی منز بھوگنی پیوان بلکہ جہنمس منز تہ۔ یوتام
سُہ آواگون کس چکرس اندر روزِہ۔ آواگونک چکر (بیٛیہ نہ بیٛیہ زنم ہیٛنک گردش)
چھُ "کرمن" ہُندِس پھلس پیٹھ ڈرِتھ۔ اِنسان سندی کرم چھِ جان کامہِ سیٹھ
جان بنان۔ پزٕہ عملہ تہ پزٕ ارادہ سیٹھ شوبہ دار بنان۔ جان کرمی چھِ اِنسانس نجات
حاصل کرنس اندر مدد دِوان۔ نجات حاصل کرنک مطلب چھُ دُنیاہ نِشہ آزاد سپدُن۔

---

[1] سُہ اوس ۶۰۳ء ہس منز چن لیو (Chin-liu) ضلع ہونین (Ho-nan) علاقس منز زامت۔
سُہ چھُ پننس سفر نامس منز یتہِ لیکھان زِ گوتم بُدھ سُند دنٛد اوس کشیرِ ووتمُت۔ یہ دنٛد
اوس شنکر آچارِیس (سلیمانس) تلہ کنہِ اکِس بودھ زیارتس منز تھاونہ آمُت۔ ۷۵۹ء ہس منز چھُ
اوکونگ (Ou. Kong) ناوُک اکھ بیاکھ چینی سفیر کشیرِ واتان۔ اُمی سندِس وقتس منز آسی
۳۰۰ بودھ گُمپا یتہِ موجود۔ یہ سفیر رود کشیرِ منز برابر ژۄن وری ین۔

بار بار زیٛنہٕ مرنٕچ سِلسِلہ منزٕ نیرٕن۔ بودھ عقیدٕ موجوٗب چھُ بُرٲیی تہٕ بدمعاشی ہُند نتیجہ جہنم۔ یِم جہنم تہِ چھِ واریاہ۔ اکھ چھُ دوٚیمہِ کھوتہٕ سنگین۔ تہٕ وکھرٕ وکھرٕ جہنمن ہٕند سزا چھےٚ مختلف جُرمن پیٹھٕ میلان۔

وکھرٕ وکھرٕ جہنمن ہُند تصوّر چھُ عیسٲیی مَتس تہٕ اِسلامس اندر تہِ موجوٗد۔ جنّت تہٕ جہنم چھِ واریاہ۔ انسان چھُ پننیو اعمالو کِنی اَتھ ہُند سالِر بنان تہٕ نیکی تہٕ بدی ہُند پھَل بھُگان۔

## شیوی فلسفہ تہٕ دوٚیِم کینہہ فلسفہ

کنشک[1] سٕنٛز زمانہٕ پیٹھٕ ہیوٚن سانگ نِس کشیٖرِ یِنس تہٕ واپس گژھنس تام چھُ واریاہ وَکھ گُذران۔ اگرچہ یتھ وقتس پیٹھٕ تہِ بودھ مَتُک واریاہ اثر رُود۔ مگر بودھ فلسفس لرِ رُودی بیٚیہ کینہہ فلسفہ تہِ پوچھر لبان تہٕ برونہہ پکان، یِمن منز سانکھیہ، یوگ، شکھتی، وشنو تہٕ شیوی فلسفہ پھرنس لایق چھِ۔ یِم ساری فلسفہ چھِ مُلکہ بیوٚن بیوٚن فلسفی سکوٗلن[2] کُن اِشارٕ کران۔ یِم زَن ویدانت تہٕ بھاگوت گیتا کِہن اصوٗلن پیٹھٕ پوٚشھے یِہ۔

سانکھیہ چھُ شاعرن ہُند فلسفہ مانہٕ یِوان۔ یِہ فلسفہ چھُ مختلف شاعرو پننہٕ بوز شوژٕ تہٕ گاڑجارٕ سیٚتہ بھولہٕ رووِمُت۔ امِہ فلسفہ کِنہٕ چھُ یِہ سورُے دُنیاہ اکھ حقیقت۔ یِہ دُنیاوی یژر موجوٗد تھاونس تہٕ پوشہِ ناونس اندر چھِ (۱) ذہانت (۲) مادٕ تہٕ (۳) عمل کارگر سپدان۔ یِمے ترٚیہ چیز چھِ تمہِ تبدیلی ہُندی موٗل، یُس یتہٕ وَتھ وُچھان آیہ یا بروٚنٹھ کُن یِوان روزِہ۔ امِہ تبدیلی ہُند وجہ چھُ یِہ زِ یِمن ترٚیَن چیزن اندر چھُنہٕ توازُن

---

[1] کنِشکس پتہٕ چھِ ہنشک تہٕ زنشک نِس زمانس اندر۔ برہمنو، بودھن تہٕ دوٚیمین لُکن اندر سخ تنازعہ زیٚٹھان۔ ابھِمینو ہنٛدِس زمانس اندر چھُ بودھ مت واریاہ یتھ سپدان۔ ویدانت تہٕ نیل مت چھِ بیٚیہ زِیادٕ بارس یِوان۔

[2] Schools of Thought

قایم روزان۔ تہٕ کیازِ پُرش[1] (رُوح) تہٕ پٔرکرتھ[2] چھہ پننہٕ عملہٕ منز مست۔ زندگی ہنز سارِیی براندہ کٔز چھہٕ اُتھی عملہٕ پیٹھ دٲرِتھ۔ تہٕ یہٕ دُنیاوی کشمکش تہٕ حرکت چھہ یمہ وی چیزو سیتی شاہ لبان۔

یوگ چھُ اکھ عملی فلسفہ۔ امکی بُنیادی اصوٗل تہٕ خیال چھہٕ تمے، یم زن سانکھیہ فلسفس منز دٔرینٛٹھی یوان چھہ۔ یہٕ فلسفہ چھُ سانکھیک اکھ عملی رُوپ، یُس زن پننہٕ اکہٕ خاص عملہٕ سیتی اِنسانس مادہ چہ عملہٕ نشہٕ آزاد کرِتھ ہیکان چھُ۔ یہٕ چھُ اکھ تیٚتھ فلسفہ، یمہٕ سیتی اکھ انسان پننہٕ اندریُم جذباتی دُنیاہ مارنس اندر کامیاب سپدان چھُ۔ یمہٕ سیتی سُہ پننس منس پیٹھ قوبو کرِتھ ہیکان چھُ۔ شاہ کھارنس تہٕ دالنس پیٹھ قوبو کرِتھ ہیکان چھُ۔ یہٕ چھہ سہ عمل، یمہٕ سیتی منُک توجہ دٔنیہِ چیزو نشہٕ ڈٲلِتھ اکس خاص نِشانس پیٹھ لگاونہٕ یوان چھُ۔ یہٕ چھُ اکھ تیٚتھ طریقہ، یُس زن اکس انسانس اکِس تہٕ کتس پیٹھ محکم روزنُن تہٕ تتھ سیتی بِلکل کٔن سپدُن ہیچھہ نادان چھُ۔ یم سٲری طریقہ چھہٕ تم عملی طریقہ، یمو سیتی اکھ انسان یمہٕ دُنیاوی جنجالہ منزہ نیرِتھ ہیکان چھُ تہٕ نجات یا مکھتی حاصِل کران چھُ۔

یوگ تہٕ سانکھیہ فلسفس سیتی سیتی چھہ وشنوی فلسفہ تہٕ واریاہ بجر تھاوان۔ اُمی فلسفن چھہ وقتہ وقتہ لکن ہُند دِل رنزہ ناوی مہچ۔ امچ بُنیاد تہٕ چھہ ویدن تہٕ بھاگوتس پیٹھ دٲرِتھ۔ اُمی فلسفن پٔردو پیٹھ کشیرِ اندر وقتہ وقتہ یاوُن۔ سومانند[3] نہٕ وننہ موجوب شیوی فلسفہ چھُ کشیرِ منز سنگھم آدیتہ نہٕ دُسی تریٚیمہ ژٔورمہ صدی عیسوی منز نوہ سرہ پننہٕ شوبہ دار قدم تراوان۔ امہٕ وقتہ اوس وِشنوی فلسفس سیٹھاہ چلے جاوٗ۔ گُپت خاندان کین بادشاہن ہُندِس وقتس منز تہٕ لوٚب اُمی فلسفن بُزُر تہٕ یو چھُ۔

---

[1] Pure sentimence (شوٗدھ تہٕ صاف حواس)

[2] Universal Nature (مادی دُنیاہ)

[3] اکھ کاشُر فلسفی، یمو زن کاشُر شیوی فلسفہ پٔرتھ تھٔد یکہ ناونس اندر واریاہ کیٚنہہ کوٚر۔

أٹھِمہِ نۄمہِ صدی منز چھہ بودھمت وارِیاہ پَتھ سپدان۔ شیوی فلسفہ تہٕ وشنوی
مت چھہِ زِیادہ زِیادہ زور لبان۔ یمن فلسفن ہُند زور چھُ للہِ ہُندِس آو آوس
تانی دوہ کھوتہٕ دوہہ بڈان۔ ۸۵۵ ء منز لگ کشیر اونتی ورمن لِنس اتھس منز۔
یہِ بادشاہ اوس سیٹھاہ دُت، تہٕ جان۔ سُہ اوس پانہٕ وشنوی۔ امہِ وقتہٕ ییتہٕ
شِو سوامن، رتناکر، آنندوردھنس ہی وارِیاہ شاعر تہٕ لِکھاری کشیرِ منز موجود
آسی، تتہٕ آسی وارِیاہ رِشی تہٕ یوگی تہٕ موجود، یمو زن رُوحانی کمال حاصل کرِتھ اکھ
خاص ناو بڑوومُت اوس۔ اُٹھِمہِ نۄمہِ صدی منز چھہ شنکر آچاریہ (۷۸۸—۸۲۰ ء)
کشیرِ واتان۔ اُہندِسی ناوس پیٹھ چھُ سری نگر شہرس منز شینک لاچارس پیٹھ [ کوہِ
سُلیمان ] شینک لاچار (شنکر آچاریہ) ناوُک مندر موجود۔ ویان تم اُسی اتھ جایہِ
پانہٕ ٹھہرے متی۔ شنکر آچارین کوٗر ویدانتک فلسفہ اکھ نوٕ انداز پیش۔ اُہندِس
فلسفس اندر چھُ دوشہٕ رنی شیوی تہٕ وشنوی فلسفن ہُند گاش تہٕ پرکاش میلان۔
بہمہِ [12] صدی منز ووت رامانج (۱۱۷۸ء —— ۱۲۵۰ء) کشیرِ۔ تمہِ دیُت وشنوی خیالن
پیٹھ زور۔ یہِ گوسۓ فلسفہ، یتھ زن رامانندن اتھہٕ یوچھ ریوٗل۔ رامانند چھُ رامانجس
پتہٕ ترینہٕ ساڑہ ترینہٕ وُہرِ ووتھمُت۔ ہندوستانکی بڈی بادہ شاعر تہٕ بھگتی کبیر چھہ
رامانندنی ژاٹھ آسی متی۔

یہِ سورُے پوٚت منظر نظرِ تھاوِتھ لگس چیز سانہٕ خاطرہٕ زیادہ وزن تھاوان
چھہ، سُہ چھہ کأشُر شیوی فلسفہ، یتھ زن "ترکا فلسفہ" تہٕ وَنان چھہ۔ یہِ فلسفہ چھہ کشیرِ
منز اُٹھِمہِ نۄمہِ صدی پیٹھ پھانٹھلن ہیوان۔

کأشُر شیوی فلسفہ چھُ ویدانت، بودھ، سانکھیہ، شکھتی، وشنو تہٕ شیوی
متکُ اکھ بوٚڑُت تہٕ پایدار ہنجوڑ۔ اتھ پیٹھ چھُ یوگک تہٕ وارِیاہ اثر۔ اتھ اندر آسہٕ
زِیل تھج تیہہ تہٕ جذب گمُت۔ تہٕ کیازِ اتھ فلسفس دیُت کأشرِ دماغن زنم، یُس
زن نیل مت کُس شہجارس ستی جان پأٹھی واقف اوس۔ کشیرِ منز گو فلسفین
تہٕ شاعرن ہُند اکھ بوٚڈ بارہ ہجوم پادہ۔ یمو زن ترکا فلسفک اکھ جان تہٕ شوبہٕ دار
محل تیار کوٚر۔ اُٹھِمہِ پیٹھ ژوداہِمہِ صدی تام یم شاعر تہٕ عالم یہِ فلسفہ ستیران تہٕ

برونہہ یکہ ناوان زودی، متن منز چھ وسہ گپت، سوماننہ، اتپل دیو، ابھینوگپت، بھٹ کلٹ، یوگ راج تہ ہیشر آنند ہندی ناو گنزرنس لایق۔

کاشرہ شیوی فلسفچ بنیاد چھ ترین کتھن پیٹھ ورتھ۔ یم ترینہ کتھہ یا اصول چھ نر، شکتی تہ شیو۔ دوہمین لفظن منز گیہ تم پتہ، پاشہ تہ آنو۔ یا شیو، شکتی تہ آنو۔ یا پر، اپر تہ پراپر۔ چونکہ یتھ فلسفس منز چھ ترینہ خاص کتھہ کام کران۔ امی چھ یتھ "ترکا" یعنے "ترن گون" فلسفہ تہ ونان۔ ترکا فلسفہ موجب شیو یا پرم شیو چھ ساریے حقیقت پیہے، حقیقت چھ پریتھ کنہ چیزچ بنیاد۔ تہ اتھی پیٹھ چھ پریتھ کانہہ چیز ورتھ۔ شیو چھ سارنی وجہن ہند وجہ۔ سہ چھ سہ پزر یس ساروی کھوہ تہ طاقت ور چھ۔ یس چھ پریتھ کینہہ زانان چھ۔ یس پانی پانے گوڈ تہ پانی پانے اند چھ۔ شیو چھ شکلہ نشہ آزاد۔ سہ چھ زمانہ ( Time ) تہ شنزلہ[۱] ( Space ) چہ بندیشو نشہ آزاد۔ سہ چھ سوہ حقیقت تہ اصلیت، یہ سہ ہر ہمیشہ اوس تہ ہر ہمیشہ روزہ۔ شیو چھ پور، انتہ روس نہ بے انتہا ( Infinite )[۲]

گورس پرژھیوم سایہ لٹے
یس نہ کینہہ ونان، تس کیاہ ناو
پرژھان پرژھان تھکس تہ لوسس
کینہہ نس نشہ کیاہ تانی دراو

یا

اچھن آسے نہ گژھن گژھے
پکن گژھے دن کیہو رات
یوره آسے تور گژھن گژھے
کینہہ نتہ، کینہہ نتہ، کینہہ نتہ کیاه

(للہ دید)

---

[۱] مکان — شینیہ　[۲] بے پناہ سدر ( Infinite ) یعنے اللہ

شیوس تحت چھِ زٕ خاص طاقت کام کران ۔ یِمن طاقتن چھِ شکھتی تہٕ نر ونان ۔ شکھتی چھُ شیوٕ سُند سُہ طاقت، یتھ زن "تخلیقی قوت" ونان چھِ ۔ یہِ طاقت چھُ فلسفیانہٕ نظرٕ ہ جارٕ و کنی مونث (مادٕہ — female) مانہٕ آمت ۔ نر چھُ شیوٕ سُندٕ طاقتک سُہ روٗح، یُس زن مرد زانہٕ یوان چھُ ۔ شکھتی چھِ توتام اُڑی یوتام نہٕ اتھ سیتی "نر" شامل آسہِ ۔ یتھے پاٹھی چھُ "نر" توتام اوڑٕ تہٕ لاعمل یوتام نہٕ اتھ سیتی شکھتی شامل آسہِ ۔ یِمہٕ دۄیی چیزٕ سیتی چھُ یہِ سورُے نظام قایم ۔ شیو چھُ سُہ بزر یا وجہ، یُس زن یِمن دۄن چیزن اندر توازن قایم تھاوان چھُ ۔ شکھتی تہٕ نرٕ چ عمل چھُ یمن کینژن کتھن پیٹھ دُرِتھ :-

(الف) آتم یا روٗح (عملہٕ ہنٛد طاقت)

(ب) ژیتھ یا چت (عملہٕ ہنٛد اصول)

(ج) پرم شیو (عملہٕ زنم دِنہٕ وول)

آتم یا روٗح چھُ سُہ طاقت، ییٚمہٕ کنی کانہہ عمل شاہ لبان چھُ ۔ یہِ چھُ سو آزمایش ییتھ اندر روٗح بوان چھُ ۔ ژیتھ چھُ سُہ گاٹہٕ جاد، ییٚمہٕ کنی یہِ روٗح اتھ آزمایشہ اندر بوان چھُ ۔ پرم شیو چھُ امہٕ آزمایشہ ہنٛد یژھن وۄل ۔ سُے چھُ اتھ عملہٕ زنم دِوان تہٕ اُہندِسی حکمس تحت چھِ ژیتھ تہٕ روٗح کام کران ۔

روٗح چھُ پرم شیوٕک حصہ ۔ تمِ اکھ نژ تہٕ زنٛتی ۔ سُہ چھُ توتام پرم شیوٕ نشہٕ دوٗر یوتام سُہ مایایہِ (illusion) ہنٛزٕ عملہٕ منز گرفتار روزہِ ۔ یتھے سُہ امہٕ عملہٕ نشہٕ آزاد سپدِہ ۔ سُہ چھُ تھزر تہٕ بجر پراوان ۔ بییہٕ تتھی لولہٕ سُندرس میلان، یُمیک سُہ حصہ چھُ ۔ اُتھی چھُ مکھتی یا نجات ونان ۔

## صوٗفی فلسفہ تہٕ غاٗرہندوستاٗنی اثر

کٔشیرِ چھےٚ یتھ کالہِ پیٹھہٕ دوٗر دوٗر مُلکن ہٕندین مُلکن ہٕند دِل تمبہٕ لوومُت۔ یور چھےٚ ترک تہٕ یوناٗنی آمتۍ۔ کٔشیرِ ہٕند واٹھ چھےٚ وسطِ ایشیاہس، تبتس، چینس تہٕ دوٚیمین مُلکن سیتۍ تہٕ رُودمُت۔ یتھہٕ پاٹھۍ کم کم خیال آسن یور داٗتی میتۍ؟ کاٗشرؠ کٔس اثر آسہِ قبوٗل کوٚرمُت؟ تہٕ وِتھرہناوُن چھُ نبیتھاہ مُشکِل۔ لہذا غیر ہندوستاٗنی اثرٕچ ذِکر کران، چھےٚ سانہِ نظرِ ایرانس تہٕ عربس پیٹھہٕ پیوان۔ تہٕ کیازِ صوٗفی فلسفک اکھ سنگین واٹھ چھےٚ یمی مُلکن سیتۍ رُودمُت۔

یتھہٕ پاٹھۍ ویدانت، بودھ، وشنو، سانکھیہ بیترٕ فلسفہ ہندوستانہٕ پیٹھہٕ یور آیہِ تہٕ یتیتہٕ پھوٚلۍ۔ تتھےٚ پاٹھۍ آو صوٗفی فلسفہ ایرانہٕ پیٹھہٕ کٔشیرِ تہٕ یتیتہٕ سپُد کاٗشرِس خوٗلس سیتۍ تتھہٕ پاٹھۍ شاٗمِل، زن تہٕ ساني زندگی ہٕند کانہہ ٹوٚٹھ چیز اوس۔

پیغمبرِ اسلام حضرت محمدس[ص] پتہٕ قریب قریب ڈوڈھ ہتھ ؤری ووٚتلیوٚ اسلاٗمی تعلیمہِ تہٕ فلسفہٕ کِس سایس تل اکھ میوٚٹھ تہٕ پوٚژھ فلسفہ، یُس زن صوٗفی فلسفہٕ (صوٗفی اِزم) ناوہٕ مشہوٗر سپُد۔ یہِ تحریک آیہِ بُنیاٗدی تتھی علاقس اندر بارسس، یُمہِ زن اِسلامس زنم دِیُت۔ عربس اندر گو فقیرن تہٕ درویشن ہُند اکھ ٹولاہ پاٗدٕہ، یِمو زن قرآنِ پاک، چہ تعلیمات اُکِس خاص اندازس اندر برونٹھ یِکہٕ نادِہ۔ یِم فقیر تہٕ درویش رُودی پننہٕ ساری زندگی خوداۓ سندِس عبادتس اندر گُذاران۔ ریاضت تہٕ نفس کشی ہٕندِس عالمس منز تہٕندی (اللہ) نغمہ گیوی گیوی مُنزل ژھاران۔ امہِ پتہٕ یِمو درویشو تہٕ بزرگو، بابو، فقیرو تہٕ ووستادو اکھ تحریکہِ اندر زور لوٚد، یمن منز چھےٚ زُہد، تُسک، تہٕ بینہٕ کینہہ جاےٚ ناوہٕ ہنس لایق۔ جلدی گیہِ یہِ تحریک پارہ جاٗیی لبان عالمکس پرتھ طرف پھاٗلان۔ یہِ واتھ مصر، ترک، شام تہٕ عراق۔ عراقہٕ پیٹھہٕ واتھ یہِ ایران۔ ایران چھےٚ ... جاے، یتیتہٕ امہِ ہُنزِ اکھ خاص بجر تہٕ پوچھر لوٚب۔ ایرانس اندر بنیو خُراسان اُمیک اکھ خاص اڈہ، یتھ سیتۍ کٔشیرِ ہُندی تعلقات ژوداہمہِ صدی ہٕندِ

منز کالہ پیٹھ پنداہمہ، شراہمہ صدی تانی واریاہ زیادہ رُودی۔ ایرانہ پیٹھ گو یہ فلسفہ برونہہ برونہہ دُور کیو نزدیک علاقن اندر واتان، یموٗ منزہ کشیر تہ اکھ جاے چھ۔ کشیرِ اندر ووت یہ تمن ساداتن ہُندی ذریعہ یم اسلامُک پرچار کرنہ خاطرہ یور آیہ۔

ہندوستانس منز چھ صوٗفی فلسفہ خواجہ معین الدین چشتی ینہ ذریعہ باہمہ صدی اندر واتان۔ صوٗفین ہُندی ژور سلسلہ چشتی (۱۲ صدی)، سہروردی (۱۲ صدی)، قادری (۱۵ صدی) تہ نقش بندیہ (۱۵ صدی) رچھ ہندوستانس منز پننہ شوبہ دار پدی تراوان۔ ہرگاہ کشیرِ اندر صوٗفی فلسفکہ شنز تہ پایدار اثرات سیّدن ہُندی ذریعہ ژوداہمہ[۱۴] صدی اندر پیوان رچھ، مگر باسان چھ کشیر آسہ نہ تمہ اثرہ نشہ تہ بچے منز۔ یُس زن چشتی تہ سہروردیہ حضراتن ہُندی ذریعہ ہندوستانس پیٹھ ژوداہمہ صدی برونٹھ پیومُت اوس۔ ژوداہمہ صدی اندر چھ کشیرِ اندر اسلامی تعلیم زورہ شورہ سان شروع سپدان۔ یہ گو سہ وکھ، ییلہ زن صوٗفی فلسفہ جان پاٹھی پوٹھیومُت اوس۔ حضرت بُلبُل شاہ رح تہ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی رح (شاہ ہمدان) چھ کشیرِ واتان۔ یم چھ تم زہ ناو، یم زن کشیرِ منز اسلام پھہلاونک زہ بانی چھ مانہ یوان۔ یمے رچھ تم شخص، یہندہ ذریعہ صوٗفی فلسفس تہ ییٹہ زبردست سگ میلان چھ۔

حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی رح سُند ناو چھ کاشرین ہُندین دِلن منز تتھہ پاٹھی لُستہ، ییمچ مثال میلنہ مُشکِل چھ ؏

دِتہ فریاد شاہِ ہمدانس رح — دَنتہ بیداد شاہِ ہمدانس رح
غمہ وزہ چھم ناو تُسندے لبس — دَنتہ بیداد شاہِ ہمدانس
شاہ مُلکِ یقین چھ عالی جاہ — حلِ مُشکِل چھ سارنی دِل خواہ
حال روشن چھ شاہِ خلانس — دَنتہ بیداد شاہِ ہمدانس
گُبروٗمی سلاکُ چھ سے رہبر — مرتبہ بوڈ چھ غم زدن غمخور

---

۱؎ صوٗفی ووستادن ہُند اکھ خاندان ییمچ بُنیاد حضرت شیخ نجم الدین کبرا تراوان چھ۔

نجم رخشاں چھ برجِ[1] عرفانس — وَننہ بیداد شاہِ ہمدانس رح

ترٛمیٖرِ پھیرِ سیرِس درکشیر — آو سے آفتابِ عالم گیر

جان فدا کرہ ہس برٛ نورانس — وَننہ بیداد شاہِ ہمدانس

سیرِ کشیر اوسُس منز سینس — میلنگ ٹھنزہ[2] شیخ نورالدینس رح

سُدرہ منزہ لال میول جانانس — وَننہ بیداد شاہِ ہمدانس رح

دینہ کیٖن اَمرن ہُند سُہ بانی — چھِس دیان بأنی مُسلمأنی

کوٚرن تلقین لاَکِ دیوانس — وَننہ بیداد شاہِ ہمدانس

پاےِ بوٚڈ ناو چھُس امیرِ کبیر رح — شاہِ ہمدان، رہبرِ کشیر

عزت دوٚ جہاں چھُکھ ذی شانس

وَننہ بیداد شاہِ ہمدانس رح ... ...

(یوسف زُلیخا ——— حاجی محی الدین مسکین)

شاہِ ہمدانس رح اسیتی سیتی چھِ حضرتِ سیّد جلال الدین بُخاری، حضرت سیّد تاج الدین، حضرتِ سیّد حسین سمنانی تہٕ حضرت میر محمد ہمدانی صأبن ہُندی ناو ترٕ قابلِ ذکر۔ ۱۳۵۰ اِ پتہ چھ ہتہ بدٕ سیّد کشیرِ واتان، یمو زن سوہ کامہ برونٹھ یکہ ناو، یتھ زن حضرتِ بُلبُل شاہن برونٹھی گوڈ ہیوٚ تمٕت اوس۔ دیان شاہِ ہمدانس رح أسی ۷۰۰ ژاٹھ ترٕ رفیق پانس سیتی۔ یتھے تم کشیرِ وأتی[3]، یتکہ رِشی ترٕ یوگی چھِ یمن سیّد حضراتن ہُندِ زبأنی نوی نولہ نغمہ بوزِ بوزی واریاہ متأثر سپدان۔ نتیجہ چھُ یہِ نیران

---

[1] آسمانک بہیم حصہ یا منار (مینار)

[2] ٹن، آواز یا جھنکار

[3] شاہِ ہمدان أسی پننہ وقتکی مشہور تہٕ بڈٕ صوفی ترٕ بزرگ، یم زن نقشبندی سلسلس سیتی أسی واٹھ تھاوان۔ تم أسی تتھ زمانس منز بُخارہ ناوہ کس شہرس منز روزان، ییلہ زن امیر تیمورن تنگ دِکھ اوس۔ اُتھی زمانس منز آیہ تم بُخارہ ترأوِتھ کشیرِ کُن۔ سوہ کشیر یتیک اکھ اکھ انسان تہُندِ دیدارہ سیتی مسرور سپد۔ یہند سنہ وفات چھُ ۱۳۸۶ء ماننہ یوان۔

زِ صوُفین، درویش، رٚشن تہٕ فقیرن ہنز اکھ بٔڈ بارہ جماعتھ چھ تیار سپدان یوس زن یتھ پوٗرہ دَورس منز رٗوحانی سوزس پننہٕ جوٗد تہٕ میچھر بران چھ۔ لل دید تہٕ شیخ نوٗرالدین نوٗرانی یس علاوہ یم کینہہ صوٗفی تہٕ یوٗگی نظرِ گژھان چھ، یمن منز چھ بابا لطیف الدین، بابا بام الدین، بابا صدر الدین، بابا حاجی رٚشی، بابا ہری دیا رِشی، بابا سنت رِشی، رٗوپ رِشی، جوٗگی رِشی، بابا رکمنی، شام بی بی، بوئہ ناگ تہٕ لنگر مال کینہہ خاص ناو۔

وَننہٕ چھ یوان زِ لفظِ "صوٗفی" (صوٗفی) چھ "صف" (درجہ یا قطار) منزہ درامُت۔ تہٕ کیازِ یم انسان پننہٕ رٔژہ عملہٕ سٟتی خوداس قریب سپدان چھ یمن منز چھ یمن درویشن ہنٛد درجہ گوڈنیک آسان، یم زن تصوفچ سو عمل آزماوان آسن یوس زن صوٗفی آزماوان چھ۔ بیٛیہٕ اکھ خیالہ موجوٗب لفظ "صوٗفی" چھ "صفا" (صاف ملہٕ روٗس) منزہ درامُت تہٕ کیازِ تصوفچ عمل چھ سو وَتھ، یمہٕ سٟتی زن انسانی دِل شوٗدھ تہٕ صاف سپدان چھ۔ بیاکھ وَکھنے چھ یتھ پأٹھی سپدان زِ یتھ کالس اندر آسہ فقیر تہٕ درویش اکھ زِیوٗٹھ مُنٛل یا لوچھ لاگان، یُس زن پیرمک (صوف یا پشمینہ) بنیومُت آسان اوس۔ "صوف" لفظ منزے چھ "صوٗفی" درامُت۔ یمن خیالن منز یُس خیال تہٕ زیادہ صحی آسہ، مطلبچ کتھ چھ یہ زِ یوٗت یوٗت یہ فلسفہ پھولان تہٕ پوٚھٹان گو، تیوٗت تیوٗت گو یہ مختلف جاین ہنٛد اثر قبول کران۔

حقیقت چھ اکھ تہٕ کُنہٕ۔ گاٹلی چھ اتھ وَکھنے وکھرہ وکھرہ طریقو کران۔ یہ حقیقت (خودا) چھ صوٗفی خیالہ موجوٗب انسانی دِلس سٟتی سوٗن واٹھ تھاوان۔ اللہ چھ اصل یزار۔ امہٕ حقیقژ (وجوٗدِ حقیقی) روٗس چھ ساری چیز فانی تہٕ اڈہ لیکو ع

ہستی کے مت فریب میں آجائیو اسد
عالم تمام حلقۂ دامِ خیال ہے (غالب)

اللہ چھ پرتھ جایہ موجوٗد۔ سہ چھ پرتھ کینہہ۔ سُے چھ دوزن دول تہٕ پوشن دول۔ تمی سُنٛدُے نوٗر چھ اکس اکس ذرّس اندر موجوٗد۔ انسانس گژھ سو اچھ

آسَن یِمہِ ہِستی سٕ یہٕ نوٗر وُچھت ہیکہٕ سہ

جوٗیہٕ منز بِسِتھ چھےٚ وُڈی یاو
ناو در آب تےٚ، آب در ناو ...  ...
یِمی سُند وۄلُر تمیٚ ہنزی ناو
وۄلرس تہٕ وادس چھہٕ کُنے باو
ژھین کنہٕ لبِس نو ناو چُھس واو
ناو در آب تےٚ، آب در ناو     (سوچھ کرال)

اصل حقیقتہٕ ہُندی یِم گوٗن چھہٕ صوٗفی شاعرن ہُندِس کلامس منز جایہٕ جایہٕ نایان۔ کُنہِ وِزِ چھہٕ یِم گوٗن بِلکُل واضح تہٕ کُنہِ وِزِ محض اِشارن منز۔ "ہمہ اوس" (ہمہ اوست) چھُ صوٗفی فلسفُک اکھ خاص گاہنہٕ رُود مُت سہ

ہتا یانہٕ بہٕ کُس گوس
یانےٚ اوس بہٕ یہانےٚ ...
دپان سوچھ کرال ہمہ اوس
کینہہ نو اوس غار اللہ
بہٕ "وننہٕ لِشہٕ وُسِتھ پیوس
یانےٚ اوس بہٕ یہانےٚ

اِنسان چھُ اَمی تمزہ حقیقتہٕ (اللہ) ہُند اکھ ظہوٗر۔ لِہازا چھُ اِنسانہٕ سُند مُنزِل تہٕ سےٚ آگُر (خودا) یُس سُند سہٕ شاہکار چھُ۔ صوٗفی چھہٕ اَمی ظہوٗرکی تہٕ اصل پزرکی وِژان گِہوی گِہوی پینج وٲنس گُذاران ع

| | |
|---|---|
| اللہ اللہ تہٕ ہیچُھم درِ مٹنے[1] | بہٕ کیاہ وننےٚ یی گو ظہوٗر |
| عشق نارن زاٚجنم ستےٚ | بہٕ کیاہ وننےٚ یی گو ظہوٗر |
| رِندن گِندان پیوٗ[2] درِشنے | زندگی لبکھ تہٕ وُچھکھ نوٗر |

---

[1] دِلس منز رٹِھن   [2] رِندن لوٗب گِندان گِندان پنُن جان نِثار کرِتھ تہٕ پزر، ییتھ ذاتِ حقیقی وَنان چھُ۔

طورس شور گو پرتو پیئنے ! بُ کیاہ ونے یی گو ظہور
عابد تہ زاہد چھہ اتھ نش زینے واحد چھُ امیک شیخ منصور[1]
انا تمُ دوپ نم معرفت چھینے بُ کیاہ ونے یی گو ظہور
اُچھو بوزکھ تہ کُن وُچھنے مقامِ محمود[2] سپدی ظہور
بُ ہا سر شمس فقیرہ ونے سر تتاد پھتر در[3] مخمور
سُے اتھ لیس تتہِ بر مُزرنے
بُ کیاہ ونے یی گو ظہور

(شمس فقیر)

اِنسان ہیکہِ اصل یزر (الحق) واریاہو طریقو ژینتھ، ژھانڈتھ تہ لبتھ۔ صوفی طریقت چھِہ یمو طریقو منز اکھ جان تہ شوبہ دار دتھ۔ عام پاٹھہ چھہ یہ طریقت ستن مقامن یا پڑاون منز باگراونہ یوان۔ شیخ عطارن چھہ یم پڑاو یتھہ پاٹھہ گنزراون:
(١) اماد (طلب) (٢) عشق (٣) معرفت (٤) فنا (٥) توحید (٦) حیرت تہ (٧) فقر و فنا
ییمے پڑاو چھہ بندگی (عبودیت)، عشق، ترک (زہد)، عرفان (معرفت)، وجد، حقیقت تہ وصل ناوو تہ سمجھاونہ یوان۔
گوڈنکس پڑاوس منز چھہ آزمایش کرن وول دُنیاہ نِشہ لوب ہیوان۔ سُہ چھُہ مال تہ جاداد جمع کرنک اماد ماران۔ سُہ چھُہ پنُن رُوح صاف کرنچ کوشش کران۔ سُہ چھہ شریعت پالان تہ پرہیز کینہہ مُشرتھ خوداپس سیتی کُن سپدنکس امادس زول نالان۔ دویمس پڑاوس اندر چھہ آزمایش کرن وول فقرت (فقر) پالان تہ ذکر ورتاوان۔ تُوحس چھہ تو ہند (اللہ) ناو کوہنہ پاٹھہ سُنتھ گژھان۔ سُہ چھُہ فقط تہندس (اللہ) سندس عشقس

---

[1] منصوری چھِہ سُہ، یمہِ زن معرفتک شوباب چھینے "انا الحق" دوپن۔ باقی سارنی عابدن تہ زاہدن ہُنز کتھ تراٰوِد، تمِ چھِہ دُنہِ گوڈنکس پڑاوس بیٹھ تہِ واتی ہیتی۔
[2] عشق حقیقی، یمہِ خاطرہ کاشرس منز بروونتھ لفظ "کِئے" اوس استعمال سپدان
[3] کُنر

اندر دزان تہ بے قرار سپدان۔ اِنسانس چھُ مجنون بنُن پیوان۔ سہٕ مجنون یُس لا اِلہٰ ہُند بُتھ وچھنہ خاطرہ قسمہ قسمہ دوکھ تُلِ۔ فقیری تہ ظلمن اکھ دور۔ تریمس پڑاوس اندر چھُ آزمائش کرن وٲل ساری ہوس تہ اَتار مارن۔ تس چھُ نِندر تانی راوان۔ ژورِمس پڑاوس منز چھُ انسان خدائی پزرس تہ تمِہ کین صفتن سنان تہ تم پورہ پورہ پأٹھۍ زانِنچ کوشِش کران۔ سہٕ چھُ تشند (اللہ) جلوہ پرِتھ ذرّس اندر وچھان سہ

ایک شاہد بے تابی، ایک پیکرِ محبوبی

ہر درد میں شامل ہے ہر سانس میں پنہاں ہے (جگر)

پانژمِس منز چھُ سہٕ کمالس واتان۔ سہٕ چھُ وجدس منز یوان۔ علم، حال، توکّل، عمل چھِ یکجا سپدان۔ اِنسانہٕ سنز نظر چھِ فقط اکس نقطس پیٹھ ٹھہران۔ وصل چھُ آخری پڑاو، یتھ اندر چھُ سورُے منزِل طے سپدان تہ اِنسان چھُ اصلی مطلب حاصل کران۔

## یوگ تہ صوفی!

ہندو یوگین تہ صوفین ہنزہ عملہٕ منز چھِ وارِیاہ کینژھ پانہٕ وأنی رلان۔ وارِیاہ کینژھ چھِ ہِشہ تہ کنہٕ۔ یِہ تہ چھُ اکھ وجہ، یمہٕ کِنہٕ صوفی اثر کأشرِس خونس منز سیتھا ژلِتھ تہ جل میلِتھ تہ رلِتھ گو۔ وُلی وُلی کوٚر اِسلامی تصوف تہ یوگی فکرہ عملہٕ پانہٕ وأنی اکھ واس۔

اکس صوفی ہندی خاص گون چھِ (۱) صبر، فنا، رضا تہ توکّل (۲) توحید (Unity - Consciousness) (۳) وجد (Ectasy) (۴) مغفرت —— (forgiveness) تہ (۵) عشق زانہٕ یوان۔ یِہے چھِ سہٕ گاہنہٕ یُس زن اکھ یوگ ترینِس وچھس سیتی رچھان تہ اللہ وان چھِ۔ یِہے چھِ تِم گون یِم زن تس ہر کأنسہٕ نِش ٹوٹھ تہ جان بناوان چھِ۔ ع

کُنرے بوزکھ، کُنہٕ نو روزکھ

اُمہ کُنرن کوتاہ دِیت جلاو

عقل تہ فکر تور کوٚت سوزکھ

کمہٕ ہالہِ چیٚتھ ہیوٚک سہ دٔری یاو (شیخ نور الدین)

---

۱ـ کُنہٕ یا کُن سپدُن۔

دوشہِ وَے صوفی تہٕ یوگی چھِ یتھ جہانس مایا زال وَنان۔ دوشہِ وَے چھِ ظاہری رسمن برخلاف رُوحانیتس پیٹھ زور دِوان تہٕ دوشہِ وَے چھِ کُنی تہٕ اکی کتھ وَنان زِ زندگی ہُند حاصل چھُ فقط اکُے۔ اِنسانس پزِ اصل حقیقژ (جلوۂ حقیقی) سیتی تیتھ پاٹھۍ میلُن تہٕ دِل سپدُن، یتھ پاٹھۍ دوٗدس منز شکر رلان چھُ۔ دپان سہ

من تُو شدم، تُو من شدی!

ابنِ عربی یَن (۱۳ صدی) یُس صوٗفی فلسفکۍ اصوٗل ترتیب دِتہٕ متۍ چھِ، تِم وچھِتھ چھُ واریاہ تِژھہ کتھہ برٛونہہ کُن یوان، یِم زَن ترکا فلسفس، یوگس تہٕ ویدانتس سیتی رلان چھِ۔ مثلن یِم کینہہ کتھہ نی توک:

(۱) اللہ چھُ کُنُے۔ تہنٛزی ذات چھِ سارِنی ہندٕ تہٕ معتبر۔ سُے چھُ وجوٗدک کُنُے آگُر تہٕ سرچشمہ۔ خوداین ہنٛزی ہستی چھِ صرف اکھ تِژھہ ہستی، یُس شُند وجوٗد تہٕ حیات ہیکون نہٕ اکھ اَکِس نِش الگ کٔرِتھ۔

ویدانتک برہمنا تہٕ شیو یا کاشرہِ شیوی فلسفک شیو تہٕ چھِ یِمے خوٗبی تھاوان۔

(۲) زِندگی چھِ خوداین ہنٛزِ مرضی پیٹھ دوٚ تلیمژ۔ یہِ چھِ تہنٛزی یژھہ پیٹھ ڈٔرِتھ۔

(۳) صوٗفین ہُند "انا الحق" (بہٕ چھُس پزر) چھُ برابر تی معنہٕ تھاوان، یہٕ شیوی فلسفک "شِواہم" (بہٕ چھُس شِیو) تھاوان چھُ۔ یہے چھُ سہ "شِواہم"، یَیمہٕ خاطرٕ کاشرۍ شاعر "سوٗہم" یا "سواہم" لیکھان چھِ سہ

دَمہ دَمہ من اوم کار پرنووُم
پانے پران تہٕ پانے بوزان
"سواہم" پدس "اہم" گولُم
تیلہِ بہٕ لَل واتُس پرکاشس تھان (لل دید)

یا

یوٗت یتھ زُنس کینہہ چھُنہٕ لارُن
درنے گارُن سوٗہم سوٗ
(شاہ غفور)

(۴) اکھ پُوُرہ تہ مکمل انسان چھُ تہنزی نژ- اَمس اندر چھِ یہ ساریے خوُبی تہ وصف موجوُد یِم تھہ آگرِس (اصل حقیقتُس) منز چھِ- وونی گو یہ چھِ اَکِس لوکٹِس پیمانس اندر- انسان ہیٚکِہ یہ نژ پرزہ ناوِتھ بیٚیِہ تتھو تھزرس پیٹھ واتِتھ، یمیک سُہ ظہوُر ہیٚکِہ-

(۵) دپان "وجوُد المخلوق عینِ وجوُد الخالق" تہ گو دُنیاہکو ساری چیز تہ یمن ہُند وجوُد چھُ فقط اَکِس اللہ (ذاتِ حقیقی) ہندِہ وجوُدک تر تہ نتیجہ سہ

پھوٚل گُل وحدت درنگِ وجوُد، آفتابہ زن تابان
ظہوُرہ تمِہ سٕے چھوٚی صفات، ژوپاری چھے پرزلان

(رحمان ڈار)

یا
آبرنشہ آب دژراو، آپی چھُ سوُرُے
آپی چھُ صاحب تاج
پانے چھُ آفتاب، پانے چھُ مہتاب
پانے چھُ پرزلِتھ سراج ... ...
رنگہ رنگہ بےٚ رنگ، چھُ پانے
نعمس کیاہ چھُ محتیاج

(نعمہ صاحب)

یا
دلۍ[1] اَمِس رکش[2] دلیش تیلِتھ[3]
ژلِتھ ژوٚم[4] شنی[5] اَدہ داو
شوی ڈلوٚٹھُم شایہ شایہ میلِتھ
شئے[6] تہ ترِیہ ترُوٚپِتھ شِوی دژراو

(للہ دید)

---

[1] ژونگ، اکتاب [2] ملک [3] داہ (دِہ) [4] پھیرِتھ یا ژھنڈِتھ [5] شنیاہ
[6] بند کرِن، ترُوپرِن

# ژوٗریُم باب

## للہ برُونٹھمی شاعر

اپ بھرنش کالہ پیٹھہ للہ ہندِس آو آدس تانی یم یم کاشرٕ شاعر تھنہ پیمٕتؠ چھہ، تِمن منز چھہ صرف دۄن شاعرن ہنٛد کم زیادہ کلام رٲژھرا ونہ آمُت۔ یم زہ شاعر چھہ—— شتی کنٹھ تہٕ بِدھ مول۔ دۄشؠ وٕنی شاعرن ہُند ناو تہٕ کلام چھہ تاریخی حیثیت تھاوان۔

### شتی کنٹھ

شاعر شتی کنٹھن نہ اسنہٕ تہٕ مرن سنہ چھنہ خبر۔ نہ چھہ اُمی سندی زندگی ہندؠ حالات کُنہ جایہ لیکھت۔ صرف چھہ یِژھہِن خبر زِ سُہ اوس تُروٲہمہ صدی ہند اکھ شاعر۔ جےرتھ اوس تمہٕ سُند وۄستاد (گُرو)۔ سُہ اوس پننِس وۄستادہ سندؠ پاٹھۍ شیوی فلسفس سیتؠ ٹھیک پاٹھۍ واقف۔ لل چھہ شتی کنٹھس پتہٕ اکہ ہتہٕ وُہری تھنہ پیمٕژ۔ شتی کنٹھنؠ اکھ کاشُر کتاب چھہ رٲژھ رٔوٕمژ۔ اتھ چھہ "مہانے پرکاش"[1] ناو

گریرسن چھہ شتی کنٹھنؠ حالات دریافت کرنٕچ وارِیاہ کوشش کٔرمٕژ۔ مگر تس چھہ نہٕ زیادٕ کام یٲبی حاصل سپدے مژ۔ سُہ چھہ لیکھان:-

"یِکیٚ پتاہ لگاوان کُر میٚہ پنڈت نِتیانند شاستری[2] یَس نِش یہٕ علاوہ شیچھ خبر حاصل زہ شتی کنٹھن اوس "بال بودھنی نیاسا" ناوٕچ اکھ بیاکھ کتاب تریچھمژ۔ اتھ کتابہ منز

---

[1] یہ کتاب چھہ محکمہ ری سرچ طرفہ ۱۹۱۸ء منز گوڈنچہ لٹہ چھاپ سپدے مژ۔ رسم خط چھس دیوناگری تہٕ کتاب چھہ پنڈت مکند رام شاستری یَن ترتیب دِژمژ۔

[2] یم اسی تمہ وقتہ سری پرتاپ کالج سرینگر کٕرِ ٹھۍ

اُسی تمہٕ جگدھر ناوہ کِس اَکِس بُزرگہ سٕندی حالات بأوِ متی۔ کتابہ ہُندِس سرنامس منز
چھُ شِتی کنٹھہٕ لیکھان زِ یہِ کتاب چھِ تمہٕ حسین شاہ ولدِ حیدر شاہ نِس زمانس
منز لیچھمٕژ ... ... "

گریرسنن چھِ امہِ سنسکرت کتابہ ہُندی زٕ بند ترٛ لیکھمتی۔ اکھ بند چھُ یتھہ پأٹھۍ:۔

شری بال بودِنہٕ یہِ دال کو ویندرو
جگت ورد یال وِت تان وِرستم
تن نب ترہ کنیاتن یا تنو جو
وکھیا بہ ہم تان شِتی کنٹھ کو لپم

حیدر شاہ سٕند لڑکہ سُلطان حسین شاہ بیوٚٹھ ۱۴۷۵ء منز تختس۔ اگر گریرسنن یہِ شیچھ
پزٕ مانون تیٚلہِ چھُ شِتی کنٹھ پندٲہمہِ صدی عیسوی ہُند شاعر اوسمُت۔ شِتی کنٹھ چھُ امہِ
حسابہ للہِ پتہٕ ہتہٕ ڈوڈہ ہتہٕ وُہری کأشرہ شاعری منز نموٗدار سپدان۔ یہِ گوٚو زمانہٕ ییٚلہِ
بڈشاہ عابرٕ سو پچہ ترسو کال ترٛ موکلیومُت اوس۔ مگر یزر چھِ یہِ اتھ کتھہِ اندر چھُ نہ زیادہ
وزن۔ "بال بودِ سنی نہ یا ٹھک" شِتی کنٹھ ترٛ "مہانے پرکاشک" شِتی کنٹھ اکھ انسان ماننُ چھہ
غلطی۔ یِم گژھن دوٚن مختلف وقتن ہُندی زٕ وکھرہ وکھرہ ہم ناو شاعر آسنی۔ ترٛ کیازِ
"مہانے پرکاش" لیکھن وألِس شاعرہ سٕند دوستاد جے رتھ چھُ آخری بہمہِ صدی ہُند
یا اژدِنہٕ ترٛوأہمہِ صدی ہُند انسان اوسمُت۔ جے رتھ چھُ پننہِ زمانک بوٚڈ بارہ عالِم ترٛ فلسفی
اوس مُت۔ یہے گوٚو انسان، یمۍ زن "تنتر لوکچ" وکھنے (کومنٹری یا تفسیر) ترٛ لیچھمٕژ چھےٚ۔
امہِ علاوہ گریرسنن یتھہ پأٹھۍ، "مہانے پرکاش" چہ زبأنی پیٹھ بحث کوٚرمُت چھُ، ترٛ ترٛ چھُ
ہاوان زِ شِتی کنٹھ گژھہ ترٛوأہمہِ صدی ہُند شاعر آسُن۔ پندٲہمہِ صدی اندر یژھہ اپ
بھرنش زبان ژھارٕنی چھہ غلطی۔

"مہانے پرکاش" چھِ اکھ لوکٹ موکٹ شاعری ہنز کتابہ ہن۔ اتھ اندر چھِ کُل ۹۴
واکھ موجود ترٛ زمانہ کہِ رِواجہِ موجوب اَسہ یم واکھ شاردا ہس منز لیکھنہ آمتی۔ شاعر چھُ
زمانہ کِین فلسفن سیتی پوٗرہ پوٗرہ واقف۔ تمہٕ چھُ "نوٗرک تھوڈ معنے" (مہارتھ پرکاش)
یتھ کتابہِ منز بڈہ فلسفیانہ اندازس منز پیش کوٚرمُت۔ شاعرس چھُ پننِس کمالس ترٛ

زورس پیٹھ پوٗرہ پوٗرہ بروسہ۔ امہِ کتھہِ ہند اندازہ چھُ کتابہِ ہندۍ آخری واکھہ پرٛتھ ٹھیک پأٹھۍ سپدان ۔

باوُت اِہو کمو پیموٗس پساوے
ششترٕ گنتھس گت زٕنہ گیتا تھوٗ
یتن مہِ مہجن کھلیت ساوے
تے ماراوے جھنہ پر ما تھوٗ

ترجمہ: (شاعر وُوت خداہ پرٛزناونکُ تہٕ رٗوحانی طاقت حأصِل کرنکُ گیان یادِتھ کتابہِ ہندِس آخرس۔ سہٕ چھُ زانان زِ یہِ کأم باعمل رٕنہ سپدِتھ سپدِ تمہٕ سُند زنم تہٕ تمۍ سُنز زندگی پوٗرہ پأٹھۍ کامیاب)

"مہانے پرکاش" چھ پرأنس سنسکرت طرزس پیٹھ لیکھنہ آمُت۔ یہِ کتاب ہیکون دون[2] حصن اندر بأگرِتھ — (۱) منتر (اصلی متن یا شأعری ہُند حصہ) (۲) برہمن (کومینٹری یا تشریح ہُند حصہ)۔ پرتھ کنہِ واکھس تل چھ تمہِ واکھچ تشریح درج۔ منترچ زبان چھ کأشُر تہٕ تشریح ہنز زبان چھ سنسکرت۔ مگر یہِ سنسکرت چھ واریاہ مُشکل، خوشک تہٕ بے مزہ۔ اصل معنے سمجھنس اندر چھ واریاہ دِقہ پیوان۔ جان سنسکرت زانن وألۍ تہٕ چھ یہِ زبان وُچھِت یِیے اونگجہ ہِشہ ژاپان۔ وونی گو یہِ أسِتھ تہٕ چھ اصلی اشار سمجھنس اندر یہِ تشریح واریاہ مدد دِوان۔

"مہانے پرکاش" کتابہِ ہُند وارُٹھ چھُ تتھ چیزس سٟتۍ، یتھ زٕن ادبی زبأنی منز تانترک آرٹ ونان چھ۔ یہِ گو سہٕ عملی فلسفہ، یُس زٕن یوگس واریاہ قریب چھُ۔ اتھ اندر چھُ سۍ رٗوح ناپان، یُس زٕن شیوی فلسفس اندر ناپان چھُ۔ "تانترک" لفظ چھُ مُلہ تل سنسکرت "تان" "منزہ درامُت، یُمِک مطلب "کھجر" یا کُشادگی چھُ۔ پرأنِس زمانس منز اوس اتھ سیٹھاہ چلے جاوُ۔ آرٹ تہٕ ادبس پیٹھ اُسی اُمی فلسفن پننہِ شوبہ دار مُول واہرأوی متۍ۔ تہٕ کیازِ یہِ اوس سہٕ فلسفہ، یُس زٕن وجوٗدٕکۍ معجزہ (Miracles of existence) تہٕ تخلیقُک معنے (meaning of Creation) زانٕنس اندر اوس مددگار ثابت سپدان۔ یہِ فلسفہ اوس پننہِ خاص

عملہٕ تۍ اَکِس اِنسانس اندر رُوحانی زوره شوره علاوه سۍ طاقت پھانپھلاوان تہٕ رَسگہٕ ناوان، یُس زِن اِنسٲنی من (شعور) کِنہِ پوٚت مِن تھہَن مشکِل سبے ہوش منس (لاشعور) تہٕ تہہ تلٕ مَنس، (تحت الشعور[1]) اندر چھہٕ پوشیده آسان۔

سرگباشی پنڈت جیالال کِلمن چھہٕ پَنٕنِس اَکِس مضمونس منز "مہانے پرکاش" وِیژھ ناوان کینہہ جان کتھ وننہٕ چھہٕ۔ یہٕ کتاب چھہٕ تمہٕ پننہِ وَننہٕ موجوب "پزرس" (کرم ادھم) سپنٕہ زان کره ناوان۔ کتابہٕ اندر چھہٕ باقاعده اَکھ عمل وِیژھ ناونہٕ آمُت، یُس زِن یوگ کِنہِ ژُوٚن مقامن تہٕ رُوحانیت کِنہِ ژَتن پانژن) اصولن سپنٕہ چھہٕ واتھ ہاوان، یُس سپنٕہ انسانہٕ سُند پرہچھ کانہہ ہوش عملہٕ منز یوان چھُہ۔ رُوحانیتکۍ یِم پانژھ مُول یا اصول چھہٕ ---- گیان سِدھی، ملاپ سِدھی، منترہٕ رِدھی سِکھ، تو پاتہٕ سمبھو پیا ---- گیان سِدھی گژھہٕ یِنہٕ پان پرزه ناونیکہٕ عمل۔ دوٚیِم پڑاو گژھہٕ سۍ پڑاو، یتھ اندر زِن زانن والس تہٕ زانٕنہٕ ہیتس درمیان چھُہ مِلاپ سپدان۔ ترٛیمس پڑاوس اندر چھہٕ عملی طریقہٕ پٮ۪ٹھ سوزنیک عمل جٲری روزان۔ ژوٚرِیم چھُہ سُہ پڑاو، یتھ اندر زِن سه سٲری فرق چھہٕ ختم سپدان، یُس زِن زانن والس، زانٕنہٕ ہیتس تہٕ علمس اندر چھہٕ ناپان۔ پوٚنژِیم چھہٕ سُہ آخری پڑاو، یتھ اندر زِن یہٕ عمل تہٕ چھہٕ ختم سپدان۔ انسان چھہٕ ژُوٚرگ تھوٚد معنہٕ جان پانٕٹھی زانان۔ سُہ چھہٕ پزرس نکھہٕ یتھ یِنہٕ مُدعا پوره کران۔

ستنی کتھنٹھو کاٚشِر زبان چھہٕ وُچھنہٕ لایق۔ یہٕ چھہ اَزۍ چہ زبانٕۍ نشہ واریاه مختلف۔ کینہہ لفظ سمجھتھ تہٕ چھہٕ واکھک اصل معنہٕ فکری ترانہٕ[1]۔ مثالے یِم کینہہ واکھ نی توکھ ع

یُسو یُسو جن تِس سِن وِدیُس یُس
نیل سمیت سُکھ دُکھ سرُوپ
اُودی یِس تِس ماتری سم رس
کم کم یَن تس اُنہٕ رُوپ

(۲)

ستم اشتم ڈنہٕ[2] وَگیو پاٚم جی
شاعی چھو گوش[3] مہا گوش

---

۲ اُٹھ ۳ آواز۔ پہلین ہُنز بستی

۱ یہٕ کتاب گژھہ پدون نوی سخہ نظرہ تھاوتھ نوِہ سرہ ترتیب یِنہٕ دِنہٕ۔ سپٕدٕٹھاه ممکن چھہٕ یتھ پاٹھی سپدن کینہہ لفظ واضح

شانتا دیوی بھجس ہا می
سنہتہ وَن کم پیرِہ پوش

(۳)

سو پیٹھہٕ سکل دستو لنکر نو
ادسر پنوٗ رُوپ سہ پران
جنگ دان جانو پلیٹھہٕ پنو
پَچھ زمے یونگو لنگ شران

(۴)

پرم شنوس پرسیوتس مشی
پتھم سندا یونگب گاتو
گیما اُدِ تہٕ سدا شنو رچھی
سو وِشو بیج نا دسس اُگ گاتو

زبان چھہٕ بدلان تہٕ ہمیشہ بدلان روزمژ۔ انگریزی، اُردو یا ہندی زبانہٕ ہندی پرانہٕ نمونہٕ نمونہ چھہٕ زمین تہٕ آسمان فرق ہاوان۔ چاسرس برونٹھ یم انگریزی شاعر ووتھمتہٕ چھہٕ، تہندِ زبان چھہٕ الگہ بدلی زبان باسان۔ یتھے پأٹھی نی تون پرٛون اُردو یا پرٛون ہندی۔ الگہ بدلی شکل چھہٕ برونٹھ کُن یوان۔ مثلے یم کینہہ نمونہ وُچھ توکھ

ھمت اسی زبأنی ھنند نمونہ

گرب گری الجھو کہیں سانبھر یو راو    می سر کیھانا اور بھوال
مہاں گھری سانبھر آ کا ہی    چھنوں وسی تھاں جیسلمیر
گرین بولو ہو سانبھر یاراو    تو سر کیھا گھن اور بھوال
الگ اڑیسہ کو گھنٹری    وچن ہمارئی تومانی جو مانی

---

[1] امہ لفظچ اصل زان پہچان ہیکو یتھہٕ پأٹھی سپدِتھ:

| سنسکرت | معنیٰ | صوتی تبدیلی | کأشر |
|---|---|---|---|
| پرنو | ادم (اللہ) | "ر" چھہٕ پیوان | پنو |
| کرم | کام | | کم یا کام |

یتھہٕ پأٹھی زبان سہ ساری سموٗ پاسس پیٹھ۔ ویژار کرو سہ تہٕ پرنو (گرشنہ راز دان) یتین چھہٕ لفظ پرنو۔ اصل شکلہ منز موجود۔

جیوں تھارئ سانبھر اگاہی    راجہ انی گھری اگاہی ہیر اکھان

(بیسل دیو راشو - ۱۱۵۵ء)

(اُردو زبانی ہُند نمونہ)

مری سیج آدی مری راجنا    دو ہاتاں میں لے توں یاد و بجونا

پیالی پیالی یو پینا    دنیاں دنیاں ہیں کبھی کچھ ہے جینا

بسنت آیا پھلایا پھول لالا    سکھی لیا اب صراحی ہور پیالا

(سلطان عبداللہ قطب شاہ ۱۶۲۲ بیٹھ ۱۶۷۲ء)

شتی کنٹھنی زبان چھ ازبرونٹھم ۷۰۰ وری پرانی زبان - ۱۲۰۰ پیٹھ ۱۷۷۵ اکس تام یم زہ لوکٹ تہ بڈی شاعر ووتھ، تمن منز چھ سیٹھاہ کم شاعر تیتھ، ہندر کلام تیتھ عالم منز رٹتھ چھ یتھ منز تو ونو - شتی کنٹھنی زبان چھ امہ وجہ کنز تہ پرانی باسان - تہ تکیہ ہنزہ زبانو نشہ واریاہ دور سیدان - گریرسنن چھ بنیہ تہ کینہہ کتھ برونٹھ کن انمژہ، یم زن سیٹھاہ باوزن چھ - لیکھان چھ :-

(۱) شتی کنٹھنس زمانس اندر آس کاشر زبان ارتقاکس تتھ دورس منز یتھ زن اپ بھرنش زبان نوو (جدید) رنگ رٹان آس - لفظن منز بناوٹ، تہ آوازہ ہنز تتھ تھاو تہ چھ یہ کتھ ثابت کران -

(۲) شتی کنٹھ اوس عالم - سہ اوس شیوی فلسفہ جان پاٹھی زانان - تمی کری لہذا تیم لفظ بیے وایہ استعمال، یم زن اتھ فلسفس اندر ہر قدمس پیٹھ یوان چھ -

(۳) شتی کنٹھ چھنہ کاشری پاٹھی سوچان - سہ چھ سنسکرتس اندر سوچان - لہٰذا چھ امہ سُند کلام تتھی سمو (تت سم) سیتی بھرتھ - یم گیہ تم سنسکرت لفظ یم زن بلا کنہ تبدیلی ورتاونہ آمتی چھ یا ہنا تبدیلی کھتھ استعمال سپدیمتی چھ، یتھ زن وقتی تلفظس براہ ین تہ دزنچ ضرورتہ پورہ کران -

(۴) "جہلنے پرکاشس" اندر چھ دون طریقن ہندی لفظ میلان - اکھ گیہ تم لفظ یم زن اپ بھرنش کال چہ شکلہ منز چھ - دوم گیہ تم لفظ یمن زن "تت سم" بیکہ ونتھ تہ یم زن سنسکرتہ پیٹھ آمتی چھ -

یمٕ کتھو کنہٕ چھےٚ رٔشتی گنٹھنہٕ زبان تمہٕ وقتہٕ کرٕ اصل بول بوشہٕ نٔشرٕ واریاہ ڈولان تیٚ یہٕ چھےٚ اکھ بدلے "دُو بھلہ شاعری" بنان۔ "دُو بھلہ شاعری" چھےٚ سو شاعری، یتھ اندر زٕ زبانہٕ آسن استعمال سپدے مژہ تہٕ اکھ بدلے ہٕ ون (مُرکّب) آسہٕ دوتلے مژ۔ دُو بھلہ شاعری چھےٚ ترٛیو طریقو شاہ لبان۔ اکھ گو اکہٕ زبانٕ ہٕندہٕ دوٚیمہٕ زبانٕ پیٹھ اثرہ سببہٕ۔ دوٚیُم گو شاعرہ سٕندہٕ ذاتی اثرہ سببہٕ تہٕ ترٛیُم گو محض اُکس شاعرہ سٕندہٕ شوقہٕ تہٕ مذاقہ سببہٕ۔ مثلن ع

بادہٕ چوٗں قلقل سرایدساز چوٗن کیس کیس کُنُد
سوزہٕ عشقت در سرم چوٗں ماچھ گن بھیس بھیس کُنُد ... ...

یمٕ شوقیہٕ نمونہٕ یک طرف ترٲوِتھ چھےٚ ادبس منز گوڈنیک قسم زیادہ وزن تھاوان۔ تہٕ کیازِ یٕیلہٕ اکھ کم مایہٕ زبان پننہٕ ترٛ پوٚٹھنہٕ چھےٚ ہیوان، سو چھےٚ تمہٕ بجر زبانٕ نٔشرٕ واریاہ فیضان حاصل کران، یوسہٕ تس اندرٕ کِھ سیٹھاہ زیادہ بارسس آسہٕ۔ ساننہٕ کٲشرہ شاعری منز چھےٚ ترٛیٚنہٕ قسمچ دُو بھلہ شاعری زنم لبان۔ اکھ گیہٕ سو دُو بھلہ شاعری، یوسہٕ زن سنسکرت اثرس تحت زنم لبان چھےٚ۔ دوم گیہٕ سو دُو بھلہ شاعری، یوسہٕ زن فارسی اثرہ سیتھ شاہ لبان چھےٚ ع

(۱)

چو گشت آن نازنین از خواب بیدار
کشادہ آن فتنہٕ پرور چشم بادام
غبارِ خواب اُچھو نِشہٕ یٕیلہٕ کرٕن دوٗر
نظر ترٲوِن بہٕ ہر سو مست و مخموٗر

(مقبول شاہ کرالہ واری۔ گل ریز)

(۲)

یِہے بازٕ ون بہٕ مُرادِ سخن
چھہ فردوسی، طوسی سرِ شاعران
خُدایِن یہٕ خلقت کرٕن یام بُود
اٲسِن خلقن از پُشتِ آدم وجُود

(وہاب پرے۔ شاہ نامہ)

ترێیم گیہ سہ دُو بھلہ شاعری یوٚسہ زَن اُردو، ہندی اثرس تحت وۄتلان چھ۔ یوٚسہ زَن واریاہ کم چھ۔ یتھی نموٗنہ چھ دُو بھلہ شاعری ہُندِس دوٚیِمِس تہٕ ترێیمِس طرٕیقس سیٚتی واتھ تھاوان۔

(۱)

| | |
|---|---|
| وچھن سۄی لعلِ مرجان ہوشہ ڈجھرٕ | وۄدان تس یارہ ہینزٕ مایہ گجھرٕ |
| سُنو فریاد میرا ہے خدایا | سجن پر کیا ہوا آج کیوں نہ آیا |
| کدھر چلتا کہاں ہم، کیا کروں گا | اُسی کی خاطری آج میں مروں گا |
| ہمارا کیا، لیا کیا، لے لیا دِل | اُسی کو چارہ مانگو کارِ مشکل |
| جوانن بُرقعہ تُلی تس بتھ وچھس ٹیس تام | سپن بیدار کیاہ سنا یار ما آم |
| سو ڈیشتھ روی کھٹن غصہ دوٚٹن | جوانن کام دیو جامہ ژٕوٚٹن |

(محمود گامی۔ قصہ سلطان محمود غزنوی)

(۲)

شکر وۄتھو مہ کر شونا تھ شونا تھ
سُنتا ہوں تجھ سے اب میں دھرم کی بات

(دکرشنہ رازدان)

شتی کنٹھنٍ دُو بھلہ شاعری چھ سنسکرت اثرہ سیٚتی پھانٛپھلان۔ اُمی اثرن چھ تمہٕ سِندِ ذاتی اثرہ کنہٕ اکھ بدلے شکل میرا اوٚمرٕ۔ شتی کنٹھنٍ زبان سمجھنہ خاطرہ چھ دوٚن چیزن ہُنز زان پھان آسٕنٕ سیٹھاہ ضروری (۱) سنسکرت زبانی ہُند پورہ پورہ علم (۲) بھاشا وِگیانچ (لسانیاتُچ) خبر اتر ـــــ یہ کتاب ہیٚکہ کاشُرہ زبانی ہُنزہ تارہ کانٛہہ ژھارنس اندر واریاہ اکھ روٗٹ کرِتھ۔

"جھلنے پرکاشک" ادبی پاے چھ واریاہ کم۔ تہٕ کیازِ شتی کنٹھنس کلامس اندر چھُ نہٕ کانہہ اثر۔ از چھ یہ کاشُر پرن تہٕ گوباہ۔ شتی کنٹھنٍ یہ کتاب چھ کاشُرس ادبس منز اکھ تاریخی حیثیت تھاوان۔ امہِ علاوہ کاشُرہ زبانی پیٹھ کام کرن والی سِندِ خاطرہ تہٕ ہیٚکہ یہ اکھ بوٚڈ بارہ خزانہ ثابت سپدِتھ۔

---

# سِدھ مول

سِدھ مالی سُند اصل ناو چھُ سِدھ شری کنٹھ اوسمُت۔ مگر چھُ "سِدھ مالی" ناوی مشہوُر سپدیومُت۔ سُہ اوس پدم پورہ (پانپُرہ) روزان۔ دپان اتھ چھُ وُنہِ اکھ یارہ بل موجوُد، ییتھ زِن "سِدھ یارہ بل" ونان چھِ۔ یہ ناو چھُ اتھ یارہ بلس اَمی سندی کِنہ پیومُت۔

سِدھ مول اوس ییٚنہِ وقتُک بوٚڈ بارہ عالِم تہٕ ووستاد۔ شیوی فلسفس پیٹھ اوس واریاہ حبوُر حاصِل۔ امہِ فلسفُک شوق اوس تس ورا ثتس منز توٚرمُت۔ سُہ اوس تتھو خاندانس سیتی واٹھ تھاوان۔ یمو جد وسہ گیُت اَسی۔ یہ گوسے وسہ گیُت یمہ زن اَٹھمہِ صدی منز شیوی فلسفچ برانٛدہ کنہ مضبوط کرُ۔

سِدھ مول اوس للہِ ہُند گوُر (ووستاد)۔ پیٹھِ لل کمالس واتہٕ، تس تہٕ سِدھ مالس اَسی نوٚزُک کتھن پیٹھ بحث سپدان۔ گہے اوس شاگردنی منز سوال وجواب سپدان رِوایت چھِ یِہ زِ اکہِ دوہہ اوس سِدھ مول اَکس جایہِ بیہتھ گیاہ تھام سوچان۔ اَمی دمہ پیٚیہ لل اوٚتن واتھ۔ سِدھ مالی بوو تس اکھ خیال، یمُک جواب تمہِ یانہِ یانے بروٚنٹھی سونچمُت اوس۔ یہ خیال اوس تمہِ ییتھ پاٹھی نظم کوٚرمُت ع

کتھ ہیوُ نہٕ پرکاش کُنے
کتھ ہیوُ نہٕ تیرتھ کانہہ
کُمِس ہیوُ نہٕ باندوٚ کُنے
کتھ ہیوُ نہٕ سوٚکھ کانہہ

——— للہِ دیت دماہ پھِرس تہٕ ڈوٚنُن ع

سِری یُس ہیوُ نہٕ پرکاش کُنے
گنگہِ[1] ہیوُ نہٕ تیرتھ کانہہ
بائیس ہیوُ نہٕ باندوٚ[2] کُنے
زنہِ[3] ہیوُ نہٕ سوٚکھ کانہہ

---

۱ گنگا یہ   ۲ دوکھ دادِس شریک سپدن ڈول   ۳ آشنہ

سِدھ مأژِس باسیو ییٚنۍ سوٗنچمُت جواب امِہ کھوتہ موٚلہ وُن۔ تمۍ کرِ سو تتھ جوابس سِتۍ واقف، یُس یِتھ پأٹھۍ اوس ع

اُچھن ہیوٗ نہٕ پرٛکاش کُنے
کوٚٹھِن ہیوٗ نہٕ تیرتھ کانہہ
چنٛدرمس ہیوٗ نہٕ بانٛدو کُنے
کھنِہ[1] ہیوٗ نہٕ سوکھ کانہہ

یہِ جواب اوس یُزی پأٹھۍ سیٹھاہ نفیس۔ مگر للہِ آیہِ نہٕ تو تہِ اتھ سِتۍ کانہہ برابری۔ تمہِ کوٚر سو جواب پھرس۔ یِتہٕ وٚونُن ع

میٚس[2] ہیوٗ نہٕ پرٛکاش کُنے
پیٚس[3] ہیوٗ نہٕ تیرتھ کانہہ
دیٚس ہیوٗ نہٕ بانٛدو کُنے
بیٚس ہیوٗ نہٕ سوکھ کانہہ[4]

یہِ بوزِتھ گیہِ سِدھ مأژِس ژھوپہِ۔ ژاٹھ باسییٚس پانس کھوتہ داریاہ برٛونٛہہ۔ یہِ دلیل یِژھ چھہٕ ترٛژھ، امِہ کِتھہِ تلہ چھہٕ صاف نشان ترٛہ للہِ ہنٛد ووستاد تہِ اوس موٚلہ وُنۍ کأشرۍ شار وَنان۔ ہرگاہ ہے خیالن منٛز، فن کأری منٛز تہِ پوٚختگی منٛز للہِ تس داریاہ برٛونٛہہ درایہِ۔ مگر تمۍ سُند کلام، یُس نہٕ از موجود چھُہ، سُہ تہِ آسہِ داریاہ جان تہٕ نفیس۔ سِدھ مأجۍ سُنٛد داریاہ کلام چھُہ للہِ تہٕ نُنٛدہ رٛێشہِ نِس کلامس سِتۍ رَل گومُت، یُس از ژھارُن سیٹھاہ مُشکِل چھُہ۔[5]

---

[1] رضائیہٕ، لیف [2] مایا [3] امِہ کأشرہ لفظُک بیاکھ ہم معنے لفظ چھُہ کِیےٚ۔ مطلب چھُہ خودایہِ سُنٛد پے یا عشقِ حقیقی۔

[4] للہِ ہنٛد یہِ آخری جواب چھُہ یِتھ پأٹھۍ تہِ کینٛژن کتابن منٛز لیکھِت ع

مایہِ ہیوٗ نہٕ پرکاش کُنے کِیےٚ ہیوٗ نہٕ تیرتھ کانہہ
دَیس ہیوٗ نہٕ بانٛدو کُنے بَیس ہیوٗ نہٕ سوکھ کانہہ

(بقیہ دوٚیمِس صفحس پیٹھ)

بقیہ فُٹ نوٹ :

کینژٕ و لِکھاربو چھُ للہِ ہُند گوڈنیک جواب تہٕ بِدھ مٲلِ سُند دوٚیُم جواب بابا نصرالدینٗ تہٕ نُندہ ریشُن مونمُت۔ کلام سینہ بہ سینہ یکنہ موجوب چھُ یتھ گڑبڑ واریاہن جاین گومُت۔ مثلن شیخ العالمُن رحؒ موصُم نُشر تہٕ چھُ شارنی منز کتھ کران۔ تعجُب کتھ چھَ یم پیٹھمہِ سوال و جواب چھہٕ کینژٕ و لِکھاربو للہِ تہٕ للہِ ہُندِس خانہ دارس سیتی وابستہ کرِمتہٕ۔ تِمیک مطلب چھُ یہِ نیران زِ للہِ ہُند خانہ دار تہٕ اوس شاعر۔ [کشمیری زبان اور شاعری حصہ دوم۔ صفحہ ۱۱۷ وُچھو۔ "لل واکھ" مُرتب دانجو وُچھو] یہِ کوتاہ پوٚز چھُ؟ تہٕ سوچُن چھُنہ مُشکِل۔ اصل کتھ چھَ یہِ زِ یم چھہٕ بِدھ مٲلِ ہِندی واکھ۔ یتھ کالس اندر اوس یہِ رِواجی آسان زِ دوہہ شاد اوس مذہبی تہٕ رُوحانی تعلیمہِ علاوہ پننین زاٹن شاعری ہُندِس فنس سیتی تہٕ واقف کران۔

# پانٛژِم باب

## لل دید

١٣٣٥ء ـــــ ١٤٠٠ء

وَنہٕ چھےٚ یِوان چانٛسرٛن کلام چھےٚ پنٕنہِ وقتُک آئینہٕ۔ تمہٕ ہنٛدی یاتھ چھہ تمہِ زمانُک اصل تہٕ مکمل عکس، یتھ سیتھ سٕہ واتھ اوس تھاوان۔ تمہٕ ہنٛدی شاد چھہ اکھ روزہ وُن تہٕ پوشہِ وُن یژھ تھاوان۔ سُہ یژھ ایُس پرِتھ عکس تہٕ پرِتھ زمانس منز تازہ تہٕ سربز روزِہ۔ لل واکھن منز تہِ چھہ یہے کتھ موجوٗد۔ حیاتہٕ وُننک مطلب چھہ نہٕ ہرگز یہِ زہ للہِ نیوٗ چانٛسرن کانٛہہ اثر یا چانٛسرٕ نِس تہٕ للہِ ہنٛدِس کلامس منز کیاہ چھہ خیالہٕ بیانُک کانٛہہ واتھ تہٕ ہشر۔ دوشوٕ ونی ہنٛدی کارنامہ چھہ یوان بیوٗن۔ دوشوِ ونی ہنٛد انداز چھہ وکھرہ وکھرہ تہٕ دوشوِ ونی ہنٛد آدان بدوٗن۔ کتھ چھہ خالِص فنچ۔ کتھ چھہ شعٕور گوٚنن منز۔ ہرگاہ فنٕچ ادبُک روٗح چھہ لل واکھ پرکھنہ پتہ چھہ نتان زہ لل چھہ پننِس آب و ہواہس منز اکھ سیٹھاہ تھوٚد پایہ تھاوان۔ سو چھہ کانٛشرِ ادبچ چانٛسر بنان۔ سو چھہ کانٛشرس ادبس منز اکھ تِتھے درجہ تھاوان، ییٚتھ نٕن چانٛسر انگریزی ادبس منز تھاوان چھہ۔

لل واکھ آیہ لکھہ یتھ کالہٕ بیٹھ فکری تہٕ یا فکری ترنٛے پران۔ اکھ اکِس باوان تہٕ دوہ وِشن کِس بول بوشس منز کتھ گینہ فِک کڈنہٕ خاطرٕ استعمال کران۔ لکھہ آیہ یم واکھ یتھ کالہٕ بیٹھ پننین ذہنن منز رٹھان۔ تمن وقتن منز تہٕ یلہ سیٹھاہ کم تحریش نصیب گوٚنہ مات کانٛشرن یاد آسہ۔ وارِیاہ محض تہنٛدہٕ قافیہ کِنہ "ہو ہو" "بو بو" یا لفظی سوزہ کنہ۔ ورنیاہ ہیے سوچھ یِہ کتھ چھہ سیٹھاہ وزن وار۔ اتھ وزنس تل چھہ

تہٕ ساری گوٚین تہٕ خوٗبیہ یِوان، یمہٕ زن لل واکھ لازوال بناوی تہٕ یِمیٚ سٕند ناو رُوحانی بجرہ علاوہ ادبی بجرہ کِنہٕ تہِ تھوٚد بنوو۔ لل واکھو تمبہ لوو نہٕ صرف کأشرِ ہِنٛدِ ہِندِ دِل بلکہِ غأر کأشری تہِ گیہٕ یمن پیٹھ فِدا۔ تمہ تہِ وِگو اَمہِ منز سیٚے گاش تہٕ پرکاش ژھارنہٕ۔ یِیُس زن روزہٕ وُن تہٕ پوشہِ وُن چھُ۔ سر رِچرڈ ٹمپلس گیہٕ یِم واکھ یتھ حدس تانی سٕتھ سٕہ لوٚگ وارِیاہن پھولہٕ میٚتین تہٕ پھانٛنہٕ میٚتین فلسفن ہُنٛز بُنیاد یِمہٕ وِی واکھو منزہٕ .. ژھارنہٕ۔ امہِ کتھِ ہُند صاف ثبوت چھُ ٹمپلٕ منز سُہ کِتاب یتھ "للہِ ہُنٛدی واکھ" .. (دی ورڈ آف للا) ناو چھُ۔ ٹمپلن چھُ ویدانت، بودھ، شیو، ویشنو، سانکھیہ تہٕ صوٗفی فلسفن پیٹھ بحث کٔرِتھ لل واکھن اَکِس نفیس اندازس منز سام ہیٚتٕمُت۔

لل چھےٚ فلسفی۔ اتھ اندر چھُ نہٕ کانٛہہ شک۔ مگر سُہ چھےٚ گوڈٕ شاعرٕ پتہٕ فلسفی۔ یہِ وَنُن زِہ للہِ کیاہ اَسیِ ساری پرانٛی فلسفہ پٔرِمِتۍ تہٕ ترانٛیِ مِتۍ۔ سُہ چھےٚ نہٕ کتھ۔ کتھ چھےٚ فقط یہِ زِہ تمہٕ ہنٛدِس ذِہنس پیٹھ اوس ویدانت، بودھ، شیو، ویشنو، سانکھیہ فلسفن ہُند وارِیاہ اثر پیوٚمُت۔ شاید کأشرِ شیوی فلسفہٕ (ترِکا فلسفہ) کِنہٕ یِیُس زن پانہٕ کأتھن فلسفن ہُند نِچوڑ چھُ۔ تہٕ یتھ زن للہِ ہُندِس زمانٕس منز زبردست چلے جاو اوس۔

للہِ یہِ کینژھاہ وٚوٚن تہِ وٚوٚن تمہٕ "واکھن" منز۔ واکھ چھُ کأشرِ شاعری ہُنٛز سُہ ذات (صِنف)، یُس زن گوڈٕ کالس منز سیٹھاہ بارسس اَس۔ رُوزِ کتھ زِہ للہِ کیاہ وٚوٚن تہٕ کِمہِ حُسنہ بیان وٚوٚن، تمہِ خأطرہ چھُ کینٛہہ کتھ زانٛنہٕ ضروری۔ تمہِ خأطرہ چھےٚ للہِ ہنٛز زندگی، تمیٚ سٕند زمانہٕ، تمیٚ سٕنٛز شخصیت تہٕ تمیٚ سٕند دِل زانُن ضروری۔ تہِ کیا زِہ انسان اَسِتھ لوکُٹ یا بوٚڈ، کم عقل یا گاٹُل، تمیٚ سٕندی خیال تہٕ شخصیت چھہ وارِیاہس حدس تانی تمہِ ماحولٕ سیتی وو تلان تہٕ پوھٹان، یتھ اندر سُہ ہیٚنٛہ اَمُت آسہ۔

للہِ ہُنٛدِس ناوس اَنٛدی اَنٛدی اگرچہ وارِیاہ دلیلہٕ تہٕ کتھ گنٛڈنہٕ آیہٕ، پُزر چھُ یہِ زِہ صاف تہٕ سیکہ پأٹھی چھےٚ نہٕ تس نِسبت زیادہ کینٛہہ خبر اَتہٕ۔ یُوت بوٗزِد تہِ تمیٚ سٕند زایہِ سنٛز چھےٚ نہٕ پوٗرہ پأٹھی معلوٗم۔ سُہ سنہٕ چھےٚ نہٕ سیکہ پأٹھی خبر، ییٚلہِ زن سُہ یہِ دُنیاہ

ترٲوِتھ گیہِ۔ حد چھہٕ یہِ تمیٚ سُند اصل ناو چھُنہٕ پوٗرہ پٲٹھۍ موٗلوٗم۔ بہرحال از یہِ کینژھاہ شیچھ خبر میلان چھہٕ، تمیُک تہٕ چھہٕ یہِ زِ سہ اُس سری نگرہ پیٹھہٕ نووُنہ میل دوٗر پانپرس نکھہ رسم پور ناوہ کِس گامس منز بادری پیٹھس (بہادوٗن) منز ناہرِ۔ تمیٚ سُند موٗل اوس اکھ سیوٚد سادٕہ اِنسان۔ یُس زن زمین دٲری کرِتھ آنہٕ ژور اوس کماوان۔ لل اُس سیٹھاہ نیٚشنل (حساس)۔ سوٗ اُس لوکچارہ پیٹھے دیہِ ہِنزہ مایہِ ژاگژ مژ۔ سوٗ یوٗت یوٗت بڈان تہٕ تھدان گیہٕ، تیوٗت تیوٗت گیہِ سوٗ "اصل یژ" ژھارنچہ عملہِ منز ستت۔ ٲلی کرٕیوس لوکچارے کھاندر، مگر تَس ہیوٗل نہٕ وٲرِو گھرس منز کانہہ سوکھ۔ یتھے خانہ دار وُکرہ تہٕ تزکرہ اوٗسس، ترٕژھی اُسس ہش ظالِم تہٕ ترٚوٗش۔ لوکچی موصمی نیتھر کرُن سپُد اُمہِ سُندِ خاطرٕ اکھ سِتم۔ خانہ دارس سستہ رُودُس نہٕ ژ اہنہ ہوا صاف۔ نہٕ انہہ بسو وکھ نہٕ باٲژن دوٗن ہُندی پٲٹھۍ گھرہ باز۔ ہشِ ہُنزہ دوہٕ دوہٕ ظلمہٕ تہٕ دُد روگ اوٗسس پتے۔ بچارہ کاژھ گوس۔ یتہ پھیٚہن ژ ایس تیرہ۔ تمیٚ سِندی زبٲنۍ سہ

ہوٗنڈ مٲری تن، کِنہ کٹھ! نوشہِ نلہِ وٹھ ژلہِ نہٕ زاہہٕ[۱]

---

[۱] روایت چھہٕ زِ اکہِ دوہ اوس للہِ ہِندِ ہِنِ وٲری دِین کیاہ تام بوٚڈ دوہ۔ واریاہ کٹھ اُسکھ مٲری مژ۔ صُبحس ینِلہِ لل دیہ یارہ بل پٲنس وُژھ۔ جتہ کران وونِس اکہِ محلہ وٲیہِ۔ "کیہہ زِ اسہ تہٕ پیٚژھ زِ ہے؟" دوٗنی تھوٗوٕ یتھے سانہٕ خاطرٕ کینہہ موجود، کِنہ نہٕ؟" للہِ دود نہٕ کہیں پانس تام۔ للہِ پھیٹِ اُشہِ گنڈ۔ سوٗ کتھ، یوسہ سہ واریاہ کالہ پیٹھہ اندری اندری دباوان اُس، سہ درایہ تمیٚ سِندہ دِلکی پردہ ژٹھتھ از نیبر۔ ژیوٗٹھ۔ دوہٕش ترٲوِتھ وونہ نکھ سہ ہوٗنڈ مٲری تن، کِنہ کٹھ۔ نوشہِ نلہِ وٹھ ژلہِ نہٕ زاہہ —— دلیل اُس یہِ زِ سہ اُس پنہ نوٚ مٲری ساتو کھیمژ۔ ظالِم ہش اُس نہٕ تَس یُڈ برابر بھتہ تہٕ دِوان۔ تمیٚ ہِنز ہش اُس تمیٚ سِندس تھالس منز نلہِ دٕ ٹھ تھاوان۔ یتہ اُس اُتھی پیٹھہٕ بھتہ دٲنی کھنڈ داہراوان۔ یُتھ زن باقیٚن باسہ زِ تَس اوس برابر بھتہ میلان۔ لل اُس تھال سُرہ وِتھ یہِ نلہِ وٹھ ہُن چھلان تہٕ بیٚیہِ تَس ہشہِ ماجہ حوالہ کران۔

یٖلہِ یِہ زٕلہ وٕریٚچ کتھ نتہٕ ونہٕ وٕنداہِ، ہشہ ہٕندِ ستم بڈٕ زیادٕ سے۔ اُمہِ رٕٹ اکھ عجیب ترٕل۔ للہِ ہنز زندگی سپدٕے یِہ زیادٕ سے دوٕکھ لد۔ سو ییٚچھ ناو امی زندگی قناعت تہٕ سنکوت ــ سو چھہ یانہٕ ونان ؎

زٕنم پراوِتھ وِبھوٗ نا ژھوٗرُم
لوٗبھن بھوٗگن ہٕرٕم نہٕ پٕرٕے
سوٗیمہٕ آہار سبٹھاہ زوٗنم
ژوٗلم دوٕکھ واو پوٗلم دٕرٕے

للہِ واکھن منز چھہ یِتھی خیال جایہِ جایہِ نظرِ گژھان۔ ہرگاہ یِم خیال تصوف کِس اکِس اندس سیٚتھ تہٕ چھہ واٹھ تھاوان۔ مگر یِژرٕ چھہٕ یِہ زٕہ یِم چھہ کُنہِ حدس تانی امی زندگی ہٕند عکس تہٕ اثر۔ للہِ ہنزِ زندگی پیٹھ ترٕوٕ تمہِ سندی دٔگی وی واریاہ اثر۔ چونکہ سو اُس لوکچارہ پیٹھے دِیُس تہٕ دھرمس کُن لگژ مژ۔ یِہ دھرمی بٕنیو امہِ سندِ خاطرٕ خوشی ہٕند اکھ سامانہٕ۔ امی بخشِ تس تھزر تہٕ شیہجارہٕ۔ خیدانہِ ہنزٕ بے حد مایہِ منز مست سپدٕن بٕنیو تمہِ سندِ خاطرٕ ’بترادک‘ (sublimation) ذریعہ[5] راجا نریندر ناتھن لفظن منز۔

---

[1] خوش حالی [2] پرژھاہ، خواہش، امار [3] کٔہی کھیوٚن

[4] للہِ وِیدہ چھیہِ واریاہ کرامژ کرہ مژہ۔ دپان سو اُس حسب عادت اکہِ دوہ پوٚنی کھارنہٕ یارہ بل وُژھمژ۔ پوٚزا یاتھ کرنس منز لوٚگ تس ہنا ژیر۔ ہش وُژھ پٔرس پیٚژوٚس کُن۔ ہتا صبحے وژاپے یِہ یِہ یاں نٔرٕس، اَدہ وُنہِ چھیہ واپس پھیران۔ خبر چھا کیاژی کیاژی چھہ دربدر پھیران آسان؟ ”للہِ ہٕندِس غانہ دارس کھوٚت سخ خشم۔ یِتھے للہِ واپس پھیر، سٕہ دٔنہ او ژیٖتھہِ ژیٖٹھ توٗرا ہیٚتھ۔ پریٚتھ پاٹھی شیٖشہ دٔلِنس یانس، یاں شیٖشہ اَتھ نٔرٕس، یِس تس کلس پیٹھ اوس۔ دپان نٔرٕس گیہِ چوٗرہ، مگر پوٚنی رُود تیٚتھے یاٹھی تمہِ سندِس کلس پیٹھ موجود، یِتھہ یاٹھی نٔرٕس اندر اوس۔ تمہِ بھری ساری باہ برتن امہِ یانہِ سیٚتی، پتہ یِہ ہرٕ یِس، سٕہ ترٕوٕ وُن نیٚبر۔ دپان اتھ بنیو اکھ بوڈ تلاو (تالاب)۔ اتھ تلاوس چھہ للہِ تراگ ونان

---

"ییٚلہِ لَلہِ ہُنٛد تاب تہٕ صبر اکہِ خاص حدہ ڈٔول، تمہِ ترٛود گھرہ باد۔ سو لٚج نیم ننگے یا پوٗرہ ننگے ہٹرہ ہٹرہ پھیرنہٕ۔ فرایڈہ سُنٛد اکھ ثاتھ دُچھ اُمی سٕنٛزہ زِندگی عادتن تہٕ چال وچلنن منز تمہِ گھرہ کِہ موٚہبتہٕ (محبت) کمی ہُنٛد اکھ خاص اثر یُس زن یمن حالاتن منز پرٛتھ کانٛسہ ہٕنٛدِس پانس تہٕ توازنس اندر فرق انٛنے۔ پوٗزا پاٹھ، دیہِ سٕنٛزہ مرضی ہنز تٲبع دارٟ، توکُل تہٕ دُنیاہ کِین دوٚکھن داد ین، خوٗشی تہٕ ناخوشی سیٚٹھاہ تابہ سان وُچھن۔ یِہ چھہٕ تمہِ سٕنٛدِ خاطرہ کُنی وَتھ یُس لَلہِ ہنز ہش زِندگی مقدورس آسہِ ..."

یُتھے لَل زچہ پچہ ژٕٹھ ننگے تہٕ نٕتھہِ ننٛی پھیرنہٕ لٔج، دیان تمہٕ ہنز لل (رِنٛج یڈ[1]) اُمس دوٚنی رادہ کٕنٛز ییٚٹھے ہرٕ۔ یِہ حصہ اوس دوٚنی تھِتھہ پاٹھی آویزان گومُت زہ تس روٗد نہٕ کٕھچہ تہٕ کاٹھہِ ہُنٛد حاجتھی۔ یِہے وجہ چھہٕ زہ سو سپنز لل ناوہ مشہور۔

لل چھہٕ پٔنٛزی پاٹھی کاشرِس منز ماز چھلہ آویزان گژھنس ونان۔ اُسی چھہٕ ازتہٕ ونان "وُچھ ماز للہِ کیاہ چھس کھٔژمٕژہ"۔ مگر یِہ کتھ چھہٕ نہٕ تہٕ زینہٕ لایق باسان زِہ تس کیاہ اُسی اَمی لل ونان تہٕ کیازِہ سو چھہٕ پانہٕ تہٕ نٮ۪یٚن کینٛژن واکھن منز یُہے لفظ پنٕنہِ ناوہ بدلہ ورتاوان ع

لَتن ہُنٛد ماز لارٕیوم وَتن

اُکی ہاوٕنم اکہِ پٔچی وَتھ

یم یم بوزان تم کوٚنہٕ متن

لَلہِ بوٗزُستن کُنی کتھ

لل اوسا تمہٕ سُنٛد اصل ناو کُنہٕ قلمی ناو (تخلص) تہٕ چھہٕ نہٕ خبر۔[2] وونی گو تمہِ چھہٕ یہٕ ناو ٹھِ فخرہ سان تخلُصہ بدلہ استعمال کوٚرمُت۔

---

[1] abdomen.

[2] پنڈت گوپی ناتھ رینہ چھہٕ پننِہ کتابہِ "للی شوری اُپنشد واکیہ رہسیہ ـــ ارتقات ـــ لل واکیہ" منز لیکھان زہ ٲلی ماجہ اوس تس پدماوتی ناو تھوومُت۔ یِہ کشیٚتھ خبر کتہِ چھہٕ تمو بوزمٕژ۔ تہٕ چھِنہٕ مولوم۔ یُدوے یِہ کشیٚتھ خبر پٔز ماٗنون، تیٚلہِ چھہٕ لَلہِ ہُنٛد اصل ناو پدماوتی اوسمُت۔ شاید لل یا لِلہِ آسے تس واٚرِ وِگ ناو تہٕ کیازِہ لَلہِ لِلہِ چھہٕ ازتہِ بٹن منز ناو میلان۔ مگر کیاہ پتاہ للہ ناو ما اوٚن لَلہِ ہُنٛدی ناون بارسس۔ تہٕ کیازِہ پرٛتھ قومس منز چھہٕ تم ناو تہٕ بارسس یوان یِم

(بقیہ ذوٚیمِس صفحس پیٹھ)

زینہ ترنگنی، زینہ راج ترنگنی، بہارستانِ شاہی، گوہر عالم، منتخب التواریخ تہٕ حیدر ملک چاڈرو سندِس تأریخس منز چھنہٕ لَل ڈیدِہ ہُنز کہیں ذِکر میلان[1]۔ سارِوٕی کھوتہٕ پرٲنی شیچھ خبر چھہٕ "واقعاتِ کشمیرس" منز میلان۔ کینہہ لفظ چھہٕ یتھہٕ پأٹھی:۔

"ذکرِ عارفہ کاملہ مجذوبہ ظہورش در زمانِ سلطان علاؤ الدین (۷۴۸ھ — ۷۶۰ھ) بود۔ ... ای جنون زد عریان و گریان در برف و باران بی خورد و خواب و دِل بے تاب و چشم پُر آب سیر بیابان میکرد ... و در زمانِ سلطان شہاب الدین (۷۶۰ھ — ۷۸۰ھ) از عالم در گزشت کیفیت رحلت آن مجذوبہ محبوبہ مختلفست مسلمین و ہنود مذکورات بسیار دارند مشہورست کہ در جائیکہ الحال کُنج مسجد جامع بیچارہ است رسید در عین انقطاع نفس بدن عنصری مثل روح باعلان پریدہ و غیر از شعلہ کہ بہ ہزار دو چیزی بہ نظر حاضران نیامد وغیرہ۔"[2]

---

بقیہ فُٹ نوٹ:۔ زن بڈین تہٕ بتھدین اِنسانن ہُندی ناو آسن —— لفظِ "لَل" "گڑھ" "لول" (محبت) یا "لِلہٕ" لفظچ بگڑے مٕژ شکل آسنہٕ۔ "لِلہٕ" لفظُک اصلی مطلب چھُہ لوٗو تہٕ خوش یوٗن۔ بتھنہٕ بیمتس وَژہس چھہٕ امی "لِلہٕ دٕوژھ" یا "لِلہٕ وَژھر" ونان۔ "لِلک" گو intense desire longing

[1] زینہ ترنگنی تہٕ زینہ راج ترنگنی چھہٕ بڈشاہ سندِس عہدس (۱۴۲۰ء — ۱۴۷۰ء) منز لیکھنہٕ آمژہ۔ لیکن والی چھہٕ جوناراج تہٕ شری ور۔ "بہارستانِ شاہی" چھہٕ سید محمد مہدی ین ۱۶۱۳ء منز لیچھمژ۔ "گوہر عالم" تہٕ "منتخب التواریخ" چھہٕ ابوالقاسم الکمن تہٕ نراین کول عاجزن ۱۲۰۰ سنہ ہجری لیس تہٕ ۱۱۲۲ ہجری یس (۱۷۱۰ء) منز لیچھمژہ۔

[2] یہ تأریخ چھہٕ لِلہٕ پتہٕ ترٕنٛیہٕ تٕورہ ہتہٕ ؤہری خواجہ محمد اعظم دیدہ مری ین لیچھمژ۔ یمن ہتہٕ بدین ورین منز آسے اصل شیچھہٕ خبرہ منز وارِیاہ فرق آمژ۔ یہ تأریخ چھہٕ یہے ۱۷۴۴ عیسوی منز لیکھنہٕ آمژ۔ پنڈت بیربل کاچرِہ تہٕ بیاز تلہٕ چھہٕ تنان زِہ تمہٕ چھہٕ دیدہ مری یس نِش وارِیاہ شیچھہٕ خبر حاصل کرمژ۔ پنڈت بیربل کاچرِی چھہٕ پننہٕ تأریخ ۱۸۳۵ء منز لیچھمژ۔

---

حسن کھوہامی چھُ لیکھان :-

"بی بی للہ عارفہ کاملہ ثانی رابعہ بُود و در شہود سنہ ہفت صد ہجری ظہور نمُودے آرند کہ عفیفہ از موضع سِم پور برہمنے متولّد شد ... ... اشعار دردناک میگفت ... ... للہ واک میگویند ... ... فی الحقیقت وے از خاصانِ خدا است۔ رحمۃ اللہ علیہا۔"

مورخو چھُ للہِ ہِنٛد زاسنہٕ ۷۴۸ ہجری (۱۳۴۸ء) علاؤالدین سُند وَکھ) تہٕ ۷۳۵ ہجری (= ۱۳۳۵ء —— اُدھین دیو سُند وَکھ) لیوٗکھمُت۔ صحی چھُ ۷۳۵ ہجری باسان۔ تہٕ کیازِ ہرگاہ "واقعاتِ کشمیرس" پیٹھ بھور کرَو، للہِ ہنٛز کُل عمر چھےٚ زیادہ کھوتہٕ زیادہ ۳۲ ؤری بنان۔ دوم ۷۴۸ ہجری وٲتی حضرت مخدوم سید جلال الدین بخاری کشیرِ۔ سُلطان علاؤالدین چھُ اُتھی وقتس منز تخت پیٚراوان۔ رِوایتھ چھےٚ یِزِ یُتہٕ بادشاہ پانٛی پانٕہ یمن استقبالس دٕراو، تہٕ آو عام تہٕ خام تہٕ ژٕسِتھ۔ وَننہٕ چھُ یِوان للہ تہٕ آس اَتھ ہجوس عٕستہٕ شامِل۔ امِہ تِلہ چھُ جان پأٹھی ثابت سِپدان زِ سو ٲس نہٕ ۱۳۴۸ء منز تھنےٚ یأژ ییمٕژ، بلکہِ سو ٲس اَتھ وقتس منز جان پأٹھی ہیٚبہٕ تہٕ پےٚ مژٕ۔[۱]

للہ دید زایہِ ہنٛدی راجن ہٕنٛدِس آخری زمانس منز۔ تمہِ چھُو پنُن لوکچار، جوانی تہٕ بجر مُسلمان راجس منز۔ یہٕ سوٗرُے وَکھ اوس سِیاسی تہٕ سماجی زاوِی جارِ و کنہٕ واریاہ نوزُک۔ مختلف فلسفن تہٕ مختلف خیالن ہنٛز ٹھول ٲس جٲری۔ اَکی حساس دِلن تہٕ گاٹُلی دِماغن کُس اثر آسہِ حأصِل کوٚرمُت؟ سُہ چھُ ظأہر۔ لل دیدِ ہنٛد گوٗر اوس سِدھ موٗل، سِدھ موٗل اوس پننہِ وقتُک بارہ فلسفی۔ یِتھ پأٹھی تہٕ کُس اثر آسے للہِ حأصِل کوٚرمُت، سُہ تہٕ پزِ ہنٛز مُشراوُن۔ اتھ عٕستہٕ یُس موٗفی فضا حضرت سید حسین سِمنانی، حضرت امیرِ کبیر میر سید علی ہمدانی، سیّد

---

[۱] دیان عبدالوہاب شایق تہٕ چھُ پننس تذکرس منز "در زمانِ اُدھین دیو یعنے ۷۳۵ھ سنے لیوٗکھمُت۔ ہیٚنہٕ چھنہٕ یہٕ تأریخ پانہٕ کینٛہہ دُچھٕژ۔ کلچرل اکادمی ہنٛزِ لائبریری منز چھُ امِیک اکھ نُسخہ موجوٗد۔ مگر سُہ چھُ اوٚڈُے۔ دسمبر[۲] عدی ہنٛد کینٛژو لِکھاری مثلن بزاز، آنند کول بامزٕی تہٕ چھُ لل دیدِ ہنٛد زاسنہٕ یہے وَکھ مونمُت۔

جلال الدین بخاری تہ میر محمد ہمدانی ہندی دُسی کشیرِ منز تیار سپُد۔ اُمو تہ اُمی لل ووکھ سنس۔ لل سپز یمن واریاہ قریب۔ تمِ تُل یہندِ عقلِ تہ گاٹہجارہ نِشہ تہ فیض۔

لل واکھن ہیٹھ چھ شیوی فلسفک سون تہ پاے دار اثر موجود۔ شیوی اِصطلاح اوم، بڑماڈ (برہمانڈ)، شیو، پرم شیو، پرکرتھ، ژیتھ (چِت)، برہم، اِندری، گیان، کنڈلی، سواہم سُو، بیترِ چھ اُمو ہندین واکھن منز جایہ جایہ نایان ع

کیاہ کرہ پانژن[1]، دہن[2] تہ کاہن[3]
ووکھشن یتھ لیجہ کُرتھ یِم گے
سارِی سمہن یتھ رزہ لمہ ہن
اَدہ کیازہ راوہ ہے کاہن گاو

یا

لکہ گور برہماڈہ ہیٹھ کُن وُچھم
شش کل وآژم پادن تل
گیانکہ[4] اَمریتہ پرکرت برم
لُوبِی مُورِم اندہ[5] وند تانی

لل واکھن منز چھ اکھ شوبہ دار عطر موجود۔ یمن اندر چھ تمہ رتی تہ تھدی خیال آمتی، یم زن واریاہن فلسفن اندر مشترک چھ۔ امی سپز لل دوشوِ دِنی بٹن تہ مسلمانن منز اکی آیہ تہ اکی پایہ ٹاٹھ تہ مشہور۔

لل چھ امہِ خیالچ زہ یمُ ینن یان پرزہ نووشے پرزہ ناوہ اصلی پرزرس (خوداِیس)، خود شناسی چھ داتہ ناوان، خوداہ شناسی کُن ع

لل بہٕ ڈرایس لولہ رے
ژھاران لوستُم دِین کیہو راتھ
وُچھم پنڈت پننہ گرے
سُے مینہ روٹُمس نیچھتر تہ ساتھ

---

[1] [2] [3] شیوی اصطلاح پانژھ بھوت، داہ اِندری تہ اندری داہ تہ من، یم زن کُل کاہ گیہ۔ [4] گیان
[5] اخرس تانی

یا

گوٗرن وۅنم گٔنڑ وَژُن

نیٚبرٕ دۅیم اندری اَڑُن

سے گومیٚہ واکھ تہ وَژُن[1]

توَے میٚہ ہیوٚتُم ننگے نژُن

زِندگی چھِ حرکت۔ نیٚندٕر چھےٚ موت۔ لیٚس اِنسان بے حرکت تہ شونگتھ روزِہ تَس چھُ تباہ گژھنک خطرہ ع

کتھ وَنے، کتھا وَنے

کتھ میانی لِیَس لال

منز نادانس نیٚندٕر پییی

ڈوٚمب ہیتھ ژلی شال

لل چھِ امِ خیالٕچ دَے یا اللہ چھِ کُن۔ سِتیٚ چھِ پزٕ ژک گوڈ تہ اند۔ نسلِ بیوٚن، ناژ بیوٚن تہ رنگہ بیوٚن آسنٕچ چھِ نہ کانہہ فرق۔ یہ بتھ کانہہ چھِ سہ ژھارُن یژھان تہ یہ بتھ کانسِ چھُ سُہ ژھارُنک حق سہ

شِیوٕ چھےٚ تھلِ تھلِ روزان

موزان ہیوند تہ مسلمان

ترک[2] اَسے چھکھ تہ پان پرزٕ ناو[3]

سوے چھےٚ صاحبس زانی زان

مگر یہ کتھ چھِ ژھنِس تھاوِنی لایق سہ شیوٕ شیوٕ کران شیوٕ نو تو شی۔ محض شیوٕ شیوٕ یا خوداہ خوداہ کرنہٕ سیتی چھُنہٕ اِنسان تَس قریب سپدان۔ سارِوی کھوتہ ضروری کتھ چھِ پنٕنی صفائی۔ چھُنہٕ یہ تِلہٕ پُرزی پُرزی دَے لبُن چھُ سیٹھاہ محال ع

---

[1] یہ مِصرع چھُ بیتھ پاٹھی تہ لیکھنہٕ آمُت ع سے گو لکہٕ میٚہ واکھ تہ وژن

[2] گاٹُل [3] یتم زہ مِصرع چھِ بیتھ پاٹھی تہ لیکھنہٕ آمتہٕ سہ

ترک ہے چھک، تہ پان پرزان سوے چھےٚ صاحبس سیتی زانی زان

دِیُو وٹا[1] ڈِوُر[2] وٹا

پیٹھ بون چھے یِکہ داٹھ

پُوز کس کرکھ، ہوڑ بٹا[3]

کرمنس تہ پونس سنگاٹھ

مطلب لبنگ، مورتی تہ مندرک سورُے اَندریُم تہ بنیریُم حصہ، ہیُرہ پیٹھ بون تام چھُ کنہِ ہندُے بنیومُت۔ ژہ وَن ژکو ہہ کنِ پُوز ہن ؟ پیٹھ تہ چھے کنی تلہ تہ چھے کنی۔ لل چھ ونان — "ہیو بے قل بٹاہ ! امہِ منزہ ہا نیری نہ کینہہ۔ یوتام نہ ژہ پنِنس جسمس تہ رُوحس ملِوَن کرکھ، توتام چھے سورُے اَپزُے !"

لل چھ مورتی پوزایہِ سخ خلاف۔ سو چھ امہِ خیالچ زہ اِنسانی من گژھِ صاف آسُن۔ مندرن اُژی اُژی زورہ زورہ ہوکھی آلَو دِنہ سِتی چھُنہ کینہہ اندان۔ تمہ چھ شالہِ ٹُنگن برابر۔ یمو ٹُنگوَ منز پھل ژھارُن چھُ ہونی لبتہِ منزہ نافہ یا کوفُر ژھارنس برابر ع

برہ لنگس مُشک نو مُوری

ہُونی لبتہِ کوفُر نیرہ نہ زاہ

مَن پوُدھ گار ہن پھیرہ زیرہ سِتی

نتہ شالہِ ٹُنگے نیرہ کیاہ

للہِ ہندِس کلامس منز چھُ تمہِ وقتک ماحول تہ تمہِ وقتک سماج جایہِ جایہِ نایان۔ تمہ سماج یُس اَن جانے لکیرِن تھپہ کرِتھ اوس، ہتہ ہتہ غیر صحت مند ریژن تہ رِواجن پیٹھ جان دِوان اوس، لل چھ اتھ سماجس اَلِسو اَلِسو دِوان۔

للہِ ہندِس وقتس منز یِم وو ستاد تہ بزرگ دوہیمن وید تہ واکھیان ونان آسی، مگر پانہ آسو کنہِ پیٹھ چھلِتھ۔ اصلیتہِ نشہ بے خبر۔ لل چھ یمن پیٹھ یتھ پاٹھی ہزل کران ع

---

[1] پوتُل یا لبنگ [2] دِوُر کنُی

[3] ہتا بٹا — امہِ بدلہ چھُ "ہو مہ بٹا" تہِ لیکھنہ آمُت۔ مطلب چھُ "بے قل برٹہ"۔

(واکھیہ للی شوری — پی اے کے وانچو وچھو)

گورس ڈٲل ییو آبن ناٹن
بیٚیَن پوشن سادھ کیاہ آسے
یِہ حال گورس راہ کیاہ ژاٹن
بُرٕہمہ سِنٛد کلِس میوہ کیاہ پیٚیے

"پوشن" (حیوانن) سٟتۍ "عامِ اِنسانن" ہُندٕ بدلہٕ آمُت۔ کہیں نہٕ حاصِل ییُن، چھُ بڈٕ خوٗبی سان "برہمہ کلُکِس میوس" سیٚتۍ رلاونہٕ آمُت یُس زانہٕ ہمیشہ میوہ رٕوس آسان چھُ —— لِہٰذا چھےٚ تشبیہ تہٕ ترکیب پنٕنہِ زمانہ کِہ مزاجہ تہٕ ماحول موجوٗب گرٕ ہژٕ۔ از چھِ یِمہ ترکیبہ تہٕ ٹل واکھن ہندی واریاہ مِصرٕ کاشرِ زبٲنۍ سیٚتۍ تیتھ پاٹھۍ میلی متۍ۔ یِم چھِ عام بول بوشکی چیز باسان۔ مثلن یِہ مِصرٕ نی تون ع لتن ہُند ماز لارِئوم ؤتن —— پنٕنِس زمانس منز کوسہ نزاکت آسے اتھ مِصرس منز موجوٗد! اتہٕ ہے یِم لفظ الگ الگ کرٕدکھ تہٕ پتہٕ سوٗرٕے احساس بروٗنٹھ کُن آنو، یُس اتھ مِصرس منز پوٗشیدہ چھُ۔ لِہٰذا ہُند شاعرانہ زور تہٕ بجر چھُ یک دم ساہن ذِہنن پیٹھ نقش سپدان۔ بیٚیہ کینہہ مولہٕ وِنہٕ بُندشہ تہٕ ترکیب، یِم زن از عام چھےٚ، تِم چھےٚ یتھ پاٹھۍ —— کاہن گاو راوُنی، سٕنگرِ لوٗر وٕٹھنۍ۔ کوٗم یاجن تیٖل راوُن، سٕنگرِ شاٹھس پھل وۄن، آبن ٹاکِن پوٗنی شمن، ناباد بورس گنڑ ڈیوٗل گژھن بیترٕ۔

لِہٰذا ہُنز زبان چھےٚ سیٚٹھاہ میٹھ تہٕ موٗدُر۔ لفظ چھِ اکِس خاص بہاوس منز تمہٕ یندٕ زبٲنۍ نیران۔ یمن لفظن اندر چھُ مولہٕ دُن زور تہٕ اثر، وٗشنیر تہٕ میچھر موجوٗد ع

آمہٕ پنہٕ سوٗدرس ناوِ چھس لمان
کتہٕ بوزِ دے میون مےٚ تہٕ دِیہ تار
آبن ٹاکِن پوٗنی زن شمان
زوٗ چھم برٛمان گرٕ گژھ ہا

(۲)

کَل وونُد زولُم
جگر موٗرُم
تیٖلِہ لٕل ناو درام
ییٖلِہ دٕلی تراوِ مس تیٖتۍ

---

٭ ہوٗنٹھ یا ہانٛٹھ کل

(۳)

شیٚنہٕ وَن ژٕٹھہ شیٚشرٕ[1] گل وُزم[2]

پٕرٕ کرِتھ ہوٚنزم پوٚنزٕ سیٖتی

لولہٕ کٕرِ نارہ واٗلنِج بُزم

شنگر لوٚبُم تمی سیٖتی

(۴)

أندرِ آیس ژٕنٛدرِ گاران

گاران آیس ہیٚتِن ہیٚر

ژٕرِ کاہے تاران، ژٕرِ ہے ماران

ژٕرِ ہے ناران! یِم کم وِہیر[3]

(۵)

کُس مرِہ تہٕ کَسو مارن

مرِہ کُس تہٕ مارن کَس!

یُس ہرہ ہرہ ترأوِتھ گھرہ گھرہ کرِہ

اَدہ سُہ مرِہ تہٕ مارن تَس

لل چھہ شیٚوی فلسفس عام تہٕ سہل زبانہٕ منز بالہ کران۔ کتھ چھہ تمہٕ پأٹھۍ ونان نہٕ چھہ فلسفہ باسان نہٕ نصیحت بلکہ اکھ ذأتی تجربہٕ، یتھ اندر بوٗزن وول تہٕ شریک سپدُن یژھان چھہٕ۔ عہ

گورس پرٛژھم ساسہ لٹے

یس نہٕ کینٛہہ ونان، تس کیاہ ناو

پرٛژھان پرٛژھان تھچس تہٕ لوٗسس

کینٛہہ نس نِشہ کیاہ تام دٔراو

---

[1] مطلب چھہ وُشکھتی ہُندی یِم شیٚنہٕ مقام یِم زانہٕ سمجھنہٕ تہٕ آزمائش منز اننہٕ سیٖتی انسان چھہٕ "اصل پزرس" قریب سپدان۔

[2] بیدار کرُن

[3] یِم زہ مصرع چھہ یتھہٕ پأٹھۍ تہٕ لیکھنہٕ آمتۍ۔

ژٕرِ ہے ناران، ژٕرِ اکھ داران

ژٕرِ ہے ماران، یِم کم وِہیر

(۲)

لوب مارُن سٕہزہ دیشارُن
ڈرٛوگ زانُن کلہَن تراو
نش چھےُ تہٕ دُور مو گارُن
شوُنیس شوُنیاد میلتھ گو

(۳)

گگن[1] ژٕ ی، بھوُتل[2] ژٕ ی
ژٕ ی چھکھ دِہن[3] پوَن[4] تہٕ راتھ
ارگ[5] ژندن پوشس پونی ژٕ ی
ژٕ ی چھکھ سکل[6] تہٕ لاگی ژٕ ی کیاہ

للہِ ہندِس آخری وقتس متعلق تہٕ چھِہ قسمہ قسمہ کتھہ مارکس منز مشولہ ماران۔ دپان سُلطان شہاب الدین نِہ راجک آخری وکھ اوس، للہ آس دیگر بارہ جامع مسجدہ کُنہ پکان۔ تمہِ سندہ پانہ منزہ دزا یہِ اکھ پھولہ رٕنی نارہ ریہہ، یوسہ زان یک دم ہواہس منز جذب گیہِ۔ رژھاہ گیہِ پتہ آو نہٕ کہیں لبنہٕ۔ بیاکھ خیال چھُہ یہ زہ تمہِ اتہٕ بأنی بلنے تگارہ جوراہ۔ اکھ تھاوُن کھورن تل، بیاکھ کلس پیٹھ۔ پرژھہس۔ "کیاہ چھکھ کران؟" دوٗپنکھ۔ "پان چھس ژوٗرہ تھاوان۔" سو آس یِم لفظ وناًنی، تگارہ ژٕہ بیچھہ اکہ اکس پیٹھ۔ بیٔلہ تگارہ ژٕہ تھوٗد تجکھ، اتہٕ دزاو نہٕ کہیں۔ دپان یُمہِ دُنیاہ نشہ آزاد سپدنک وکھ اوس یہُے۔

للہِ ہندِس وفات چھُہ اندازن ۱۳۸۴ء پیٹھہ ۱۴۰۰ء تام ہیوٗ مانُن جائزٕ باسان۔ سہ گو سُلطان شہاب الدین نِہ آخری وقتہ پیٹھہ سُلطان سِکندر بُت شِکنہ نین گوڈہ کالہٕ کین کینژن وَری ین تام!

## للہ واکھ — چھاپ تہ سوٗنبرے

للہ واکھ رُودی داریاہس کالس پیر در پیر زبأنی زبأنی پکان۔ سپٹھاہ مُمکن چھُہ بڈشاہ سندِس راجس منز یمٔیتہ داریاہ کینہہ سپدُ، تتہ ما آسہن للہ واکھ تہٕ جان پأٹھی سوٗنبراونہٕ آمتہ۔

---

[1] آکاش [2] زمین [3] دوہ [4] ہوا [5] بیٗول تہٕ غلہ [6] سورُے

ازمِین یمہٕ اَہِن نوٕسخن ہُندِ پٮ۪تہٕ میلان چھُ، تِمن منز چھےٚ باسکر رازدانٕنی نوٕسخہ زیادہ پرٛزون مانہٕ یوان۔ یِہ نوٕسخہ چھُ ازٕ برونٹھ ییٚہے ژٕہ ڈھلے ہتھ ؤری ہیوٚ تیار کرنہٕ آمُت۔ اتھ نوٕسخس منز آسی کُل بِل ۶۰ واکھ موجوٗد۔ یِم آسی شارداہس اندر لیکھت۔ تہٕ یِہ بتہٕ اکِس داکھس پٮ۪ٹھ اوس تمیک سنسکرت شرح تہٕ لیکھنہٕ آمُت۔ یِم ۶۰ واکھ چھےٚ جموٗں وکشمیر دی سرچ محکمن ۱۸۱۹ء منز کِتابی شکلِ منز چھاپٕنہٕ ییتھ۔[1]

۱۹۱۴ء منز گو گریرسنس لل واکھ سومبراونُک شوق۔ تمُ تھاوُ یِہ کام پنڈت مُکُند رام شاستری ییٚس میٚژ۔ پنڈت مُکُند رامن دِژ واریاہ ژھارٕ۔ گرتس آو نہٕ اکھ جان پرٛون نوٕسخاہ کِنہٕ اتھہٕ۔ سُہ دوٗت آخرس ورٕکِہ پٮ۪ٹھہٕ ۳۰ میل دوٗر گُشن ناوہ کِس اکِس گامس منز۔ اتِہ سمکھیوٚ سہٕ دھرم داس ناوہ کِس اکِس درویشس، ییٚس زن لَلہِ ہِندی واکھ وِرِدیاو آسی۔ مُکُند رامن سومبراوِ ییٚمے واکھ۔ اَڈِین لیوٚکھن سنسکرتس منز شرح، اَڈِن ہندی ییٚس منز۔ پتہٕ کُرِن گریرسنس حوالہٕ۔ گریرسنن کرٕ ایل، ڈی برنٹ سٕنز مدتہٕ سیتی اکھ نوٚ کتاب تیار، ییٚتھ اندر یِمن واکھن ہُند انگریزی ترجمہ تہٕ پیش کرنہٕ آو۔ ۱۹۲۰ء منز چھپیو یِہ ییٚہے کتاب "لل واکیانی" ناوہ لنڈنس منز۔ کینہہ کالہ پتہٕ گیہِ سر رِچرڈ ٹیمپل ناوہ کِس ہِنِس اکِس انگریزہ سٕنز کتاب "لل واکھ" (دی ورڈ آف للا) لنڈنس منز چھاپ۔ اتھ کِتابہِ منز آیہِ تِمے واکھ انگریزی شارن منز پیش کرنہٕ، یِم زن گریرسنن تہٕ برنٹن چھاپٕنہِ آسی۔

گریرسنن تہٕ برنٹ سٕنز کتابہِ منز چھےٚ تِم واکھ تہٕ موجوٗد، یِم زن باسکر رازدانن جمع کٔرِمتۍ آسی۔ گریرسنس تہٕ برنٹس بر وہنہہ کنہٕ چھےٚ باسکر رازدانٕنہِ چھپیے مٕژہ کتابہِ علاوہ امہِ کتابہِ ہُند اکھ قلمی نوٕسخہ۔ لل واکھن ہُند اکھ بیاکھ قلمی نوٕسخہ تہٕ مُکُند رام شاستری ییٚنہٕ تِم واکھ لۄدی متۍ یِم تمُ دھرم داسس نِش سومبراوِ متۍ آسی۔ اتھ کتھِ چھےٚ گریرسن تہٕ برنٹ پانہٕ وٕرِن تلان۔ دۄن قلمی نوٕسخن ہُنز ذِکر کران چھےٚ تِم لیکھان[2]:

"... اسہِ وُچھ تِم ژٕہ نوٕسخہ تہٕ یِم زن سٹینس اتھہٕ آمتۍ آسی۔ یِم چھےٚ آکسفورڈہ اِنڈین

---

[1] یِہ کتاب چھےٚ دیوناگری رسم خطس منز چھاپ سپدے مٕژ۔

[2] بہلرٕ تہٕ چھےٚ پننس رپورٹس منز دۄن نوٕسخن ہُنز ذِکر کُرمٕژ، یِمن منز "لل واکھ" جمع آسی۔

اِنسٹی چیوٹس منز موجود۔ یمہٕ منزٕ چھہٕ اکھ نوسخہٕ (کتابن ہُندِ فہرستک نمبر
Accc×LVI یتھ زن سٹین "اے" ونان چھِ) صرف اکھ حصہ ـــ
موزیومٹ[1] ... یہ چھہٕ پننہٕ قسمُک اکھ قیمتی چیز۔ تہٕ کیازِ اصل واکھن سیتی
چھہٕ اَتھ نوسخس اندر باسکر رازدانن سنسکرت شرح تہٕ درج ... ...
بیاکھ نوسخہ (نمبر Accc×LVI یعنے سٹین "بی") چھہٕ زیادے پہن
تَوجُہس لایق[2] ... ..." (صفحہ نمبر ۴ ــ لل واکیانی)

"لل واکیانی" پتہٕ تہٕ رُوز لل واکھ سوٗنبرادنچ تہٕ چھاپنچ کام برابر جاری۔ پنڈت آنند کول بامزی لگوو بنیہ ۷۵ واکھن ہُند[3] پے۔ بامزی صاب چھہٕ لل واکھن ہنز ذکر کران لیکھان :

"للہٕ آسی بے شمار واکھ دُنی متی۔ مگر یُت یُت زمانہ بدلان گو، تیوٗت تیوٗت گیہِ یم مشان تہٕ اکہِ اکہِ راوان۔ ازبرونہہ زِہ ہتھ وُری ہیوٗ پنڈت ماتس رازدانن بُڈی بَبن پنڈت باسکر رازدانن (یُس کشیرِ ہُند اکھ بارہ ریوِش اوس) کرِی ۶۰ واکھ جمع۔ تمیٚ کوٚر یمن سنسکرت پاٹھی ترجمہ۔ یم چھہٕ حال حالے ریاستکہِ ری سرچ محکمن چھاپِی متی۔ ۱۰۷ واکھن ہُند بیاکھ اکھ مجموعہ کوٚر پنڈت لکھشمن کاک ناوکی دۆیمِ اَکی ریٚشی تیار، یُس زن ازبرونہہ ۵۰ وُری زندہ اوس ـــ داتھ مجموعس اندر آسی تِم ۶۰ واکھ تہٕ موجود، یم زن پنڈت باسکر رازدانن سوٗنبرآومِتی آسی)۔ تمیٚ لیوکھ ویٚدن ہُندس طریقس پیٹھ یمن واکھن ہُند شرح۔[4]

---

[1] اَتھ نوسخس اندر چھہٕ کُل بِل ۱۵ صفحہ۔ یہ نوسخہ چھہٕ دۆیمہ صفحہ پیٹھ شروع سپدان تہٕ ۱۷ہِمس صفحس پیٹھ ختم سپدان۔ باقی ساری صفحہ چھہ زایہٕ گمتی۔ "لل واکیانی" منز یم واکھ شُتمہٕ واکھ پیٹھ ۴۹ واکھس تانی موجود چھہٕ، تِم چھہٕ اَتھ نوسخس اندر لیکھت۔

[2] اتھ نوسخس اندر چھہٕ ۴۹ واکھ درج۔ یم واکھ لیکھنہٕ وقتہ چھہٕ وزن تہٕ میٹر برقرار تھاونک کافی خیال تھاونہٕ آمُت۔

[3] یم واکھ چھہ کتابی شکلہِ منز چھپنہٕ برونٹھ "انڈین انٹی کویری" (Indian Antiquary) منز چھپے متی۔ یوٗرہ نیب چھہٕ یتھ پاٹھی (ا) حصہ ایل، پی، صفحہ ۳۰۲ ـــ ۳۱۲ ـ

(بقیہ دۆیمس صفحس پیٹھ)

یہے اکھ کاپی آیہٕ سر جارج گریرسنس تہٕ ڈاکٹر ایل۔ ڈی برنٹس اتھہٕ، یتھ زن تِمَو انگریزی زبانٕی منز ترجمہ کوٚر ...."

بامزی ماب نہٕ کتابہٕ پتہٕ تہٕ رُودی لل واکھ برابر چھپان۔ گٔیہے تِمَے پرانٕی، یِم سُہ برادنہٕ آمتۍ آسی، گٔیہے کینہہ اضافہ ہیتہٕ۔ یِمن منز چھ شری اے، کے وانچو سِنز "لل واکیہ"، پنڈت سروانند پرآغنٕی "کلامِ لل عارفہ"، خواجہ حافظ محمد عنایتنٕی "لل عارفہ"، شری جے لال کول تہٕ پنڈت نند لال طالبنٕی "لل دید"، پنڈت گوپی ناتھ رازنٕی "للی شوری اُپنشد واکیہ رہیہ — ادھقات"، "لل واکیہ" تہٕ پبلشر غلام محمد نور محمدنٕی "کلامِ للہ عارفہ" کینہہ خاص کتابہٕ۔

یتھ کالس منز اوس دُرس ہندوستانس منز علم تہٕ ادب زیادہ تر زبانٕی زبانٕی اکہِ پیرہ پیٹھہٕ دوٚیمہِ پیرہٕ تام واتان۔ یہے طریقہ اوس کشیرِ منز تہٕ بارسس۔ کشیرِ اندر چھ وُنہٕ تِتھۍ کینہہ شخص موجوٗد، یِم زن یِنہٕ یِمن مُدّہ بیٚن رٔنِش بوٗزی متۍ چیز تِتھے پأٹھۍ چھ حرف بہ حرف بوزہ ناوان، یتھ پأٹھۍ تِمَو وُنی متۍ آسہکھ۔ یہِ گُفتار چھ تیوٗت زیادہ اصلس قریب آسان یوٗت یہِ اصل کتابِن اندر رٔژ رِتھ روزہِ۔ یتھی دِلس منز سٔنے متۍ نقش چھ پرزہ تہٕ کاغذی نوٗسخو کھوتہ تہٕ زیادہ بیہہ وُنی تہٕ بھروسس لایق آسان۔ یِم بوزہ ناوَن وألۍ آسی تِن یا مَتہٕ آسہ تِن یانہٕ پرٔی متۍ لیکھمتۍ، تِمن آسہ تِن یا مَتہٕ آسہ تِن یِم چیز پانس فکری ترٔی متۍ، مگر تِم چھ یِم چیز تِتھے پأٹھۍ پھرنس منز واریاہ احتیاط وٚرہ تاوان، یتھ پأٹھۍ تِمَو یانہٕ بوٗزی متۍ آسن۔ یتھَن حالاتن اندر چھ اَسہ تِتھۍ لفظ تہٕ یِمن بیانن منز نظرِ گژھان، یِمن ہُند مطلب محض رِوایتی آسان چھُ نتہٕ پوٗرہ پأٹھۍ سٔرو مُت آسان چھُ۔[٥]

---

بقیہ فُٹ نوٹ:

(ب) حصہ ایل، ایکس، بی پی ۹۳ – ۱۹۱ (ج) حصہ ایل ایکس، آئی۔ پی، پی ۱۳ – ۱۶

(د) حصہ ایل ایکس، آئی، آئی۔ پی، پی ۱۴۔ پنڈت آنند کول نہٕ اتھ کتابہٕ چھُ ناو "للا یوگی شوری"

٤ یہِ گژھِ تِمَو دوٚیَو نوسخَو منزہ اکھ نوسخہ آسُن، یِمَن ذِکر گریرسن تہٕ برنٹ کران چھ۔

٥ لل واکیانی —— از گریرسن تہٕ برنٹ

یِم چیز اَسہٕ تہِ چھِ لَل واکھن منز لفظی تبدیلی آمژہ۔ کینٛہہ پرانٛی لفظ چھِ ڈُوٗکِ مٕتۍ۔ کینٛہہ نٔوۍ اَدٕ بدلہٕ لفظ چھِ داخل سپدے مٕتۍ۔ یُوتے نہٕ، بلکہِ کینٛہہ واکھ چھِ للہِ ہٕندۍ ناوٕ زورٕ منسوب سپدے مٕتۍ۔ مثالہِ پأٹھۍ نِیون یہِ واکھ ؏

دود گیاہ زانہٕ، یُس نو بنے
غمہٕ کی جامہ ہا وُلِتھ تنے
گرہ گرہ ترٕ لسیس پیٹھ کنے
ڈیوڈھم نہٕ کانٛہہ ترٕ پنٛنہٕ کنے

یہِ واکھ چھُ یِمہِ فارسی شارک صاف ترجمہ باسان ؎

دود آہ سینہ سوزانِ من — سوخت ایں افسردگانِ خام را
محرم رازِ دلِ شیدای خود — کس نمے بینم زِ خاص و عام را

حد چھُ یہِ زِ للہِ ہٕندِ ناوٕ چھُ اکھ غزل ترٕ منسوب سپدیومُت۔ یہِ غزل چھُ یتھہٕ پأٹھۍ ؎

---

(بقیہ فُٹ نوٹ)

۱۴۔ "لل واکیانی" —— از گریرسن تہٕ برنٹ —— یِم لکھاری چھِ آرل سٹینن اکھ ذاتی تجربہٕ ترٕ بھران۔ دپان سنہٕ ۱۸۹۶ء اوس سٹینن کرِ ناوِ حاتم تلہٕ وأنس نِش کأشرِ ؤ کتھہٕ جمع۔ یہِ کأم آیہِ اُکس کأشرِس عألمس مٕژٕ کھاونہٕ۔ حاتمن وُنی یِم کتھہٕ بھران بھران تِتھہٕ کینٛہہ چیز ترٕ، یِمن ہُند معنہٕ تس پانس ترٕ خبر اُس نہٕ۔ یِمو کأشرِ عألمن یِمہٕ دلیلہٕ حاتمس نِشہٕ سٕوٗنٛبرأوِ ترٕ ترتیب دِژٕ، تمہٕ ترٕ اوس یِمن چیزن ہُندِ معنہٕ مطلبہٕ نِشہٕ بے خبر۔ دوشوے وَنن وول ترٕ لیکھن وول اُسی زانان —— "وۅستاد چھِ یتھہٕ پأٹھۍ وُنِتھ گومُت" لہٰذا چھُنہٕ کُنہِ قسمک سوال کرُن واجب۔ دپان پنٛداہ[15] وُہرِ پتہٕ آو حاتم بیٚیہِ بُلاونہٕ ترٕ تس آو وَننہٕ زِ تمہٕ بوزٕ ناوِن یِمہٕ سارے دلیلہٕ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ۔ چنانچہ تمۍ وَنہٕ یِمہٕ کتھہٕ حرف بہ حرف تِتھے پأٹھۍ، یتھہٕ پأٹھۍ برونٛہہ ونہٕ مژٕ آسن !

ذینہ برٛونٹھ آدمس زٕہن سارٕ مہ     لوکٕچی میٚہ سپزِس فان !

ژوہنہ دۄنی چیزن دِیتِم گمہ     یِہ وِتھ کوٚرنَم شکلِ انسان

خاک وباد آبس بیٚیہ نار سہ     لوکٕچی میٚہ سپزِس فان

یِنہ ژوٚولے عرشس تی زٲل تہ     تمہِ نِشہ لرزان زمین آسمان

تنہ شٹ ملکن سٕئے وسہ وسہ     لوکٕچی میٚہ سپزِس فان

ادلہ فرمان آو ژوٚھ سہ     گژھِس منز زاد سٕے سامان

پھیرِت نیرُن بیٚیہ دیو نس سہ     لوکٕچی میٚہ سپزِس فان

وجوٗدہ اندر ڈیوٹھُن رسہ     موجوٗد سپزم حاصل زان

وٕنہ یٕیلہ آم اوہ کن لوگمہ     لوکٕچی میٚہ سپزِس فان

مارنہٕ میانہٕ کیاہ واتہ تہ     قفس منز چھے نفسِ شیطان

ناچھکے گیمو ہانز ناو سہ     لوکٕچی میٚہ سپزِس فان

نظرہ کرسے اٰ ہیٚیہ     ڈیوٹھُم پنہ نٕے روی تابان

لّلہ ووت وٲتھ انا ووپ سہ

لوکٕچی میٚہ سپزِس فان [1]

"وژن نما غزل" تکنیکہ تہ چھہ باسان زِ یِہ گژھہ دو ترٲیِل کالکی کانٛسہ شاعرن لیوکھمُت آسُن ——

لّلہِ هندہِ ناوہ یِم واکھ چھپے متی چھہ، تِمن منز چھہ تِتھی کینہہ واکھ تِہ موجوٗد، یِم زِ ان مختلف "تذکرن" تہ ریشی نامن منز شیخ نوٗر الدین تِہ ناوہ چھپے متی چھہ۔ مثلن ع

برٛونٹھہ کالہ آسن تِتھی کیرن

ٹنگ ژونٹھہ پیٚن زیرن سیتی

ماجہ کورہ اتھہ واس کرتھہ نیرن

دوہ دبن برن پردن سیتی

---

[1] یِہ بانتھ چھہ لفظ بہ لفظ تِتھے پاٹھی لیکھنہ آمُت یِتھہ پاٹھی یِہ "ساز وسنطور" ناوہ کس اکس مجموعس منز چھاپ سپدیومُت چھہ۔ چھاپن ودل چھہ غلام محمد نوٗر محمد۔ اتھ مجموعس منز چھہ شمس فقیر، احمد بٹ، رحمان ڈار، محمد وازہ بیترِ شاعرن هندی بانتھ تِہ درج۔

کینژن دِیتھم اودسے آلو
کینژو رچاہہ نالے وہتھ
کینژن اُچھو لچھ مس چیتھ نالو
کینژن پِیتھ گے ہالو کھیتھ

(۳)

آیاس وَتے گیاس وَتے
سیٚزمنز سوتھے لُجِم دات
وُچھم چندس ہار نہٚ اَتے
ناوہ تارس دِمس کیاتھ[لہ]

دپو "ریشی نامہ" تہٕ "نورنامہ" ماچھ یِتھبو کھر بونِش پاک۔ سو چھنہٕ کنھ۔ لہٰذا ہیٚکو نہٕ یمن پیٹھ تہٕ پورہ پاٹھی بھورٕ کرِتھ۔ وونی گو خوش قسمتی چھہ یہ زہ یتھین واکھن ہند تیداد چھہ سیٹھا کم۔ روز یہ کتھ زہ یتھو واکھ مانو کھ للہِ ہندی کنہٕ نندہ ریشی سندی، تہٕ خاطرہ یژن بابا نصیب غازی یِنہِ ہی پرانی تہٕ معتبر "نور نامہ" نظرِ تھاونی۔ امہِ علاوہ یژہ شاعرہ سند رنگ تہٕ زبان تہٕ نظرِ تھاونی۔

علاوہ لیکھ پرٕہ خاطرہ

(۱) دی ورڈ آف للہ — سر رچرڈ ٹمپل (۲) لل واکیانی — گریرسن تہٕ برنٹ
(۳) للی شوری واکیانی — پنڈت باسکر رازدان (۴) للہ یوگی ایشوری — پنڈت آنند کول بامزئی
(۵) لل دید — شری جے لال کول تہٕ شری نند لال طالب (۶) تاریخ حسن
(۷) تاریخِ کشمیر — از پنڈت بیربل کاچرو (۸) تاریخ کشمیر اعظمی (واقعاتِ کشمیر) — خواجہ محمد اعظم دیدہ مری (۹) دی ڈوائرس آف وتستا — شری پریم ناتھ بزاز (۱۰) خوا تینِ کشمیر — محمد الدین فوق (۱۱) لل واکیہ — اے کے وانچو (۱۲) لل عارفہ — پنڈت سروانند چراغی (۱۳) کشمیری زبان اور شاعری — آزاد

---

[لہ] یہ واکھ چھہ یتھہ پاٹھی تہٕ لیکھنہٕ آمت سہ

آیوس وَتے تہٕ گیوس وَتے سیٚز منز سوتھے لُستم دوہ
وُچھم چندس ہار نہٕ اَتے اتھ ناوہ تارس کیاہ دِمہ بہٕ

# شیٚیم باب



## شیخ العالم شیخ نوٗرالدین ولی رح
## (نُندہ ریٚوش)

۱۲۷۸ء —— ۱۴۳۸ء

لل واکھن منز چھ صوٗفی فلسفکی آکار منزور زوتان۔ مگر کاشُرِ شاعری منز چھ "پریم مارگی" (صوٗفی مت) نہچِہ شیخ العالمنی دُسی دَس ووہتان۔ شیخ العالمنز شاعری چھنہ تمن فلسفن ہُندِہ اَثرہ نِشہِ تہِ خالی، یم ترِواہمِہ ژوداہمِہ عیسوی برونہہ کشیرِ منز بارسس آسی۔ یمن فلسفن ہُند گوٚن تہ سوٚن اَثر چھ تہنزِ شاعری پیٹھ برابر موجوٗد۔ شیخ صابنیٚ خیال چھ مُلہ تلہ "گیان شری" تہ "صوٗفی فلسفہ" کین موٗلن تہ اصوٗلن پیٹھ پرہتان تہ پوہتان۔ شیخ العالم چھِہ "گوٗدہ کالکی" دٔدیمِ بٔڈی تہ تھدی گونمات آسی متی۔ یہندی واکھ تہ شرُوکی چھ تِتھے پاٹھی لکہ زبانی پیٹھ یاد، یتھ پاٹھی لل واکھ، امیر خسروٗ[1] تہ کبیرنی[2] باتھ[3] چھ۔

کاشرِ منز چھِہ نوٗرالدینس ژھوٚٹرِتھ "نُند" ونان۔ اَمی چھ شیخ العالم شیخ نوٗرالدین

---

[1] یم آسی فارسی، عربی، یس سیتی سیتی ہندی یس منز تہِ شار ونان۔ یُہند مرُن سنہ چھ ۱۳۲۴ء مانہنہ یوان۔

[2] ہندی زبانی ہُند مشہور گونمات۔ یُہند زمانہ چھ ۱۳۹۹ء پیٹھ ۱۵۱۸ء تام ہیوٚاو سمت۔

[3] یہ چھ مُلہ تلہ فارسی لفظ "بیت"۔ کاشرس منز چھ یہ لفظ تمہِ پریتھ کُنہ چیزہ خاطرہ استعمال سپدان یہ شارن منز آسہ۔ مطلب "کلام"۔

ولی۔ نُندہ رٚیش" ژ ناوہ تہٕ مشہوٗر سپدے ہیٚتی۔ نُندہ رٚیشی نہٕ زندگی ہُندی حالات چھِ کیٚنژن کتابن اندر میلان۔ مگر یم چھ تیتھ پاٹھۍ لیکھنہٕ آمتی۔ اصل شیچھ حاصل کرنس منز چھ واریاہ وَدل یوان۔ سنن تہٕ واقعاتن منز چھ پھیرہ ہا بیٚہان۔

"زینہ ترنگنی" تہٕ زینہ راج ترنگنی منز چھنہٕ نُندہ رٚیشنہٕ کہیں شیچھ خبر موجوٗد۔ خواجہ محمد اعظم دیٚدہ مری یٚہ کیٚنژہاہ لیکھان چھ، تمہِ تلہ چھ یوٗتے نَنان زِ شیخ العالم اُسی کیموہ علاقکو روزن وٲلی۔ تِم اُسی پننہٕ وقتکی تھدی رٚیشی تہٕ بُزرگ۔ تِم اُسی حضرت سید حسین کولگامس نِش گاہ بیٚہہ گاہ یوان گژھان۔ گاشرس منز اُسی نفیس شار ونان۔ بابا نصیب غازی[1] چھ پننس "نوٗر نامس" منز لیکھان :-

"حضرت شیخ نوٗر الدین ولے کہ نوٗر صفت ایشاں پیش مردم خاص و عام روشن است ... حضرت شیخ قدس سرہٗ العزیز کہ مشہور است درباغ سلیمان علیہ السلام در قریہ کیموہ ... از ہجرت سید کائنات صلی اللہ علیہ وسلم سنہ ہفتصد و ہفتا دو نہ بوٗد کہ حضرت شیخ نوٗر الدین تولد شُد ... شعر گفتن بزبان کشمیری خوٗد طبع موزون داشتند و نکتہا باریک و سخن ہا خوش گفتہ اند کہ مشتمل بر پند و نصیحت ... شریعت و طریقت و معرفت و حقیقت است ..."

بابا خلیل چھ پننس "رٚیشی نامس" منز لیکھان :

"ولادت آں سرمایۂ سعادت نیم جلوس سلطنت سلطان قطب الدین انار اللہ برہانہٗ بقریہ کیموہ در روزِ نفیس یوم الخمس ششم ماہ جمادی الاول سنہ ہجری ۷۷۹ ہفتصد و ہفتا دو نہ"[2]

نُندہ رٚیشنہٕ یٚہ کیٚنژہاہ شیچھ خبر اسہِ تام واتٕژ چھ، تمہ تلہ چھ یی نَنان زِ تِم چھ ۷۷۹ ہجری یَس (۱۳۷۸ عیسوی یَس) منز ژھنہ پیمتی۔[3] ییہندِس ماجِس اوس شیخ سالار الدین

---

[1] مرن سنہ ۱۰۴۷ ہجری (۱۶۳۸ء)

[2] کشمیری زبان اور شاعری (جلد دوم)

[3] لل دید چھ امہِ وقتہ ۳۴ ورش اُسمژ

(سلر تیز یا سلرنز) ناو تہ تہنز ہ ماجہ سُند ر۔ تمہ سندِ رہ اَشنہ اوس زُ سے دید ناو تہ تمہ سندین شُرین زُ دن تہ حیدر۔ ننده ریشی بابہ صاحب اُسی کشتواڑہ کین ہیندی راجن سیتی واتھ
تھاوان۔ وننہ چھُ یوان زہ گورُو دیوس پتہ بنیو تمہ سند لڑکہ اوگر دیو (اوگر تیز) کشتواڑک بادشاہ۔ تمہ سندی پیٹرِ بائی (بولدر دیون) کرِ بغاوت تہ بادشاہ سُند کشیرہ
ژلنس پیٹھ مجبور۔ یتکی بادشاہن دیت تس جاگیر تہ سہ لوگ یتو لسنہ بسنہ۔ آدگر
دیوس پتہ ژور پیرہ گذریتھ زاو سلر تیز (سلرنز)۔ سلر تیز اوس کولہ گامہ کس حضرت سید
حسین صاحبس[1] نش یوان گژھان۔ سہ سید تہندی دایہ تہ مشورہ سیتی مسلمان۔ ناو
تھو ون شیخ سالارالدین۔ اسلام قبول کرِتھی کور تمہ سندر ناوچہ اکس ہیندی یانہ (راجپوت یانہ) سیتی کھاندر، یہ سہ زن زمی ددہن مونڈ سپدسے ہرِ اُس۔ سندرہ اُسی گوڈہ نکس
خانہ دارہ سندی زہ لڑکہ کشتش تہ گوندر زودہمتو۔ دیان سو اُس یاسمن ریشس نش
یوان گژھان۔ تہندی وننہ کور تمہ شیخ سالارالدینس سیتی کھاندر۔
(وگر دیوس تہ سلر تیز س (سلرنز س) درمیان یمہ پیرہ گذران چھِ، تمہ چھ یتھ پاٹھی:۔

| (۱) | (۲) | (۳) | (۴) |
|---|---|---|---|
| درتیا تیز (اوگر تیزُن لڑکہ) | رنگا تیز (درتیا تیزُن لڑکہ یس زن ۱۳۱۹ء منز قتل سپد) | ہنر تیز (رنگا تیزُن لڑکہ یس ہنرسنز تہ ونان چھِ) | وگرا تیز (ہنر تیزُن لڑکہ یس وگرا تنز یا گرداتنز تہ ونان چھِ۔ یہ واتے شیخ سالارالدینس مول) |

حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی رح (۱۳۱۴ء ـــــــ ۱۳۸۴ء) چھِ گوڈہ نچہ لٹہ ۱۳۷۲ء منز کشیرہ واتان۔ امہ پتہ چھِ یم ۱۳۷۹ء منز بیا کھ چکر لگاوان تہ یتہ قریب قریب ڈھاین وری ین ٹھہران۔ امیک مطلب چھُ یہ زہ یمہ ساعتہ شاہ ہمدان دوٚیمہ لٹہ یور واتی، ننده

---

[1] حسن کھوہامی چھُ سید حسین صاحب نہ بدلہ یاسمن ریشی سند ناو لیکھان۔ دپان سہ اوس ترگیگرک رو زن دول۔ (تذکرہ اولیائے کشیر موسوم بہ "اسرار الاخیار"۔ تاریخ حسن جلد سوم)

ریشہ اُسی وارِیہ شِنز یا ڈوہ ڈہ وارِی شِنز۔ حضرت شاہ ہمدانی نِ لخنتِ جگر حضرت میر محمد ہمدانی
چھ سُلطان سکندر بُت شِکنہ نِس وقتس منز پننیو ترِیہ ہتھ (۳۰۰) رفیق ہیتھ کشیرِ واتمان۔
یِوان یِوانی چھ تِم نُندہ ریشیس سمکھان تہٕ دوہ شہٕ وِرے چھ اکھ اکِس سٕنز کلام بوزِتھ خوش
سپدان۔ امہِ کتھہِ بابتھ ہُندی کینہہ حِصہ چھ کاشُرِین شارن منز اِسہِ تام واتی متی۔ عبدالاحد
آزاد مرحوم چھ اتھ کتھہِ پیٹھ بوز شوز کران لیکھان :۔

"حضرت میر محمد ہمدانی اُسی تازہ تازے کشیرِ آمتی۔ کاشُر زبان اُسی نہٕ زانان۔
تِم تہٕ چھ نُندہ ریشیس سیتی کاشُرِی شارن منز کتھہ باتھ کران ... ... ..
اتھ کتھہِ پیٹھ سوچ کرنہٕ پتہٕ چھ زہ کتھہ مانِنہٕ پیوان۔ اکھ یہِ زِ یہِ نظم یُس یِوت
کلام چھُ نُندہ ریشُن، دوم یہِ زِ یِمن ڈیلن چھُ بیٚیہِ کانِسہِ گوہٕ ماتن
شارن ہُند جامہ ووٚلمُت ... "

زبانن ہُنزہ بیٚون بیٚون شکلہ تہٕ چھ وکھرہ وکھرہ گوہٕ ماتن تہٕ وقتن کُن اِشارہ کران۔
وقتہ وقتہ چھ یِم واقعات شارن منز گنڈنہٕ آمتی تہٕ یِہندہِ ناوہ منسوب سپدے متی۔ سپدِتھ
ممکن چھُ کینہہ واقعات آسن بابا نصرالدینن تہٕ کاشرِین شارن منز پھیری متی۔

از چھ یہِ کتھ تہٕ وُزھمِژ زِ نُندہ ریشِنز تہٕ نورُالدین بِن لُطف اللہ سٕندی حالات چھ
یانہ واتی رلہِ رِل گمتی یمہِ کِنز نُندہ ریشِنہ اصل شیچھ پیٹھ ہیے ڈُرن ہیوٚ پیو۔ مِر ریپرڈ
ٹمپل چھ ہیے کتھ یتھہ پاٹھی پھران :۔

"ممکن چھُ شیخ نورُالدین ولی نہٕ مشہور ڈیلہ آسن دوٚیمس اکِس بزرگہ سٕندن
حالاتن سیتی رلہِ ملہِ گمژہ۔ یمن بُزرگن ہُند ناو چھُ نورُالدین بِن لُطف اللہ، یِم
زن پننہٕ "حافظ ابرو" تاریخہ کِنز حافظ ابرو ناوے مشہور چھ۔ نورُالدین
بِن لُطف اللہ چھ ہراتہٕ زامتی۔ یِمو اُس ہمدان ایراقس منز تعلیم حاصل کرمژ۔
تِم اُسی امیر تیمورُنی تہٕ شاہ رُخنز (امیر تیمورُن صاحب زادہ) دوست۔ یِہندہ
مرن سٕنہ چھُ ۸۲۵ھ ماننہٕ یِوان ... "

نُندہ ریشی چھ تتھ زمانس منز زامتی، یُس لہِ اسلامس کشیرِ منز زبردست چکہ
چاو اوس۔ بڈہ اُسی اَتہٕ ژوٚسو مسلمان سپدان تہٕ اسلام اوس دوہ کھوتہٕ دوہ کاڈ کڈان

تہٕ مَدد پرٛاوان۔ کشیرِ اندر اوس اَتھ وقتس منز رێشن، یوگیَن، پیرن تہٕ فقیرن ہُنٛد اکھ
بوٚڈ بارٕ ٹولہٕ موجوٗد۔ مگر آسہِ یمن منٛز یوان گژھان تہٕ تِہنٛدِ رُوحانی کمالہٕ سیٖتھۍ پنٕنۍ
دِل وُشنہٕ ناوان۔ دپان اکِہ دۄہہ آسہِ شیخ سالارالدین تہٕ سدرٕ موج یاسمن ریشنِس
نِش آمتۍ۔ لل آس امہِ وقتہٕ اَتی موجوٗد۔ تس اوس اَکھس منز اکھ لفنِس پوشہِ گوندہٕ۔
یاسمن ریشی نیوٗ یہِ پوشہِ گونٛد لَلہِ ہنٛدِ اَتھہٕ منٛزٕ تہٕ یہِ کوٗرُن سدرٕ ماجہِ ہنٛدِن مُبارک اَتھن
منٛز حوالہٕ۔ سدرٕ ہیٚژ پوشہِ گونٛدس مُشک۔ امہِ پتہٕ وُژھ لل اُمس کُن۔ "کہیہ چھےٚ
ناو؟" سۄ وُژھس۔ "سدر!" لَلہِ ہُنٛز اُچھ لَجہِ زوتنہِ۔ تمہِ سندرس موکھس پیٹھ
پھوٚل بدلے نوٗر۔ پتہٕ وۄننس۔ "سدرس چھےٚ موختہ نیران۔ کینٛہہ کالہٕ پتے ژٕ ہُنٛد
سدر بیٚیہِ زُوہ تہٕ کینٛہہ وکھ گُذرِتھی پیٚیہِ کشیرِ ہنٛدی بھتھر ریشی تھنہٕ۔ یم زن "سندر ریشہِ"
ناوہٕ مشہوٗر سپدی۔ ـــــ یہِ روایتھ پرٛژھ چھےٚ تہٕ ترٛژھ، مگر یہِ دلیلہِ چھےٚ امہِ کتھہِ ہنٛد
بارٕ ثبوت زِ نُندہٕ ریشی چھےٚ زینہٕ پیٹھے اَکِس رُوحانی ماحولس منٛز قدم ترٛاوان۔
شیخ سالارالدین تہٕ سدرٕ ماج چھےٚ وقتہٕ کیٚن ریشن، درویشن تہٕ یوگیَن وارِیاہ قریب
آسان۔ یوت یوت حضرتِ شیخ بڑان چھےٚ، تیوت تیوت چھےٚ تم تہٕ اَتھی ماحولس منٛز
رنگنہٕ یوان۔ تیوت تیوت چھےٚ تم امی سدرٕ (رُوحانیت) منٛزٕ گاش تہٕ پرکاش ژھانڈان۔
وقتہٕ کیٚن بٔڈِن ریشن تہٕ فقیرن سیٖتھۍ ووٚتھ بِہُن، تمن سیٖتھۍ ہم کلام سپدُن، بیٚیو منٛزٕ
زِندگی ہنٛد اکھ خاص شوغل۔ امہِ ماحولک سوٚن تہٕ پاسہِ داد اَثر پیو ہُنٛدس ذہنس پیٹھ
لوکچارٕ پیٹھی رُودی نجات ژھارنچہِ فکرِ منٛز۔ کامہِ کارس سیٖتھۍ دِژکھ نہٕ زانہہ تہٕ تیٚن۔
زانہہ کالہٕ ہیٚے پننٕ بایِن سیٖتھۍ کامہِ کارس گیہ، نہٕ آیکھ تمن سیٖتھۍ برابری نہٕ لوٚگکھ کینٛہہ
کامہِ سیٖتھۍ دِل۔ گیہ دۄ وُری کارس۔ تتہِ تہٕ آکھ نہٕ ہیکر لبنہِ۔ دۄ وُری دِلاسی ترٛاوِتھ
آیہِ تمن پی ونان لبنہِ ـــــ "ہتا نُندا کور آکھ؟ یہِ دُنیاہ چھےٚ گھرٕ بو سیٖتھۍ بھرِتھ، یہِ
ساعتی پاٹھی یتھ جنجالس منٛز پیٚکھ۔ گرٛ آہیور، گرٛ لیوٗن۔ اتہِ موکلکھ نہٕ زانہہ۔ گژھ
پانس ژُل یتھ مُصیبتس منٛز مہ یہِ وٚلنہِ ـــــ "سدرٕ ماج رُوز برابر کوشش
کران۔ یم پیٚرن ناگرہستس کُن۔ پننِۍ کیٚنہہ دُنی نیکھ کم زال تہٕ تال۔ سۄ نٔچیُن دیوٕ نیٚتھرٕ
سیٖتھۍ پھسِن۔ مگر کھاندر سپدِتھ، شُری مرِی زہتھ، عیال بار سپدِتھ تہٕ آیہِ نہٕ تِہنٛدِس

مزاجس اندر کانہہ تبدیلی ۔ تم زن اُسی بے قرار تہٕ بے تسلاہ ۔ یہِ بے قراری گیہِ دوہہ کھوتہٕ دوہہ بڈان ۔
آخرس ترٛوٗد کھ گھرہ بار ۔ ژلان ژلان واتی رقہ یہِ وَن ۔ اتہٕ ژایہِ اکس گوپھہ منز ۔ دپان اتہٕ
گنذارِی یتھ پورہ باہ[12] وری ۔

نُندہ رێشی نہٕ زندگی سام ہیٚنہ وقتہٕ پزہِ نہٕ تہنٛز ٲلی حالت مُشراونی ۔ شیخ سالار الدین
اوس سیٖٹھاہ مسکین ۔ تس اوس نہ پننین بزرگن ہُند کہیں ژوومت ۔ سہ اوس زمین واری کران ۔
امہِ علاوہ اوس رێشن ہندی جب ریھان ۔ امہِ غریبی تہٕ ترٛوٗد شیخ العالم نہٕ زندگی پیٹھ وارِیاہ
اثر ۔ تم سپدی باغی ۔ مگر تہند باغی ذہن اوس ذکرِ سیوٗد تہٕ شہل ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ رُوحانیت
بنیہِ یہِ تہنٛدِ خاطرہ اکھ نفیس دَوا تہٕ مرہم ۔ وقتی اعصاب ڈلی دینتھ تراٰوتھ تم لگی "اصل پزر"
ژھارنہِ ۔ سہ پزر یُس لازوال تہٕ پوشہ دُن چھُ ۔ یہِ پزر ژھارنہ موکھہ پییہِ تمن کیتہٕ کٔرٛیٹھو
تہٕ مشکل منزل ژھنڈنی ۔ دوہ وادن اُسی فلقہ روزان ۔ اکھ دۆگ اُسی نہٕ اَسس لدان ۔
کنڈین پیٹھ اُسی شونگان تہٕ چلہ ہا اُسی کڈان ۔ گوپھن تہٕ گٔڈ سیتی برِتھ گوٗٹرن اُسی زنگہ
مُنگہ زانان ۔ یہِ اوس شاید نفس مارنک طریقہ ۔ تہنٛدی وَننہ سہ

دِل چھُے گاڈ تہٕ ہوکھہِ مو تراوُن
ذکرہٕ[1] ہند پونی دِس لیہِ یو تُوے
لعل زان نفسی اُکھہ مو تراوُن
صاحب ینہ نے لبہ ہَن اَدے

شرعِ محمدیؐ چھِہ تہنٛدِس بے قرار دِلس سیٖٹھاہ شہجار واتناوان سہ

علم چھُے بوڈ تہٕ کلمہٕ سیتی سرد
محمدؐ صاحبنہِ یکھہ رٹ دِی
کرِ یہِ داوہ درنے موختہ لرد
باد تتھ موختس لگہٕ دڈ دِی

یا

قرآن پران کونو موٗدکھ
قرآن پران گوٚی نو سوٗر

---

[1] صوٗفی علمہٕ ہند اکھ خاص گہنہ تہٕ ہتھیار

قرآن پران زِندہ گیتھہٕ رُود دُکھ
قرآن پران دوٚد منصور
قرآن پران بے غم رُود دُکھ
تامے پھوٚرُے اُکھ ژور

نُندہ رێشِس اُس سوٚ نظر، یوٚسہ زن پرائنِس زمانس منز تھُدی منش "رێشی"[1] آسی تھاوان۔ تہٕندی وَننہٕ سہ

اوٚل رِیشی احمد رِیشی
دوٚیم حضرتِ اوٚیس آو
ترٚیم رِیشی زلکار رِیشی
ژوٚرِیم حضرتِ پلاس آو
پوٚنژِیم رِیشی رُمہ رِیشی
شێیم حضرتِ میران آو
ستمِس کوٚڑ ہم ہِش نادشی
بوٚ کُس رِیشی، میٚہ کیاہ ناو

اُمی تھزرَن تہٕ بجرَن کٔرۍ تم مُلکن منز سبٹھاہ ٹاٹھ۔ ہَتہٕ بدی مُلکھ آسی تمن نِش دوہ دِش یِوان گژھان تہٕ تہٕندِہ رُوحانی وُشنیرہ سیتی پننۍ دِل وُشہِ ناوان۔ تمن سیتی آس ژاٹن ہُنز اکھ بٔڈ جھوکھ مُستقل پٲٹھۍ لسان لبان۔[2] یمن ژاٹن اندر آسی دوشہِ وَے زنانہٕ کِہو مرد شٲمِل۔ بابا بام الدین (بمہ سادھ)، حضرتِ زین الدین (زِیا سِنگھ)، بابا لطیف الدین (آدت رینہ)، تہٕ بابا نصر الدین اُسی یمن سارِنی ژاٹن منز اکھ تھوٚد پایہ تھاوان۔ حضرت زین الدین نہٕ خاطرہ چھہ حضرت شیخ پانٔی پانہ کشتوار واتی مِتی۔[3] دپان عطا محمد خان نس وقتس منز (۱۸۰۸ ئس پیٹھہ

---

[1] یہ لفظُک اصل مطلب چھُہ : Poets with vision
[2] حسن کھوہامی چھُہ یمن ژاٹن ہند تیداد ۲۶۰ لیوکھمُت
[3] یوسہ زیارت کشتوارہ جناب ڈری یادس پیٹھہ بنداد گوٹہ موجود چھہ، دپان نُندہ رێشی اُسی اتی تھہرے ووٚد مِتی

۱۸۱۰ء تانی) آیہ نندہ ریشنؠ (نُندہ ریشی سُند) ناوِک سِکہ تہٕ کشیرِ منز رائج کرنہٕ۔ امہِ قسمُک عزت چھنہٕ اَز تام دُنیاہس کُنہِ ریشس یا درویشس حاصل سپدیومُت۔ [1]

نُندہ ریشنہٕ شاعری چھےٚ اَکِس خاص طریقس اندر پھولان تہٕ پھٹان۔ گوڈہٕ کالس منز اوسی تِم لل واکھو واریاہ تمبہٕ لاوی منتر۔ تِم چھےٚ تمہٕ بجرہ خاطرہ کرشیان، یُس للہِ حاصل اوس سہ

تَس پدمانہ پورہ [2] چہ لَلے
تمہِ گلے اَمرتہ چیوہ [3]
سو سانِہ تہٕ اَوتار لو لے

تھمہ میہٕ وَر دِتم دِیوہ [4]

تِم چھےٚ یتھ وقتس منز تمہٕ تیتھی خیال باوان' یتھو زن لل باوان آس۔ تِم چھےٚ لل واکھو نِش واریاہ کینہہ حاصل کران سہ

---

[1] ڈاکٹر صوفی چھ یِم کتھ یِمن لفظن منز پھِران:-

"The simplicity and purity of Sheikh Nur-ud-din's life have deeply impressed the Kashmiri, who entertains the highest veneration for the Saint. In fact, the Afgan Governer Ati-Mohamed Khan, gave, as it were expression to the public sentiment when Coins were struck by him in the name of Sheikh Nur-ud-din in 1223-25 A.H = 1808-10 A.C. No other Saint, Perhapes in the human history has ever had coins struck in his honour." ———

[2] پدم پور (پانٕپر یا پانپر)

[3] "چیوہ" تہٕ چھ امہِ بدلہٕ لیکھنہ آمُت

[4] دِیوہ، خوداہ

لل

کیاہ کرٕ پانٛژن دٔہن تہٕ کاہن
وٕکھشُن یتھ لیٖجہِ کرِتھ یِم سگے
سارِی سمٕہِ ہن یتھ رزِ لمہِ ہن
اَدہ کیازِ راوِہے کاہن گاو

(٢)

کُس بَب تہٕ کس مأجی
کمی لأجی بأجی بٹ
کألی گژھک کُنہ نَو بَبتہٕ مأجی
ژانِتھ کوہِ لأجِتھ بأجی بٹ

شیخ

کیاہ کرٕ پانٛژن دہن تہٕ کہن
سُہ پانٛژ کہن دِتی ڈراو
یُدوے سارِی اکِ وتہِ پکہن
اَدہ کتہِ راوِہے کہن گاو

(٢)

دُنیہس آیے بأجی بأجی
شُمیتھ کرَو بأجی بٹھ
ژٕرِ بروٚنہہ گییہ مول تہٕ مأجی
کأژاہ گمژھے وأرِنج وَٹھ

امہِ پتہٕ چھُ نُندہ رینٛشی نہٕ شاعری منٛز اکھ خاص حُسن تہٕ پوٚچھر پأدہ سپدان۔ سوہ عمل چھ اکِس خاص تھزرس پیٹھ واتان، یتھ نفس مارنچ عمل ونان چھ۔ خیالن اندر چھُ زوٗ تہٕ زور پأدہ سپدان سہ

نفسی موٗرس تہٕ وارے
کھٔنٛتھ ژوٗدُم سگٹے
اتھہِ پیٚہ ہمَ تہٕ کیاہے
کرتل[1] ژُھنہس ہٕمٹے

یا

کیاہ کرٕ، کیاہ کرٕ، ہنٛزٕ ہنٛزٕ وہہ گوم
پاپ گأم ژٕژی تہٕ کتہِ ڈوبرہ
میوٗٹھ تہٕ موٗدر کھینٛی کھینٛی وہہ پیوٚم
دہ گوم پانس، رہ کس کرہ

امہِ پتہٕ چھ حضرتِ شیخ تتھ تھزرس پیٹھ واتان، یتیٚن گیان تہٕ "اصل پزر" کنُ سپدان

---

[1] شرالہ، تلوار

چھُہ۔ یِم چھِہ اصل حقیقژ ہُنزہ زِتنہٕ وُچھت اصل پَزرکہٕ تہٕ اصل دُنیاہ دارٕی ہُندی ریسر باوان
نےٚ شوُب زمانُن ہُندی وَصیف تہٕ دُوش ونان سہ

مَنس کھےٚ کاس، یِتھہٕ کاسہٕ آنَس
توٚہ زٕنس سیتۍ گژھی زان
تل تل کیاہ چھےٚ شرہکہٕ پانس
مرنس برٛونٹھ مرٛ یِسے چھےٚ گیان

(۲)

ژوٚک تہٕ موٚدُر، ٹیوٚٹھ تہٕ زہر
خوٗنِ جگر یِمو اہر کھیوٚہ
یِموٚ یِتھہٕ پیٚٹھ گنٛڈ ژبڈ تہٕ کہر
سُہ تتھہ شہر گژھِت پیوٚہ

(۳)

کلےٚ کرَکھ، کلی وُزی
پھُلےٚ لگی اللہ ہوٗ
ژٕہ یور گژھک، تورہ رُزی
دِسےٚ وُزی اللہ ہوٗ

(۴)

ریٚشی ہے ریٚشُت[۲] پالہِ ہن
گوٚچھن ژالہِ ہن آشہِ سیتۍ
ریٚشی چھنہٕ ریٚشُت پالن
پان یِچھی گالن ریشہِ سیتۍ

---

[۱] وِدہٕ مرنس بہتی ــــــــ [۲] "ریٚشُت" چھُہ سنسکرت لفظ "رشی" منزہ درامُت۔ یہ چھُنہٕ کانہہ الگ گیان یا فلسفہ بلکہ یہ چھِہ اتھہ فلسفچ تہٕ سیتھرٕ بہہ ناوِنچ سوٗ لہر یمہٕ چہٕ موٗلہ کانچہ شِیوی اِزم، صوفی ازم، اسلامی فلسفہ تہٕ تمِن سارنی فلسفن پیٚٹھ دِرتھ چھِہ، یِم پتہ وتھہ کشیرِ منز بارسس آسی۔ یہ چھِہ بھگتی ہنز سوٗ لہر، یُس اسلام پھاکنس سیتۍ سیتۍ برزان تہٕ کاڈکڈان چھِہ۔ یِمن سارنی فلسفن ہُند یوٚت منظر چھُہ بروٚنٹھی پیش کرنہٕ آمُت۔

(۵)

ہَران ہَران پالُن مُوٗٹھ ہو
لیکھان لیکھان بوٗٹھم دِل
ذِکرے سیتین مولا ژوٹھ ہو
فِکرے سیتین رٔوچھ مو شل

نُندہ رێشی چھِ واکھو علاوٕ نوٗن نوٗن ہیتن تہِ کام ہێنِچ پوٗرہ پوٗرہ کوٗشش کرٕنۍ۔
مثلن تمِ چھِ تیتھی وژن لیکھان، یمن اندر تم پنٕنۍ خاص تجربہ باوان چھِ۔ سہ

زیٹھے فرمس کر عمل تہٕ
زیٹھاہ ہرٕدٕنی کرِتھ تھاو
میٹھے ماگس کر توکل تہٕ
یُسے کرِہ گونگلُ، سے کرِہ واو

آدن سونتھ چھُے زین اوّل تہٕ
بڑونٹھو گرِہ وٹ مالہِ پنُن تاو
پتھ پیٹھنہٕ گڑھک سونتھ چھُے ژھلٕ
یُسے کرِہ گونگلُ، سے کرِہ کراو

نفس چھُے ہکھر، گنڈُن آلس تہٕ
فاقہ چھِ موٗرِہ سیتی تس ہیم ہاو
تہٕ سکھ کری، تنہ الس تہٕ
یُسے کرِہ گونگلُ، سے کرِہ کراو

پھُٹجن باگے کرہ ناوِہ تس تہٕ
تمی تہٕ رسمی، زگ چھونت ہاو
لوہ وِتھ، دِہ وِتھ، تولہ ناوِہ تس تہٕ
یُسے کرِہ گونگلُ، سے کرِہ کراو

نُندہ ریشِو چھہِ "پنڈتی کاشرس" (عالمانہٕ کاشرِس) منز تِہ کینہہٕ شلوک تہٕ واکھ وُنی مِتۍ۔ یِہ گوٚو کاشُر، یُس زن سنسکرتہٕ نِشہ وارِیاہ کینہہٕ حاصِل کران چھُ۔ باسان چھُ زِ گوڈہ کالس منز چھہِ کاشرِس ادبس منز زٕ رنگ بارسس آسان۔ اکھ گوٚو عام تہٕ سُہل زبانی ہُند رنگ، یتھ زن بھگتی شاعر تہٕ تبلیغ کرن وٲلۍ اتھہ داران چھہِ۔ بیاکھ گیہِ سُہ عالمانہٕ زبان، یوسہ زن "بانا سُر کتھایہِ" تہٕ "دکھ شکھ چرتم" ہِشن نظمن منز میلان چھہِ۔

نُندہ ریشِو دِیُت ۲۶ رمضان المبارک ۸۴۲ ہجری رٕوہ پہِ وٕنس منز پنُن امانت۔ انگریزی سنہ موجوٗب چھُ یہِ ۱۴۳۸ء ہیوٗ واتان۔ "شمس العارفین" چھُ یہُند سنہٕ ورگ ڈرامُت۔ رٕوہ پہِ وٕنہ بیٚیٹھہ آو یہُند جسدِ پاک تُرار واتہ ناونہٕ۔ آخری رسم پالنہٕ آیہِ اتی دفن کرنہٕ۔ سُلطان زین العابدین بڈشاہ اُسی پانہٕ جنازس سیٚتۍ۔[1]

---

[1] از چھِہ یہِ کتھ تہٕ وَنہ یوان زِ زین العابدین بڈشاہ اُسی نہٕ ملہ تلہ سلطانہٕ ہندس شانس منز نُندہ ریشِو نِس جنازس سیٚتۍ شامِل۔ بلکہِ تم چھِہ تمہِ وقتہ کشیرِ ہندی وزیر اعظم اُسی مِتۍ۔ تمہِ وقتہ چھِہ تہُندی زِٹھو برادر کشیرِ ہندی سُلطان اُسی مِتۍ۔ اگر یہِ کتھ پزٕ آسہِ، تیٚلہِ چھُ شیخ صاٮ۪بن سنہٕ وفات ۱۴۱۶ء پیٚیٹھہ ۱۴۲۰ء ہیوٗ ادسمُت۔ تہٕ ۶۳ ؤری کُل وٲنس مانِتھ تہُند زاسنہٕ چھُ ۱۳۵۳ء پیٚیٹھہ ۱۳۵۷ء ہیوٗ نیران۔ تمِیُک مطلب چھُ یہِ تہٕ نیران زِ تم چھِہ تمہِ وقتہ زامِتۍ، ییٚلہِ زن لل دید ۱۸ پیٚیٹھہ ۲۲ ؤرِش ہِش اُس۔

از چھِہ تِژھہ کینہہٕ کتھہ تہٕ مارکس منز شولہ ماران، یمہٕ سیٚتۍ نُندہ ریشی سٕنزِ خاندان چ تارہ کانجہ کانگڑہ کین راجن سیٚتۍ چھِہ ملہٕ ناونہٕ یوان۔

یوٚتام نہٕ یِمن سارنی کتھن ہُند سنیکِ ثبوت میلہِ، توٚتام چھِہ یِمہ کتھہ سیٚٹھاہ لوٚتہٕ۔ ونیکتام چھِنہٕ تِیُتھ کانہہ پرٛون دستاویزاہ نوٚن درامُت، یُس یِمن کتھن تصدیق کرِ۔

## نُندہ ریشُن کلام — چھاپ تہٕ سوٚنبرے

نُندہ ریشُن کلام چھُہ گوڈنچہِ لٹہِ ۱۴۲۰ اہ پیٹھہٕ ۱۴۷۰ اہ کِس وقتس منٛز سوٚنبراوِتھ . جان پاٹھی ترتیب دِنہٕ آمُت۔ اتھ کلامس اوس فارسی لیٚس منٛز تہِ ترجمہ سپدیومُت۔ یہِ کام اُس مُلا احمد ناوکہِ اَکہِ بڑدہِ تہٕ مشہوٗر عالمن پانہٕ بامُل اُنمِژ۔ دپان اتھ کتابہِ اوس "مراۃ الاولیا" ناو[1] "شرحِ کلام شیخ نوٗرالدین" اُسا یہے کتاب، کِنہٕ بییہٕ کانہہ سیٚکہ پاٹھی ہیٚکوٚ نہٕ کینٛہہ تہِ وٚنتھ۔ دوٚنی گو باسان چھُہ نہٕ یہِ آسہے کُنی کِتاب۔ ترکیا زِ مُلا احمدن اتھ کتابہ منٛز اوس اصل کلامس سیٚتی سیٚتی تمیک فارسی شرح تہِ شامِل۔ محمدالدین فوق چھِہ امہِ خیالکی زِ امہِ نوٚسخچ اکھ کاپی اُس مسٹر ہوٚجل ناوہ کِس اَکِس سیاحس ۱۸۳۵ اہس منٛز اتھہِ آمٕژ۔ از چھُنہٕ امہِ کتابہ ہند پے کُنہِ نیران۔

نُندہ ریشنہٕ شرُوٚکہ تہٕ شلوک اُسی بڈشاہ سٕندِس زمانس منٛز سنسکرت پاٹھو تہٕ ویٚژھ ناونہٕ آمٕتۍ۔ از چھُنہٕ امہِ قِسمُک تہِ کانٛہہ نوٚسخہٕ اتھہِ لگان!

نُندہ ریشُن کلام تہٕ زِندگی ہٕندۍ حالات چھِہ "ریشی نامن" تہٕ "نوٗر نامن" منٛز میلان۔ یِمہٕ گیہٕ تِمہٕ کتابہ (تذکرہ) یِمہٕ زن وکھرہ وکھرہ لِکھارو تہٕ گوٚنہٕ ماتو وکھرہ وکھرہ زمانن تہٕ

---

[1] محمد اسلم منعمی چھِہ "گوہرِ عالم" ناوٕچ پنٛنہِ فارسی تاریخ (یہِ چھِہ ۱۲۰۰ ہجری منٛز ہشِ لیکھنہٕ آمٕژ) منٛز لیکھان :- "حضرت شیخ الشیوخ نوٗرالدین ولی قدس سرہٗ ... کلامِ توحید و کنایات تصوف و ذوق و وجد و حال و حکایات ... بزبانِ کشمیری مؤید ان و مخلصانش آن کلامِ الہام ترجمان را جمع ساختہ و بہ "نوٗر نامہ" موسوم گردانید خدمت مولانا احمد کشمیری معاصر ... سلطان زین العابدین بوٗد "نوٗر نامہ" مذکور را بزبان فارسی ترجمہ مدقق نگاشتہ و آیات و احادیث سوال شاید اقوال حضرت شیخ ولی آوردہ و آن را بہ "مراۃ الاولیاء" موسوم نمودہ و آن رسالۂ مکرمہ در خزاین پادشاہان نبود سلطان یعقوب شاہ کہ آخرین ملوک آن دیار است و نبچگان معروف ہنگام فرار از ان دیار آن نسخۂ ترجمہ را با خود۔ بہند آوردہ در دست اولاد آن بادشاہ نام دار کہ از عہد اکبر بادشاہ ..."

زبانن منز لیچھ۔ زیادہ تر چھہ یہ فارسی لیس منز لیکھنہ آمژہ۔[1] گر تحقیقی تہٕ تنقیدی زاوِیہ جارو کینٛہہ چھہ یمہٕ وادِیہ کمزور۔ کینٛہہ خاص کمزوری چھہ یتھہ پاٹھۍ:۔

(۱) لیکھن وألی چھہ نہٕ تمہٕ مشیچھ ہنٛد آگر ونان، یوسہٕ تم لوزہ ناوان چھہ۔

(۲) واقعات چھہ داستانن ہنٛدِس رنگس منز لیکھنہٕ آمتۍ۔ یمہٕ کنہٕ اصل حالاتن پیٹھ ورن چھہ پیومت۔

(۳) کینٛہہ واقعات چھہ سنن تہٕ تأریخن سام ہیٛنہ پتہٕ غلط باسان۔

(۴) شروٗکۍ تہٕ واکھ چھہ سیٹھاہ لاپرواہی سان لیکھنہٕ آمتۍ۔ یمہٕ کنہٕ یم پرٕنۍ مشکل سپدان چھہ۔

(۵) کینٛہہ تتھۍ واکھ تہٕ چھہ نُندہ ریشنی مانہٕ آمتۍ، یم زن عام پاٹھۍ للہٕ ہنٛدی چھہ زاننہٕ یوان۔ یتھۍ ہیر پھیر چھہ باقاعدہ ثبوت منگان۔ یمن کتابن ہنٛدی لکھاری چھینہٕ تہٕ کنہٕ محسوس کران۔

---

[1] ریشی نامن " منز چھہ تم "ریشی نامہٕ" زیادہ پرأنۍ یم زن بابا کمالن تہٕ بابا خلیلن لیکھۍ۔ یم دوشوے منٛش چھہ ژرارکۍ آسی متۍ۔ بابا کمالن "ریشی نامہٕ" چھہ شارن منز تہٕ بابا خلیلن نثرس منز۔ دوشوٛنی ہنٛز زبان چھہ فارسی۔ ربان اسماعیل کبرویَن (مرن سنہ ٩١٦ ہجری) تہٕ چھہ اکھ ریشی نامہٕ لیوکھمُت۔ یہ چھینہٕ اژکنہٕ میلان۔ بابا نصیب غازی یَن چھہ اکھ نفیس "نورنامہٕ" لیوکھمُت۔ امہٕ فارسی نورنامچ اکھ کاپی چھہ ریاستی ریسرچ محکمس منز موجود۔ کتاب نمبر چھہ ٧٩٥۔ محکمہ ریسرچ کِس کتاب خانس منز چھہ بہاؤالدین متوٗ سنٛدِ فارسی نورنامُک تہٕ کینٛہہ نوسخہ موجود۔

تیتھۍ گوٗ ریاستی آرکیوز تہٕ ریکارڈس کتاب خانس منز اکھ تیتھ لوکٹ موکُٹ نورنامہٕ تہٕ نظرِ، یُس زن عربی لپیاٹھۍ منز چھہ۔ کتاب نمبر چھہ ٣٧٣۔ کٲشرِ منز اوس نورنامہٕ لیکھنُک شغل سیٹھاہ عام۔ قصۂ طمیم الانصار، لیکھن وألی شاعر چھہ ونان سہ دِلن دوٚیمہٕ زبر فیض عامہٕ۔ بہٕ کٲشری کرکھ نا نورنامہٕ ـــ ژینس پأدم یہ کتھ عبدالرحمٰن ... دوپُن حاجت مےٚ چھم تی کرتہٕ اظہار مےٚ نش یچھے قصۂ طمیم الانصار۔ امہٕ قصک اکھ نوسخہ چھہ آرکیوزس کتاب خانس منز موجود کتاب نمبر چھہ ٣١٩

(٦) نور ناموٗ تہٕ ریشی ناموٗ تلہ چھہ ننان زِ نندہ ریشی یا تی آسی نہ شاعر۔ سندرہ مارج تہٕ اُس شاعر۔ تہنز آشنیہ زئے دید تہٕ اُس گوہرات تہٕ تہند لوکٹ تہٕ موشم لڑکہٕ حیدر تہٕ اوس شاعر۔ حیدر تہٕ چھہ ہالس ریشتہ شادنی منز کنھ باتھ کران۔

| نندہ ریوش | حیدر |
| --- | --- |
| دیرہ طاقت لوٗہم نتہ | بابہٕ تمہے کینہ ہاہ کھیاد تہٕ |
| یم چھینہ کوہ چھینہن زاسے | ٹھنہ بینہ کینہہ آسہ میوٹھ[1] |
| یم شری ہیائی گوڑبل نتہ | نشہ پانس زولہ باوہ تہٕ |
| نتہ کرتکھ سر گیچھ جاے[2] | ازمیہ خدا صاحب ٹوٹھ |

یہ اُسہٕ تہٕ چھہ یم "نور نامہ" تہٕ "ریشی نامہ" ساَنی بڑ دولت۔ یہ چھہ تمن بزرگن ہند بوڈ احسان، یمو یم وقتہ وقتہ لیکھ، نتہ آسے تمہ دولژ نشہٕ تہٕ اکھ چھولمت، یوسہ یمن اندر جمع چھہ۔ ضرورت چھیہ امہ کنھ ہنز زِ یم ساری تذکرہ ین ژھارنہ، تیتھ زان اصل حقیقت زانہ ینس منز آسانی سپدہ۔

نندہ ریشن کلام چھہ پتہ مین دُہن ترہن وُرین منز برابر چھپان رودمت۔ — چھاپن والین منز چھہ غلام محمد نور محمد کتب فروشن ناو ہیرنس لایق۔ امہ علاوہ چھہ یہندی کینہہ شرکی تہٕ واکھ حافظ محمد عنایتن تہٕ پنڈت آنند کول بامزئی تہٕ پننین مختصر کتابن "کلامِ شیخ العالم قدس سرہ" تہٕ "لائف آف نندہ ریشی" منز چھاپمتہ۔ یہ چھہ پزی باتھ حیرانی ہنز کتھ زِ ییمہ گریرسنن کاشرین گوہ ماتن ہندی نوسخہ اچھی وادی لیدہ ینوی باتھ ژھارنتھ، تمن ییٹھ کم زیادہ کام کرتمہ کیازہ دتہ نہ یمن "نور نامن" تہٕ "ریشی نامن" کن کانہہ تن ؟ میہ چھہ امیک وجہ اکے باسان۔ شہ گوو زِ گریرسنن آسہ ہن یم ضرور ژھاری یتی۔ مگر تس آسہ نہ امہ فیچ کانہہ کتاب اتھہ آمژ تہٕ کیازہ اتھ یم "ریشی نامہ" تہٕ "نور نامہ" مختلف کتب خانن منز نظرہ چھہ گژھان، تم چھہ حال حالے

---

١ امہ بدلہ چھہ "زنبہ گل" تہٕ لیکھنہ آمت۔

٢ امہ بدلہ چھہ "تمہ سر گس کرتکھ جاے" لیکھنہ آمت

دریافت سپدٕے مِتہٕ ۔ کأشرِ چھہٕ پرٛٔھن کِتابن پتہٕ وٕتھ پننہٕ زٕوٕ وچ ہش رأچھہ کران آمتہٕ ۔ نہٕ چھہٕ تم یمہٕ کِتابہٕ کأنسہٕ ہاونہٕ خأطرٕ تیار، نہٕ کنُنہٕ خأطرٕ [1]

علاوٕ یِکھہٕ پرٕ خأطرٕ :—

(۱) "تذکرۂ اولیائے کشمیر" موسُوم بہٕ "اسرار الاخیار" یعنے تاریخِ حسن ترجمہ مجلد (۲) دی ورڈ آف للا — سر رچرڈ ٹمپل (۳) نوُر نامہٕ — بابا نعیب الدین غازی (۴) ریشی نامہ از بابا کمال تہٕ بابا خلیل (۵) کشمیری زبان اور شاعری (جِلد اکھ تہٕ زٕہ) عبد الاحد آزاد مرحوم (۶) کشیر — ڈاکٹر غلام محی الدین صوفی (۷) تاریخ کشمیر از بیربل کاچرو (۸) تاریخِ کبیر از حاجی محی الدین مسکین (۹) تاریخ بڈشاہی — محمد الدین فوق (۱۰) دی لائف آف نُندہ ریشی پنڈت آنند کول بامزئی (۱۱) نوُر نامہٕ — محمد امین کامِل (۱۲) بیٛیہٕ باقی نوُر نامہٕ تہٕ چھپیومُت کلام یُس غلام محمد نوُر محمدن چھومُت چھہٕ ؛

---

[1] اُدترٕ اُدترٕے چھہٕ ریاستی کلچرل اکادمی اکھ نوٚو "نوُر نامہٕ" چھپومُت ۔ یہٕ چھہٕ محمد امین کامِلن تیار کوٚرمُت ۔ کتاب چھہٕ سبٹھاہ جان پأٹھۍ چھپیے مژ ۔ پرٛانین لفظن ہنز اصل شکل برزٕ ناونچ چھہٕ دارِیاہ جان کوٗشش سپدٕے مژ ۔

# ستیُم باب

## بڈشاہ تہٕ کأشُر ادب

رینچن (۱۳۲۰ء — ۱۳۲۳ء) نٕہٕ[1] راجہٕ پتہٕ چھہٕ کشیر بیٚیہٕ ہیٚندی راجن ہُندِس اقتس تل لگان۔ عیسوی سنہٕ ۱۳۳۹ منز چھہٕ سُلطان شمس الدین شاہ میری کشیرِ ہُند تخت بٕراوان۔ اتہٕ پیٹھہٕ سِکھن ہُندِس یِنس تام (۱۸۱۹ء تام) کشیر چھہٕ مُسلسل مُسلمان راجن تہٕ سُلطانن ہٕنز راژہ گڈی بنان۔ سُلطان شمس الدین چھہٕ "شاہ میری" خاندانکی بأنی تہٕ مولادأر أسی متہٕ۔ یُہند خاندان چھہٕ ۱۵۵۵ء تام کشیرِ پیٹھہٕ راج کران۔ اَمہٕ خاندانٕک چھہٕ سُلطان قطب الدین، سُلطان شہاب الدین، سُلطان سکندر بُت شِکن، سُلطان زین العابدین تہٕ سُلطان حسین شاہس ہِی بادشاہ پأدہٕ کٔری متہٕ۔ یِمَو زن کشیرِ ہُندِس مُستقبلس پیٹھہٕ زبردست اثر ترٚوو۔ یِمن سارنٕی بادشاہن منز چھہٕ سُلطان زین العابدین بڈشاہ زِیادہ مشہور تہٕ پہنس لایق۔

سُلطان زین العابدین بڈشاہ (۱۴۲۰ء — ۱۴۷۰ء) شُند وَکھ[2] چھہٕ سو کالُک تہٕ بِلہٕ ژأرِک وَکھ اوسمُت۔ یہٕ چھہٕ شاہ میری خاندان چہ پایدأری تہٕ وُستاوأری ہُند مانہٕ یِوان۔ مُلک چھہٕ یِہ بٕجھ رنگہٕ تھوٚد ووتھان۔ لُکھ چھہٕ رٕژر تہٕ آرام چھاوان۔ ہیٚندِن تہٕ مُسلمانن درمیان یُس سرکھے موجود أس، سو چھہٕ پوٗرہ ونہٕ یِوان۔ سیاسی تہٕ مذہبی تضاد

---

[1] کشیرِ پیٹھہٕ راج کرنُک وکھ۔ اِسلام قبول کرنہٕ پتہٕ چھہٕ یہٕ بوٹہٕ شہزادہ ملک صدر الدین پانس ناو تھاوان۔

[2] راج کرنُک وَکھ

چھُ ختم سپدان تہٕ کأشُر قوم چھُ اکھ سپدِتھ ترقی ترٛ پایہِ جأیی ہُندی منزِل طے کران۔ اَکِس عظیم مشترکہ کلچرس[1] زنم دِوان۔ بڈشاہ سٕندِس وقتِ حکومتس منز چھِ گنگا جمنی تہذیبچ اکھ مولہِ وِنی شان اَسمٕژ۔ بڈشاہ سٕنٛز زِندگی، تمہِ سٕندِس چال وچلنس تہٕ حکومت چلاونکِس طریقس منز چھِ مغل بادشاہن ہُندی ہی گوٗن تہٕ خوٗبی لبنہٕ یوان۔ بادشاہ سٕنٛد غأر مُسلم عوامس منز ٹوٹھ تہٕ پیوٚر آسُن ہیکو امہِ کِتھہ سیٹھاہ اندازہ لگاوِتھ زِ بڈ اُسی تس "بڈشاہ" (بڈ بادشاہ) تہٕ ونان۔ از تام ییمہٕ کانٛسہِ لِکھأری کٔشیرِ پیٹھ قلم تُل، تمہِ چھُ اَمہِ سٕنٛد دَورکھ کٔشیرِ ہٕنٛزِ تأریخِ ہُند سوٗنہری زمانہ مونمُت۔

بڈشاہ اوس لطیف فنن ہُند سیٹھاہ شوقین تہٕ قدر دان۔ گیوٗن (موسیقی)، نژُن (رقص)، ڈراما، مُرزٕ گری (مصوری)، سنگ تراشی تہٕ ادب اوس اَمہِ سٕندِس زمانس منز وارِیاہ برونٛہہ پوٚکمُت۔ سنسکرت تہٕ فارسی یِس سیٹھہٕ سیٹھاہ اوس کأشرِ زبأنی تہٕ زبردست چلنے جاوُ۔ ابوالفضل چھ "آئینِ اکبری" یَس منز بڈشاہ سٕندِن یِمن گوٗنن ییتھ پأٹھی پھران:

"انسانیت اُس تس ییتھ حدس تانی سٕنٛبھ گمٕژ زِ تمہِ ترٛوو شکار کرُن تہٕ یِہ کوٗرُن قونوٗنی طور بند۔ تمہِ کھیوٚ نہٕ پانہٕ تہٕ زانہہ ماز۔ تمہِ کرہِ نادِہ وارِیاہ کِتابہِ عربی، فارسی، سنسکرت تہٕ کأشرِس اندر ترجمہ۔ اَمہِ سٕندِس راجس منز واتی ایرانہٕ تہٕ تورانہٕ پیٹھہٕ موسیقی زانن وألی کٔشیرِ۔ یِمن منز اُسی خواجہ عبدالقادر خراسأنی، یَس ہی مأنی میژ تہٕ زأنی ہیتہٕ عألِم تہٕ مُلا جمیل عودی یُس ہی موسیقی تہٕ مُرزٕ گری پیٹھ قودرت تھاوَن وألی فن کار تہٕ شأمِل..."

یمہٕ سرگرمیو کِنہِ اوس بڈشاہ سٕنٛد دربار پرزلان تہٕ شولہٕ ماران۔ گوٚنہٕ ماتن، لِکھأرِین، عألِمِن، تھدِ بن اِنسانن، دٔنِشن تہٕ قسمہٕ قسمہٕ چیز زانن والین ہُند اکھ بارہ ہجوم اوس تمہِ سٕندِس دربارس منز موجوٗد۔ یِمن خاص اِنسانن منز اُسی مُلا نادری، مُلا احمد، سیّد بدرالدین، حیدر ربٹ، مُلا پارسا، بابا شُکرالدین، بابا بام الدین، بابا نصرالدین، شری در جون راج، بھٹ اوتار، یودھ بھٹ، مُلا باقر رومی، مُلا سید حسین رومی، شیخ شمس الدین

---

[1] Composite Culture

زینہ پوٗری، سوم پنڈت (اَتھہ سوم)، بابا لطیف الدین، بابا قیام الدین، مُلّا جمال الدین، حافظ بغدادی، سید محمد مدنی، قاضی میر علی بُخاری، حضرت سید حاجی مُراد، بابا زیٚگی ریشی، بابا ہیٚم ریشی، مولوی کبیر، شیخ بہاؤالدین گنج بخش، کِرتہ پنڈت، سید حسین منطقی تہٕ سید ناصرالدین بیہقی زیادہ تھوٚڈ پایہ تھاوان۔

بڈشاہ اوس پانہٕ شاعر۔ قطبی اوس شاعرانہٕ ناو تھاوان۔ فارسی یس سیتھ سیتھ اوس کاشرِس منز تہٕ شار ونان۔ سنسکرت اوس پانہٕ جان پٲٹھۍ زانان۔ فارسی یس منز آسہ تمۍ "آتش بازی" تہٕ "شکایت" ناوچہٕ زٕہ کِتابہٕ لیچھمژہ۔ سُہ اوس کِتابن ہُند زبردست شوقین۔ تمۍ آسہ دُنیہِ کیو مختلف حصو پیٹھہ جان جان کِتابہٕ منگہ ناومژہ۔ علمہ تہٕ ادبچہ ترقی خاطرہ آسی تمۍ واریاہ پٔتی قدم تُلمتۍ۔ وَننہ چھہٕ یِوان:

"مُلکہ کین ہِتن انسانن آیہ بٔڈی بٔڈی وظیفہ دِنہٕ، یِم زن علمچ تہٕ ادبچ لیاقت آسی تھاوان۔ تِم آیہ کشیرِ نیبر دُور دُور مُلکن منز سوزنہٕ۔ یِمن انسانن منز یِم شخص یِنہٕ تہٕ واتی آسی، تِہندِ آل عیالُک خرچ تہٕ اوس شاہی خزانہٕ منزٕ یِوان۔ سندھ، ہرات، ہندوستان، بُخارا، خراسان، عرب تہٕ دُیمیو کینژو مُلکو پیٹھہ آیہ فارسی، عربی تہٕ سنسکرت زانن والۍ کشیرِ بلاونہٕ۔ یِمن آو معقول تنخواہ دِنہٕ ... رُومہ پیٹھہ تہٕ واتی ییتھے پٲٹھۍ کینہہ عالم تہٕ فاضل کشیرِ[1] ...."

"بادشاہن کوٚر ییتھ پٲٹھۍ اکھ ٹیٹھ کُتب خانہ تیار، یُس نہٕ امہِ وقتہ کانہہ اکِس بادشاہس نِش اوس۔ بڈشاہس پتہ رُودُ یہ کُتب خانہ اکِس ہِتس دورس لگنے سُلطان فتح شاہ سِنس زمانس تانی جان پٲٹھۍ موجود۔ امہِ پتہ سپُد یہ تمام نہٕ روزنہٕ دِنہٕ چیزن ہندی پٲٹھۍ فنا تہٕ نابود۔ وَے چھہٕ زانان اتھ کُتب خانس منز کُس کُس علمن تہٕ فنن ہندی موللۍ ترلال تہٕ جواہر آسہن[2] ..."

---

[1] تاریخ بڈشاہی — محمد الدین فوق صفحہ ۳۵۹

[2] " " ۳۴۳

"مرزا حیدر چھُ "تاریخِ رشیدی"[1] منز لیکھان :-

"نوشہرس منز اوس نہ شفاخانہ تہٕ لنگر خانے یوت بلکہِ شاہی محلہ خانس بِلکل نکھہ اوس دائرہ دانی (نوشہرہ) ہُند اکھ بارہ علمی تہٕ تحقیقی مرکز تہٕ .... اتھ مرکزس منز اُسی بڈشاہی وقتکی مشہور شاعر تہٕ ادیب مُلا پارسا، مُلا احمد، مُلا محمد، مُلا نادری، مُلا یحییٰ، مُلا جیائی کام کران .... ...."[2]

ناچ، ڈراما تہٕ تھیٹر تہٕ اوس بڈشاہ سندِس زمانس منز وارِیاہ برونٹھ پٕکمت۔ اداکاری اُس اکس خاص تھزرس پیٹھ واتمژ۔ تارا اُس پننہِ زمانچ اکھ مشہور ایکٹریس۔ سو اُس ۴۹ مختلف بھاو (Emotions) اکی وقتہ تہٕ اکی ساعتہ باوِتھ ہیکان۔ سٹیجن اُس یتھ حدس تام ترقی کرمژ زِ اتھ اوس "ژُومکھ دیوتا"[3] تہٕ وَننہ یوان۔ شری ور چھُ یمن سرگرمین ہنز ذِکر کران لیکھان :-

"تماشہ گیر تہٕ گیون والی اُسی ادب، گرامر تہٕ فلسفہ زانان۔ تِم اُسی قابلیت سمجھن والی تہٕ تمکو قدر دان۔ موسیقی منز طاق لوکچہِ تہٕ نوجوان زنانہ آسہ باٹک پُورہ سور زٹھتھ پننہِ ورنہِ ہرِ محلہ خانس انیک حُسن تہٕ شوب بخشان۔ مرد اُسی پرٕی متہٕ لیکھمتی بایزت انسان یم زن خوشی تہٕ دِل بہلائی ہُندی سبٹھاہ شوقین اُسی۔ تِم اُسی پننہِ شوقک تہٕ گاٹہ جارک اظہار سٹیجن پیٹھ کران ... سٹیج[4] اوس اکھ باغ ہیوٗ۔ اتھ پیٹھ اُسی

---

[1] لیکھنک وکھ ۱۵۴۱ء پیٹھ ۱۵۴۵ء۔ پُورہ ناو چھُ مرزا حیدر دوغلت

[2] تاریخِ بڈشاہی ـــ محمد الدین فوق صفحہ ۳۶۳

[3] Four-faced God.

[4] کشیرِ منز چھُ لُکہ تھیٹرچ روایت تہٕ پتہ وَتھ رُوزمژ۔ "بھانڈہ پاتھر" یا "بھانڈہ جشن" چھِ امچ اکھ شوبہ دار صورت۔ "بھانڈہ پاتھر" چھُ مُلہ ملہ "بھان"۔ "پاتر" "بھان" چھُ سنسکرت ڈراماہن ہُنز سو شکل اُسمژ یوسہ زن ہزلہ تہٕ مذاقہ سیتی برتھ آسان آس۔ "پاترہ" گو کمیل ہاون ووُل عمل۔

ژانگی تِتھہ پأٹھۍ سجاونہٕ آمتۍ زن تہٕ پوشن (چمپکا) ہُنز قطار اُس سجاونہٕ آمٕژ۔ یمن اَندۍ اَندۍ اُسۍ مرد تِتھہ پأٹھۍ شوٗرالبس منز مستۍ، یتھہ پأٹھۍ زن ماچھ تُلرٕ پوشن اَندۍ اَندۍ مست آسان چھہ۔ ژانگی اُسۍ بادشاہس اَندۍ اَندۍ تِتھہ پأٹھۍ ژوتان، زن تہٕ مختلف دیوتا بادشاہ سُنز جان حکومت وُچھِتھ خوش سپدِتھ ناچ وُچھنہٕ آمتۍ اُسۍ۔ تہٕ یم دیوتا اُسۍ تِتھہ اندازس منز بِہِتھ زن تہٕ سونہری پمپوشن ہُنز مال اُسکھ بادشاہس نالہِ تراوٕمٕژ ... یم تماشہٕ گیر سیٹھاہ دُورِ تماشہٕ وُچھان اُسۍ، تِم اُسۍ دُورٕ ٹیٖٹِس منز، اما یہِ گاش چھایہٕ یتھہ پأٹھۍ ژانگیو سٟتۍ شولنہٕ آمُت، کِنہٕ پرانین بادشاہن ہُندۍ رُوح چھہِ سُلطانہٕ سُند درشُن کرنہٕ خاطرٕ یک جا سپدے متۍ ... ...

... تماشہٕ وُچھن والین اوس بادشاہ یُند دراژٕ گوٗنمات تہٕ عالِم (یِم تس پتہٕ کِنہٕ بِہِتھ اُسۍ) تھدۍ مَنٛش، نوکر چاکر، خدمت کرن والۍ دیوتا تہٕ یوگی (یِم تس اَندۍ اَندۍ اُسۍ) تہٕ تِم پاک انسان باسان، یِمو زن کُمتی یِہ آوٕمٕژ اُس۔ یِتھے پأٹھۍ ایکٹریس آسہٕ تِمہٕ حُورہٕ پٕری یہٕ، یِہُند جود تہٕ چاو اوس تہٕ ہُندبو بحاو وٕ سٟتۍ زیادٕ حسین بنان۔ گیوٗن والۍ اُسۍ یُند دراژٕ پِندۍ سازندر تہٕ سٹیج اوس پأنۍ پانہٕ جنتھ باسان۔"

زین العابدین بڈشاہس بروٗنٛہہ یِمو مُسلمانو کشیرِ ہنز دراژٕ گدۍ چھاو، تِہُنز خدمت رُوز زیادہ تہٕ فارسی لیکھس تہٕ سنسکرتس تانۍ بیٖنُن دٲمانہٕ واہرا ودِتھ۔ بڈشاہن یِتھہٕ فارسی تہٕ سنسکرتچ تعلیم عام کرٕ، تِتھہٕ تھاوٕ نہٕ تِمو کٲشُر زبان بروٗنٛہہ پکنہٕ ناونس منز تہٕ کانہہ کسر باقی۔ کٲشرین شاعرن تہٕ ادیبن کھوٚت زبردست ہوش۔ بادشاہ اوس کٲشرین گوٚنہٕ ماتن سیٹھاہ زبردست یزت، کران تہٕ کیازِ تس اُسۍ کٲشرۍ شار زیادہ خوش کران۔ کٲشرین شاعرن ہُندۍ بأتھ آیہٕ سنسکرت تہٕ فارسی یس منز پھیرنہٕ۔ تہٕ یِمن زبانن ہُنزٕ جان تہٕ رٕژٕ کتابہٕ آیہٕ کٲشرِس منز پھیرنہٕ۔ کینٛہہ شک چھنہٕ باسان زِ قرآنِ مجیدس کیاہ آسہٕ نہٕ یِتھہ زمانس منز کٲشُر ترجمہ سپدیوٚمُت۔

.... وٕژہ وُک تہٕ بزُرگ گاش اوس شہرہ پیٹھہٕ گام تانی زوتان۔ یہ بٔتھ کانٛہہ اوس لیکھنس پرٛنس سیتۍ مست۔ دِپان سپٕداہ عام انسان تہٕ آسۍ شاعر تہٕ لِکھاری بنے مِتۍ۔ زنانو اوس علمی تہٕ ادبی کامن منز پنُن ناو فرشہٕ پیٹھہٕ عرشس کھورمُت۔ اکِہ طرفہٕ آو نیٛبرٕ پیٹھہٕ آمتین مسلمانن کأشُر کلچر زانہٕنک پُورہ پُورہ موقعہ دِنہٕ، بیٛیہٕ طرفہٕ آیہٕ کأشرۍ عربی تہٕ فارسی یس سیتۍ سیتۍ مُسلم کلچرس سیتۍ تہٕ جان پأٹھۍ وأقف کرنہٕ۔ شرٛی در چھہٕ بڈشاہ سٕندِ زمانکۍ چشم دید حالات پھران لیکھان زِ بادشاہ اوس امہِ خیالُک زِ اکھ انسان ہیکہِ صرف تمۍ زبأنی منز زیادہ جان پأٹھۍ تعلیم حأصِل کرِتھ، یوسہ سُہ جان پأٹھۍ زانان آسہِ، امہِ کنہِ تہٕ پیٛچ کأشر زبان وارِیاہ برونٛہہ۔

کأشرِ زبأنی چھہٕ اسلام پھألاونس منز تہٕ وارِیاہ مدد کوٚرمُت۔ مقامی زبان بنیٛیہٕ ہندوستانکین دۆیمین جاین ہندی پأٹھۍ صوفی شاعرن تہٕ یوٗگین ہنٛد اکھ خاص وسیلہ۔ کأشرِ شاعری بنیٛیہٕ نصیحتن تہٕ صوفیانہٕ خیالن ہنٛد بوٚڈ دفتر۔ بڈشاہنِس زمانس منز تہٕ رُود تصوفُک تہٕ رُوحأنیتُک اثر اِنسأنی ذہنس پیٹھہٕ برابر موجُود۔ ووٚنی گوٚیس سو کھ تہٕ سو کال اتھ زمانس منز بارسس اوس، سُہ تہٕ گو شعوری تہٕ غأر شعوری طور پننہٕ کأم کرِتھ۔ شاسترن تہٕ پرانن منزہ یمہٕ عشقہٕ دلیلہٕ آسہٕ، تِمن وۆتھ دٔس۔ تِمن لولہٕ دلیلن آو کأشرِ جامہ پأراونہٕ، یمہٕ زِ نہٕ بیٛتھ کال کین ہیُو درن تہٕ مذہبی ہیر دِہن سیتۍ آسہٕ داتھ تھاوان۔ "بانا سُر کتھا" چھہٕ امہِ قسمچ اکھ نفیس مِثال۔ کأشرِ شاعری منز چھہٕ یہ عشق کنہِ حدس تانی تمہِ منز کالس کُن اِشارہ کران، یُس زِ للہِ تہٕ نُندہ رٛیشِنس نِرگُن لولس تہٕ حبہٕ خوتونہٕ ہنٛدِس مجأزی عشقس درمیان اکھ سۆتھ یا کُدل ہیُو گنڈان چھہٕ۔ باسان چھہٕ یۆد وَسے عالات آسہِن جان رُودی مِتۍ، سُہ مجازُک سوز تہٕ جودِیس حبہٕ خوتونہٕ ہندِ وژنن منز نایان چھہٕ، سُہ آسِہے وارِیاہ برونٛہہ وُتلیومُت تہٕ تھزٕ پیومُت۔ مگر حالات رُودی نہٕ تِتھۍ ڈٔنجہٕ یِتھۍ آسۍ۔ بڈشاہ نِہ بچہٕ بیٹھے گیہٕ افراتفری شروع۔ تِمہٕ سندِ لڑکو ادہم خانن، حاجی خانن تہٕ بہرام خانن تُل اکھ عجیب اِنزگوٚٹ۔ تِم بیٹھۍ پانہٕ وٕنی کباہ بینہٕ۔ تِہنٛکۍ لالچن ڈٲلۍ تِمن ہنٛدۍ ہوش حواس۔ اکھ اوس بیٛیہ یِوان بیاکھ اوس بغاوت کران۔ بادشاہ سٕنزہ یمہٕ گرہ چھہٕ مُغل شہنشاہ شاہ جہانٛنہٕ آخری

دوہ یاد پاوان۔ حسین شاہ نِہ زمانہ پتہ گیہ یِم حالات زیادے خراب۔ اَمی چیزن تہ دیت نہٕ تِمن وارِیاہن چیزن پھولنہٕ یِمن ہُندی مول بڈشاہی زمانس منز پیٔے متھ اَسی۔ اکھتے پتہٕ کینہہ موجود اوس سہ تہ گو امہِ بے وایہ تہ کہ وایہ تباہی عِسی ضایہ تہ برباد۔

بڈشاہ ہندِس وقتس منز یُس کأشرِ بن شاعرن ہُند اکھ بوڑ بارہ ہجوم تیار سپدیومُت اوس، تِمن منز چھہ شری ور، اُتھ سوم (سوم پنڈت)، شامہ بی بی، بابا نصر الدین، بابا بام الدین، یودھ بھٹ تہ بھٹ اوتار اکھ قد آور پایہ تھاوان۔ یِمے چھہ تِم گوٗنہ مات یِم زن حبہ خوتونہ ہندِس آداوس تانی کأشرہ شاعری منز پننہ سِکہ جماوِتھ دودی۔

## شری ور

یہ اوس پننہ زمانک، اکھ تھوٗد سیاست دان تہ موٗرخ۔ ساز سنگیت تہ اوس جان پأٹھی زانان۔ جون راج اوس تمہ سند ووستاد۔ ووستادن لیکھ ۱۱۴۹ پیٹھ ۱۴۵۹ اَتھ تام کر حالات "زینہ ترنگنی" منز تہٕ اَتھ لیکھ ۱۴۵۹ پیٹھ ۱۴۸۹ اِتھ وقتک حالات "زینہ راج ترنگنی" منز۔ یِم دوشوے تأریخ چھہ سنسکرت شارن منز لیکھنہ آمژہ۔[۱]

شری ور اوس بڈشاہس وارِیاہ ٹوٹھ۔ بڈشاہن چھہ تس برابر لڑکہ ہندی پأٹھی رٹھ چھمُت۔ شری ورس تہ چھہ بادشاہ ہندی یِم ساری احسان یاد۔

شری ور اوس کأشرِس منز موٗلوِ نی شار ونان۔ رُوزِ یہ کتھ زہ تمی کوسہ کہ کتاب اَس کأشرِس منز لیچھمژ۔ رِیُچ چھنہ کانہہ خبر۔ فوق چھہ لیکھان زہ والمیکی ینز "وشِشٹ برہمہ درشن" آیہ بادشاہس وارِیاہ پسند۔ بڈشاہن کرہ نوٗد امہِ کتابہ ہُند ترجمہ فارسی یس تہ کأشرِس منز۔

وننہ چھہ یوان زہ کأشُر ترجمہ اوس شری ورنی کوٗرمُت۔ مگر شری ور چھہ پننہ تأریخہ منز یوٗتے لیکھان زہ "وشِشٹ برہمہ درشن" آیہ بادشاہس پسند۔[۲]

---

[۱] یِمے اسی وتن چھہ یِمن ہُند ترجمہ انگریزی یس منز کوٗرمُت۔ اتھ کتابہ چھہ "کنگس آف کشمیر" ناو۔

[۲] شری ورنی لفظ چھہ یتھہ پأٹھی:

"The king heard me recite the "Vashishta Brahma ...

(بقیہ دوٗیمِس صفحس پیٹھ)

شری ورن چھِ جامی سٕنز "یُوسف زلیخا" سنسکرت شارن منز لیچھمٕژ۔ اکھ کِتاب چھِ "کتھا کوُتکا" (Katha Kautuka) وَنان۔ یہِ چھِ تمۍ ۱۵۰۵ ء منز پُورہ کرٕمٕژ۔

## اُتھ سوم

سوم پنڈت یا اُتھ سوم اوس فارسی، تبتی، سنسکرت، پشتو تہٕ کأشر زبان نفیس پأٹھۍ زانان۔ موسیقی سٕتۍ تہٕ اوس پُورہ پأٹھۍ واقف۔ تمۍ اُس "مانک ناوِچ اکھ کتاب موسیقی پیٹھ لیچھمٕژ۔ یہِ کتاب اُس سنسکرتس منز۔

اُتھ سوم اوس پننہِ وقتُک بوڈ بارہ کأشر شاعر۔

---

(بقیہ فٹ نوٹ)

Darshana composed by Valmiki which is known as the way to salvation, and when he heard the annotations pervaded by a feeling of tranquility he remembered them even in his dreams even as a lover remembers the gestures of his beloved. Holding that a man can receive instruction only in the language which he knows and not inother languages, the king caused translations of the various shastras to be made by those who knew Sanskrit, the vernaculars and the Persian. Even the Yavnas can comprehend micrology, chemistry and kalpa if studied in their own language."

(کِنگس آف کشمیر)

اُمی اَس زانہٕ زِد سبقہ (زینہ چرت) کأشرس منز لیچھمژ۔ یہِ کتاب اُس بڈشاہ سٕنٛز زندگی
سٕتی واٹھ تھاوان۔ شری ور چھہ لیکھان:۔
"پنڈت اُتھہ سوم اوس سنسکرت تہٕ کأشرہ زبانٕ منز شار ونان۔ تمہٕ اُسی بڈشاہ سٕنٛز
زِندگی ہنٛدی حالات کأشرین شارن منز لیکھمتی۔ یہ کتاب سپٕز بادشاہس پیش۔"

## بابا نصر الدین

توکل، دیہ سٕنٛز سمتھ تہٕ سنجیدگی چھہ ہُونی منٛشن ہنٛدی خاص گُنہٕ مانہٕ یوان۔ نصر بابہ اُسی
یمہ گُنو سٕتی مالامال۔ میانہِ داد رچ شکایت اُکھ لوکچارس سپٹھاہ زیادہ روزان۔ اُمی
دأرِ وِ تہٕ ناوی نُندہ ریشنین قدمن تل۔ یِن گژھن رودی جأری تہٕ آخرس کُرکھ پننٕز ساری
زِندگی تہنٛزی سوہبتہٕ منز لبر۔
کأشرس منز اُسی پرتھ شار ونان۔ امی اوس یمِہ "پہلوانِ سخن" تہٕ لقب دِنہٕ آمُت۔
باسان چھہ نُندہ ریشنہٕ کینٛہہ اہم دلیلہ چھہ یمہ دِی کأشرین شارن منز ونہٕ مژہ۔

## بابا بام الدین

یمن رچھہ یمہ سادہ تہٕ ونان۔ کأشرین شارن منز اُسی پننین خیالن پوٗرٕ جران۔ نصر بابن
پاٹھی اُسی نُندہ ریشس وارِیاہ قریب۔

## شام بی بی

سۄ اُس دنہ بی بی، بہرت بی بی، دہت بی بی، سلا بی بی تہٕ یاون مژہ (شنگہ بی بی) ہنٛدو
پاٹھی نُندہ ریشنٕز ژاٹھ کور۔ لوکچارہ پیٹھے اُس خہ دایہ نُندا و سوز نس منز مست۔ دِیان
پنٕنہٕ واریُک دوہ پیلہ سو نژاک پانس کیتھ وأریو سوزک اشیخ نورالدین اُسی و تہٕ
بچان۔ شیخ صأبس پننہٕ اُمس کُن نظر۔ "امی اکہِ نظرِ سٕتی سپُد اُمس دُنیاہ تہٕ آخرت
فراموش۔ کُرکھ ژس بے اختیار نیرتھ۔ ژاک پانہٕ اندرہ دِژن دہ ٹہ تہٕ پننہٕ پتھر دُستہ۔ چھہ
وَدان۔ شیخ صأبن کورس نصیحت، زِہ پردہ اندرہ نیرن چھہ چانس ماٲلس مانہ گژھ سپٹھاہ

شرم۔ گژھ پردس اندر بیہہ۔ نظراہ کرِن شیخ صأبس کُن۔ دوپنس اے پیرِ وقت ژیئ تُلتھ یہِ شور تہ ژِہی چھِ ہمہ یہِ ونان۔ سبٹھاہ چھِ وَدان۔ دوپنس "بس حفض وجوُد میُون دوٗد۔ دہ فی نہٕ حفض چھُم نہٕ طاقت۔ امی اکِہ نظرِ سیتی بنیے یہِ سوہ صاحبِ کمال۔ اُمی ہندی حالات چھِ نہایت عجیب و غریب۔ اُمی سُند کلام چھُ نہایت عالی ...[1]

شام بی بی چھِ اکھ مرثی (مرثیہ) نُندہ ریشی نس موتس پیٹھ لیچھمژ۔ یہِ مرثی چھِ یتھ پاٹھو شروع سپدان سہ

اسہ سنز گوسرگس ماتو[2]

نُندہ سنز گوسرگس ماتو

## یودھ بھٹ

سکندر بُت شکن نس زمانس منز اوس یودھ بھٹ سودُسے خاندان کشیر ترأوِتھ نہار اشتر ودوتمت۔ بڈشاہ سندِس زمانس منز پھیوُر یہِ واپس۔ یودھ بھٹ اوس سنسکرتس سیتی سیتی کأشریک ووستاد تہٕ مانہ یوان۔ ڈراما لیکھنس منز اوس لاجواب۔ سری ورنی زبأنی:-

"یودھ بھٹ ــــــ اوس کأشرہ زبأنی ہند شاعر۔ تمہ لیوکھ اکھ اُنہ ہیوُ صاف ڈراما یتھ زان "زاُنہ پرکاش" (زینہ پرکاش) ناو اوس۔ اتھ منز اوس اُمی بڈشاہ سُند حال بودمُت۔"

"اُنہ ہیوُ صاف" چھُ پأنی پانہٕ امہِ کتھہِ ہند بارہ ثبوت زِہ یہِ ڈراما آسہے فنی تہٕ تکنیکی گوٚ نُہ کنہِ پوٗرہ تہٕ مکمل!

---

[1] "کلام شیخ العالم قدس سرہٗ" از حافظ محمد عنایت۔ یہِ کأشر کتاب چھِ گرام الیکٹرک پریس لاہورٕ چھپیے مژ۔ "تاریخ کبیر" س منز تہٕ چھِ شام بی بی ہنز ذکر میلان۔ شام بی بی چھِ تشکرہ دفن سپدیمژ

[2] امہِ لفظک مطلب گژھہِ "موت" یا "موٗت" آسُن!

# بھٹ اوتار

مُلّا احمد، مُلّا نادری تہٕ شری ورٕنی یُس باٹھو اوس بھٹ اوتار تہٕ پننہِ زمانُک بارہ عالِم تہٕ گوٚنہ مات۔ مُلّا جمیل، مُلّا عود تہٕ اَتھ سومنہ یا ٹھو اوس موسیقی سیٖتی پوٗرہ پوٗرہ واقف۔ فردوسی سُند "شاہ نامہ" اوس زِیوِہ پیٚٹھ یاد۔ "باناسُر وَدھ کتھا" چھہٕ اَمی ہنز اکھ زیٖٹھ کاشُر نظم۔ اتھ نظمِ منز چھہٕ اُوشا تہٕ انوٚرِدایہ ہنز عشقہ دلیل وَننہٕ آمٕژ۔ کرشن جی چھہٕ امہِ لولہ دلیلِہ ہُندی اہم کِردار۔ یہِ دلیل چھہٕ "ہری ونشہِ پرانس" سیٖتی واٹھ تھاوان۔ یُس زن "مہا بھارتُک" اکھ خاص ضمیمہ[1] ہانہ چھہٕ پوان۔ بھٹ اوتار چھہٕ عالِمانہ زبان "استعمال کران[2]۔ کینہہ نمونہ چھہٕ یِتھہ پاٹھو:۔

(۱)

زینہ[3] نے پانے وِلے راجے — شٹھ وَن شے وَہِشے کتھ کِیے

سہ سوٗت پوٗزِتھ آچے — ہری ونہِ شس اندر وُنتھ نمتھ رِیے

(۲)

شری زین العابدین نشے پتہ رچہٕ تے دھرم راجے شہ ستے

شٹھ وہہ شے دِتھ ہیے پیٚنتھِ سری کرشن یِدے دِشے

(۳)

شُنیت[4] انیک نار ایناسے وِشیش چرتر . . . . . .

بدھ کوشلِتہٕ گور دَن پانے سوگند تو پوٗدھن[5] پرم پوٗرتر

---

[1] Supplement [2] امہِ کتابہ ہُند اکھ نوسخہ چھہٕ حال حالے پوٗنا کِس بھنڈارکر اوریئنٹل اِنسٹی ٹیوٗٹس منز دریافت سپدیومُت۔ ریاستی ریسرچ محکمن چھہٕ امہِ نوسخُک فِلم منگناوِمُت۔ یہِ فلم چھہٕ ستھے پاٹھی ییٚژ یِتھہ پاٹھی پوٗنا پیٚٹھہ واتِمٕژ چھہٕ۔ شاید چھہٕ نہٕ محکمہ کیٚن زِہنٕ پیٚن یہِ فلم اکِس کِتابی شکلِ منز چھاپنُک کانہہ خیال! وُشپ صابن چھہٕ امہِ فلمِہ پیٚٹھہٕ اکھ مُسودٕ پننہِ استعمالہٕ خاطرہ تیار کوٚرمُت۔

[3] زین العابدین [4] پوٗزِتھ [5] زف کران وٗدل

کاٚکھِتھ[1] بانا ہُرس گووِندے زیٚون رنٛزِ ہُہ دِہا اُداس
جیون موتُو گو کینٛہہ اَندے سون ہاتس کیاہ چھُ دِسہِ وداتس

بھٹ اوتارن[2] اُس "زاٗنہ ولاس" (زینہ ولاس) ناوٕچ بیاکھ اکھ کتاب تہٕ کاشرِ ین شارن منٛز لیچھمُت۔ شری ور چھُ امہِ کتابہِ ہُنٛز ذِکر کران لیکھان :۔

"بھٹ اوتارن اوس فردوسی یُن سُندر ہیوٗ زیٚوٹھ تہٕ کُشادہ "شاہ نامہ" سیٚٹھاہ جان پاٹھۍ پوٚرمُت۔ تمۍ اوس امہِ کِس جوابس منٛز بادشاہ سُند "ہدایت نامہ" "زینہ ولاس" لیوکھمُت۔ بڈٕشاہ سُند پرٛوچھیت خوش۔ تمبوٗرہ، رباب تہٕ ساز بہانٛہ پھلاوُن کِس سازٕچی سامانس آو سوٗن، دوٕف، لال تہٕ جواہر جرنہٕ۔ تمہِ آیہِ سونٛدر تہٕ ننٛدہ باٗنی بناونہٕ۔ میٚیلہِ لُکو زوتہٕ دِنس تہٕ شوبہ دِنس سیٚٹھس پیٹھ ہوشہٕ تہٕ عقلہِ، بھاون تہٕ احساس، پانٛژ چھ بتھرہ بترہ تہٕ جسمانی حرکژ ( gestures ) ہُند اکھ نفیس تماشہ وُچھ، تمہٕ دیُت سیٚٹھس "زومہ کھل دیوتا" ناو۔"

---

[1] ونِتھ [2] بھٹ اوتار چھُ لارٕ طرفہٕ کہِ تانہِ علاقک روزن وول اوسمُت۔ محمدالدین فوقن چھ بھٹ اوتارنۍ تہٕ یودوہ بٹنۍ حالات دِلہِ لہِ کرِتھ متۍ۔ تمۍ سُندین خیالن منٛز چھ دارِیاہ ییرہ بہان۔ ("تاریخ بڈشاہی" کتابہ ہُند صفحہ ۳۶۵، ۳۹۴، ۳۶۶، تہٕ ۳۴۰ وُچھو)

# ...باب

## چھینیو تہٕ زوال

(۱۴۷۰ء — ۱۵۵۵ء)

یہِ وَکھ چھُنہٕ کأشرِ اَدبہٕ خأطرٕ جان تہٕ رُت وَکھ اوسمُت۔ چھوٚنہٕ تہٕ چھینیو وُچھ ژٕ وأنۍ یُو
لبنہٕ یوان۔ حسین شاہ ولدِ حیدر شاہ (۱۴۷۵ء — ۱۴۸۷ء) نٕ دراتھ پَتہٕ چھ کینہہ سیٹھہٕ
ہُلۍ تہٕ وُتہٕ کھ بادشاہ کشیرِ مُندراج تہٕ تاج پُراوان۔ پرأنس ناکوس چھُ بیٚنہٕ منجر
ڈگان۔ یُہرہ پھیار چھُ زور لبان تہٕ بے چینی چھ قد پُراوان۔ نار تہٕ فساد چھ عام سپدان۔
شہزادہ چھ تخت پراونہٕ خأطرٕ کم کم ژھل تہٕ ژٕھتم آزماوان۔ فتح شاہ ہن تہٕ محمود شاہ
ہن یُس اتھ گوٚڈ تلُ، سہٕ اوس سیٹھاہ کرِ لوٚکُٹ تہٕ کھرٕ ژہ وُن۔ اکھ ھائن دِیتہٕ اکہٕ پانہ
کشیرِ نار، بیٚیہٕ ھائن بیٚیہٕ اندہ۔ دوشۍ وٕنی ہندٕ [illegible] اُس کٕنہٕ زہٕ اکھ اکس گوٚڈٕ
باسُن زٕ کشیر چھ دوٕنی ژٕھر۔ یِتہٕ نٕود نٕ دوژ کینہہ تہٕ بتایہٕ غرض ۱۵۸۵ء پیٚٹھ
۱۵۵۵ء تام (یعنی) وکھ شاہ میرِ خاندانک بادشاہ کشیرِ منز گژھ وَر، سہٕ نٕود وتھ
وأرۍ تہٕ بے چینی سیتۍ بھرِتھ۔

اسلام زٕود یمن وقتن منز برابر بڑان یکان تہٕ پاوان لبان۔ تبلیغ کام آس زوَرہٕ
شورہ سان چلان تہٕ شوِ ما دران۔ موٚرخن ہُند ونُن چھُ زِ فتح شاہ نِس وقتس منز
کوٚر زِ ساعتہٕ تہٕ ژکی وُزہ ۲۴,۰۰۰ بَچہٕ اسلام قبول۔ یمی وقتن منز چھ میر شمس الدین
عراقی[1] کشیرِ آمان۔ یم چھ کشیرِ منز اکھ اللہ وٕری گزراسان۔ تمہ چھ یہِ سورٕ سے وکھ ژشیہ)

[1] کشیرِ وات [illegible] سنہ چھُ ۸۹۲ ہجری تہٕ سنہ وفات چھُ ۹۰۳ ہجری

زِیادہ زور دار بناوان، باسان چھُ زِ پرانِن تہٕ شاسترن سیٖتی واتھ تھاوِن واجِبنو دیٖلو آسہٕ تاریٖخی تہٕ ٹوٗکہ کتھ بوزہ ناوِنَس طریقن یتھ زمانس منز ضرور زَنم دِیتمُت !

گوڈہ کالکِس، یتھ پتمس تہٕ آخری وقتس ہیٚکو ہیرہ پھیرُک وَکھ (The period of Transition) تہٕ وَنِتھ۔ یمہٕ وقتہٕ ہند ادب چھُ ۱۸۷۰ءُ برونٹھ کِس تہٕ وَتن کالکِس ادبس منز بٲگ اکھ کڈنیُک ہیٚش کٲم دِوان۔ تہٕ کیازِ یمہٕ وقتہٕ منز چھِہ اکھ طرفہٕ پرانِ طریقہ زندٕ اَسہٕ منز ہینہٕ پوان تہٕ بییہِ طرفہٕ چھِہ نوٚو طریقہ پیٚہ پننہٕ دَکھ ہیٚش شیران۔ اما پوز تیتھ کانہہ جیزاہ چھِنہٕ یادہ سِپدان یتھ کُن وُچھِتھ یہِ ہیٚکو وَنِتھ زِ یہِ چھُ روزہ وُن یا پوشہٕ وُن۔ یہِ گنیش ہاہ یاوہ سِپدان ادس تہٕ آسہ تھ اندر گوڈہ کالیُک ہیٚش، شوب، تہٕ وتن کالیُک ہیٚش مُشتی۔ یہِ تھ کینہہ ادس چھوٚن تہٕ سبے جان۔ فنی تہٕ ادبی چاشنہٕ نشہٕ خٲلی۔ "وتن کالکِ" مولی چھِ یتھی زمانس منز پننہٕ جاے شیران تہٕ لسہٕ پھولنہٕ خاطرہٕ کم قلیل تہٕ اوتھ حاصل کران۔

---

# نوٚیِم باب

## واکھ تہٕ شروکھ

واکھ چھُ اصلہ سنسکرت "واکیہ" (वाक्य)۔ اَتھ ہیٚکو اَسۍ لفظیو اکھ ڈٲجہِ زُ
ترجمہ لیکھِتھ شکل دِنتھ۔ امہِ سنسکرت لفظک اصل مطلب چھُ "لفظ" یا "رتہ کلام"
کاشرس منز تِہ چھُ یہ لفظ اَتھۍ معنہِ مطلبس منز استعمال سپدان۔ مثلن اَسۍ چھِ وَنان
...... "واکھ واکھ دِنی بیروٚنی" "زٕھنس ہے واکھ"۔ "واکھ تہٕ وَژُن اکھ بہا بر"
بیترِ۔ یِمن سارِنی جملن تہٕ محاورن منز چھُ یہ لفظ اَتھۍ معنہِ باوان۔ دوٚیِم کتھ یہ لفظ چھُ
کاشرس منز اکھ بیاکھ معنہِ تہٕ ہاوان۔ "واکھ" چھُ کاشرِ شاعری منز اکس ژاژہ (صنف)
تہٕ ناو یتھ پأٹھۍ غزل، مثنوی، رُباعی تہٕ قطعہ کأشرِ شاعری منز بیٚیہ کینہہ
ژاژ چھیہ۔ فرق چھُ یہ زِ مثنوی، رُباعی، غزل، یا قطعہ ژاژ چھِ فارسی شاعری ہندِ
اثرہ سیتۍ کأشرس منز نوو یمژہ۔ "واکھن" ہنز ژاژ چھیہ کأشرِ گرہٕ ماتہ پننہِ شعورہ ہندِ درجہِ
(تخیل) تہٕ تخلیقی شعورہ (Creative mind) سیتۍ دہ پیدا کوٚرمٕژ تہٕ چھیہ لر
راوٕمٕژ۔

"گوڈہ کالس" منز آسہٕ "واکھس" سیتۍ سیتۍ شاعری ہنزہ بیٚیہ بیٚیہ ژاژہ تہٕ موجود۔
کأشرِ گونمات آسۍ وژُن لیکھان۔ تِم آسۍ لوکہٕ کتھ زیچھ نظمہٕ تِمن طریقن تہٕ وتیرن پیٹھ
لیکھان یِم زَن سنسکرت شاعری منز بارسس آسۍ۔ مگر پزر چھُ یہ زِ "واکھ" ژاژ چھیہ
گوڈہ کالس اندر سیٹھاہ عام تہٕ مقبول روٗزمٕژ۔ گونمات چھِ اَتھۍ ژاژ منز پننۍ اۄدِیٚلی
ندا رٚوژ دِل سیٹھاہ شوبہِ دار پأٹھۍ بَران روٗدۍ تہٕ۔ گوڈہ کالہٕ چھِ بیٚیہ کتھ ژاژن منز

چھُنہٕ سُہ فن پاؔدٕ سپدیومُت، یُس زن "واکھس" منٛز وۄتلیومُت چھُ۔

"واکھ" چھُ رُباعی یا چوپاگ پاٹھی عام پاٹھی ژۄر پد تھاوان۔ یہ گو اکھ مصرٕ۔
گونہٕ مات چھُ یمن ژۄن پدن منٛز ہیٚنٛز اکھ مکمل خیال باوان۔ یمن پدن یا مصرن ہنٛدی
قافیہ چھِ مختلف اندازن منٛز ملہٕ ناونہٕ یوان۔ کینٛژن منٛز چھُ اکہِ تہٕ تریمہٕ مصرک تہٕ دۄیمہٕ تہٕ
ژۄرمہٕ مصرک قافیہ رلان۔ کینٛژن منٛز فقط اکمہٕ تہٕ تریمہٕ مصرک یا اکہِ تہٕ ژۄرمہٕ مصرک،
تہٕ کینٛہہ چھِ امہِ گونہٕ نِشہٕ بلکل آزاد آسان۔ کینٛہہ واکھ چھِ اکہِ فارسی رُباعی ہنٛز ہش
شان تہٕ نزاکت تھاوان۔ مگر یہ چھُ محض اکھ اتفاق۔ رُباعی چھِ اکھ الگ ذاتھ۔
(مصنف)۔ یہ چھِ لاحول ولاقوۃ الا باللہ کس وزنس پیٹھ لیکھنہٕ یوان۔ واکھس چھُ
پنُن مزانہٕ تہٕ پنُن ادا۔ "واکھ" چھُ مُلہ تلہِ اکھ ڈٔگُن "دوہا"۔ یمیک وزن فقط
ژۄہہ ہنٛدس بارس پیٹھ دُرتھ چھُ۔ امہِ بحر چھِ سوے، یتھ زن ہندوستٲنی شاعری
منٛز "سوایا" (Savaiya) وَنان چھِ۔[1] اتھ بحرٕ منٛز چھِ ۱۶ پیٹھٕ ۲۰ تانی
ماترایہ آسان۔

شتی کنٹھنٛ "جھلنٛے پرکاش" "تہٕ سدھ مالنٛ" واکھ چھِ نہٕ وانہٕ یہ کتھ ثابت کران زہٕ
امہِ ذاژ ہنٛد دۄس جھنہٕ للہٕ ہنٛدۍ اکھ دۄہ تھان بلکہ یہ ذاتھ چھِ برونہٕ پیٹھی دۄہ ولیس
آسان۔ شتی کنٹھنٛ واکھ چھِ ژۄر مصرہٕ تھاوان۔ گوڈنکس تہٕ تریمس اندر چھِ ۱۶
ماترایہ تہٕ دۄیمس تہٕ ژۄرمس اندر چھِ ۱۵ ماترایہ آسان۔ یمہٕ ماترایہ ہیکو کھ یتھ پاٹھی
گنٛزرتھ:—

گوڈنیک تہٕ تریُم مصرہٕ

۱۶ = ۲ + ۴ + ۴ + ۶

دۄیُم تہٕ ژۄرُیم مصرہٕ

۱۵ = ۱ + ۴ + ۴ + ۶

مِثالہٕ پاٹھو نیتون یہ واکھ ع

---

[1] گریرسن

یہِ سُو یہِ سُو جَن تَس سِم وِدیس لیس
نیل پیت شُکھ دُکھ سُرُوپ
اُودِیٔ یس تس ماتری سم رَس
کم کُم پَن تس تس انز رُوپ

گریرسنن چھہ امہِ چہ ماترایہِ پٮ۪ٹھ پاٹھُو گنزرا وِمژہ :-

یُسو یُسو جر ٦ / نستُو سم ٤ / وِدیسہ ٤ / لیس ٢
نیل پی تر ٦ / شُکھ دُہہ ٤ / کھہ سُرُد ٤ / پ ١
اُودِیٔ یس ٦ / تہ سم ٤ / نی ماتری سم ٤ / رسہ ٢
کم کم پن ٦ / تس تس ٤ / انز رُو ٤ / پ ١

ماترایِن ہُند یہِ حساب کِتاب چھُنہ سارنٕی واکھن منز ہیُو روزان۔ کہیں چھہ یمِن ہُنز مِقدار بڑان، کہیں ژھوکان۔

لل واکھ تہ چھہ عام پاٹھُو ژورَے مِصرہ تھاوان۔ سیٹھاہ کم واکھ چھہ تِم، یِم ژورِہ زیادہ مِصرہ تھاوان چھہ، مگر لل چھنہ وزنچ تیز پابند، یوت ششتی کنٹھ چھُہ۔ یہے کتھ چھہ نُندہ ریشِس منز تہ لبنہ یوان۔ سر رچرڈ ٹمپل چھہ لل واکھن وِژھناوان یمہ کتھہ پٮ۪ٹھ پاٹھُو پھِران :-

"سر آرل سٹینن چھُہ ١٩١٧ء منز پوز پےٚ پتاہ لگومُت زِہ کاشرِ ین شارن ہُند اکھ مِصرہ پایہ چھُہ ژورِہ پھِرہ زیوٚہ بار تراونہ سیتی دِوان تلان ....

... للہ ہند وزن چھُہ پژی پاٹھُو ڈیوٚل۔ اکھ رِوایت پسند ہندوستانی شاعر بلیہِ اُمی سُند واکھ بوزِتھ یہِ ڈُپی زِہ تہ پتھ کُن، تہ کیازِہ سو چھہ بے شک یمِن واکھ ہندوستانی" دوہا "سیتی شروع کران۔ یِس زن مِقدارہ کِنہ اکھ شار چھُہ۔ پتہ چھہ سو اَمِچ مِقدار بلکل ترک کرِتھ خالص سورہ کِس بارس پٮ۪ٹھ پابند روزان۔ تمِہ کوٚر یِتھ پاٹھُو تی یہِ گوڈہ کال کہو عیسائی پادری گوہ ماتو لاطینی (لیٹن) بھنجن سیتی کور ... "

پروفیسر جے۔ ایل کول چھہ لل واکھن اکِہ نوہ آیہ سام ہیوان۔ لل واکھ چھہ تہندی کِنہ

اب اب ( a b a b )، اب پ ت ( a b c d ) تہٕ اب ات ( a b a d ) قافیہ سکیمہٕ ہیٛتھ وَننہٕ آمتٕ۔ امِیُک مطلب چھُ تی یہِ "وارِکھ" وکھنے کران۔ امِہ چھِہ قافیہ بندی ہیٛتھ وننہٕ آو۔ اما پوز کوٚل حاین چھنہٕ سو قافیہ سکیم گنٛزراونٕہ، یتھ اب پ ب ( a b c b ) ونتھ ہیکو۔ امہِ قسمک اکھ واکھ چھُ یتھہٕ پاٹھۍ

اُسی اُسی تہٕ اُسی آسو

اُسی دور کرے پتہٕ وَتھ

شُوس سورہٕ نہٕ زیوٚن تہٕ مرُن

دوس سورہٕ نہٕ اتھ گتھ[1]

سوال چھُ دوہتھان زہٕ یم بابِ لگاوُنی چھا جائز کنہٕ نہٕ؟ میانی کنہِ چھُ یہِ صرف تیٚلہِ جائز، ییٚلہِ زن کاشرِ تہٕ انگریزی ادبُک تقابلی ( comperative ) لکھُن آسہٕ کران۔ نتہٕ چھنہٕ یہِ لکھہٕ پُرُ کنہِ کنہِ زمان۔ تہٕ کیازہٕ امہِ سیتی چھُ یہِ فلطی سپدنُک اندیشہ زہٕ کاشرِ گو نہٕ مات کیاہ اُسی انگریزی میٹرن ہیٛتھ ینہٕ واکھ تہٕ شلوک لیکھان۔

للہٕ چھِہ تیتھی کینہہٕ واکھ یا شلوک تہٕ وَنی متی، یم زن ژۄژِہ کھوتہٕ زیادہ مصرہ تھاوان چھِہ

کھینہٕ کھینہٕ کران کُن نو واتکھ

نہ کھینہٕ گژھکھ اہنکاری

سوٚمُے کھیہ مالہِ سوٚمُے آسکھ

سوٚمُے کھینہٕ مُژرِنے برنین تاری

سوٚم ییٚلہِ سمی ژم کتہٕ روزی

اَدہ مالہِ روزکھ سوٚ ہم سوٚ

مگر یتھہٕ مثالہٕ چھِہ سیٹھاہ کم میلان۔

ننٛدہ ریٚشی نین واکھن منز تہٕ چھہٕ تمے گوڈن لبنہٕ یوان، یم زن للہٕ واکھن منز موجود چھِہ۔

---

[1] یتھ واکھس منز چھُ دوٚیمِس تہٕ ژوٚرمس مصرعک قافیہ رلاونہٕ آمت۔ اَکیُم تہٕ ژوٚریُم چھُ امہِ نشہِ آزاد۔ امی چھہِ امہِ وارِکھ قافیہ سکیم ( Rhyme Scheme ) "اب پ ب" بنان۔

یہ کتھ چھ ضرور زِ نُندہ رٮ۪شی چھ بٮ۪یَن ذاتَن منز تہِ شار وَنہِ نُج داریاہ کوشِش کرمژ۔ تمہِ چھ "بھگتی وژن"[1] تہِ لیکھمٕتۍ

کیوٚلی کوٚت نیرکھ پہنایی !
ترامِہ شرِی مرِی تہِ گبہہ بار
یم کس بار لدکھ یا پانی

بار خدایا، پاپ نِوار

کھٹِتھ پردی ژبتھ زچرے
کھٹِتھ وِزے سدرس تار
زیٖہ نتہ بییہ کس وُنتھ گژے

بار خدایا، پاپ نِوار ...

زو تہِ اوژمے پوٚن تہِ اوژمے
ژبتھ تہِ اوژمے، اوژمے سار
یمن یدن میہ وہزار گوژمے

بار خدایا، پاپ نِوار ...

زو نیرہ برونٹھ تہِ نوٚب نیرہ پتہ
گژھن دوٚن زِ وَتہِ شنی کار
یہ دکھ برونٹھ تِی پتہ

بار خدایا، پاپ نِوار ...

مگر گوڈہ کالس منز چھنہ "وژن" کانہہ خاص ادبی قد تہِ فنی درجہ پراوان[2] نُندہ رٮ۪شی نین واکھن چھ شرۄکی یا "شرۄکھ" تہِ ونان۔ "شرۄک" یا "شرۄکھ" چھ مُتلہ "شلوک" لفظچ بگڑمژ شکل۔ واکھس تہِ شرۄکس منز چھنہ کانہہ فرق موجود۔ نُندہ رٮ۪شی نین..

---

[1] وَژنِچ مثالہ چھ وَژن کالکِس دوٚیِمِس بابس منز درج۔

[2] نُندہ رِیوٚش چھ قرآن شریف کین حکمن بڑہ چادہ سان پننین شرۄکین منز نظم کران

شرٕ ڈکھن، پُورہ پاٹھو سام ہیٚنہٕ یِنہٕ چھےٚ نِشان :-

(۱) تمو چھہ وارِیاہ تیتھو "واکھ" یا "شرٕڈکھو" لیکھمتۍ ییٚم زن ژورٕ ڈکھو تہٕ زیادہ مصرہ تھاوان چھہ۔ باسان چھہ نُندہ ریشن وقتس تام اوس "واکھ" شاعری وارِیاہ پوٚچھر حاصل کوٚرمُت۔ پتہٕ مُندس تیداوس منز اُس وارِیاہ تبدیلی آمٕژ۔

(۲) نُندہ ریوٚش چھہ قرآنِ شریف کین حکمن بڈہ چاوہ سان پننین شرٕ ڈکھن منز نظم کران۔

واکھ چھہ گوڈٕ کالہ پتہٕ "وژن کالس" تہٕ "دُو تراٮ۪ل کالس" منز تہٕ لیکھنہٕ آمتۍ۔ خاص کر چھہ ییٚم روٗپ دیٚدہ لیکھو متو سہ

(۱)

یُسے سُے مُدو زِش گییہ[۱] کنزٕ دٕرے

کنز ہیٚے کھنڈ ہیٚے ییٚنہٕ دِیہہ

شرہ پھٚلِ[۲] نزا پھل بوٚرے

مُو ریتھ شیرنے دیدس نِیہے

یا (ب) دھیانس میٚہ زہ تہٕ بلنے "بہٕ" "تہٕ"

اُتھی گیانسی تریٚ میٚہ نمسکار

پلنے پان برہ زاز تہٕ پانسے وبژے

نتہٕ ان ذاتس وبژی نزا انتھ کونہہ

یا (ج) یُسے سُہ شہے[۳] سُے پانہٕ آسان

اَتھہ وارسا شیو تہٕ شیناکس

یُس دیہہ گلے تہٕ تیہٕ نوارسے

سُے شریر تھاوے پانس برو نہہ (روٗپ دید)

مگر فنی اعتبارہ چھہ واکھ شاعری ہُند کال گوڈہ کالہٕ سیٚتھ ختم سپدان :

---

[۱] ماچھ [۲] گبو [۳] تمہ خاص زہ چیز ییٚم زن ہوٚنس منز ہُمنہٕ یوان چھہ۔
[۴] ژوٚٹ (چرڑھاوا) [۵] امہ لفظ بدلہ چھہ "سہلے" تہٕ لیکھنہٕ آمُت ییٚمیک مطلب "ندد" چھہ

## ترییُم حِصہ

# وٚژن کال

(منز کال یا لولہ بأتن ہُند دَور)

(۱۵۵۵ء پیٹھُ ۱۷۵ء تام)

# اَکیُم باب

## گوڈہ لفظ

یوٚدوَے ژَکہ پادشاہن (۱۵۵۵ء — ۱۵۶۸ء) ہنٛزِ راژہ سۍ تہٕ سرپرستی منٛز کاشرِ زبٲنۍ سرکٲری درجہ پٔراو نہٕ، حقیقت چھےٚ یہ زِ یمن بادشاہن ہنٛد وَکھ سپُد کاشرِ شاعری منٛز نوِ تبدیلی پادہ کرنہٕ خاطرہ اکھ رُت وَکھ ثابت۔ کاشرِ شاعری منٛز لوٗگ نوٚو سوز تہٕ ساز گرنہٕ تُلنہٕ۔ اِنسٲنی لول (مجازی عشق) لوٗگ کاشرین شارن منٛز جاے ژھارنہٕ تہٕ نوین بامتن ہُنٛد رۄح بننہٕ۔ کاشر ادب ــــــ یُس اَوتام یوگین، رٛیشن تہٕ پرچار کرن والین ہنٛزِ موچہ منٛز اوس، سُہ لوٗگ امہِ منٛزہ نیرنہٕ تہٕ اَتھ اندر لٔج نوٚو ریہہ تہٕ تیٚہہ شولہ مارنہٕ۔ یہ چھےٚ پوٚز زِ یتھ پوٗرہ منٛز کالس منٛز تہٕ چھنہٕ تصوف کتھ بلکل نیٚہان۔ صوفی تہٕ بھگتی شاعر چھہ یمنٛز ساتھ برابر بوزہ ناوان۔ مگر یم ساتھ چھہ تمہِ ادبی تہٕ فنی تھزرہ نشہ خٲلی یُس زَن گوڈہ کال کین (۱۲۰۰ء — ۱۵۵۵ء) تہٕ دویِم کال کین (۱۷۷۵ء — ۱۹۲۵ء) کین شاعرن ہُنٛد نہٕ لہنہٕ چھےٚ۔ وژن کال کین نوٚو دٲیی نغمہٕ (تصوف) بوزہ ناوَن والین شاعرن ہنٛدین شارن منٛز چھہ زِتنہٕ تہٕ چمک۔ مگر سوے یہ سہ نقلی لال تہٕ جواہر ہاوان چھہ۔

مُغلو (۱۵۸۶ء — ۱۷۵۳ء) ہنٛدِس دورس وقتس تہٕ پٹھانن ہنٛدِس گوڈہ کالس منٛز (یُس زَن ۱۷۵۳ء پیٹھہ ۱۷۷۵ء تام ہیوٚ روزان چھُہ) چھینہٕ تمن تراین تہٕ نہجن منٛز کانہہ تبدیلی یوان، یمہِ زن ژکن ہنٛدِس وقتس منٛز شاہ لوٚلمُت اوس۔ وژن کالک لولہ گیوٚن چھُہ حبہ خوتونہٕ (۱۵۵۳ء — ۱۶۰۵ء) ہنٛدِ بایہ بھوٚر بو وژنو پیٹھہ شروع سپدان تہٕ اَرِنہٕ مالہ (۱۷۳۸ء — ۱۷۷۸ء) ہنٛدین چادہ بھوٚرین وژنن پیٹھہ اندہ واتان۔ حبہ خوتونہٕ تہٕ اَرِنہٕ مال چھہ

کأشرِ ادبکۍ تم ترٚہ میلہ کوڈ، یِم زن گوڈہ کالس (۱۲۰۰ء — ۱۵۰۰ء) تہٕ دوٚترأیِ کالس (۱۷۷۵ء — ۱۹۲۵ء) بانہٕ وأنۍ ڈلاوان چھِ۔ کأشرِ ادبک یہِ منزیم پوشہِ نوٚر (۱۵۵۵ء — ۱۷۷۵ء) چھُ سہ نندہ بون تہٕ ماری موند نوٚر، یتھ اکھ پنُن رنگ تہٕ اکھ پننۍ مُشک چھِ۔ یہِ چھُ سہ پوشہِ چمن، یتھ اکھ پننۍ شوٗب تہٕ اکھ پننۍ ادا چھِ، یُس زن گوڈہ کالہٕ (۱۲۰۰ء — ۱۵۵۵ء) نِشہٕ رٕوان(?) تہٕ دوٚترأیِل کالہٕ نِشہٕ بلکل جُدا چھُ۔

ژَک بادشاہ آسۍ بہودُر آسنس سیتۍ سیتۍ سیٹھاہ عیاش۔ ہرأزہ کینژ آسۍ سیٹھاہ حُسن پرست۔ گیونُک تہٕ نژُک دارِیاہ شوقین۔ چنگہ رباب، سازِ سنتور، گیوٚن تہٕ شوٗراب اوس تِہُنزِ زندگی ہُند نہ ژھینہٕ وُن حِصہ بنیومُت۔ یوٚدوَے یِہُنزِ بادشأہی منز کشیرِ ہنز حالت جان تہٕ بہتر تہٕ پرزنہٕ یہِ آس نہٕ تیژ خراب تہٕ یِیژ یہِ پٹھانن ہُندِس زمانس یا تتھ وقتس منز آس یُس زن حُسین شاہ شاہ میری (۱۴۷۵ء — ۱۴۸۷ء) نِہ تخت تراونہٕ پتہٕ غازی ژکن نِس تخت پرادنس تام رُوٗز۔ ژکن ہُنزہ امہِ حُسن پرستی تہٕ عیأشی دیُت تتھ سٲرسی ماحولس برُژر تہٕ پوچھر(?) یُس حسین شاہ شاہ میری نِہ زمانہٕ پیٹھے بارسس اوس۔ حافظن ہُند بازر تہٕ سازندرن ہُند ساز لوگ زیادہ زیادہ شولنہٕ۔ عیأشی تہٕ مستی ہُند اکھ بدرلے زمانہٕ آو بارسس، یُس زن کأشُر ادب تہٕ دوٚرکنس اوٚن۔ کأشرِ شأعری منز وۄتلیو نوٚو جوش تہٕ یاوُن۔ سہ وژُن یُس "گوڈہ کالس" منز زیٹھ تہٕ پہے بے زوٗ تہٕ نیتھ سوتھ ہیوٗ اوس۔ تمُر رٹ نوٚ تیہ۔ انسأنی لولن (مجأزی عِشقن) بھوٚر تِمہِ کِس بنے نوٗ بانس منز اکھ روزہ وُن تہٕ پوشہِ وُن رُدح۔ سہ سپُد میچھر وک تہٕ سوزُک بجود ہیتھ اِستادہ۔ تتھ اندر دوتلیو گوڈہ نچہ لٹہٕ فن تہٕ سہ لوگ تمہِ ادبی تحزر سر کرنہٕ، یمہٕ نِشہ سہ "گوڈہ کالس" منز بلکل ژھوٚر تہٕ خٲلی اوس۔

ژکن ہُندِس زمانس منز رُوٗز تبلیغچ کأم جأری۔ بٹہٕ رُودۍ اِسلام کرِ گارٕ سیتۍ برابر فائدہ تُلان تہٕ مُسلمان سپدان۔ وونۍ گوو یِم بٹہٕ یتھ وقتس منز مُسلمان بنے یہِ تمہِ بنے یہِ شیٖعی (شیعہ) زیادہ تہٕ سُنی کم۔ تہٕ کیازِ ژک آسۍ پانہٕ شیٖعی فریقس سیتۍ واٹھ تھاوان۔ یہے وجہ چھُ زِ ژکن ہُندِس وقتس منز پیہِ کینہہ سیٲسی تہٕ سماجی تبدیلی(?) بارسس آیہِ، تِہُند واٹھ رُود شیٖعی باین ہُنزِ پایہِ جأیی سیتۍ ہنا زیادے یِہن۔ امہِ ترقی تہٕ پایہِ جأیی ہُند اکھ مولوٗن اثر پیو کأشرِ شأعری پیٹھہ تہٕ۔ نوی بأتھ آیہِ لیکھنہٕ، یِمن اندر مذہبی لول تہٕ دینی اُنس آو ورتاونہٕ۔

حضرت امام حسین علیہ السلام سندی حالات تہ کربلاہکی دِلس کھنجہ کرونی واقعات آیہ کاشرین شاران منز گنڈنہ۔ یتھہ پاٹھی ہے وچھو، مرثی[1] لیکھنچ رِوایتھ چھ کاشرہ شاعری وارِیاہ پرانی۔ نندہ رشیس پیٹھہ یوسہ مرثی شامہ بی لیچھمژ چھ، سہ چھ امہِ قسمچ رژ مثال۔ اما پوز یتھ وقتس منز سیدامہِ قسمچہ شاعری منز واریاہ ہُر بر۔ حضرت امام حسین علیہ السلام سُند تقوٰی تہ عظیم کردار بنیو گوڈنچہ لٹہ کاشرین گوینہ ماتن ہُند موضوع۔ کربلاہکی دِلس کھنجہ کرونی واقعات آیہ کاشرین شاران منز بیرنہ۔

وژن کاہکی یِم کینہہ بے ناو مرثی رژھ راونہ آمتہ چھ، تِم چھ جان پاٹھی ہاوان زِ ہ سانیو کاشریو گوینہ ماتو اوس شار ونہنس تہ شار گرنس منز واریاہ کمال حاصل کورمُت سہ

کربلاہکی حسرت پھری پھری چھ زُو نیران
ڈیکی تکس گو سون ہیوکس پھو یتھ آسمان
ترا دِکھ صاحب سامان ماری تھے
اسہِ ژئج نہ لار زانہہ تے
سانہِ ہاژہ خانہ خدائی تہ زانہ آو

یا

اَسہ گیمتی گزر کرتھ سعدن زہرہ بڈ کان
شمرن خنجرن تہ نیزن کور طوفان
خنجر گو ٹیوک کرتھے
امام حسین ع نہ رتے
خول نیزن لدتھ دژنس گراو

لفظن ہُندِس ورتاونس منز چھ زمانہ موجوب واریاہ نوبر۔ گو نمات چھ پننہ دوکھ، دود تہ زیرتہ بڈہ نفیس اندازس منز باوان۔

---

[1] مرثیہ (ELEGY) تِم غم بھوری باتھ، ییمن منز کانسہِ ہُندِس موتس یا تباہ گژھنس پیٹھہ ماتم ییہ کرنہ۔

# کاٗرِ گری تہٕ چمپت کاری!

شار چھُ دۄن قسمن کیو گہنو سۭتۍ شوٗبہٕ راوان یِوان۔ اکھ گوٚ سہٕ گہنہٕ، یُس شارہ خاطرہ لازِم چھُ۔ یِمہ روٚس شارُک زِنہ لبُن ناممکن چھُ۔ سہٕ زَن گو شوٗبہٕ دار تہٕ بروقت لفظن ہُند ورتاو۔ رٚژہ تہٕ نفیس زبٲنی ہُند استعمال تہٕ گرامرچ خبر اَتر۔ بیاکھ گوٚ سہٕ گہنہٕ، یُس شارہ خاطرہ ضروری تہٕ چھُنہٕ۔ وۄنی گو اگر جان پاٹھی بارنہٕ تہٕ سجاونہٕ یِیہِ، شارُک حُسن چھُ بڑان شار پَرَن تہٕ بوزَن چھُ زیادہ خوش کران۔ کاٗرِ گری تہٕ چمپت کاری (کاوہ شِلپ) چھِ اَتھی مقامس پیٹھ لگنہٕ یِوان۔

کأشرِ شاعری منز چھِ کاٗرِ گری ہُنز ترٲے مرثی لیکھن والین گونہٕ ماتن ہُندی دُسی تیزان۔ کأشرِین مرثی ین منز یِم نو قطہ روٚس، نو قطہ دار یا دۄیم کینہہ کاٗرِ گری ہُندی نمونہٕ میلان چھِ، تِم چھِ گوڈنچہِ لڑٲیہِ وقتس منز شاہ لبان۔ موغلن ہُندِس زمانس منز چھِ پرٕژھ نیٚج زیادے ژُو لبان۔ تہٕ کیازِ ژکَن ہُنزِ عیاشی تہٕ حُسن پرستی یُس وَلہٕ گتُن زمانس دِیت تمہِ سۭتۍ پیٚز تصوفچ نیٚج دار یاہ پیٚتھ۔ تتھ اندر رُودنہٕ سُہ زور تہٕ اثر، یُس زَن اتھ "گوڈہ کالس" منز اوس۔ مغل بادشاہی منز رُودنہٕ کأشرِین سہ نفرٕژنی ژھرٕ ژھرٹ، یُس تمن ژکَن یا پٹھانن ہُندِس وقتس منز رُوز۔ سہٕ پریشٲنی تہٕ مُصیبتن ہُند جذبہٕ، یُس کأشرِین شاعرن ہُندِ نٲطرہ تصوفُک ڈوٹھ تہٕ عزیز زبہٕ وُشہ ناوان رُود، سہٕ گو پیٚتھ۔ تتھ اندر رُودنہٕ سُہ وُشنیر تہٕ تژر۔ سبھاہ کم کأشرِ شاعر رُودی دُنیاہ تراونہٕ کُس عالمس منز گُم۔ یِم اُسی تہندِین دِلن اندر رُودنہٕ سُہ جوش تہٕ اثر، یُس "دوٗ ترایل" تہٕ "گوڈہ کالس" منز سانین شاعرن منز اوس۔ امہ کِنہٕ تہٕ چھِ یِمہِ کالُک بھگتی شاعری گیرتہٕ راوی متھی لبنہٕ یِوان۔ یِمن گونہٕ ماتن برخلاف یِم شاعر تصوفِ نِشہ دُور لولہٕ ہُرِن زیرِ دی دی دِلکہٕ چھو کھ کڈان رُودی، تِم ہیٚکی واریاہ قدم ضرور برونہہ تکیتھ، مگر تِم ہیٚکی نہٕ جبہ خوتو نہٕ ہُندِس تھزرس سۭتۍ مان کٔرِتھ۔ یانی بانے گو کأشرِ شاعری منز چھُنہٕ رُک تہٕ ژھرہ رُک اکھ خاص دور شروع۔ یِتھہ زَن کاٗرِ گری تہٕ چمپت کاری ہُنزہ نیٚجہ زیادے پوچھر دیُت۔ تہٕ کیازِ یِیلہِ شاعری پیغمبری یا دِلبری چھِ نہٕ رُوزان۔ یہٕ چھِ کاٗرِ گری تہٕ تگن گری بنان۔ شار چھُ نقلی گہنہٕ سۭتۍ سجاونہٕ یِوان۔ گونہٕ مات چھِ نقلی

چھُنہٕ جرٕی جرٕی پنہٕ نین باتن منز نوٗبر تہٕ تازگی پاٗدہ کران۔ صاحب کولنز "کلپہٕ فرکھش" رژنا (تخلیق) چھہ امہٕ قسمچ بٔتھرٕ مثال۔ اتھ رژنایہٕ منز چھہ کاشرہ علاوہ بییہٕ شین زبانن ہندی لفظ تِتھ پاٹھۍ ورتاونہٕ آمتۍ زہ وکھرہ وکھرہ کوٗنجہٕ تہٕ طریقو پٔنہٕ مِیتھ چھہ یم مختلف زبانن ہندی شاربنان تہٕ اکھ نٔنِدہ بون معنےٰ باوان۔

کاٗرٕگری تہٕ چیت کاٗرٕ ہندی طریقہٕ چھہ وارِیاہ۔ باسان چھہ کاشرٕ شاعر آسہٕ من تِمہٕ وارِیاہ کاٗرٕگری ورتاوان۔ یمہٕ زن سنسکرتس تہٕ فارسی لیس منز بارسس آسہٕ۔ مگر بدقسمتی چھہ یہٕ زہٕ یہٕ کاٗرٕگری ہنز نیچ تہٕ چھنہٕ زیادہ کالس پوشان۔ کاشرٕ گمہٕ دٕمات چھہ نہٕ اتھ پیٹھ تہٕ ڈاڈ کران۔ یوٗدوے یہے عمل زبر پاٹھۍ جاری روزِے، پنہٕنِس طریقس اندر یہِ ے اپاری تہٕ وارِیاہ کینہہ۔ زبانٕی ہندی بیرہ بٔتھہٕ شیرنس اندر لگے وارِیاہ مدد تہٕ شاعری ہندِ ین تمن گوٗنن تہٕ گھنن ہندی میزان سیدہ ہن مقرر، یمن زن "صنائع بدائع" یا "کاوہ شِلپ" ونان چھہ۔ وجہ چھہٕ یہٕ زہٕ کاشرٕ سیاست روٗز نہٕ پانہٕ تہٕ ڈنجہ۔ یہٕ روٗز برابر وٕلر گتنیہٕ دِوان۔ اوٚدگم زیب نِہٕ عہدہ تہٕ دِیت حالاتو بییہٕ لرہٕ پھرن۔ افراتفری ہندی دوہ گیہٕ بییہٕ شروع۔ کاشرٕ شاعری گیہٕ زیادے پتھ۔ کاشرٕ آسی وُنہٕ اتھ گٹہٕ کارس منز اچھے مژدان زہٕ پٹھانن ہنزہ دٕ چھم داری وٕڈل سارسی نال۔

## دوہ پٕہ حکمران تہٕ کاشرٕ زبان !

مُسلمان بادشاہن ہندِس تخت پٕراونس سیتی سیتی لوٗگ فارسی لیس چلے جاوٕ۔ دوہ کھوتہٕ دوہ گو اَتھ آسے ہران تہٕ بوش کھسان۔ شاہمیری خاندانہٕ کین بادشاہن ہندی دُسہٕ بنے یہٕ یہٕ درباری زبان تہٕ یہٕ گیہٕ دوہ کھوتہٕ دوہہ کاشرن مزاجس وولرسنس انان۔ دپان فارسی زبان اٗس قطب شاہٕ نِسی زمانس (۱۳۷۳—۱۳۸۹ء) منز اکھ تِرشِدام بٔتھرٕ زبان بٔنے مٕژ، یژھ زن کاشرن پننہٕ کاشرٕ زبان اٗس۔ سُلطان سکندر بت شکن (۱۳۸۹—۱۴۱۳ء) تہٕ سُلطان زین العابدین بڈشاہ (۱۴۲۰—۱۴۷۰ء) نِس وقتس اندر میوٗل اتھ سیٹھے یِزتھ تہٕ درجہٕ لیس اتھ ایرانس منز اٗسن۔ یتھہ پاٹھۍ بروٚنٹھی ونہٕ آو، وکھرہ وکھرہ عِلمن تہٕ اَدبن ہنزہ بجہ بجہ تہٕ رٕژہ رٕژہ کتابہٕ آیہٕ فارسی لیس منز تارنہٕ۔ ژکن (۱۵۵۵—۱۵۸۶ء)

هٕندِس وقتس منٛز رُوٗز یہِ کام برابر جأری۔ داریاہ زٕرٕک راز اُسی یانہٕ تہٕ جان تہٕ مولہٕ دٕنۍ شار
فارسی یس منٛز وَنان۔ مُغل راج (١٥٨٦ء ـــ ١٧٥٣ء) پیٹھٕ گو دوٚہہ (غار کأشرۍ حکمرانن)
هٕند سِلسلہ جأری۔ فارسی زَبأنۍ تہٕ ادبس کھوٚت زِیادٕے بوٚش۔ کأشرِ گو فارسی زَبأنۍ هٕندِس
شُدرس منٛز موٚختہ ژھارُن۔ پٹھانن هٕندِس "گو ڈہ کالس" (١٧٥٣ء ـــ ١٧٧٥ء تام ہیوٗ)
بَد تہٕ بےٚ شوٗب وقتس منٛز گیہ یہِ کام زِیادٕے سگ پراوٕتھ۔ ہرگاہ کُنہِ قسمٕچ ادبی کام سپنٛز
سو رُوٗز فارسی یس تانی یُن داماناہ وأہر تھ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ دَقہِ وقتہ گیہِ کشیرِ منٛز ہَتہ بُڑۍ
فارسی شأعر تہٕ لِکھأرۍ پأدٕ، یِمَن منٛز زِ ملّا احمد، ملّا نادری، ملّا حسین غزنوی، ملّا ندیمی،
ملّا فصیحی، مُلا جمیل، ملّا علی شیرازی، شیخ یعقوب صرفی، شیخ داؤد خاکی، مرزا اکمل الدین بدخشی
خواجہ حبیب اللہ نوشہری، ملّا بہاؤ الدین متو بہا، ملّا حمید اللہ شاہ آبادی، فانی، منکھری،
سالم، اوجھ، فروغی، نجمی، غنی، توفیق نامی، لچھمن در سرور، نرائن داس ضمیر، چندربھان
برہمن، بھوانی داس کاچرو، عبدالوہاب شایق بیترِ کینٛہہ خاص چھہ۔

دوہہ یہِ بادشاہن هٕندی یُڑۍ سپدی کأشرِ زَبأنۍ تہٕ ادبہ خأطرٕ داریاہ بےٚ شوٗب تہٕ
مُضر ثابت۔ کأشرِ ادب گو یتھ تہٕ کأنہہ اُکھ بادشاہن دِژ نہٕ یہِ زبان پھولنہٕ راوِنس کُن
کانہہ تن۔ تمہِ مُغل شہنشاہ، یِہندِس وقتس منٛز دُرِس هندوستان تھوٚد ووٚتھ، یِیلہِ آرٹ
تہٕ کلچرس اکھ نوٚو زُو ژاو، یِیلہِ کشیرِ اندر تہٕ داریاہ کینٛہہ سپُد، تہنٛد وکھ تہٕ سپُد نہٕ
کأشرِ زَبأنۍ تہٕ ادبہ خأطرٕ رُت تہٕ جان ثابت۔ ہرگاہ یِمو بادشاہو کأشرِس کُن تہٕ توجہی تن
دِژمٕژ آسہے، یِژھ تِمو اُردو، هندی یس کُن دِژ، داریاہ کینٛہہ آسہے کأشرِس منٛز تہٕ سپدیوٚمُت۔
مُمکن اوس سأنۍ داریاہ باکمال فارسی شأعر آسہن شعوری تہٕ غأر شعوری طور کأشرِس
کُن پھیرِ دِتے۔ سیٹھاہ مُمکن اوس سانہِ کأشرِ شأعری آسہے مولانا طاہر غنی ہی یِن شاعرن
هٕند سوز تہٕ مُغزِل لاریوٚمُت۔[2]

---

[1] مرن سنہ ١٦٦٢ء۔ دیان یہِ اوس پرأنس دکنی طرٕیقس پیٹھ اُردو غزلہٕ تہٕ لیکھان
[2] یقینن چھہ یہِ کتھ ونٛنۍ لایق زِ حال حالے چھہ ریاستکۍ ریسرچ محکمن غنی سُند اکھ قلمی دیوان
(ایکسیشن نمبر ١١٨١) کٔرمُت حاصل، یتھ اندر زن غنی سُند کأشر کلام تہٕ چھہ درج۔ (بقیہ دوٚیمس صفحس پیٹھ)

پروفیسر محی الدین حاجنی چھِ یمِہ نِ کتھِن پیٹھ بحث کران لیکھان :

"کشیرِ آیہِ ژکن ہنز حکومت ... ... کأشرِ ن اُس اتھ زمانس منز پننِج زبان تیٚژ مأٹھ زِ مُسلمان اُسِتھ ترِ اوس وارِہِن کأشرِن عربی بدلِہ کوٚشرناد آسان۔ بیٚیہِ سیأسی لڑاین پیٹھہ کلہ پھاٹ وِتھ ترِ اوس کأشرِس ادبس کُن عامس کیا وٚہ خاصن تیٚہے شوق۔ تمیک ثبوت چھُ یوٗسف شاہ ژکہ سُند زمانہٕ، یتھ منز کأشرِ شأعری مُستقل عشقیہ رنگ رٚوٹ ترِ غنائیہِ ترٲے رُٹ۔ توٚتے چھُ سانِہ لولہِ شأعری ہُند دور ملکہ یوٗسف شاہ یعنی حبہ خوتوٗنہِ پیٹھے مانِنہ یوان۔ اتھ وقتس تام اوس کأشرِ یک رسم الخط شاردا[۱]۔ امہِ پتہ آو نستعلیق (فارسی) یُس وارِہو اصلاحو نیرِتھ اَزِچ شکل رُٹِتھ چھُ۔ اگر کأشرِن بحیثیتِ قوم

---

بقیہ فٹ نوٹ :۔ صفحہ ۲۷۰ پیٹھ چھُ اکھ نمونہ یتھ پأٹھی لیکھت ـــ

یَنہ تمیٚ بادام اُچھو چانہ ڈیٖنچھِن ۔ تَنہ تس گُلے پت نِندرِ چھے
یارہ بَندِ دادے سینہ چاک ہا ۔ ڈوٚنِم تِرے پُدی رِکھ کران چھُے
یارہ بَندِ وتے ڈیکہ کنہ ٹکہ زے ۔ ڈیکہ نِے ٹکی ترِ کرُکھ زے کیاہ
یَنہ تمیٚ ہستی بستہِ چأنی ڈیٖنٹھِن ۔ تَنہ سُے نستے رِکھ کران چھُے
یَنہ تمیٚ دانہ بَرِی بُتھ چون ڈیٖنٹھُن ۔ تَنہ تس نارہ بیٚب برِتھ چھُے
ٹوکرٹو کرِ سیتی دوٚبی کرِہ وألنجہ چھلہ ۔ چھوکس ڈُناوکس ٹلے لو ...

---

[۱] کأشُر لیکھنہ خأطرہ آیہِ از تام کیٚنہہ رسمِ خط (لِپی) آزماونہٕ ۔ یمہ سارِی کھوتہ پرانہٕ رسمِ خطک اسِہ پَے چھُ، سُہ چھُ شاردا۔

شاردا چھُ مُلہ تہ براہمی (Brahmi) گُپت ترِ کُٹل لِپی یو پیٹھ وتھ تلیومُت۔ گُپت لِپی چھ بأنی پانہ براہمی لِپی ہُنزِ اکھ ترقی یافتہ شکل مانِنہ یوان۔ اتھ رسمِ خطس اوس ژوٗرِمہ پأنژِمہ صدی عیسوی منز زبردست چلے جاوٗ۔ امہِ پتہ آیہِ کُٹل لِپی بارسس۔ یہِ لِپی چھ گُپت لِپی ہنزِ اکھ ترقی یافتہ شکل اُسمٕژ۔ یہِ لِپی اُس ۶۰۰ ء پیٹھہ ۹۰۰ ء تام ژورہ نشورہ سان لیکھنہِ خأطرہ ورتاونہ یوان۔ شاردا لِپی چھ اُٹھمِہ نوٚیمِہ صدی منز شاہ لبان۔ یہِ لِپی

(بقیہ دوٚیمس صفحس پیٹھ)

یِمہِ جذبہٕ روزٕ' سون ادب آسہِ ہے قریب ڈاے ہتھ وُری برونہہ آمُت۔ مگر
یُس سونہ ہبہ خوتُونہ تہٕ آسند بوٚپوٚت وانہو سائنس ادبس منز تجاو' تتھ گو
۱۵۸۶ ادس منز مُغل پچرانی پھر ژٕ ترم۔ کأشرین راد نہٕ حکومتھی یأژ بلکہ مُغلو کوٚر
تہنزہ دبأنی تہٕ ادبس سیتۍ ئے سلوٗک' یُس اکھ وِدہ پہٕ فاتح پنہ نین رعیتن سیتۍ
کران چھُ ......... امہِ زمانُک خواجہ حبیب اللہ نوشہری' مرزا اکمل الدین بدخشی
تہٕ رفیہٕ بھوأنی ہند کم جادہ کلام اگر کُو کو نیٚوہِ پیٚھٹی رژھہ رود تہٕ تتھ چھُ بوٚڈ
ہیُو وجہ یہٕ زِ یمن اُسی لوکہ شاعر وکھوٕ تہٕ جادہِ خُدایہ سندی تأکھی مانان تہٕ
تبرکہ باپت تہند کم جادہ کلام یاد تھاوان۔ باقی اکثر شاعرن ہند کلام گو پیرہ۔
اگرکانہہ مُیکنگ بأتھاہ بالن بٕٹھین لوٚگ' تمیک وَنن ووٚلے آو نہٕ اتھہِ ——
لیکھنس منز آیہِ صِرف صاحب کول نہٕ زِ کتابہٕ —— کرشنہ اوتار تہٕ جنم چرتہٕ
یہند کوٚشر اندازِ بیان وُچھت چھُ معلوم سپدان زِ لیکھن وول چھُ شاید
فارسیہ کرِ خارہ خارہ لَل دیٚدہِ ہنزہ متہٕ برونہیمُ کوٚشر لیکھان۔ نہ کرِ شہ کأشر'
لُکُس عامس وَر پہہ۔"

یہٕ اُسِتھ تہٕ پنزہ نہٕ سوٗرُے راہ مُغل بادشاہن کھارُن۔ کأشر ادب پتھ کرنس منز
سپدی بیٚیہٕ تہٕ کینہہ وجوہات کارگر۔ مثلن کینہہ چھیہ پتھ یأکھو:۔

---

بقیہ قدم نوٹ: اُس سنسکرت لیکھنہٕ خاطرہ استعمال سپدان۔ کأشُر تہٕ آوأتھی رسم خطس منز لیکھنہٕ
باسلان چھُ أڈھمہِ نوٚو ہِ صدی برونہہ آسہِ کنہ کتُل' گپت' برہمی یا یہنزے بیٚیہِ کانہہ صورت کشیرہ
منز تہٕ استعمال سپدان۔ شاردہک سارد ی لکھو تہٕ پروٚن لیکھتہٕ (یُس ازتام رژھہ راونہٕ آمُت چھُ)
چھُ لوہورکس عجایب گھرس منز موجود۔ یہِ چھُ ۹۸۰ ریپٹھہ ۱۰۰۴ اکس وقتس سیتۍ واٹھ تھاوان
یہِ گوٚوے لیکھتہٕ تہٕ پیٚچ ذکرِ بہٕلرن کرُمُت چھُ۔

لہ صاحب کولس سیتۍ چھُ عام یأکھو امہِ کتابہٕ ہُند ناو پھرنہٕ لیوان۔ مگر یہِ کتاب چھپنہٕ کنہٕ اتھہِ لگان۔
حاجنی صاب کتھہ یأکھو چھُ امہِ چہ زبأنی پٹھ تنقید کران تہٕ چھُنہٕ فکری تران۔ پوٚرہ شیٚچھ خبرہ خاطرہ
وُچھو صاحب کول حال یُس "منز کأکی دیٚویم کینہہ گوزارات" بابس منز درج چھُ۔

(۱) کأشرِ مزازچ بڈ خوبی چھِ حالاتن سیتی اتھ واس کرُن۔ نوو ماحول ڈلی ڈلی ژاپن تہ
تتھ منز پننہٕ پان بأر تھپہٕ ہندی پأٹھی ویپراوُن۔ کأشر یوت گژھِ، سہٕ چھِ تتہٕ
کِس ماحولس سیتی جذب گژھنچ پوٗرہ پوٗرہ کوشش کران۔ اتھ برعکس نی تون
اکھ پنجأبی۔ سہٕ چھُ وویہٕ ماحولس منز تہٕ پنجأبی ماحول پأدہ کرنچ کوشش کران۔ یہٕ
چھُ اکھ بوڈ وجہ یمہٕ کِنہ کأشر پننہٕ واریاہ کینہہ مُشرِتھ دوٚیمین چیزن زیادہ کھوتہ
زیادہ اتھ دارنچ کوشش کرِ۔

(۲) فارسی ادبکی میچھرن تہ گاٹہ جارن تہ کرُ کأشرین شاعرن تہ لکن پانس کُن زیادہ
کھوتہ زیادہ کوشش۔

(۳) دربار تہ دربار دأری ہندی ارمانن تہ تمہٕ لوٗو کأشرین ہند دِل۔ تم گیہٕ کأشر مُشرِتھ
فارسی زبأنی ہندِس دُنیاہس منز گم۔

۱۷۵۳ء منز لوٚب پٹھانو تہ افغانو راج۔ یم روٗدی ۱۸۱۹ء تام کشیرِ پیٹھ راج
کران۔ یہ وکھ چھُ کشیرِ ہندِ تواریخک اکھ کرُوٗٹھ تہ ڈٹھر وکھ اوسمُت۔ دراگن تہ
دروجرن کڑ ژوواپأری ژھٹ۔ عام تہ خام گو ذلیل۔ پان چھپاونس سوٚنب روزنہ
جلے۔ کارہ بار گو ختم۔ میوہ تہ فصل گو کامنہ۔ موٗموٗلی موٗلی فلطین پیٹھ آیہ کلہٕ نوہ ناونہٕ
تہ تتھ سیخ لاگنہٕ۔ برنیر چھُ امہِ تبأہی ہند حال یتھ پأٹھی باوان :-

"لکھ آسی محتأجی تہ غریبی سیتی تتھ پأٹھی لارے متۍ۔ ہندی دِل تہ گھرہ آسی
وُجارہ گمتۍ۔ لکن اوس ژھرِس پتھرِس پیٹھ شونگن پیوان۔ پیٹھ اوسکھ نہٕ
ژھرہ آکاشہِ روٚس کانہہ وُرن آسان۔"

پژھ تبأہی چھِ نرم گرم طریقس منز یتھ پوٗرہ عہدس منز روزان۔ دونی گو یہ ژوٗبوٗت
وکھ چھُ پننہ ہیوکینژو گو تو کنہ دوٚن حِصن منز تقسیم سپدان۔ اکھ گو سہٕ وکھ یُس ۱۷۵۳ء
پیٹھ ۱۷۷۵ء تام ہیوٚ (یعنی قریب قریب حاجی کریم داد خان نِس وقتس تام) چھُ
روزان۔ بیاکھ گو سہٕ یُس ۱۷۷۵ء پیٹھ ہیوٚ شروع سپدِتھ ۱۸۱۹ء منز چھُ اَند واتان۔
گوڈنکس حِصس منز ہرگاہ کُنہ قسمچ علمی تہ ادبی کأم سپز سو رُوز صرف فارسی زبأنی تانی
پننہٕ دامانہ وأہرِتھ۔ کأشر قوم چھِ گیرِس منز ہینہ یوان۔ کأشر ادب چھُ پتھ سپدان۔

نۆو چھُ نہٕ آسنس برابر تھنہٕ پیوان۔ اکھتٕے یِہ پرون کینژھاہ چھُ موجوٗد آسان، سُہ چھُ تباہ تہٕ برباد سپدان۔ پوٚز چھُ امہِ پتہٕ تہٕ چھینہٕ حالات جان تہٕ بہتر سپدان۔ اما پوٚز کتھ چھےٚ یہِ زِ کأشرِ ادب چھُ نوٚیہِ سرحدٕ سر کران۔ کأشرِ شاعری منٛز چھِ نوٚیہِ میزان تہٕ نوٚو ہنجہ بارسس یوان۔ محمود گامی، شاہ غفور[1]، پرکاش بٹ، سوچھ کرال، ولی اللہ متو، کاظم گنائی[2]، کرم بلند۔ بیترِ گوٚنہ ماتن ہنٛز اکھ زیٛٹھ کھینٛجِ چھےٚ پادٕ سپدان تہٕ کأشرِ شاعری تمہِ ژھرہٕ رٕ منٛز کڈان، یتھ اندر سۆ ۱۷۵۲ء پیٹھ ۱۷۷۵ء کس وقتس منٛز ہینٛہ آمژ آس۔ ۱۷۵۲ء پیٹھ ۱۷۷۵ء تام گۆو وکھ چھُ مُلہ تلہ سٕنی شوٗب حالاتن سیٛتھ ییٚل تہٕ سمت کرنک وکھ اوسمت۔ یمی وقتہ کین دوہکھن تہٕ دادن، زٕلن تہٕ زخمن تہٕ مُصیبتن تہٕ عذابن ہنٛدۍ داغ رٕچھ کأشرین گوٚنہ ماتن نوٚیہِ مرہم ژھارنس پیٹھ مجبوٗر کران۔ روحانیت تہٕ تصوف چھِ ہنجہ چھِ بارسس یوان تہٕ "دوٗ ترایل کالس" چھُ دِس دوہان۔

## حبہ اٲرِنہٕ رنگ

۱۵۵۵ء پیٹھ ۱۷۷۵ء تام چھِ ۲۲۰ ؤری گُذران۔ یِمن دۄن سادَن دوہن ہتن ؤرین یہِ کینژھاہ حاصِل سپُد تہٕ چھُ سیٹھاہ کم۔ اتھ ژھرہِ رس تہٕ چھوٗنہٕ رس منٛز یہِ کینژھاہ تھکنکُ لایق چھُ تہٕ چھُ "حبہ اٲرِنہٕ رنگ۔" یہِ گوٚ سُہ رنگ، یُس زن حبہ خوتوٗنہ تہٕ اٲرِنہ مالہِ ہنٛدین بأتن ہنٛدۍ گوٚن بھاوان چھُ۔ یہِ رنگ چھُ "وژن کال" چہ شاعری ہنٛد حاصل۔ امہِ علاوہ یمن مختلف رنگن ہنٛز پہےٚ ژھانٛپ ہشن چھےٚ گژھان۔ تم چھِ یتھ رنگس برونٛہہ کنہٕ سرخم کران۔ تہٕ تمن ہنٛد فنی تہٕ ادبی پایہ چھُنہٕ آسنس برابر۔

حبہ اٲرِنہٕ رنگ چھُ اکھ پنُن مزازہ تھاوان۔ یہِ چھُ سیٹھاہ میوٚٹھ تہٕ رسیٛل، خوش یوٗن تہٕ حسین۔ دوشہِ وَے حبہ خوتوٗن تہٕ اٲرِنہ مال آسہ زنانہٕ۔ یِمہ دوشہِ وَے آسہ یارہ دادِ گامژٕ۔ یہِ یار (محبوٗب) چھُ نہٕ گوڈہ کالکین شاعرن ہنٛدۍ پأٹھۍ خودا تعالیٰ یا پیری مُرشد بلکہ اکھ فانی اِنسان، یُس سانی پأٹھۍ اوٚڈجہ مازک بنیومت چھُ۔ یُس سانی پأٹھۍ دَدان دوہلن

---

[1] زانسو علاقک روزن وول۔ یہِ چھُ شاہ غفورن ژاٹھ اوسمت۔

[2] مشہور بھانڈہ شاعر۔ یہِ چھُ وانگورک روزن وول اوسمت۔

سوچان تہٕ سمجھان چھہٕ۔ یُس سانی ہی احساس تھاوان چھہٕ۔ یتھہٕ پأٹھۍ گوڈہ ونہٕ آو موضوع لِحاظ چھہٕ یہِ اکھ بٔڈ تبدیلی، یُس ؤژن کالہٕ کین تہٕ گوڈہ کالہٕ کین شاعرن درمیان لبنہٕ یوان چھہٕ۔ حبہ خوتونہِ تہٕ اَرِنہِ مالِہ ہند دُنیاہ چھہٕ واریاہ تنگ۔ تِم چھہٕ عشقس اکھ رۄخ زانان۔ تولُک تہٕ محبتُک معنے چھہٕ تِمن نزدیک فقط سُہ یار، یمیُک تہٕند دِل ژوٗرہ نیوٗ۔ یمیُک تِم یرژھارہ دھِنہٕ نادِہ تہٕ تہٕنزہ سُمہ گاچھ۔ تہٕندِس مَنس تہٕ ذِہنس اندر چھہٕ اکھ عجیب تبدیلی یِوان۔ ژۄونہٕ ژندرس منز چھہٕ تِمن اکھ بدلے گژھ تہٕ گرائے لبنہٕ یوان۔ سوٚنبلُک سوندر یان چھہٕ تِمن رِبہٕ منز پیومُت پریشان تہٕ بدحال باسان۔ شوٗبہٕ دارِ ہی پوشس منز چھہٕ تِمن اُریزِ رنگچ بے شوٗبی تہٕ بےدُکری باسان۔ تِم چھہٕ بِنِس پانس پیٹھ ماتم کران۔ پننہِ مۄصوم امارن تہٕ ارمانن پیٹھ ماتم کران یِمن ہند خوٗن سیدُمُت چھہٕ۔ تِمن چھہٕ پننہِ پانچ تباہی تہٕ بربادی تِمہٕ اکہِ شیشہٕ مانہٕ ہنزِ ہش باسان، یُس زن تاپہٕ کرایہِ سیٹھہٕ گُگُو تہٕ چھلہِ چھلہ گژھِت وسِتھ تہٕ ہرِتھ آب سیدان چھہٕ تہٕنزہ شاعری منز چھہٕ نوٗ بالغ ( adole seat ) محبتُک زِل تہٕ زخم نایان سہ

نیٖمیف راتن بر دُھکو ترأدِ میو ! ساتھاہ یکھہٕ نا ژی

پیٖرہ چھُنہٕ کینہہ تہٕ پیٖرہ چھک یاوان ژرٕ کیہو گیُ میأنی دی

... ... ...

شرادِ نُن شیٖن زن بُہ گلان آس ! باغس پھوٚ جِس بُہ ہی

چونے بازغ تے ژی وۄہ لو چھاوان ژرٕ کیہو گیُ میأنی دی

یا

رژھِ رژھِ ریٚتہٕ کول چھُم سودانے

برہ ماگژھن ارچہ پوشس

کُنہِ ہیتہٕ بُلبُلہِ ریتہٕ اکہِ آنے

چھاو میأنی دأنے پوش !

(حبہ خوتوٗن)

دوشہِ وُنی گونہ ماتن ہندِس دِماغس پیٹھ چھہٕ عشقنی حکمرٲنی۔ کانہہ جاے چھہٕ نہٕ امرنشہ ژھر۔ مگر تہٕنز نظر چھہٕ ہر ہمیشہِ تہٕندِس پانس تانی روزان۔ یِہ چھنہٕ کُنہِ کُنہِ تہٕندِ لو فراقی اکہٕ نادو

نیبر نیران۔ شاید چھُنہ امرِ ورائی ہِمن بیٹیہ کینہہ ہلہ تہٕ پیوان۔ دوشۍ ونی شاعرن ہُندِس بدنس منز چھُ وادیاہ جوش۔ پننہٕ احساس تہ تجربہ باونہٕ خاطرہ چھےٚ تِمن زبٲنی تہٕ لفظن ہنزہ جودگری بیٚیٹھ پورہ ہبوٗر۔ تِم ہیکن سیٹھاہ تھزہ تہٕ عظیم گونہ اتھہ ینتھ مگر تِہنز جان پہچان چھےٚ کم۔ تِہنز شودبود (تخئیل) چھےٚ نہٕ تِہندیو زنانہ خیالو نیبر ڈٔرو ہیکان کٔرِتھ۔ تِہندی شار چھِ اکِس خاص زنانہٕ (نِسوٲنی) رنگس منز رنگنہ آمتۍ۔ احساس ہُند دُنیاہ چھُ وادیاہ تنگ۔ مگر یہِ اَسِتھ تہٕ یہِ کینژھاہ تِمہ محسوس کران چھےٚ، یہِ کینژھاہ تِمہ باوان چھےٚ تہٕ چھےٚ تِمہ سیٹھاہ پُراثر تہٕ خوش پوٗرِس اندازس منز پیش کران۔ خیال چھےٚ سیدۍ سادہٕ تہ مومولی اَسِتھ تہٕ پننہٕ اکہ حُسن تہ میچھر تھاوان۔ تِمہ چھےٚ عشقنہٕ داردِلتن سیٹھاہ پامال کرِہ مژہ۔ یارہٕ چھِنہٕ کل، تِمہٕ ہُندِس دوٗر روزنس پیٚیٹھ پچھتاوُن، قسم وارشکن منز گیر سپدُن۔ پنہنس یرہ گیمتس پانس پیٚیٹھ ووش تراونی، پانی پانس پیٚیٹھ ماتم کرُن تہ یارہ سُندِس کردارس پیٚیٹھ افسوس ظاہر کرُن، مُختلف چیزن ہُند یاوُن تہٕ بہار ہاوِتھ تس آلو دِیُن ـــ یِم چھِ جِمہ اُریٚ نہٕ زنگہٕ خاص گوٚن۔ یِمے چیز چھِ پرہتھ اکِس ڈٔرنس منز نوٚین نوٚین طریقن تہٕ اندازن منز وننہ آمتۍ۔ شاعرن ہُند بجر چھُ یتھ کتھہِ منز نِہ یہِ کینژھاہ تِم وناں چھےٚ، تتھہ پیٚیٹھ چھےٚ تِہندِہ شخصیتُچ چھاپ۔ تتھہ پیٚیٹھ چھےٚ تِہندِہ پانچ موہر اکےٚ رنگ تہ اکےٚ موضوع اَسِتھ تہٕ چھےٚ خوتونہٕ پننہٕ تیٚہ تہٕ اُریٚ نہٕ پننہٕ ادا۔ خوتونہٕ ہُندِن ؤژنن منز چھِ پنُن سبزر تہٕ پننہٕ مستی، اُریٚ نہٕ ہُندِن شارن منز چھےٚ بے مثال دِل سوزی (Sensuousness) تہٕ پننہٕ نزاکت۔ گٔے چھےٚ تِم سرحد تہٕ لِوان، ییٚتِین یمن دول چھُ راوان تہٕ یہِ فاصلہ کرُن چھُ مُشکل سپدان نِہ فلانی باتھ چھا خوتونہٕ ہُند، کنہ اُریٚ نہٕ ہُند۔ مثلن کینہہ شار وُچھوسـ

| | |
|---|---|
| لُجِ پھلےٚ اندٕ وٕنن | ژریٚ کنَن گوٚی نا میوٚن |
| لُجِ پھلےٚ کوہ سرن | وٚڈتھ زیرن کھسہ دو |
| پھُجی یوسمن اندٕ وٕنن | ژریٚ کنَن گوٚی نا میوٚن |

یا

| | |
|---|---|
| توہہ ماڑِ یوٚٹھن سُرسے | یِمہٕ بہٕ دوہے گاجِہ نس |
| تِکہ کتُر لوگم پھے | ہارِنی تاپن گاجِہ نس |

جوین لائیجہ نس دوہے    ییمہٕ بہٕ دوہے گاجہ نس ...

حبہٕ اَرنہٕ رنگ چھہٕ وڑن کالہٕ چہ شاعری پیٹھ چھاٲوِتھ۔ ییمہٕ کالکو دٔدیم مومولہ تہٕ غار مومولی گوہ نات تہٕ چھنہ امہٕ رنگہٕ کہٕ اثرہ نِشہٕ بچان۔ عشقہٕ حقیقی ہُندی وڑن گیوان واٲکہ تہٕ چھ گیہے لولہٕ وَڑن گیوی گیوی ییٹھہٕ رنگس پوچھہٕ بخشان ؎

کاوِنی یارِ ہتہٕ ہریو گژادو

ہا متہٕ یاوَن رایو وے

بہار آوتے سنز لوگ ناوَن
سونہٕ لانگہٕ وَتھہٕ راوے بہٕ
شوقہٕ زُول زاکے رنگہٕ ناوَن

ہا متہٕ یاوَن رایو وے

(حبیب اللہ نوشہری)

یاد

یتا یتا یارو یتو !
ہی پھولریو بیٹہٕ یتو یتو
مٲری مَندبو زار بوزتا یتو

ہیتھہٕ ڈرایس گھرہٕ تہٕ واے
دِلوہ بال دَرہ تہٕ واے
کاٲلی گژھہٕ یرہ تہٕ واے

(حبہٕ بی بی)

یاد

لولہٕ میہٕ کرُی مے پوشہٕ چمَن
گیہٕ میہٕ کلن جانی سیے
زُمہٕ زُمہٕ وندے سرہٕ بہٕ دمن
رُدم شوبی ڈاٲلی سیے
زُم ترادو دُمن آہو چھہٕ برمن
گیہٕ میہٕ کلن جانی سیے

موکھ چون ڈیشتھ ماہ چھُ گلن
مہ کھ زاجی تقس بۄ نارِ یے
موکھ موکھ چھہم ژورِہ زلن
گیہ میہ کلن چانی یے

(مرزا اکمل الدین بدخشی)

یا

رسہ ووۓ ووۓ سونڈری
مہ کھاسہِ برو مۓ ژے
وُٹھ چھی رچھ پھلو دند موختہ پھلی یے
معصوم ہو نچہ کیاہ کوسم ہرِ یے
رسہ ووۓ ووۓ سونڈری
مہ کھاسہِ برو مۓ ژے
آسمان گُژ کھۓ رنگہِ ژری یے
وسہ کھۓ پانہ کنہ لاگۓ والہِ بری یے
رسہ ووۓ ووۓ سونڈری
مہ کھاسہِ برو مۓ ژے

(حبیب اللہ نوشہری)

حبہ خوتونہِ ہند بجر چھُ یتھ کتھہِ منز زِہ سو چھِ نہ بیہ کانہہ کاشرِس شاعرس اَرِنہ مالہِ ہندِس آداوَس تانی پانس برونہہ نیرنہ دِوان۔ اَرِنہ ہُند تھزر چھُ یتھ کتھہِ منز زِہ سو چھِ خوتونہِ ہندین ہیین جذبن تہ احساسن وونتشن دِتھ نہ صرف پننہِ انفرادیت قایم تھاوان بلکہ پتہ والین دوتراین کاشرین شاعرن حبہ اَرِنہ رنگہ سیتی کانی وولسنس انان ؛

# دوٚیُم باب

## وژُن

"موسیقی اندر چھُ سُہ زور، یمہِ سیتؚ زن ہوٚکھمِتؚ کُلؚ کُٹؚ تہٕ اوتھ تہٕ مرہم لبان چھِ۔ یمہِ سیتؚ لوکُٹؚ موٚکُٹؚ کیمہٕ کرٕل ہمان چھِ۔ یمہِ سیتؚ نہٕ بوزنہٕ یوٚنؚ دیوتا جنگلن اندر نموٗدار سپدان چھِ تہٕ ینٕ گفتار بوزہ ناوان چھِ۔ سنگیت چھُ سوکھس تہٕ دوکھس منز یِیتھ انسانس خوشی تہٕ مسرت بخشان۔ ادہ سُہ عاقل آسہِ تن، یا بیقل، بڈٕ آسہِ تن یا لوکُٹ۔ کاش یہے موسیقی یکے میٚہ سیتؚ سیتؚ!"[1]

(بدشاہ)

موسیقی تہٕ شاعری چھُ اکھ قریبی واٹھ۔ یتیٚن چھنہٕ اتھ رِشتس پیٹھ بحث کرنچ کانہہ گنجایش۔ وَنُن چھُ یہِ زِ ایرآنی سازن تہٕ اَدبن دِیُت کاشرِ شاعری وارِیاہ کینہہ۔ ہرگاہ غزل، مثنوی، قطعہ بیترِ امہِ اثرکی براہِ راست نتیجہ چھِ، وژُن چھُ کاشرِ شاعری ہُنز اکھ ینزِ ذاتھ (صنف) آسِتھ تہٕ یمن ہُند وارِیاہ احسان مند۔

ایرانہٕ پیٹھ آیہِ نہٕ فارسی زبانی یوت کشیرِ بلکہ یتھی وارِیاہ رِتی تہٕ موٚلہٕ دِنی چیز، یم زن کاشرس خونس سیتؚ تِتھہٕ پاٹھی میلِتھ گیہِ، زن تہٕ یِم سانی زِندگی ہُندی اصل تہٕ پرآنی حصہٕ آسی۔ گوڈٕ ہے وُچھو، رِوہ یِہ نالن ہُند شور، یارِہ کلین ہُند گیوٗن تہٕ شینہ بالن ہُند گریز تہٕ گمبد، بمبوٗرن تہٕ دچھ یاٚنبرن ہُند گیس گیس، وَن ژرن ہُند گفتار، قودرتک اَزلیکھ

---

[1] "زینہ راج ترنگنی" از شری ور

حُسن تہٕ سوز ـــــ چھُ کاشرِ ہِندِس مِزاجس منز پتہٕ وٕنہِ موسیقی بھران رُودمُت تہٕ امیُک زیادہ زیادہ ماَل دار بناوان رُودمُت۔ مُختلف وقتن ہُندی ظُلم، دوکھ تہٕ ستم گیہ امہِ کِس مُلس تہٕ رغبتس منز زیادے ہُرِ یاٗدہ کرِتھ۔ مُسلمان شہنشاہن تہٕ سُلطانن ہُندِس وقتس منز ییٚتہِ مقامی تہٕ ہندوستانی موسیقی کاشرِن ہُند دِل رٔنزہ ناوان رُوز، تتہٕ لگی ایرانی سازہ تہٕ گرایہ مارنہِ۔ صُوفیانہ موسیقی آیہِ بارسس۔ نفیس نفیس فن کار تہٕ سازندر واتی کشیرِ۔ یِہندہ دُسی مختلف نغمن تہٕ مقامن سیٹھاہ بوش کھوٚت۔ عراق، نوا، جنجوٹی، حُسینی، راست، حجاز، عشاق بیترِ سازبٔنے یِہ مجلسن تہٕ محفلن ہُندی رُوح تہٕ پراگاش۔ بڈشاہ تہٕ عین شاہ نِس زمانس منز پُرِدو سنگیتن زیادے زوٗ تہٕ زور۔ یِم بادشاہ اٗسی یاز گبونکی، زٔژکی تہٕ رنگین محفلن ہُندی ماَل دار۔ بڈشاہ نِس دربارس منز اٗسی بےشمار موسیقی زانن واٗلی موجود۔ یِمن منز مُلا جمیل عبدالقادر خراسانی، مُلا حسن جافران، اُتھہ سوم تہٕ شری ور کینہہ ہاوِنی لایق وُستاد اٗسی۔ مُلا حسن اوس یتھ حدس تام اتھ فنس سیتی واقف، دیان داٗمن تارن ہُنز تمبوٗرہ (LUTE) چھہ گوڈنچ لٹہِ تمی تیار کرِمژ۔ گبون والین سیتی سیتی آسہ گبون واجنہِ تہٕ نژن واجنہِ تہٕ دربارس منز جان تیدادس منز موجود۔ تارا، رتن ماَل، دیپ ماَل، زیب ماَل آسہ یِمن منز کینہہ نفیس گبون تہٕ نژن واجنہِ۔ ایرانی سازس سیتی سیتی اٗس ہندوستانی سازس تہٕ منگ ــــ کشیرِ تہٕ گوالیارس اوس اکھ قریبی واٹھ یاٗدہ سپدیومُت۔ دیان دانگر سینن (گوالیارِ کی بادشاہن) آسہ دارِیاہ سازہ سنگیت چہ کتابہ تہٕ گبون واٗلی بڈشاہ نِس دربارس منز سوزِمژ۔ مورخن ہند ونُن چھُ زِ سُلطان حسین شاہ نِس دربارس منز اٗسی ۱۲۰۰ ہندوستانی موسیقی زانن واٗلی موجود۔ محمد اسلم منعمی چھہ "گوہرِ عالم" ناوِچ تاریخہ منز امہِ سِنز ذکر کران لیکھان :ــــ

"... در عیش و عشرت با تمام رسانیدہ یک ہزار و دویست نفر خفاط و خوش الحان و

قوال و قاعدہ دان و مطربان خوش الحان و قوالانِ شیریں مضراب و ہزار کنیزک

مطربۂ زہرہ مثال ... ... ہر چند کہ در سرکار در رعایت سادات و مشایخ و

طلبۂ علم و نازک خیالان و اربابِ فنون و اصحاب ..."

عیاش، حُسن پرست تہٕ رنگین مِزاج اٗسکن تہٕ مُغل شہنشاہن ہُندِس زمانس منز دوٚتھ سازِ سنگیتس زیادے دِس، یمہٕ کِنہ امہِ موسیقی کاشرِس مِزاجس پیٹھ پوٚشرہ دُن تہٕ پایدار اثر ترٛاو۔

"وَژُن" چھُ اُکھی پٲٹھ منظرس منز شاہ لبان تہٕ اِستادٕہ سپدان۔ یہِ کتھ چھےٚ پرزنٲوِنی لایق زِ ہرگاہ وَژنیچ ابتدٲیی کوشِشہ گوڈہٕ کالس (۱۲۰۰ء ـــــ ۱۵۵۵ء) منز سپدان چھےٚ، یہِ شوبہ دار کامژرہ شاعری ہُنز ذاتھ چھےٚ دٔرمیٚن دورس منز ژُکس واتان تہٕ اکھ فنی تراے پراوان۔ وَژُن چھُ گوڈٕنیچ لِٹہٕ سوزُک شرٕنی تہٕ لفظن ہُند میچھرٕ ہیتھ حبہ خوتونہ ہندِ اتھے شاہ لبان تہٕ بال بیٚٹھ لگان۔

"وژنکی" سرحد چھےٚ ہندوستٲنی "گیتس" تہٕ انگریزی "لِرکس" سیٚتی میلان۔ اتھ اندر چھُ لوکہ بأتن ہُند ہیوُ سبزر تہٕ شوزر تہٕ فارسی غزلیچ ہِش روانی تہٕ میچھر موجوُد۔ تکنیکی لحاظہ وَژنیچ بُڈ پہچان تہٕ فرق چھِہ یہِ زِ یہِ چھےٚ نہٕ فارسی شاعری ہُنزِ کُنہِ ذاتہٕ پیٹھ پورٕ وُتران۔ سنسکرت، فارسی تہٕ مقامی بحرٕ چھےٚ تتھ پأٹھی رَلہ مِلہ گیٚمژٕ زِ اکھ نوٚو پیوندٕ چھُ تیار سپدان۔ وژُن چھُ اُکھی پیوندس پیٚٹھ پننہِ تارہ کانژہِ پھولراوان۔ ایرٲنی ساز چھُ وَژنک قالب تہٕ مزاج بناونس اندر سیٹھاہ کارگر سپدان ؎

(۱)

وارِ دِپن سیٚتی وارہٕ چھُس نو
چارٕ کرو میون مالِنیو
گھرٕ بہٕ ڈرایس آبہ نٔنِس
نوٚنٹ میہٕ چھٹو مالِنیو
یا تہٕ دِتو نٔنِ نوٚٹماہ
نتہٕ ہارٕ نٔنِ چھے مالِنیو ... ...

(مقامِ عراق ـــــ حبہ خوتوٗن)

(۲)

رُمہ رُمہ لٔتی کوٚہ چھُم مارن
کرِہ ناسون پاپے ہو
ینہٕ گِنہٕ ژوٚلے سینٛدِہ وارہٕ تراوِتھ
تی کس نِش ہیٚکہ باوِتھ بو

گمرہ بال ڈرائیس سامانز پرأدِتھ
گامن پٛاران ئوسُم دوہ
یامن لاٛجونس گوم تَمبہ لاٛودِتھ
تی کس نِش ہیکہ باٛوِتھ بو
(مقام قمار — اَرِی نَز مال)

(۳)
لرِہ منز اُسس بُرقعہ کٔسِتھ
برہ پیٹھِ ڈرائیس لوگم ناو
وَنہٕ کی تَپہ رٔیشی پتہ آیہِ دٔسِتھ
دوہ دَرِہ یامت ئوسِتھ گوم
وانَس اوسُم مالا ژٔسِتھ
سورُے عالم وُچھنے ڈرام
مال پیٹھِ رٔدُم مول گوم ؤسِتھ
دوہ دَرِہ یامت ئوسِتھ گوم
(مقام عراق ینہ سال — جنہ خوتون)

(۴)
نالہِ دِوان ئوسس وَنَن
تَس تہِ کنَن گوٗناوِیسی یے
گژاے کرٔنم اُمی یاوَن
تَنہ پیوان چھس ئوسی وِیسی یے
ژٔورِہ ژٔدلُم دِونٔ کتہِ انَن
تس تہِ کنَن گوٗناوِیسی یے ...
(مقام گبری — اَنُو نز مال)

(۵)

سورمس تہ چشمن ہیہ رنگ چھے

دمہ دمہ گمس للہٕ ون نار

زلفن روخسار دٔھرمن پڑنگ چھے

کاکل پیچان کیاہ تاب دار[1]

بمن[2] تہ خنجرن پانہٕ ونی جنگ چھے

دمہ دمہ گمس للہٕ ون نار[3] ...

(مقام عراق ۔ حبیب اللہ نوشہری)

حبہ خوتون تہ ارنہ مال آسہ موسیقی سیتھ واقف ۔ یہ چھنہ تہنزی کتھ، بلکہ بیین شاعرن ہندی وژن تہ چھہ یمن مقامن پیٹھ پورہ وُتران ۔ امیک مطلب چھہ نہ زِ یہی تہ یہ نیران زِ یمہ دورکی ساری گو نہ مات کیاہ اُسی موسیقی زانان؛ بلکہ یہ چھہ تمہ موسیقی ہند اثر (شعوری طور کم تہ غار شعوری طور زیادہ) یمہ چہ پرسوز لہ درباری محفلو منزہ نیربتھ کھلن تہ ڈارن، بازرن تہ کوچن تہ گامن تہ سرین منز واتِہ مژہ آسہ ۔ عامس تہ خاصس آسہ پننہ شوقہ، ذوقہ شعورہ تہ مقدورہ موجوب یمہ لہرہ گنے مژہ ۔ اوے چھہ یمن گوہ ناتن ہندی باتھ موسیقی ہندین دکھرہ دکھرہ مقامن پیٹھ پورہ وُتران ۔ مےٚ چھہ پورہ وومید زِ ہرگاہ کانٛسہ موسیقی ہندی زانن والہ یمن وژنن ہنز تکھتی (تقطیع) وارِہ پاٹھو کرن، یم وژن آسہ ہن وارِہن جاین ٹھان تہ ساری وژن آسہ ہن نہ شروع پیٹھہ اندس تام یمن مقامن پیٹھ پابند روزان ۔ امہ وجہ کنہ تہ چھہ یمن وژنن ہندی کینہہ پرانی لفظ پوان رودی متہ تہ نوی لفظ گِون والین ہندہ دٔسہ جمع سپدان مودی ہتو ۔

"وژن" چھہ کانٛسہ شاعری ہند اکھ شوبہ دار چیز ۔ اتھ اندر چھہ پنن جود تہ میچھر، پنن

---

[1] امہ بدلہ چھہ "تاج دار" تہ لیکھنہ آمت

[2] امہ بدلہ چھہ "مجن" تہ لیکھنہ آمت

[3] "گمس دمہ دمہ للہٕ ون نار" تہ چھہ لیکھنہ آمت

سوز تہٕ مستی۔ سادہ خیالن ہنز ترتیب تہٕ لُکہٕ باتن ہند حسن چھہ اکہٕ خاص وصف تہٕ گون۔ اکس وژنس اندر چھہ کینہہ بند آسان۔ یمن بندن ہند تیداد ہیکہٕ کینہہ تہٕ آسِتھ۔ عام پاٹھی چھہ اکھ وژن "ہُرہ" سیتی شروع سپدان۔ ہُر "گو وژنک" گوڈہ پد" (گوڈنیک مصرہ) امہٕ پتہ چھُہ "وکھنے مصرہ" ( Refrain ) یوان۔ "وکھنے مصرہ" پتہ چھہ مختلف بند یوان تہٕ پریتھ اکہٕ بندہ پتہ چھُہ "وکھنے مصرہ" بار بار یوان۔ اکس بندس اندر چھہ عام پاٹھی ترینہ پد آسان۔ یم ترینہ پد ہیکن ہم قافیہ تہٕ آسِتھ تہٕ قافیہ نِشہٕ آزاد تہٕ آسِتھ مگر زیادہ چھہ تھِوی یمن اندر گوڈنیک تہٕ ترییم پد ہم قافیہ آسان چھہ۔ مثلن ہم قافیہ بندن ہندی نمونہ وُچھو تون ـــ

ٹھوونم ژُمہ رُمے

چھُسے بالے تمنا

دوسہ پیٹھ ژھونے

ژسہ پوشُر گنڈسے

غوسہ کیاہ رنڈونے

چھُسے بالے تمنا

برہ کہنز ژھونے

گھرہ کمٕز ہودسنے

ذرہ ذرہ ٹھوسنے

چھُسے بالے تمنا ...

یمہ وژنگ ہُر چھُہ "ٹھوونم ژُمہ رُمے" تہٕ "چھُسے بالے تمنا" چھُہ رُ پد یتھٕ زن "وکھنے مصرہ" ونان چھہ۔ یہے وژن ہیکون یتھ اندازس اندر تہٕ لیکھتھ ـــ

ٹھوونم ژُمہ رُمے        چھُسے بالے تمنا

دوسہ پیٹھ ژھونے        ژسہ پوشُر گنڈسے

غوسہ کیاہ رنڈونے        چھُسے بالے تمنا

برہ کہنز ژھونے        گھرہ کمٕز ہودسنے

ذرٕہ ذرٕہ تھوٚونسے    چھُمے بالے تمنا ...

واریاہو گوٚنہٕ ماتوٚ چھُ وژنُک زیچھرٕ تہٕ طوالت ہُمہ راوٕنہٕ خاطرٕ یُہے انداز قایم کوٚرمُت۔ فرق چھُنہٕ کینہہ۔ دوٚنی گو گوڈنیک طریقہ چھُ زیادہ جان تہٕ شوٗبہٕ دار۔ امہِ سیتی چھُنہٕ سوٗ عجیب غلطی سپدنٕچ تہِ مُمکن، ییمہِ کنہِ وژنس تہٕ غزلس آدکھے گۄے کُنہٕ کرنہٕ۔ حالانکہِ غزلس تہٕ وژنس اندر چھُ واریاہ فرق۔ یوسہٕ غزلہِ گوڈنکہِ شارہ تہٕ وژنہٕ کرٕ "ہُرٕ" تہٕ "وکھنٕے مِصرٕ" پیٹھے نُنٕ چھِ۔ کینہہ وژن چھِ سیٹھاہ مختصر۔ یم چھِ ہُرٕ تہٕ وکھنٕے مِصرٕ علاوہ اکھ یا زٕ بند تھاوان۔ کینژن وژنن ہندی بند چھِ ژوٗر مِصرٕ تہٕ تھاوان۔ امہِ قسمکو وژن چھِ خبر نوتوٗنہٕ تہِ دوٗنی مثہِ سہ

دأرِ ون سیتو دارٕ چھس نو

چارٕ کرُ میوٚن مالینو

گھرٕ برٕ ڈرایس آبر نٕٹس

نوٗٹ میٚہٕ چھٹو مالینو

یا تہٕ دیتو نٹِہٕ نوٗٹاہ، نتہٕ

ہارٕ نٹہِ چھے مالینو

دأرِ ون سیتو دارٕ چھس نو

چارٕ کرُ میوٚن مالینو ...

یتھ وژنس اندر چھُ "ہُرٕ" تہٕ وکھنٕے مِصرٕکِ پاٹھی پرٕ بتھ اکھ بند پتہٕ یوان۔

کینہہ وژن چھِ تِتھی تہٕ، یم ہُرٕ نِشہِ آزاد چھِ۔ گوڈنیک بند چھُ براہِ راست شروع سپدان۔ امہِ پتہٕ چھُ وکھنٕے مِصرٕ تہٕ مختلف بند یوان۔

کینہہ وژن چھِ ہُرٕس سیتی سیتی وکھنٕے مِصرٕ نِشہِ تہٕ آزاد۔ تم چھِ وژنن ہنزٕ امہِ نہجہِ نِشہِ بلکل ڈٕلتھ۔ یدن ہندِس ترتیبس تہٕ دار وٚستارس منز چھِ اکھ نوٚو اداسہ

میٚہٕ شوقہِ یارہ سندرٕ برٕمس پیالہِ تہٕ

آکو دیتو سے

ترہ وُنہِ مرگہٕ، وَسہ وُنہِ بالہٕ تہٕ

اُہی نی توسے

کیاہ کرِہ، نی نم ہرنٛنہِ ژھالہٕ تہٕ

اکُو دی توسے

قدٕرتٕکے ناید بڑی مَس تھالہٕ تہٕ

رنگہ رنگہٕ نی توسے

جود گوٚ عاشقن، دود کیتھہٕ زالہٕ تہٕ

اکُو دی توسے

(اُرئ ژٕمال)

یا

یِرہ یِرہ شہ دٕے یار ژھانڈون

ویرہ پننہٕ شٕیے

مَنہٕ دی ینہ میانہِ گیہٕ سٕیے

تنہ مُٹھ سٕے یٕیے

زُونہٕ پچھہٕ ہی گٹہ گیہٕ سٕمے

تمہٕ رٕچھو نم ہیے ...

(حبہ خوتُون)

وژنگ واٹھ چھ عشقس ستی۔ عشق ہیکہ اِنسانی تہٕ اُسِتھ تہٕ خودائی تہٕ۔ مادی تہٕ اُسِتھ تہٕ غاد مادی تہٕ۔ اُچھن ہُند طماہ تہٕ اُسِتھ تہٕ اِنسانہ سُند اخری منزل تہٕ۔ وژنگ عشق چھ نہٕ مجازس تانی تنگ۔ وژن ہُنز ماے (محبت) چھ مختلف اندازن اندر زٕنم لبان۔ یم وِتی اندازو کنہ ہیکو کھ وژن کالکی وژن کینژن قسمن اندر باگراوِتھ:-

(۱)

# لولہٕ وژن

لفظِ "لول" چھُ بے پناہ مایہ محبتہٕ خاطرہ استعمال سپدان۔ یمن وژنن منز چھُ یُہیے
بے پناہ محبت ڈرینٹھ یوان۔ لولہٕ وژنن ہند واتھ چھہٕ مجازس سیتی۔ معشوقہ سندی ستم،
تمہٕ سُند دُور بہٕ تہٕ دُوی ہُنہٕ دلکہ آمہ تادیچھہٕ کھنچہ کرونہٕ زبانی منز بیرنہ یوان۔ عام وژنن
ہُندی باٹھی چھُ لول وژنن ہُند گون یہ تہٕ زِ محبتک اظہار چھُ ہمیشہ زنانہٕ ہُندی زبٲنی
کرنہ یوان، اَدہ اصل عاشق مرد آسہٕ تن یا زنانہ۔ یمن وژنن اندر چھہ تم وژن زیادہ پُر
اثر تہٕ پُرسوز، یم زن زنانہ گونہ ماتو دُنی متو چھ۔ خونونہٕ تہٕ اَری نہ مالہ چھُ یم وژن
وَنہ تس منز خاص کمال حاصل کورمت۔ احساس ہُند شوزر، لفظن ہُند میل تہٕ ورتاو،
زنانہ خیالن ہُنز نوزکی، آرائی موسیقی ہُنز شیرینی چھہٕ یمن وژنن ہُندی کینہہ خاص وصف۔
ہرگاہ انگریزی "لیرک" (LYRICS) تہٕ وژنک مُقابلہ کرواہ چھُنہ، وژن چھہ یم
کینژہ خاص گونو کِنی تتھہ سیتی رلان تہٕ میلان :۔

(۱) خیالہ کھوتہ چھُ وقتی احساس (mood) پیٹھ شاعرہ سُند زور روزان

(۲) نظم چھہ ژھوچ تہٕ مُوخصر آسان

(۳) ذاتی ماری ثانت تہٕ واری وات چھہٕ شوُبہ دار طریقس منز بیرنہ یوان۔ اَندریم مزر تہٕ
ترگو چھہٕ تتھہٕ باٹھی شارس منز جاے رٹان زِ شار بوزان بوزانی چھہٕ اتھ دِل سُوزی
(sensuous-ness) پانس کُن کشش کران

(۴) میچھر تہٕ موسیقی چھہٕ یمن باتن ہُند رُوح

یِہ وِنی گونو کِنی چھہ شاید پروفیسر جے، ایل کول یتھین وژنن "لول لیرک" وَنان۔
تم چھہ یتھین باتن ہُنز وکھنے یتھہ پاٹھی کران :۔

" لول لیرک (لولہٕ وژن) چھہ سیٹھاہ سوزہ بھوری۔ یم چھہ سیٹھاہ موخصر۔ خلل
خالی دِہو، مصرہ کھوتہ زیادہ آسان[1]۔ یمن منز ژن دکھنیہٕ مصرک پھیری پھیری

---

[1] مصرن ہُند تیداد چھُ وادیاہن وژنن منز ۱ ژھو کھوتہ زیادہ

ییٚن تہٕ ہم آواز لفظن ( assonances ) تہٕ قافین ہُند ژ ریٚہ شامِل چھُہ۔ یِم پَد چھِ اَکِس عاشق زنانہِ ہُندِ دٕہانہٕ تہُندِ دِلُچ آواز بَنِتھ نیران۔ یِم چھِ اَکھ تیُتھ مرِش نقش ( Flexible Pattern ) گران یتھ اندر خیالہ بدلہ وقتی احساسٕک یا مُوڈُک زیادٕ دخل چھُ آسان۔"

(۲)

## بھگتی وژن

یِم گیِہ تِم وژن یِمن منز خدایی لول ( عشقِ حقیقی یا تصوف ) چھُ باونہٕ آمُت۔ یِہِین وژنن ہنز بُنیاد چھےٚ "گوڈٕ کالہٕ سی" منز پیوان۔ نُندہ رٛیشی چھِ پانہٕ یِتھی کینہہ وژن دٕنی متِہ۔ مگر حقیقت چھےٚ یہِ زِ یمہٕ دقتہ کین بھگتی وژنن اندر چھِ دارِیاہ صفایی لبنہٕ یوان۔ یُدوَے وژن کالُک "بھگتی وژن" "لولہِ وژنن" ہُندِس تھزرس تہٕ بجرس واتان چھِ نہٕ، کم از کم چھِ یِمن وژنن اندر سوٚ سیٚنز تہٕ میٹھ زبان ڈٕرینٹھ یوان، یُس زن اصل وژنچ زبان چھِ ؎

اَشہِ کنہٕ یادانہٕ ترااوٚم ہے

ہے توٚے ڈٕھیوم پانےٚ دٕے

یِمہٕ ڈٕرِ یادٕ اُسی یادٕ گے

لیہ روز، تِم کے مے آپرٕ سے

وجعلنا من الماءِ کُل شیءٍ حیّ

ہے توٚے ڈٕھیوم پانےٚ دٕے

کینژٕو پیالہِ چےٚ پیالے

کینژن چوان سیدٕ سے ملے

کینہہ گے تارٕ تہٕ کینژن سے

ہے توٚے ڈٕھیوم پانےٚ دٕے

(خواجہ حبیب اللہ نوشہری)

(ب)

جانِ عاشق دردیشِہ حالو

ژی میون مولا ژُوَن پے

یارہ نارچ کرتل گلو ٔ

اُسی یارہ سوزگ سرہیتھ آے

دوہ تھ رازس پنہٕنس ملو ٔ

ژی میون مولا ژُوَن پے

(ننُدہ اکمل)

(ج)

ژنہٕ پوشہٕ رنگہ ہے ڈیٹھمس تن

ہا ژہ نو وُنی زٕنس بوزہ عالم

دوہہ اکِ تس ترمیہٕ میجایہ تن

ہاموٗب تھوٗونم سِے لادن

اُمیکُ ماسینوٗس میون ہیر بدن

ہا ژہ نو وُنی زٕنس بوزہٕ عالم

عاٗرِفو تہ عاشقو ہا رچایہ وَن

معنہٕ بوز منصورِی ناہ دُزس تہ تن

اَنَاالحق پور تمہٕ منز معرکن

ہا ژہ نو وُنی زٕنس بوزہ عالم

(خواجہ حبیب اللہ نوشہری)

(۳)

## باقی وژن

یم گیرِ تم وژن، یمن ہُند موضوع ہیٹھِہ مو وژنو نِشہ بدُون چھُ۔ یمن وژن اندر چھِ تم وژن زیادہ نفیس، یمن ہُند موضوع "مالیُن" چھُ۔ سہ "مالیُن" یُس سانین ماجن بیٚنین ہُند آخری سہارہ

رُودمُت چھُ۔ یُس تھَچہِ مَژن تہٕ لوسمژن لاچار تہٕ بےکس زنانہٕ ہُند غم خوار چھُ سہ
پانٕنری شمہس کریم گتھاہ
رَتھاہ وَندے مالینٛو ... ...

(حبہ خوتوٗن)

# وژن تہٕ غزل

"غزل" یتھہ پاٹھۍ کاشرِ شاعری منز غلط پاٹھۍ ورتاونہٕ آو، تتھِہ غلطی چھِ سیٹھاہ کم نظرِ یوان۔ یُوت بوزو، "غزل" چھُ فارسی یس تہٕ اُردوہس منز موٗنث (زنانہٕ) مانہٕ یوان۔ کاشرِ گوٚنماتن چھِ اتھ مُذکر (نر) استعمال کران۔ لفظن ہُندِس ورتاوس تہٕ تہٕ ہُندِس وَدنس، پھرنس منز چھِ زمانہٕ تہٕ آب وہوا کِہ ہیرہ پھیرہ کِنۍ ضرور فرق یوان۔ مگر یوسہ دوٚیمہ اِمہِ لفظکۍ ورتاوُن کاشرِ زبٲنۍ منز کَرمژ چھےٚ، سوے چھِ اِمہِ شاعری ہنز زاژ تہٕ کاشرِ شاعری منز کھیمژ۔ سیٹھاہ کم شاعر ہیکۍ اِمیک زاوُل فن پرٛزنٲوِتھ تہٕ اِمیک نوژک بار وبتراوِتھ۔ دپان

غزل رُچھہٕ رُچھ سوخن باوُنۍ چھِ وابلنچہ نیژہ سُنہٕ راوُنۍ سہ
نظر گژھہ بےپناہ آسنۍ، دِلس گژھہ پیچ و تاب آسُن

(راہی)

سیٹھاہ تعجب چھُ، یمہِ آزادن پانہٕ کینہہ جان غزل وُنۍ، تِمہٕ تہٕ ہیوٚک نہٕ اِمیک فن تہٕ تکنیک پرٛزنٲوِتھ۔ لیکھان چھُ:

"وَننہٕ چھُ یوان سار وِی بروٚنہہ گوٚ حبہ خوتوٗنہٕ ایرٲنۍ طریقس پیٹھ غزل لیکھنُک شوق۔ چونکہ قسمت تہٕ اتفاقہ کِنۍ رُود تمُ سُند واٹھ شاہی خاندانس سیتۍ۔ حکومتچ زبان اُس فارسی۔ بازرن تہٕ دربارن منز اوس فارسی زبٲنۍ ہُند زور، لہٰذا چھُ اندازہ یوان لگاونہٕ زہ سار وِی بروٚنہہ چھُ حبہ خوتوٗنی ایرٲنۍ طریقس پیٹھ غزل لیکھنُک شوق گومُت ... ... ملکہ حبہ خوتوٗنہٕ ہُند سُہ غزل یُس تمہِ زندگی ہُندِس تتھ وقتس منز لیوٚکھ، ییلہِ نہٕ تمہٕ سُندِس دِل و دِماغس پیٹھ درباری ہوا تہٕ لوٚگمُت اوس، یُس سوہ اَکِس گرٕلیسی کِچہ ہُندِس شانس منز اَکِس کھاہس

منز گِوان اَس، ییٚلہِ یُوسف شاہ ژَک تس پیٹھ عاشق گوٚو۔ عروضہٕ لِحاظ چھُ یہِ
ایرانۍ طریقس پیٹھ :

واریٚ دِین سیتھ    دارہ چھس نو    چارہ کرمیون    مالینو
فاعلاتُن    فاعلاتُن    فاعلاتُن    فاعلات

اَتھ بحر چھِ " رمل مثمن " ناو۔ امہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ ملکہ حبہ خوتونہِ ہنزِ شاہی زِندگی برونہہ
اوس کاشرِ شاعری ہندِس مزاجس پیٹھ فارسی رنگ ما کارہ پاٹھۍ بڑ زیومت ... " [له]
بیٚییس جایہِ چھُ لیکھان :
" فارسیت چھِ کاشرِس غزلس زِ بنہ پیٹھے سیتی۔ ملکہ حبہ خوتونہِ (یوسہ کاشرِ
غزلچ مولادار یا بانی چھَ) ہُندۍ شار وُچھو :

ے واریٚ دِین سیتھ دارہ چھس نو    چارہ کرمیون مالینو
ے گوشن منز ہا وتھراوے    دِلو میانہِ پوشے مدنو
ے بُرہ کمانہِ لدہ نوہم چِھلو    تیر لایتھم بے شمار [ٹه]

فارسیت چھَ کاشرِ غزلچ بُنیاد۔ اتھ سیتی چھِنہ اِنکار کرنچ کانہہ گنجایش۔ اتھ اندر
تہِ چھُنہ کانہہ شک زِ مثنوی، قطعہ، غزل، قصیدہ بیترِ ذاژ چھَ براہِ راست فارسی اتھ سیتی
کاشرِس اندر نوے مژہ تہ دوہ پیٹھے مژہ۔ اتھ اندر تہِ چھُنہ کانہہ شک زِ کاشُر وَژن چھَ وزن
کار کینہہ شاعرن ہندِ دُسی فارسی غزلہٕ نشہ وارِیاہ کینہہ حاصل کران۔ وژنچ زبان چھَ اصل
موکھ کڈان تہ غزلچ ہِش شوبہ تہ روانی بُلاوان۔ مگر یہِ ونُن زِ حبہ خوتونہِ یا اَرنہِ مالہِ
یا بیٚیہ دورکۍ بیٚیہ کانہہ گوٚو نہ ماتن کیاہ لیکھِ ایرانۍ طریقس پیٹھ غزلہٕ، سو کتھ چھَ مُلکے غلط۔
وژن کالس منز آسن ایرانۍ طریقس پیٹھ غزلہٕ لیکھنچ ضرور کینہہ کوشِشہ سپدے مژہ۔ مگر
یِم چھِ ترژھ کوشِشہ، یِمہ زن اَکِس ادبی تاریخس منز کانہہ وزن چھِ نہ تھاوان۔ اگر " ایرانۍ
غزلک " مطلب " عشقیہ شاعری " یا " گیت " چھُ، تیٚلہِ چھِ حبہ خوتونہِ، اَرنہِ مالہِ تہ دوٚیمو گوٚو نہ ماتو

---

له کشیری زبان اور شاعری حصہ اوّل صفحہ ۱۰۹ - ۱۱۰
ٹه " " ۱۸۶

ضرور غزل لیکھمژ ہ۔ تہٕ کیازِ کاشُرٕ وٕژُنکی سرحد چھِ واریاہس حدس تانی تتھ ذاژ سیتی میلان، یتھ زن "گیت" وَنان چھِ۔

یِیٚلِ ایرانی شاعری ہُنزن ذاژن ہنز کتھ سپدِ، تیٚلِ چھِ یِمن ہنز تکنیک تہٕ نظرٕ تھاوٕنی تیٚلِ چھِ ہیندی فنی زاوی جار تہٕ نظرِ تھاوٕنی، یُتھ زن یِمن ذاژن ہند دُون ساد جان پأٹھی زانِتھ ہیکَو۔ کاشُرٕ شاعری یِیٚلِ اُسہِ یِمن میزانن پیٹھ پرکھاوان چھِ، یہ کتھ چھِ جان پأٹھی ظاہر سپدان زِ "وٕژُن کالس" منز یِمہٕ غزل لیکھنچ کوشش سپدٕے مژٕ چھےٚ، تِمہٕ چھِ ژٕ ادبی تأریخہٕ منز کانہہ پایہ تھاوان[1] کاشُر غزل چھِ ادبی لِحاظ محمود گامی نٕہ اَتھ زنم لبان۔ محمودُن اکھ غزل چھُ یتھ پأٹھی شروع سپدان ؎

یارہ مانیو مارکن منز یان ہوٗ وُتھ تی پَرٛیا
تارکن منز ماہِ تاباں مندہ چھوٗ وُتھ تی پَرٛیا
گُل رُوخس پیٹھ چھےٚ زُنبل موےٚ سُنبل دستہ زن
گو پریشان بُلبلن دِل تمبہ لأوِتھ تی پَرٛیا!

باسان چھُ عبدالاحد آزادس چھُ یِمن کتھن ہُند ضرور احساس! تہٕ کیازِ اگر ہےٚ سہٕ اکِہ طرفہ حبہ خوتونہ تہٕ اَرنِہ مالِ ہنزن ایرانی غزلن کانی داد دِوان چھُ، بیٚیہِ طرفہ چھُ پانے لیکھان:

"محمود گامی تہٕ دیگر برکاش بھٹ نِس وقتس تام اُس نٕہ کاشُرِ غزلن کانہہ خاص ترقی کرمژ ... محمود گامین ... ... دِیُت فارسی غزلس واریاہ پوچھر تہٕ پتہٕ یِمن پأروی کرن والین کرٕ کرٕن وُتھ ہموار۔"

یِمن سارنی کتھن واتس کڈنہٕ خاطرٕ چھِ تِمہٕ کینہہ مثالہ نِنہٕ ضروری یِمن آزاد غزل وَنان چھُ۔

---

[1] وٕژُن کالس منز چھِ غزل لیکھنچ کوشش سیّد غلام شاہ آزاد (۱۷۳۴—۱۷۸۹ء) نِس فارسی کلامس منز نظرٕ یِوان۔ سیّد غلام شاہ چھِ پُورہ فارسی غزل لیکھان مگر منز چھس کاشرِ لفظ زِ ژٕ وٕر کُنہٕ کُنہٕ جایہِ استعمال کران۔ ہیندس فارسی کلامس منز چھِ تتھی فارسی غزل تہٕ میلان یِمن ہُند قافیہ "لو" تہٕ "ہو" چھُ تھاونہٕ آمُت۔ یِژھ دُو پھِلہ شاعری چھِ خواجہ حبیب اللہ نوشہری ین تہٕ کرمژ۔

مِثالے یِہ بٲتھ نِیو تون سہ

واڈِو وِچن ستھ وارہ چھس نو ... ...

اگر ہے یِہ غزل ماونٛ گوٚڈنِکۍ کینہہ شار چھِ یِتھ پٲٹھۍ بنان سہ

واڈِو وِچن ستھ وارہ چھس نو چارہ کرٛو میون مالینو

گھرہ بہٕ ڈٲلیس آبہٕ نٔٹس نوٚٹ میہٕ پھٹمو مالینو

یاتہٕ دِیو نٔرِ نوٚٹاہ منتر ہارہ نٔرِ سیٚتے مالینو

سٔرۍ یانس سندر گیٚو موٗ دٕڑکھن گوٚڈر پیوم

کترہ ڈھالان کتہ سٔخ موٗ، وِترہ نوٗن پیوم مالینو

ہٕشہ لٲیِ نم ٹوٚپی ہی کھف مےٚ میہٕ گوٚمرہ کھوتہ سخ ...

تٲفین ہند ورتاو چھُ جان بٲٹھۍ ہاوان زِ یِم چھِنہ غزلکۍ شار۔ یِہ چھِنہ یِمَن شارَن ہُنز کتھ بلکہ باقی شارَن ہُنز تہِ۔ امہِ علاوہ یِتھ "بٲتس" منز چھُ ہیٚرہ بٔنِہ بٔلہ یون تانی اکہ نظمہِ ہُند موڈ قایم۔ اتھ برعکس غزلک پرتھ کانہہ شار چھُ معنہٕ کِنۍ پوٗرہ تہ مکمل آسان۔ یِہ بٲتھ چھُ جان پٲٹھۍ اکھ "وژُن"۔ اتھ چھِنہ ایرٲنۍ غزلس یا مسلسل غزلس ستہِ کانہہ واٹھ۔

یِتھے پٲٹھۍ نِیو تون "ووٚلو میانہِ پوشے مدنو" بٲتھ (یتھ زن آزاد ایرٲنۍ" غزل ونان چھِ) آزاد چھُ یا نہ اسہِ بٲتھ شارہ بندی یتھ پٲٹھۍ کران سہ

(۱) گوشن منز ہا وتراوے     ووٚلو میانہِ پوشے مدنو

(۲) ووٚلہ متہ گژھ ووٚ آسِس     دُنیاہ چھُ نِندرہ تہ خوابس

پاران چھس یِو جوابس     ووٚلو میانہِ پوشے مدنو

(۳) ووٚلہ متہ گژھ ووٚ گرٛزِسے     پترِ لوٚتچھس دٕرزِسے

تمن تہ میون ہیوٗ گرزِسے     ووٚلو میانہِ پوشے مدنو

تکنیکی حسابہٕ کتابہٕ کِنۍ چھُ نہٕ یِہ کُنہ کِنۍ غزل۔ یِہ چھُ ٹاکارہ پٲٹھۍ اکھ وژُن، ییٚمیُک ہر "گوشن منز ہا وتراوے" تہ وٲکھنے مصرعہ "ووٚلو میانہِ پوشے مدنو" چھُ۔

یِہ چھِنہ یِمنِ بٲتن ہُنز کتھ بلکہ تِمن سارنی، یِمن آزاد غزل ونان چھِ۔

کاشرِ ین وژن ہنز بڈ خوٗبی چھہ یِہ زِ لوکھ اظہار چھُ زنانہِ ہندی ڈُسی سپدان۔

زنانہ چھ عاشق آسان تہٕ مرد معشوق۔ یہ کتھ چھنہٕ کنہٕ کنۍ ایرانی غزلس اندر ڈیشان۔

غزل لیکھنہٕ خاطرٕ چھنہٕ کانہہ خاص بحر تہٕ گنڈتھ۔ شاعر ہیکہِ اکھ غزل کنہٕ تہٕ بحرٕ اندر ونِتھ۔ اَدٕ سوٚ "رمل مثمن" آسہِ تن یا بیہ کانہہ۔ یہ وَنُن زِ فلانی بأتھ چھُ فلانی ایرانی بحرٕ پیٹھ پوٚرہ وُتران۔ لہٰذا چھُ سہ "غزل" تہٕ سوچُن چھُ بُڈ غلطی۔ یہ کتھ آیہ برونٹھی وَننہٕ زِ کأشرۍ وژن چھ ایرانۍ شأعری تہٕ موسیقی نشہٕ وارِیاہ کینہہ حاصل کران۔ مگر یہ اثر چھُ شعوری کم تہٕ غار شعوری زیادہ۔ کأشرین وژنن ہُندگاہ بہہ گاہ ایرانی بحرن پیٹھ پوٚرہ وُترُن چھُ برحق۔[1]

نظمہِ تہٕ چھ غزلکس طریقس پیٹھ لیکھنہٕ یوان۔ مثالے مہجورنی "باغوانا مہربانا" نظم وُچھون سہ

باغوانا، مہربانا بوزٕ میونُے داستان
چھُس بہٕ بُلبل باغکین جانا ورن منز ناتوان
باغ ییٚنہٕ گو یأدٕ، تنہٕ دوٚتُم یتھ باغس اندر
آیہ گُل بہٕ تہٕ آس تمی سیتی توشان کُرٕ بران

قافین ہُندٕ ورتاوٕ تہٕ بحرٕ ہُندٕ حسابہٕ کتابہٕ کنۍ چھُ یہ نظم غزلکس طریقس پیٹھ لیکھنہٕ آمژ۔ یہ اُسِتھ تہٕ ہیکو نہٕ اتھ غزل وَنِتھ۔ موضوعک ورتاو تہٕ موڈک انداز چھُ اتھ یکدم غزلس نِشہ الگ کڈان۔

یہ چھ پزۍ پأٹھۍ سأنۍ بد قسمتی زِ وُژن کالہ کین شأعرن ہُندۍ وژن آیہ وُلہٕ رنگس منز

---

[1] "کأشرٕ موسیقی" ہنزن کتابن منز چھ تِتھۍ وارِیاہ اُردو شار تہٕ درج یِم زن صوفیانہ موسیقی ہُندین مقامن پیٹھ پوٚرہ وُتران چھِ۔ یِمن اُردو شارن منز چھ اقبال تہٕ غالبنۍ شار تہٕ شامل۔ اَمیک مطلب چھنہٕ ہرگز یہ زِ یِم شأعر اأسۍ صوفیانہ موسیقی سیتۍ واقف۔ بلکہ یہ چھُ اکھ اتفاق۔ اَمیک وجہ ہیکہِ ایرانی شأعرن ہُند اُردو شأعرن پیٹھ شعوری تہٕ غار شعوری اثر تہٕ اُسِتھ۔ یتھۍ کینہہ شار وُچھنہٕ خأطرٕ وُچھون "کأشر سرگم" از شیخ عبدالعزیز۔ چھاپن وأل ــــ کلچرل اکادمی سرینگر

پیش کرنہٕ۔ یِدٕ دٕے سانین کُتب فروشن ہُندا دبی شوق شاباشس لایق چھُہ۔ تنقید
چہ بے خبری کنہٕ یہ ہِمو چھوپ، تتھ آو "غزلِ" ونُنہٕ "غزل" بنیو تِہُندِ خاطرٕ سہٕ لفظ
یَمیُک مطلب "بأتھ" یا "کلام" زانُنہٕ آو۔ اَز تہٕ چھِہ کینہہ کأشِرؠ یہ لفظ اُتھی
مطلبس منز استعمال کران، مگر اَسہِ پزِہٕ "غزل" تہٕ "کلام" تہٕ غزل ـــــ شاعری ہُنز
حسین ذأژ، منز فرق زانُن!

---

# ترٛیُم باب

## حبہ خوتوٗن

۱۵۵۳ — ۱۶۰۵ عیسوی

حبہ خوتوٗن چھےٚ ژکن ہٕندہِ راج پٕراوِنہٕ برونہہ یہن کینہہ وُری نٲمٕژ۔ تہٕ تتھ زمانس منٛز یہٕ دُنیاہ ترٲوِتھ گمٕژ، ییٚلہِ زن کٔشیر مُغلن ہٕندِس اتھس تل زبر پاٹھۍ لجمٕژ آسہ۔ خوتوٗنہِ چھےٚ پنٕنۍ لوٚکچار، یاوُن تہٕ زندگی ہُند اکھ بۆڈ حصہ ژکن ہٕنزہ دارٕ ژی منٛز پوٗرہ کوٚرمُت۔ امی چھےٚ اُمۍ سٕنز شاعری ژکن ہُند توٚبرُک زانہٕ یِوان۔

خوتوٗن آس دُہو پرگنس منٛز زِندہ ہارہ روزان۔ تقدیرٕن کوٚر تس ستم۔ تس سٕید للہِ ہٕندی پاٹھۍ لوٚکچارسی اَکِس تۭشٕٹھہِ تہٕ کم دِماغ اِنسانس سیتۍ کھاندر۔ باژن ۲ دوٚلن آیہٕ نہٕ زانہہ برابری۔ مہٕ ژکری گیہ دوٚہہ کھوتہٕ دوٚہہ بُڈان۔ یمیہٕ کٔرۍ تس دوت اکھ دوٚہہ جارِس پیٚٹھہ تہٕ سعہ سپٕز مالِنۍ ژلنس پیٹھ مجبوٗر۔ خیال چھےٚ تمہِ سُند اصل ناو اوس "زوٗن" تہٕ حبہ خوتوٗن ناو اوس تس خواجہ مسعود ناوکی اَکی بُڈی بارہ صوٗفی منشن دِتمُت[1]۔ مگر سُہ چھےٚ پانہٕ پنٕنِس اَکِس وژنس منٛز امیُک وجہ بدلہٕ کینہہ ونان۔ دپان سہ

مالِنہ میاٗنۍ ارباب آسی

توٚسے دِرام حبہ خوتوٗن ناو

[1] "خواتینِ کشمیر" (صفحہ ۱۷ — ۸۹) از محمد الدین فوق۔ چھاپ سنہ ۱۹۴۰ء۔ فوقن چھُ حبہ خوتوٗنہِ ہٕندِس مٲلۍ سُند ناو عبدی راتھر تہٕ خانہ دارہ سُند عزیز لون لیوٗکمُت۔ خواجہ مسعود چھےٚ پانپرکی روزن وٲلۍ آسی ہیوٚت۔

حبہ خوتونہٕ تہٕ یوٗسف شاہ ژکس (۱۵۷۹—۱۵۸۵ء) [۱] چھُ پانہٕ وٲنۍ سیٹھاہ قریبی واٹھ رُودمُت۔ سوٚ اٲسا تمۍ ہُنز دٲنی کنہٕ محبوب؟ یہٕ کتھ چھےٚ وُنہِ واریاہ بوزنہٕ شوٗز منگان۔[۲] وونی گو خوتونہٕ نسبت یِم ساروی کتھہٕ تہٕ پرٲنۍ تہٕ معتبر بیان چھِ نظرِ گژھان، تمہٕ تہٕ چھےٚنہٕ اتھ کتھِ کُنہٕ تصدیق سیدان زِ سو چھےٚ یوٗسف شاہ ژکنہٕ رٲنۍ اٲسمژ۔[۳] حسن کھویہامی چھُ پننِس تاریخس منز لیکھان :-

"وَننہٕ چھُ یِوان زِ حبہ خوتوٗن اٲس ژندہ ہارہ وٕہو پرگنس منز اکِس گرِیستہٕ ہنز کوٗر۔ سو اٲس اکس نادار تہٕ آوارہ شخصس باگنہِ آمژ۔ تس آیہٕ نہٕ خانہ دارہ سنزہ یم کرتوت دُچھت پنہٕ نین وٲرِ وِن سیتی کانہہ برابری۔ نتیجہ دُراو یہ زِ نکاح نامہ سپُد ختم تہٕ بٲژ زہ گٔیہ اکھ اکس نِش الگ۔ اکہ دوہہ اوس یوٗسف شاہ دتہٕ پکان، تمۍ وُچھ حبہ خوتوٗن مقامِ عراقس پیٹھ کُس تانی کاشُر وژن گیوان۔ یوٗسف شہس راوی ساری ہوش۔ خوتونہٕ ہُندِس مٲلِس ماجہ سیتی آیہٕ اَمہِ رٕوس مہربٲنی کرنہٕ۔ تِمن آیہٕ واریاہ دولت دِنہٕ۔ تہٕ اٲمس حوٗرِ آو ہم بستری ہُند پزت بخشنہٕ۔ امِہ پتہٕ رُود یوٗسف شاہ خوتونہٕ سیتی نفیس نفیس جاین پھیران۔ یوشِہ مٲدان، لُوبہ وُنہِ مرگہ تہٕ پھولہ وٕنی

---

۱؎ پادشاہی ہُند وکھ

۲؎ حبہ خوتونہٕ ہُندِ اکہ وژنک اکھ بند چھُ یتھہٕ پاٹھۍ

یارمیون جانٲنہِ     کمال تس چھم ناد
سہ چھُ تتہِ پرکس مٹہ     اکہ لٹہ یپہ ہمنا

یہ کس کُن چھُ تمہٕ اشارہ کوٚرمُت، تہٕ چھےٚنہٕ فکری تران۔

۳؎ سید محمد مہدی، خواجہ محمد اعظم کول دیدہ مری، نرائن کول عاجز، محمد اسلم منعمی تہٕ حیدر ملک چاڈورہ من چھ نہٕ پننہٕ نین تاریخن "بہارستان شاہی"، واقعات کشمیر، منتخب التواریخ، گوہر عالم تہٕ تاریخ کشمیرس منز حبہ خوتونہٕ ہنز کنھی ذکر کرمژ۔ حبہ خوتونہٕ ہند ساروی کتھہٕ تہٕ پرون حوالہ چھ عبدالوہاب شائق نہٕ تاریخہٕ منز میلان۔ یہ شیچھ چھُ سیٹھاہ مختصر۔ یوٗسف شاہ تہٕ حبہ خوتونہٕ ہُندِس اصل رشتس پیٹھ چھےٚنہٕ کانہہ پرکاش پیوان۔ شائق چھُ یوٗسف شہنہِ ذکر کران لیکھان :

چو بودہ است خاتون حبہ بنام     یکی عارفہ بود صاحب مقام

(بقیہ دوٚیمس صفحس پیٹھ)

نظارہ چھاوان تہ پنُن وارِیاہ وکھ اُتھو سیتی گذاران۔ گُل مرگ، سونہ مرگ، آہرہ بل
تہ اچھہ بل آسہ یمین عاشن آرام چن جاین منز کینہہ خاص جایہ۔ یمہ وی عاشو کنز زودِ
یوسف شاہنہ عاشن ہرہ پھرِ تہ درِ زبانی ... ..."

باسان چھُ زِ حسن چھ پنڈت بیربل کاڈرنی فارسی تاریخ وُچھت یہ کتھ لیچھمژ۔
تہ کیازِ پنڈت بیربل کاڈرُ تہ چھُ یتھی ہی خیال پھِران:

"یوسف شاہس اُس اکھ سونذر تہ شکیل گوپنس منز طاق ولس (محبوبہ) یمیُک سُند
ناو حبہ خوتون اوس۔ سُہ اوس تسی سیتی سنگ تھاوان۔ سائلہ شیچھ خبر چھ یتھ پاٹھو
زِ حبہ خوتونِ مُند مول بُڈہ بب اوس وُہول (باپر) یہ گنس منز اُکس گامس منز
روزان، یتھ زن ژندہ ہار ونان چھ۔ یمیلِ سو بالغ سپدیہ یہ، تس سپدُ پنزُنسی
خاندانس منز کھانذر۔ کینہہ کال گذرِتھ کرِ سو پننہِ طبیعتہ کا ئژہ شار گوپنس
پیٹھ مجبور۔ یتھ پیٹھ تمیُک سُند سوُرے وارِو پونکھ، بڈیو کیہو لو کنز یک طرف
سپدِتھ تس پیٹھ نارو نار سپدی۔ آخرس اکہ دوہہ ... ... آیہ سو
وارِوہ گڈِتھ ژھنہنہ تہ مالِیُن کُن روانہ کرنہ۔ وتہ یمیلِ یوسف شاہ نین
ملاقاتن اُمہ سنزہ شکلِ، حسنکہ تہ موذرِہ آوازِہ ہند ابتداہ (پتاہ) لوگ،
تمو واتہ ناو سو امی دمہ وقتہ کِس بادشاہس (یوسف شاہ ژکس) نِش۔ سُہ
گو تمیُک سُند حسن وُچھت تس پیٹھ دِل وجانہ فدا۔ تہ تس آدہم لبستری ہند
شرف بخشنہ ... ۔"[1]

فوقن چھ حبہ خوتونہِ نسبت وارِیاہ نوہ کتھ ونہ مژہ۔[2] مثلن یہ چھُ ونان زِ سو چھ یوسف

[1] یہ تاریخ چھ ۱۲۵۱ ہجری (۱۸۳۵ء) منز لیکھنہ آمژ۔

[2] مہجور صاٰبن (۱۸۸۵—۱۹۵۲ء) چھ محمد الدین فوقس وارِیاہ خبر اَتہ مہیا کرمژ۔ مہجور صاٰبن
کتہ آسہ یمہ کتھ بوزمژہ یا پرہ مژہ، تہ چھنہ خبر۔

بقیہ فٹ نوٹ: سخن ہائے خوش داشت آن نغمہ سنج۔ بادشاہ سید اد ہر روز گنج

کلامش بہ سوز و گداز آشنا — ہمی داد با مُردہ جان از نوا
چو آن عارفہ نظم گوہر فشاند — درد شعر موزون بہ کشمیر ماند

شہنٛز بیگم اُسمٕژ۔ یوٗسف شہنٛز حکومت جان تہٕ شوٗبہِ دار بناونس منٛز چھُ تمہِ دارِیاہ کیٛتھہ کوٗرمُت۔ یُتھے یوٗسف شاہ مُغل شہنشاہ اکبرنہِ دٕسی نظر بند کرنہٕ آو' امی وقتہ آو حبہ خوتوٗنہِ ہنٛزہ گرفتارِی ہُند حکمُ تہِ کیٛشرِ منٛز جارٕی کرنہٕ۔ مگر حبہ خوتوٗن اُس امہِ برونٛہٕی محل تراوِتھ فقیرن ہُندِس رٔنٛگس منٛز درامٕژ۔ سہ اُس زندگی ہُندین پٔتِمین دہن پانٛدہ چھوکہ اکس حجرس منٛز روزان۔ تمہِ وِصیت اُتی امانت تہٕ سہ آیہِ اُتی پانٛدہ چھوکے دفن کرنہٕ۔[1]

فوقہ نِہن خیالن منٛز چھُ دارِیاہ کھُر موجود۔ یِمہِ سیٛتہ یہِ کتھ چھکان پأٹھی ظاہر سپدان زِ تس چھنہٕ صاف لفظن منٛز کیٛنٛہہ خبر اَتہ اُس ہٕژ۔ مثلن سُہ چھُ لیکھان :۔

"سنہٕ اوس ۱۵۷۱ء۔ زوٗن' یِہ سہ حبہ خوتوٗنہِ ہُندہِ ناوہ مشہور چھَ' اُس اکہِ دہِ سہٕ سٕڑکہِ دٕہس سیٛتی اکِس دٕج منٛز کیاہ تام کأم کران اکھ نفیس وژُن گمان۔ کیٛشرہ ہُند پادشاہ یوٗسف شاہ ژِک پوٗنٛگہ اپأرِ ... ... بیٛیلہِ تس یہِ موٗلوم سپد زِ یہِ چھِ سہ سے حبہ خوتوٗن' یمِہ ہٕنز شہرت اُگرہ نٔگرہ پھأٹلے ہٕژ اُس .. ... تمہِ سٕنٛدِس مألِس آیہِ ... ۵ دِرہم دِنہٕ تہٕ خوتوٗنہٕ سپدُ یوٗسف شہس سیٛتی نکاح۔ امہِ وقتہ اُس یوٗسف شہنٛز عُمر ۲۸ وری تہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛز ۱۸ــ ۱۹ وری ... ..." [2]

یوٗسف خان یا یوٗسف شاہ ژِک چھُ گوڈنیُکہ لٹہِ ۹۸۷ ہجری منٛز تخت پٕراوان تہٕ ۹۸۸ ہجری تام کیٛشرِ پیٛٹھ راج کران۔ امہِ پتہ چھُ سُہ ۹۸۹ ہجری پیٛٹھ ۹۹۳ ہجری تانٛی کیٛشرہ ہُند بادشاہ روزان۔ انگریزی سنہٕ موجوب چھُ یہِ سوٗرُے وکھ ۱۵۷۹ء پیٛٹھ ۱۵۸۵ عیسوی ہیوٗ نیران۔ ۱۵۷۱ء منٛز یوٗسف خان کیٛشرہ ہُند بادشاہ ژھارُن چھِ غلطی۔[3]

---

[1] اتھ مزارس چھِ "گوٗنہٕ ماتن ہُند" مزار (مزارِ شعرا) تہِ وَنان۔ بزآز تہٕ آزاد تہِ چھِ یِی لیکھان زِ حبہ خوتوٗن چھِ اُتی دفن سپدے ہٕژ۔ سأنی دٔویم بٔڈی گوٗنہٕ مات حضرتِ مہجور تہِ چھِ اُتھ مزارس منٛز وُٹہ لاونہٕ آمٕتی۔

[2] امین کأمل صأبن چھُ فوقہ سٕنٛدی لفظ پیٛرنس منٛز غلطی کرٕمٕژ۔ تِمَو چھِ خوتوٗنہِ ہُنٛز عُمر ۲۹ وری لیچھمٕژ' حالانکہ فوقن چھُ یہِ صاف پأٹھی ۱۸ــ۱۹ وری لیچھمٕژ۔

[3] سنہٕ ۱۵۷۱ء تہٕ ۱۸ــ ۱۹ وری عُمرِ تلہ چھُ خوتوٗنہِ ہُند نہ آسنہٕ (بقیہ دٔیمِس صفحس پیٛٹھ)

خوتونہٕ ہِنٛدی مولوُم سپدَے مۆژ حالات نظرِ تل تھاوِتھ ہیٚکون تمہٕ ہنٛز زندگی ترٛێن
وکھرٕ وکھرٕ کالن منز باگراوِتھ۔ یوٗسف شہس سمکھنہٕ بروٚنہہ (عام تہٕ سادٕ زندگی) یوٗسف
شہس سیتھ بلاپ سپدنک وکھ (عیش آرامن ہنز زندگی) تہٕ آخری زندگی۔ باسان چھُ زِ
یہٕ عیش آرامچ زندگی چھنہٕ زیادہ کالس روزمژ۔ یہٕ وکھ ییٚنہٕ تیوٗتے مانو یمیٚتس کالس یوٗسف
شاہ (۱۵۷۹ء پیٹھہٕ ۱۵۸۵ء تانی) کشیرِ پیٹھ راج اوس کران۔ بلاپ سپدنہٕ وقتہٕ چھے
یوٗسف شہنۍ وُمر ۲۸ ؤری مانہٕ یوان۔ ہرگاہ خوتونہٕ ہنٛز وُمر امہِ وقتہٕ ؤری ۲۶—۲۷
ہِش آسہے، تمہٕ سٕندِ زاسنہٕ چھُ ۱۵۵۳ء ہیوٚ نیران۔ آخری زندگی ہنٛد وکھ ۲۰ ؤری
مانہٕ سیتھ چھُ تمہٕ سٕند مرن سنہ ۱۵۸۵ + ۲۰ = ۱۶۰۵ء ہیوٚ نیران۔[1]

## حبہ خوتوٗن تہٕ کأشر شأعری

یِتھ پاٹھی بروٚنہہ وننہٕ آو، حبہ خوتوٗن چھےٚ کأشرس ادبس منز اکھ نوٚو جوت تہٕ نوٚو زبان
ہیتھ یوان۔ وژُن ونہٕ نس منز چھےٚ سہ لاجواب تہٕ بے مثال۔ یِنہٕ نِنن آوی لین زاوٕ لین
احساسن اکھ رُت تہٕ پُرسوز جامہ ولنس منز چھُ تمہٕ کمال حاصِل کوٚرمُت۔ اُردو تہٕ مالہ ہِندس

---

بقیہ فٹ نوٹ:- ۱۵۵۲، ۱۵۵۳ء نیران۔ مگر فوقس چھُنہٕ یمن سنن پیٹھ پانس کانہہ بھروسہ تہٕ کیازِ
تیلہِ آس نہٕ یِم لفظ لیکھنچ کانہہ ضرورت۔ "حبہ خوتوٗن چھِ ۱۴ ۱۵ء پیٹھہٕ ۱۵۵۲ء کس درمیانی وقتس
منز زامژ۔ تمہِ چھُ قلیچ خان نہٕ کشیرِ منز داخل سپدنہٕ (۱۶۰۶ء) بروٚنہہ اکھ ؤری یِنٛن امانت
دِتمٕت۔ امہِ حسابہ چھِ تمہٕ ہنٛز وُمر ۵۶، ۵۷ ؤری ہِش آسمژ۔"

فوقس چھُ وننہٕ آمت زِ امہِ قسمچ شیچھ خبر چھےٚ "بہارستانِ شاہی" منز درج۔ مگر اتھ
کِتابہِ منز چھنہٕ یژھ کانہہ شیچھ دِتھ۔ یُت بُوزِ اتھ اندر چھنہٕ خوتونہٕ ہنٛز کہنی ذکر موجود۔

[1] ڈاکٹر صوفی چھُ اکہِ طرفہ خوتونہٕ ہنٛز کُل وُمر ۵۵ ؤری مانان۔ دوٚیمہِ طرفہ چھُ خوتونہٕ ہنٛز
کُل وُمر ترٛێن کالن —— سادہ زِندگی (۱۸—۱۹ ؤری) عیش آرامچ زندگی (۱۴ ؤری)
تہٕ آخری زندگی ۲۰ ؤری منز باگرِتھ صرف ۵۲، ۵۳ ؤرین حساب بوزان۔

زنم لبنس تام چھِنہ سوٗ کانٛہ کاٗرِس گوٚنہ ماتس کلہ توٚن کڈنہٕ دِوان۔

"غم" ـــــ چھُ انسان ہنزِ زندگی ہُند اکھ تیُتھ زبتہٕ یُس ہر ہمیشہ اتھ سیتی کُنہٕ نتہ کُنہٕ طریقہ لاٛرِتھ چھُ گژھان۔ انسان چھُ امہِ زبتک نار ترٛ باد۔ یہ ژھیتھ، دباوِتھ یا ڈانٛژھ ناوِتھ کم کرنچ کوشش کران۔ انسان چھُ اتھ غمکِس جذبس پیٹھ کُنہٕ نتہ کُنہٕ طریقہ فتح حاصل کرنک زبردست خواہش مند۔ اکِس فن کارہ سُند فن تہٕ چھُ کُنہٕ حدس تام اتھی جذبس تل شاہ لبان۔ ازیتھ پاٹھی غم تہٕ خوشی ہندین جذبن ہنز دکھنے سپدان چھِ، ہرگاہ تتھی کاٛشس تہٕ پرکاشس منز جبہ خوتوٗنہٕ ہنز شاعری پرکھاوِنہ ییہِ، جبہ خوتوٗنہٕ ہنز شاعری تہٕ شخصیت ژانٛژنس منز چھِ سیٹھاہ جلد کامیابی سپدان۔

خوتوٗنہٕ لیچھہ نہٕ کانٛہہ مرثی (مرثیہ)۔ اما پوز حقیقت چھ یہِ زِ تمِ ہنز زندگی اٚس پانٛنی پانہٕ اکِس چھُو کربلہ تہٕ شہید گامتس اِنسانہٕ ہنز زندگی۔ تمہِ یم وژن لیچھی، تم چھِنہٕ کیٛنہہ بلکہ تم مرثی یم زن تمہِ پانٛنی پانس پیٹھ وٚنی۔ تمہِ ہندین "مرثی ین" منز چھِ اکِس زخمی اِنسانہٕ ہندی آہ تہٕ واو تہٕ ویداکھ موجود۔ یمن ویداکھن ہُند موٗل چھُ سُہ غم، یُس تمہِ ہندِس دِلہٕ جگرس پیٹھ وِزہ ژٹان تہٕ کوٗران اوس۔ یہ چھِ تمن موہوم ارمانن ہُند غم، یمن ہُند خوٗن تمہِ ہندیو چشمو زِندہ پلنے وُچھ۔ یُہے غم چھُ تمہِ ہندین زخمن زبو انان۔ تہٕ سو چھِ شاعرنس پیٹھ مجبوٗر سپدان۔ خوتوٗنہٕ ہنزِ شاعری منز یُس سوز تہٕ تغزُل دِوِ تلیومُت چھُ، تتھ ہیکو سو تغزُلی فتح وٚنِتھ ے یوسہ زن دوکھ تہٕ غم کین جذبن پیٹھ چھِ شاہ لبان۔ خوتوٗنہٕ ہُندِ اکِ اکِ شارہ تہٕ بدہ منزہ چھِ یژھے فتح لبنہ یِوان۔ مثلن خوتوٗنہٕ ہُند سُہ مشہور وژن ییٚن توٚن، یتھیک دکھنے مِصرہ سہ "چارہ کرو میون مالِنیو" چھُ۔ وژن چھُ یتھ پاٹھی واراہ سیوٗد۔ مگر ذاتی تہٕ دِلی غمن یُس سوز اتھ وژنس منز پھاٛنچھلومُت چھُ، سُہ چھُ سیٹھہ موٗلوٚن تہٕ کوٗر وٚن۔ تمقبن حالاتن منز، ییٚلہِ وارِی دِس منز دوہ کڈن مُشکل آسہ اکِس نوشہِ ہُندِ دُسو نوٗٹ پھٚٹن کوتاہ غار موٗمولی واقعہ چھُ۔ یہ چھُ پزی پاٹھی اکِ سہلابہ کھوتہ مُشکل تہٕ اکِ بلہِ کھوتہ کرو ٹھ۔ جبہ خوتوٗن چھِ یُہے وارِدات تژھ خنجر کرِدنہٕ زبانی منز پیش کران، یتھیک جوٗرہ

---

ے Lyrical Conquest of Pain and Sorrow.

ژھاڈن چھہٕ مُشکل۔ شوتوٗنہٕ ہُندی زبانۍ:

سٔرۍ پانس سینٛدر گیوٗ مو
وُڈرکھُن کُڈر پیوٗم
کرِہ ژھاسان کُرِ سُنٛز مو
وترِہ نوٗن پیوٗم مارِلینو
وارٕۍ وین سینتی وارہ چھس نو
چارہ کرُو میون مارِلینو

وُڈرکھُن تہٕ نوٗٹ پھُٹُو۔ نوٗٹ پھُٹِتھ بانٛژن تہٕ تمبلُو۔ ذہنی کشمکش شروع سپدنی
تہٕ اتھہ اندرٕ کارس منز کرِہ سوٗنبراوٕنہٕ۔ یِمہٕ سوٗنبران سوٗنبران پاٹھی پانے وُدی گژھن۔ کیاہ
اصل ژہ پزٕ تصویر چھہٕ؟ امِہ پتہٕ:

ہٕشہٕ لاگِنَم ٹوٗپی کھف
سٔے ہیٚہ گو مرنہٕ کھوتہٕ سخ
یندرہ پیچ پیٹھ رِندرٕ پیوٗ مو
ژکھر پھُٹو مارِلینو
وارٕۍ وین سینتی وارہ چھس نو
چارہ کرُو میون مارِلینو۔

ہتھین بےٚ شوب تہٕ پُرغم حالاتن منز آسہ کیٚنہ شرے وتہٕ:

یاتہٕ دِیتو نٔژ نوٗٹاہ نتہٕ
ہارٕہ نٔژ پچے مارِلینو

نتہٕ:

وارٕۍ وین سینتی وارہ چھس نو
چارہ کرُو میون مارِلینو

خوتوٗنہٕ ہُنٛزٕ وارٕۍ ونکہ زر تہٕ دود روگ سٕنِتھ گو، تیتھے گوس یارہ دود تہٕ پیرِتھ
تہٕ کوٗرِتھ۔ بیٚیہ چھہٕ ترٕزہ وارٕۍ دات یم زن تمہٕ سُند پان ژٹان چھہٕ تہٕ تتھ منز اَنیک غم
تہٕ دوکھ بھران چھہٕ:

یارہ داہ دے تارہ گیژ مو
بارہ یکھ چھم آہ ستے
حبہ خوتونہ ؤون اِشارا
دِل ہُشارہ ماریلیو

وارٕ دِن سیتو وارہ پھس نو
چارہ کرُو میون ماریلیو

گوڈہ کالس منز چھُ خوتونہ ہُند موضوع "ماریلیو" بوزان۔ سو چھہ وارٕ وِکیستم پھیرِ پھیرِ مالِنس رٕتھ دِندان۔ "داہ جوان مالِنہ" سو چھہ وَنان۔ "تِمہ کوتاہ رُت تھکھ!" ژِ یژ سپھ پزٕہ اَکِس پتہ پونپرہ سِندی پأٹھی گتھ کرِتھ پننہ سہ دُسے کُنیہہ تِہ بیان کرُن۔ ژِ یہ کوتاہ ڈوُد چھِے تِمن سِتم زدہ کورِین ہُنٛزِ یم پامال سپدان چھہ۔ ژِ ی چھکہ تِمن ہُند سہارہ تہ مدد کرن وٲل۔ ژِ ی شوبی رٕتھ وَندِن۔ تمہِ سِندی زبأنی سے

دُنیاہ افسُرس ژھوٹھ چھے کتھاہ
یئیٚژ نو بقأیی، تی ؤون میٚ
خوتونہ پٔزِنس، رٕبہ ہِنز ستھاہ
رٕتھاہ وَندسے ماریلیو

باسان چھُ یہِ موضوع چھُ تمہِ وِزِ ختم گژھان ییٚلہِ زن سو یوسف شاہ ژٕکنہِ چھینیہ لگان چھہ۔ ییٚلہِ سہ تس قریب سپدان چھہ تہ تمہِ سِنز زِندگی اکھ رنگین خاب بنان چھہ۔ خوتونَن اَدہ پتہ بأٹھی تِتھہ یوسف شاہ، ژِکس قریب آیہ، اتہِ پتھ چھہ خوتونہ ہنزہ زِندگی منز یکدم تبدیلی یِوان۔ اکھ نوٚ زِندگی چھہ شروع سپدان، یتھ اندر تس پنٕنہ زِندگی ہُندی جان تہ بد دوہ برابر ستھاوان چھِہ تہ لوہ زِندگی ہُندی خاب تس برابر وولِسنس آمان چھہ۔ اکو ثبوت چھہ تمہِ کِنیہ "ڈوبأتی" یمہ زن خوتونہ ہِنزِس کلامس منز میلان چھہ سے

یوسف شاہ : سو ندی شوٚبہ ہک پادشاہ، گھر سے
حبہ خوتون : ییمی ہِنز بہ چھس سہ کیاہ کرے
یوسف شاہ : ییٚلہِ نہ ژِ دسے سہ تیٚلہِ مرے

حبہ خوتوٗن : بادشاہ پٔزِ کتھ دوٗجاہ کرے [1]

یہ زِندگی ہُنٛد خواب چھُنہٕ زیادہ کالس روزان۔ ارمانن ہُنٛد تھوٚد تہٕ شوٗبہٕ دار محل چھُ جلدی چھلِہ چھلِہ پیوان۔ ہجر تہٕ فراقُک دور چھُ شروع سپدان۔ حبہ خوتوٗن چھ یارس نِشہٕ دوٗر ان تہٕ تمیُک دِل چھُ اُنیک دۄکھ تہٕ غمہٕ سیتی بھرنہٕ یوان۔ بے پناہ نار چھُ تمی ہنٛدِس جگرس منٛز شولان تہٕ زِندگی ہنٛد اکھ ژیٖوہ کڑن چھُ تمی ہنٛدِ خاطرہ وۄبالِ جان بنان۔ حبہ خوتوٗن چھ زِندہ پانَے پننہٕ زِندگی پَتہٕ مرٕنی لیکھان تہٕ دبداکھ دِوان۔ یہ چھُنہٕ فکری تران زِ اُمرِ ہِند دۄن دِلن درمیان کوٚسہٕ کھے سپز پادٕ۔ کیاہ یوٗسف شاہ تہٕ اوسا خوتوٗنہِ ہنٛدِ خاطرہ تِتھے پاٹھی ترسان، یِتھ پاٹھی زن خوتوٗن اٚس؟ یہ کتھ تہٕ چھُنہٕ موٗلوٗم۔ وۄنی گوٚ کشیرِ ہنٛز تاریخ پٔرِتھ چھُ ننان زِ یوٗسف شاہ تہٕ چھُ نہٕ تخٕتس پیٹھ زیادہ کالس ڈاڈ کران۔ سُہ چھُ پانہٕ اکس گیرِس منٛز وٚلنہٕ یوان۔ شیٖنَ تہٕ سُنیَن ہُنٛدی فسادن اٚس ژھٹ کٔڑمژ۔ مُلکچ سیاست اٚس لرِہ پیرُن دِوان تہٕ مُغل حکمرانن ہنٛدِ پدی اٚسی کشیرِ پیٹھ پینہٕ یوان۔ شری پریم ناتھ بزاز چھِ اتھ کتھِ یِتھ پاٹھی واش کڈان :

"بچارٕ حبہ خوتوٗن اٚس نہٕ سیاستس سیتی واقف۔ مُغل حکومژ سیتی شامِل سپدنہٕ پتہٕ یِہ یِہ تبدیلی کشیرِ منٛز نایان آسہٕ، تِمہٕ ہیکے نہٕ خوتوٗن سیٹھاہ سوچِتھ تہٕ پرزٕناوِتھ۔ اما پوٗز تس اوس امہٕ کتھِ ہنٛد سیٹھے درٛاے زِ یوٗسف شاہ چھُ

---

[1] بیاکھ پٔزِ "دوٗ باتی" چھُ "سو یِتھ" لو نتہٕ لو" پتہٕ یوان چھُ۔ یمن دوٗ باتیَن منٛز چھِ کینٛہہ اضافہٕ ضرور سپدے مٕتی۔ کینٛہہ یِتھی پاٹھ چھُ خوتوٗنہِ ہنٛدِ زمانہٕ پتہٕ واریاہی کالی لیکھنہٕ آمٕتی تہٕ خوتوٗنہِ تہٕ یوٗسف شہس سیتی مٕناوہ نہٕ آمٕتی۔ مگر یہ چھُ پوٚز، کینٛہہ چھِ ضرور خوتوٗنہِ تہٕ یوٗسفن وۄنی مٕتی۔ تہٕ کیازِ یوٗسف شاہ اوس نہٕ گیوٚنٛک تہٕ نژنکُ شوقین۔ سُہ اوس پانہٕ نفیس فارسی تہٕ کأشری شار وَنان۔ خواجہ محمد اعظم دیدہ مری چھُ "واقعاتِ کشمیرس" منٛز اتھ کتھِ یِتھ پاٹھی تصدیق کران :

"یوٗسف شاہ بن علی شاہ ... ... مائل عیش و عشرت بود۔ اکثر اوقات را صرف بزم نشاط و انبساط می نمود و طبع موزون است۔ فارسی و کشمیری شعرے گفت ... ..."

اُکس گیرِس تہ مصیبتس منز وَلنہٕ آمُت۔ یہ کُس وجہ اوس یُس زن تموٗ پنٛدِس خانہ وارِس[1] دُور تھاوٕنس منز کارگر آسہٕ۔ یہ اوس تموٗ پنٛدِہ سوچہ نبر۔ سو آسہٕ دیان زِہ رُوح چھِ اکھ اَکس یژھان۔ اکھ اَکس سیتی محبت کران۔ اَخرا مِیٚ سیتی کیاہ نقصان واتہِ بیٚیہ کانٛسہ۔"

اُنیک غم تہ ملال چھُ یِمہٕ دوره کِنۍ وژنن ہنٛد جان۔ لفظن ہنٛد جود تہ میچھر چھُ یِمن دِلہٕ کِنۍ چھکن ہُنٛد جاو پُوره کران۔ تہ یِمن اکھ پوشہٕ وُن تہ روزه وُن حُسن بخشان سہ

(۱)

ٹُو ناز چھُم للہٕ وُن مُورے

کانٛسہِ مارآوُن شوٗرے یان

ماَلی ماجہ ژھچونس قندہ کستورے

دودھ اٰسم تیٚہ ناوال

سُے یان لوٗگ مارہ مسانوٗرے

کانٛسہِ مارآوُن شوٗرے یان ...

دَسنے دِیتے ڈیکہٕ نےٚ پُورے

دَسے مژ آسیا کانٛسہِ پوشال

موٗے چیوٚ حبہ خوتونہ لوٗره لوٗرے

کانٛسہِ مارآوُن شوٗرے یان

(۲)

یادِنی میانہِ کری مزی پٹہ

کمیوٗ وانہ رنگنےٚ آکھ

میہٕ نو زوٗن اُتھر ژرٹ

اکہِ لٹہِ پیہٕ ہمٔنا

(۳)

ژہ کمیوٗ سونہ میانہ بربم دِتھ نیوٗ نکھو ژیہٕ کیھو گیٔ میانی دِی

ژکھ ترٛاو دِی ملال دوندہ چھےٚ نا اِیوان ژیہٕ کیھو گیٔ میانی دِی

---

[1] بڑاد چھُ حبہ خوتونہٕ یوسف شاہنی رانی مانان۔

ذولہ چھم نارِ ایوان مولہ چھک والان — غم چھُس وٲلنجہ سٕے
ژٕہ نہ چھک نہ دوٗد مُت سینہ شہلاوان — ژٕرِ کیہو گیُٔ میانٕ ذی

(۴)

رٕہ بخشتم سارٕی پروردگارو
ژٕرِ کیہو واترِ یو میانہٕ مرنے
ہینہٕ یہٕ آیس دِین کیہو برہ یو
دینہٕ کےٚ رنگ گوم خام برے
لولہِ سٕے تھوو تھمو للہٕ دُن نارو
ژٕرِ کیہو واترِ یو میانہٕ مرنے
سیپارہ ترٛنہٕ[۳۰] مرہ پرٛیم اکِ آنو
پھیرہ نو کنہٕ گوم زیرہ زبرے
عشقٕن خط کاٗنہٕ پوٗد نیک بارو
ژٕرِ کیہو واترِ یو میانہٕ مرنے

اگر ذاتی تہٕ انفرادی تجربہ ادِ کٔر جان ما نوکھ، حبہ خوتوٗنہِ ہندِ یارے چھہ وسبٹھاہ تھوٗد سیدان۔ خوتوٗنہٕ ہندی ساری شار تہٕ ساری وژن چھہ تمہٕ سندہ اصل زندگی ہند آینہ۔ دِلکہ چھوکہ تہٕ عشقچ آمرتاد چھہ پنٕنہ رنگ آمیز بٕہہ تہٕ ٹہہ ہیتھ لفظن ہند جامہ ولان۔

## حبہ خوتوٗنہٕ ہندی وژن — چھاپ تہٕ سوٗنبرٕے

حبہ خوتوٗنہٕ ہندی وژن رُودی واریاہس کالس سینہ بہ سینہ اکہِ دٔہانہ بیٹھہ دویمس داناس تہٕ اکہِ پیرہ پیٹھہ دویمہِ پیرہ تانی واتان۔ یمہٕ کنہٕ واریاہ دٲدی تہٕ منٛٹھی۔ تہٕ سبٹھاہ کم رُودی رٕژھرِ رِتھ۔ یم رُودی تم تہٕ رُودی نہ ساری ڈنجہ۔ کینہہ آیہ دویمبن گوبہ ماتن ہندہ تادہ چھاپنہ۔ کینژن منز گیہ پرانی لفظ ڈسی بیوان تہٕ نوی لفظ داخل سپدان۔

خوتوٗنہٕ تہٕ ارنہٕ مالہِ ہند واریاہ کلام چھہ کاشرِن موسیقی ہنزن کتابن منز میلان تہٕ کیازہ یہٕ دو شہِ[۲] وٕسے آسہ موسیقی سیتی جان پاٹھی واقف۔

پُتھ ین ترٛہن ۳۰ دوٚیہ ترٛہن ۳۲ وٕرین منز آیہِ خوتوٗنہِ ہِندی کینٛہہ مشہوٗر بأتھ غلام محمد نوٗر محمد
کتب فروشہٕ سٕندہ دٔسی وٕزہ وٕزہ چھاپنہٕ۔ یِمَو مختصر کتابو کٔر لُکن ہِنز ترٛیش ضرور پوٗرہ۔
مگر یِمن کتابن ہیکَو نہٕ اَکِس تحقیقی آرس منز شأمِل کٔرِتھ۔ تہِ کیازِ نہٕ اَمِس ترتیب دِنہٕ والین اَکِس
محقق سٕنٛز نظر نہٕ سپدٕ فہرست تہٕ زان پہچان یوٚس اَکِس شیرہ ژارٕ کرن وألِس گژھِ آسٕنۍ۔
خوتوٗنہِ ہِندی کینٛہہ ژأرِی متیٚ (مُنتخب) وژن چھہ حال حالے کلچرل اکادمی چھأپی متیٚ۔ کتابہِ
چھہ "حبہ خاتوٗن" ناو تہٕ یہِ چھہ امین کامِل صأبن تیار کٔرمٕژ۔ وژن چھہ جان تہٕ شوٗبہٕ دار اندازس
منز لیکھنہٕ آمتیٚ۔ مگر یہِ مختصر کتاب تہِ چھنہٕ کُنہِ کنہِ اَکِس محقق سٕنٛز تصنیف پاسان۔ تہِ کیازِ:
(۱) یہِ چھنہٕ دٔنہٕ آمُت زِ وکھرہ وکھرہ وژنن ہِنز شیرہ ژارٕ کرنہٕ وقتہٕ کم کم نُسخ
تہٕ وسیلہٕ چھہ نظرہٕ تھاونہٕ آمتیٚ۔
(۲) وکھرہ وکھرہ نُسخن تہٕ کتابچن منز یُس لفظی ہیر پھیر کینٛژن جاین وٕزینٛٹھ
یوان چھہ، تمہٕ پیٹھ چھنہٕ کانٛہہ بحث کرنہٕ آمُت۔ نہٕ چھہ یہِ وننہٕ یِنٛج کوشش کرنہٕ
آمٕژ زِ اکھ لفظہے دوٚیمہِ کھوتہٕ جان تہٕ صحی مانٕنہٕ آو، تمیُک وجہ کیاہ چھُ۔
(۳) کینٛہہ وژن چھہ تِتھی تہٕ، یِہندی اَڈی بند چھہ لیکھنہٕ آمتیٚ۔ مثلن یُس وژُن
نی توٗن، یمیُک وکھنے مِصرہ "ترٛیٚ کیہو گیی میأنی وٕی" چھُ۔[1]
(۴) حبہ خوتوٗنہِ ہِند اکھ وژُن چھُ "تھوونم زُمہ زُمے" ہُرہٕ سیٖتی شروع سپدان۔
مرزا اکمل الدین بدخشی یُن اکھ وژُن چھُ "بالِہ ہے رُمے رُمے" سیٖتی شروع
سپدان۔ یِمن وژنن منز چھہ وارِیاہ مِصرہ پانہٕ وأنی رلان۔ یِتھی ہی چیز تہٕ
چھہ کأنٛسی بوزنس ژھنگان۔ مگر اتھ کُن چھنہٕ کانٛہہ توجُہ دِنہٕ آمُت۔
خوتوٗنہِ ہِندی سأرِی وژن جان تہٕ نفیس طریقس پیٹھ چھاپنٛچ چھہ سخ ٹھاہ
ضرورت۔

---

[1] کأشِر شأعری ـــــ از محی الدین حاجنی وُچھو۔ اتھ منز چھہ امہِ بأتُک تمام سأری بند موجوٗد
یم زن کامِل صأبن ترأوی متیٚ چھہ۔

[2] یو تمام زن کلام شیرہ ژارٕ دِنٕک داد چھُ۔

علاوٕہ لیکھہٕ پرٕہ خاطرٕہ :

(۱) تاریخِ کشمیر ــــ پنڈت بیربل کاچرو (۲) تاریخ حسن از پیر حسن شاہ کھویہامی
(۳) خواتینِ کشمیر ــــ خواجہ محمد الدین فوق (۴) ڈاٹرس آف وِتستا ــ پنڈت
پریم ناتھ بزاز (۵) کشیر ــــ ڈاکٹر صوفی محی الدین (۶) کشیری لیرکس ــ پروفیسر جے ایل
کول (۷) کلامِ حبہ خاتوٗن ــــ پبلشر غلام محمد نور محمد تاجرانِ کتب
(۸) حبہ خاتون ــ امین کامِل (۹) کشیری زبان اور شاعری (حصہ اوّل، حصہ دوم) ــ
عبدالاحد آزاد (۱۰) زوٗن ــــ شری جگن ناتھ ولی

•

# ژوٗریُم باب

## اُرنہٕ مال

۱۷۳۸ — ۱۷۷۸ ء

کاشرِ زبٲنۍ تہٕ ادبس متعلق یُس کمتری ہند احساس سانین مورخن گیوٚمُت اوس، سُہ چھُ سیٹھہِ وِچھنس لایق۔ حد چھےٚ یہِ زِ داریاہن لِکھارِین رُوز نہٕ سوٗ لَل تہٕ یاد، یٚمہٕ زَن اَکِس نوٚزُک وقتس منٛز کٲشرِ ہنٛز زبردست رہبری کٔر۔ یِہٕ وَے کٲنٛسہِ کٲنٛسہِ اَمہِ ہنٛز، ننٛدہٕ ریٛشنٛز یا بیٚیہِ کٲنٛسہِ گوٚنہٕ ماتہٕ ہنٛز ذِکر کوٚر، تِمو تہٕ اَدٕ موکھ زِ تِم اَسی نفیس گوٚنہٕ مات، بلکہ امہِ کنہِ زِ تِم اَسی بہلہٕ پایہٕ خُدا دوست۔ یِتھےٚ پاٹھۍ ہرگاہ کٲنٛسہِ کٲنٛسہِ خوتوٗنہٕ ہنٛز ذِکر کوٚر، سوٚ نہٕ امہِ کنہِ زِ سوٚ اَس پٔرتی تہٕ جان شار ونان، بلکہ امہِ کنہِ زِ تَس اوس یوٗسف شاہ چَکس ہیٚیُس اَکِس کٲشرِس بادشاہس سٕتۍ اَکھ قریبی رِشتہ —— اَرنہٕ مال نہٕ اَس کانٛہہ خودا دوست نہٕ اَس سوٚ کٲنٛسہِ بادشاہ سُند نم تہٕ مانہٕ۔ امہِ کنہِ رُوز نہٕ کٲنٛسہِ مورخس نِش تَمہِ ہنٛز کانٛہہ وُقعت۔ اَرنہٕ مالہٕ ہُندین مقبول تہٕ مولہٕ وٕنین وژنن سٕتۍ یِیہِ تَمہِ سنٛدِ زِندگی ہنٛز شیچھ خبر لگہٕ زبٲنۍ بیٚتھہٕ یاد رُوز، سو چھےٚ داریاہ کم۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ اَرنہٕ مال چھےٚ زیادہ کالس زِندہ رُوزمٕژ۔ تَمہِ سنٛدۍ وارِواَسی راینٛ وارہٕ روزان۔ تِمن اَسی کاژِرۍ ونان۔ تَمہِ سُند خانہ دار مُنشی بھوانی داس اوس پنٕنِس وقتُک اَکھ جان فارسی شاعر تہٕ سیاست دان۔ پٹھان درباریس سٕتۍ چھےٚ تَس اَکھ قریبی رِشتہ رُودمُت۔

مُنشی بھوانی داسُن (تخلّص نیکو) بایہٕ خاندان چھُ وُنہِ تہٕ راینٛ وارَس منٛز موجوٗد — مگر مالنہٕ طرفہٕ چھُنہٕ اَرنہٕ مالہٕ ہنٛز کانٛہہ لَگ لَنٛد اَتھہِ یِوان۔ فقط چھُ یہِ معلوٗم سپدان زِ تِمہ

سندی مالنہ اسی شہرہ پیٹھ ۱۹ میل دور یلہ ہالس منز کتہ تام روزان۔ اُمہ کتھ نال[1] چھہ اکھ
کتھ پانہ پیٹھ پانٹھ تصدیق کران سہ

سونہ ہی پھو جلکٹھ ونَن تہ کریڈہ ژالن

یلہ ہالن مالین چھیے!

کاٹشری اسی بیٹھ کالس منز کورین لوکچارسی کھاندر کران۔ اُدی تہ سید دہ وہ ماسمی
کھاندر۔ سو پیٹھ واُرِو گھرسی منز ہوشہ، سو پیزن اُتی نوبالغ تہ بالغ۔ تس بروہہ کنہ اوس
بھوانی داس۔ ہیُن سوُرے تیز تہ خار ہیٹھ۔ تس ڈول تمہ سندی لولن نال۔ آشنہ گیہ
خانہ دارہ سندس لوس منز دِل وجانہ گم۔

بھوانی داس اوس خیالاتو کنہ سنجیدہ۔ مزاژہ کنہ ہمل[2] تہ فکرہ علم کنہ سیاسی تہ درباری
انسان۔ تس باسیو نہ اُمس رنگین طبیعت گامہ کورہ منز کانہہ بود۔ دِل گیہ میلہ نہ بدلہ دوران
اُدی تہ مالہ کرنے یہ خانہ دارہ سند طبیعت کمہ لاو رنج وارِیاہ کوشش۔ پانس اندر کرتون سہ
درباری رنگ تہ پادہ، یُس بھوانی داس نس دِل دِماغس منز سنتھ گومت اوس۔ تمہ ہیٹھ
موسیقی۔ تمہ ہیچھ تم وارِیاہ چیز، یم دربار داری سیتی وابستہ اسی مگر سو ہیچ نہ سو کھیے
پورہ وِتھ۔ لیہ سہ زن باژن دون منز باگ گنژ اُس۔ یہ کھے گیہ اکھتے زیٹھان زیٹھان اکھ
بوڈچاہ بنتھ۔ نشیجہ ونداو یہ زہ بھوانی داسن ژھنی سو ترادِتھ : تہ سو واُژ دُودمت تہ

---

سه دپان اُدی نہ مال چھ عتیق اللہ خان نس زمانس منز ہمشہ ہیمبر۔
بیر دِرنی تہ قدہ، کوچہ واُری منز مشہور دلیل پھران چھ حسن کھویہامو اکھ کتھ دوُن تلمت زہ بیر درنی
آشینی چھ منشی بھوانی داسنی کوُر اسمہ تہ یہ چھ بیر درن نامتری کیٹرے آسان، یُس زن پٹھان
حاکمن پننہ ہشہ ہندبے پناہ دِدان چھ۔ امہ سیتی چھ یہ کتھ زبر پانٹھ ثابت سیدان زہ عظیم خان
(۱۸۱۳–۱۸۱۹ء) نس وقتس منز اوس منشی بھوانی داس بڈہ بجن منز تہ ژامت۔ سہ اوسا اکھ
وقتس تام زندہ کنہ نہ تہ چھنہ موُلوم۔ دپان ۱۷۸۲ء پیٹھ جمعہ خان الکوزئی (۱۷۸۸ء–۱۷۹۲ء)
نس وقتس تام۔ تس اوس پٹھان دربارس منز سیٹھاہ زِیادہ یرتھ حاصل۔
منشی بھوانی داسن اوسا بیاکھ کھاندر کوُرمُت، کنہ بیر درنی آشنہ اُس اُرنہ مالہ ہنزی کوُر، یہ کتھ چھ
وُنہ وارِیاہ تحقیق منگان۔

[2] داخلیت پسند ( introvert )

پارہ پارہ گومُت بدن، ہیتھ پننٕ مالِنٕ واپس۔ شری بزاز چھِ لیکھان :

"بے کس تہ لاچار راؤمژہ تہ تراومژہ زنانہ چھےٚ بٹن منز عام پأٹھۍ پننٕ مالِنٕ واپس
یوان تہ پننہِ زندگی ہنٛدی غمہ بھوری دوہ مأکِس ماجہِ ہنٛدِس مرِس تہ پھرِس تل
گذاران۔ اُدی نہ مالِہ ادس بب موج سپدّاہ جان۔ تمہ اُسو واریاہ ہوود تہ مہربان۔
مگر اُدی نہ اُس نہ پننِس مالِس منز تہ اُندی پکھ چیز پننہِ وأرِ چ گت یاد پاوان۔
بافکٕ نظارہ تہ پوشن ہنٛد پھولُن اوس تس زیر دِوان۔ اضطرابس منز انمان تہ
سو اُس پننِس پانس پیٹھ ماتم کران۔"[1]

مأکِس ماجہِ پتہ یس راؤمژن تہ تراومژن زنانن ہنٛد بیاکھ سہارہ رُودمُت چھُ، سہ چھُ یندر۔
اُدی نہ مال تہ لجہِ اُتھو زیر زیر دِتھ دوہ گرموٗزوری کرنہِ۔ مگر یارہ ہندی زِل تہ زخم چھِ تس بڑنہ
وزہ تہ گرہ گرہِ یاد پیوان۔ تس چھُ یندرس برونٛہہ کنہِ تہ سے" باسان ؎

تم میرے پاس ہوتے ہو گویا
جب کوئی دوسرا نہیں ہوتا (مومنؔ)

سو چھےٚ منہ کرِ اُمہ منزی پننِس یارس سیتی کتھ باتھ کران۔ گلہ تہ شکایت کران۔ یتھ اندر
یندرک گیس گیس تس ڈالان چھُ۔ سو چھےٚ یندرس ژھوپہ کرنہ خأطرہ باج دِوان۔ گاہے وین کنٛرِ بن
پأراونک تہ سجراونک وعدہ کران۔ پھُلِلہ متھنک وعدہ کران۔ امہِ پتہ چھےٚ سو تس یارس منہ کرِ
اُمہ منزی بیٹھہِ ژھاران تہ تس دُنیھکی سیر تہ دِلکی ارمان باوان ؎

گیس گیس مو کر یندرو
کنٛرِ بن پھُلِلاہ لو یو
ربہ تل کاڈ تُو سنجھو لو ۴
یُنبر زل پیالہ ہیتھ پراوان چھے
ہی تھ رٕچھس تے دُوبارہ پھو لیو
گیس گیس مو کر یندرو
کنٛرِ بن پھُلِلاہ لو یو



---

[1] "ڈاٹرس آف وِتستا" از شری پریم ناتھ بزاز

یِم نوٗزُک خیال چھُ تَمہِ تیشِل مٔژرکۍ نتیجہٕ یمہٕ زٕن اُریو دِ ہمٔندِس پانس تہٕ جانس منٛز تبدیلی اَنۍ مٕژ اٲس۔

عشقہٕ دود چھُ داریاہ کرُوٹھ۔ اَمہِ چھُ کمن کمن بلہٕ وِیرِن وَتل تجھُرٕ۔ امہِ حالہٕ اُریوٗ نہٕ ہمٔندِس نوٗزُک پانس کوہ سہٕ وَتل آسہٕ ہے اَمہِ تجھُ مٕژ، سوٗ چھُ ظاہر۔ تمہِ ہندی وَننہٕ سے

سوٗنہٕ چھِم گیلن کُنہٕ چھُشم نہٕ میلن
پرزٕن سیتہٕ چھِم کھیلانے
عشقہٕ دادی سوٗر کوٗر بَربتہٕ شٔلن
عشقہٕ ژوٗر پھوٗر بلہٕ وِیرنے
عشقہٕ دود ہنہٕ ہنہٕ تنہٕ چھِم تیلن
پرزٕن سیتہٕ چھِم کھیلانے

تمہِ سُندہِ خاطرٕ چھِ وِز کڈنۍ قیامت سپدان۔ نوشُورس چھُ نوٗن پیوان۔ زٕنجِ دگ چھِ تیزان۔ تہٕ سوٗ چھِ بَرژھارہ دِوان۔ سوٗ چھِ وِلہٕ زار کران۔ تمہِ ہندِس جانس تہٕ پانس، چھُ حسبِ حال سپدان۔ سوٗ چھِ کوٗت کوٗت واتان۔ تس چھِ تمہِ برأنۍ دوہ یاد پیوان، ییلہِ تمہِ سُند موصوم تہٕ بے داغ سوٗن ہیوٗ پان یارس نزدیک اوس۔ ییلہِ سوٗ روہہٕ مہارِبنہٕ ہِش شروع نۍ کران اُس تہٕ ییلہِ تس یارن وُنیب کوٗر۔ تمہِ سُند سوٗن ہیوٗ پان موکلہٕ وُستہٕ سرتل بنیو۔ اتھ پیٹھ چھِ سوٗ دوہش ترٛاوان تہٕ یارہ سِندِس کردارس پیٹھ افسوس ظاہر کران۔ کینہہ وٕژن وُچھو سے

(۱) وَنتہٕ وہہ کُس کُس پٕژے
کُس وُنیب کرِتھ گوم
ہژہ لوٗ منم نندرہ مٕژے
مٕژہ مٕژہ بند سنتھ گوم
سوٗن نیوٗنم رژہ وژے
کُس وُنیب کرِتھ گوم

---

(۲)

ہا دوہ لو مَنہِ پھُلو وندہ یو یادن
آدن باجہِ میانہِ یارو وے
آدنا اُسس رینزلہِ نادن
یادنس قدر نو ذانی مے
دِتمو درشُن چھِم چانی لادن
آدن باجہِ میانہِ یارو وے
کُکلے پاڑی کوہ ترا اُوِتھ کولہ رادن
دُو کلے ووندہ میثون گو
میہٗ کلے چانہِ برانزی گیوٗ مونا دن
آدن باجہِ میانہِ یارو وے
ژینتو لیسٕدری پوش پھولی کولہ رادن
از چھِم آدن واتہِ ہیہے
دِہیہے درشُن سروندیو یادن
آدن باجہِ میانہِ یارو وے

(۳)

ہن ہن چھیم لولہِ چانہِ برِتھ
دولہِ چھینے سُندرے سُندرے
تیرِ مژگان دِیتنمَ دارِتھ
گامہِ جگرس پنجرے پنجرے
دادی لدچھس کونت ہیکہ لاُرِتھ
دولہِ چھینے سُندرے سُندرے
وُژھ وانلنج ہاوے مُژہ داوِتھ
گژھ پَن زن ہرہ یو ہرہ یو

مژھ بند زن گژسے لاٗ دِتھ
زولہ چھمنے سُندرے سُندرے
گِچھ کُٹھ نی تھاوے وتھ راوِتھ
لچھ ناے[1] یو مندورے[2] ساز بہہ
اچھ[3] داد زن روزے پار اوِتھ
زولہ چھمنے سُندرے سُندرے
لالہ گوسے باغ منز نیر تھ!
پوش لاگس گندرے گندرے
کینہہ نے منگس ہمینا پھیر تھ
زولہ چھم نے سُندرے سُندرے

(۴)

یام حورہ میہ ٹورہ ژندن موٗلے
تامت ژوٗلے یار ولسی یے
دپوم آغس بہ روشہ زاگس
لاگس بہ شیرہ ہی ہ
ووندہ کس باغس پوشاہ پھولے
تامت ژوٗلے یار ولسی یے
اتھ وٗنیہ کس عالمس منز چھہ تس اکھ ستھہ۔ سو چھہ تتھی ننژ پیٹھ دُرِتھ
اسا وندن ہندہ آشوے
گنڈ منزہ ہاوتم گاشوے

---

[1] لچھ ناو تھاون والہ (بٹن منز چھنہ زنانہ ہنزِس خانہ دارہ سُند ناو پانژ ونان)
[2] مکان [3] مہار بنز

لاسہٹن[1] گومو ناشووے[2]
پڑاران چھس یوا شووے
مبترن ہنٛدٕ بیولا وٗدی زے
شوترن تہٕ کرُی نہٕ ناشووے

اٗزی نٕ مال چھ یارہ ہندی دٗورہ زٲن تہٕ لولن گاجہ نز۔ تس چھ یارہ وادی سۆر کوٗرمت۔ امی دگہ ہنٛد مزر تہٕ ترز چھ لفظن ہنٛد جامہ پاراوان۔ سہ چھ پننہ زاموٕلی احساس موسیقی ہنٛدن مختلف مقامن پیٹھ تیتھہٕ پاٹھی شیران زہ یم چھ اکھ عجیب جود تہٕ حسن پراوان۔ سہ چھ یتھہٕ پاٹھی متن سادہ تہٕ نوزک خیالن منز اکھ نوٗشان پادہ کران یم زن حبہ خوتونہ ہنٛدی خاص حصہ اٗسی۔ لکلچ دِل سوٗزی ( sensuousness ) تہٕ درد انگیزی چھ اٗزی نہٕ ہنٛدن وژنن ہنٛد بٔڈ خوٗبی۔

## اٗزی نہٕ ہنٛدی وژن — چھاپ تہٕ سوٗنبرے

اٗزی نٕ مالہ ہنٛدی وژن چھ نہٕ ونہ جان پاٹھی سوٗنبراونہ تہٕ چھاپنہٕ آمتی۔ واریاہ کلام چھ مناپہ گومت۔ کینہہ چھ لکہ شاعری سیتی میولمت۔ کینہہ مشہور تہٕ مقبول وژن چھ لکہ زبانی پیٹھ یاد۔ یمو منزہ چھ کینہہ "کاشرہ موسیقی" ہنٛزن کتابن منز موجود۔ کینہہ وژن چھ پروفیسر جے، ایل کولن "کشیری لیرکس" ناوہ چہ کتابہ منز چھاپی متی۔ یمن وژنن سیتی چھ کول صابن انگریزی ترجمہ تہٕ شامل۔

اٗزی نہٕ ہنٛد کینہہ کلام چھ "دوترایل کالہ" کین شاعرن سیتی تہٕ رلہ ملہ گومت۔

اٗزی نہٕ چھ پننہٕ شاعرانہ زورہ تہٕ پننہ خاص دِل سوٗزی سیتی دوترایل کالکو شاعر واریاہ تمبہ لاوی متی۔ مثلن اٗزی نہٕ ہنٛد اکھ مشہور وژن چھ ؎ اٗزی نہٕ رنگ گوم شراوُن ہیے" ہرہ سیتی شروع سپدان۔ محموٗد گامی ین اکھ وژن تہٕ چھ امی ہرہ سیتی شروع سپدان ؎

---

[1] لاسہ (تبت)

[2] سفر

اُرزِ رنگ گوم شرٛاون ہِیے   کرِیے درشُن دِیے

موکہ ہوتم برٛقہ ٹلیے   چھو کھ دِتھ یار ژٲلم ژھلیے

وُچھتہٕ تہٕنزٕ اینزٕ دُرِیے   کرِیے درشُن دِیے

ژھایہِ نُوزِتھ گومے اپٲری   پایہِ بڈِس لگس یہٕ پٲری

روشہِ وُنِس خوشُ آسیے   کرِیے درشُن دِیے

مُژہ راٲوِتھ نیوُنم کمِہ سونے   بہٕ تہِ پٲرس جُنیل کھونے

گوم ترٲوِتھ، رچھن بینیے   کرِیے درشُن دِیے

مٲرنِس اُمی دعوا دارن   موختہ ہارن چھس پرٛارن

ژو نٕز روزِس بہٕ بندہ ہِیے   کرِیے درشُن دِیے

ژٕمہِ نزٲیجر بمُہ و نجے   چھم کران واعلنجہِ کھنجے

سبزہ پوشِ چھس ووزٲریے[1]   کرِیے درشُن دِیے

سالِ سنگارہ آسِم ژلن   چھُنہ میٛہ سیتھ دِل تِس رلن

وٲلی کنن میٛہ بٲلیے   کرِیے درشُن دِیے

قندہ نابدہ آرُو مُتیے   خندہ کرِتھ ژٲلم کوتے

خندہ کرِی تم لُوکن تِیے   کرِیے درشُن دِیے

آمہٕ تاوہ گاژاہ بہٕ گٲجِس   شام سوندرن پامن لاجِس

نامہٕ پیغامہٕ تس کُس نِیے   کرِیے درشُن دِیے

ذرٕہ زونتھس کوتاہ زرٕے   بڑہ اثر تم ہے دِلبرے

محمودس ارمان چھیے

کرِیے درشُن دِیے

التھ برخلاف چھُ اُری نِہ مالِ ہند مشہور وژُن یِتھ پٲٹھو سہ

اُری نِہ رنگ گوم شرٛاون ہِیے

کرِیے درشُن دِیے

---

[1] اتھ مصرہ بدلہ چھُ "رُخ سبزہ پوشِ چھس ووزٲریے" تہِ لیکھنہ آمُت

شامہ سُندرے یامن لاگِس
آمہ تاوَد کوتاہ گاگِس
نامہ پیغامہ تس کُس ہِنیے
کرِیے درشُن دِیے

قندہ نابد آرُد موٗتیے
قندہ کرِتھ ژوٗلُم کوٗتیے
خندہ کرِ ونم وُکن ہِتھیے
کرِیے درشُن دِیے

مُژہ راؤِتھ نیوٗنم کمہ سوٗنے
بُہ ترِ یارس جُنیل کھوٗنے
گوم ترائوِتھ رچھن بیٹھیے
کرِیے درشُن دِیے

سُلہِ ووٗتھ دوسنگرمالن
لالہِ ژھارون کوہن تہ بالن
یِراران چھُس بُہ تہنزہ زِیے
کرِیے درشُن دِیے

محمودُن وژُن چھُ مزازہ ترِ لفظن ہُندہِ ورتاوہ کِنہ نتُہ یاٹھی زِہ رنگ ہاوان۔ یمہِ سیتھی یہ کتھ چھ صاف یاٹھی ثابت سپدان زِہ یہ وژُن گژھ دوہ پوٗشاعرو لیوٗکھمُت آسُن۔ یہ چھُ تمہِ اثرُک نتیجہ یُس زن اُردوٗ نہ مالہِ ہندو میٹھِیو وژنو محمودس پیٹھ ترٛوومُت اوس۔ دوٗ ترائیل کالکو بُڈی کیہو لوکٹی شاعر چھ تتہ، اُردوٗ نہ رنگن سیٹھاہ زیادہ وولہ لسنس اُنی مِتھ۔ محمود تِہنِ وژنن پیٹھ چھ اُردوٗ نہ مال ہندین وژنن ہُند سوٗن اثر آسُن لازِم۔ ترِ کیازِہ سو آسہ محمودنی ہم کال ترِ کِنہ وقتس رُوزمژ، یمیٹلہِ زن محمود سیٹھاہ لوکُٹ آسے۔ باسان چھُ زِہ محمود آسے پننہِ شاعری ہُندِس گوڈہ کالس منز اُردوٗ نہ ہندِنی لولہ ہُرین اورہ یور کرِتھ شاعری کران۔

علاوہ لِکھہ پرِہ خاطرہ:

---

(۱) ڈارس آف وِتستا۔ بزاز (۲) کشمیری لِبرکس — پروفیسر کوکل (۳) کشمیری زبان اور شاعری — آزاد

# پۄنژِم باب

## منز کالکۍ دوٚیمۍ کینٛہہ گوٚنہ مات

حبہ خوتوٗنِ تہٕ اَرنہ مالِ علاوہ ییم ہتہ بدی شاعر وُژن کالس منز تھنہٕ پییہ، زمانہٕ چہ ناہمواری تہٕ بے شوٗبی کِنۍ رودی کینٛژَے ناو موجوٗد تہٕ ییم رودی تِمن ہُندِ سوٗرُے کلام روٗدنہٕ رٲژھ رِتھ۔ یِمن سارنی گوٚنہ ماتن منز چھِ حبیب اللہ نوشہری، صاحب کول، مرزا اکمل الدین بدخشی، حبہ بی بی، روٗپ بوٚد، نُندہ اکمل تہٕ نُندہ ڈار کینٛہہ خاص ناو۔ اگرچہ یِمن منز تہٕ کینٛژن ہُند فقط ناوس سۭتۍ کلام رٲژھ رِتھ چھُ۔ یہ گژھہ چھِ یاد تھاوُنۍ لایق زِ زمانہ چھُ باٗنۍ بانہٕ اکھ بوڈ نقاد۔ یاسان چھُ زِ یِمن گوٚنہ ماتن روٗس آسہٕ نہٕ بییہِ کانٛسہ شاعرن ادبی پایہ پراوِتھ ہیوٚکمُت۔

### حبیب اللہ نوشہری

- حبیب اللہ نوشہری (۱۵۵۵ — ۱۶۱۸ء) چھِ حبہ خوتوٗنِ ہُندی ہم کال آسہٕ متۍ۔ یم چھِ کشیرِ منز تھمۂ ہیمتین رٔتین تہٕ تھدین منشن منز گنزرنہٕ یوان۔ قرآن شریف اوسکھ وِرِد یاد۔ ژوٚون پہرن اوسکھ یِہے برونٛہہ کنہ دٕہرِتھ آسان۔ فارسی زبانۍ تہٕ ادبس پیٹھ آسہٕ جان نظر تھاوان۔ بانہٕ تہٕ آسہٕ فارسی ییس منز شار وَنان۔ حسن چھُ یہنز ذان پہچان یِتھ پاٹھۍ کران :-

> یم چھِ ۹۶۳ ہجری ییس منز زامتۍ۔ اتھ زایہ سنس پیٹھ چھُ مورخن ٹیلہ۔ قرآن مجید پرنہٕ یتہ بیٹھی والد صاحب (شمس گنائی) نہٕ وَننہ نوٗنہ دوکانس پیٹھ نوٗن کُنہٕ نہٕ۔ وانس پیٹھ آسہٕ قرآن شریف مٔزرِتھ بہان۔ خریدار آسہٕ یانۍ بانۍ غلطانس منز پوٗنسہ تراوان۔ نوٗن تولان تہٕ واپس گژھان ... ... مرن سنہ چھُ ۱۰۲۷ ہجری[1]۔

---

[1] مرن سنہ چھُ یتھ شارس منز رٔژھِ رِتھ: دیگری سالش از سر خلاص۔ گفت خواجہ حبیب والاشان
۱۰۲۷ھ

یم چھ نوشہرہ ناوہ کِس محلس منز دفن سپدے متو ... ... حُبی اُسی تخلص تھاوان۔
کأشرس منز چھُ یُہند کلام وارِیاہ تھوو۔ تنبیہ القلوب مقامات حضرت ایشان تہٕ اکھ
دیوان (یتھ منز قصیدہ، رُباعی تہٕ قطعہٕ شأمل چھ) چھِ یہِندۍ لیکھتو (تصنیفات)
منزہ زیادہ مشہوٗر۔ [1]

یہنزہ کأشرہ شاعری منز چھہ دوٗہلہ [2] شاعری ہنٛدی نموٗنہ ترمیلان۔ تصوفس سیتی چھکھ
لولہ وژن تہٕ وُنی متو۔

## مرزا اکمل الدین بدخشی

اکمل صاحب (۱۶۴۲—۱۷۱۷ء) چھ کشیرِ ہندین فارسی شاعرن منز اکھ تھوٗد پایہ
تھاوان [3]۔ یمو چھ "مخبر الاسرار" تہٕ "بحر العرفان" ناوہ چہ زٕہ [2] مشہور کتابہ فارسی زبأنی منز
لیچھ مژہ۔ "بحر العرفان" چھ یہنز اکھ مشہور مثنوی۔ اتھ اندر چھ شیتھ (۸۰) ساس شارہ
موجود۔ عرفانک تھزر تہٕ پزر چھ سیٹھاہ نفیس پأٹھی ویژہناونہ آمت۔

یُہند سیٹھاہ کم کأشر کلام چھ رٔژھراونہ آمت۔

## حبہ بی بی

یہ اُس نوِہٹہ (نوہٹہ) اکھ کاندر بیز۔ مرزا اکمل الدین بدخشی یس اُس وارِیاہ قریب۔
یہنزین وژنن منز اُس زیادہ تر تصوف باوان۔ لولہ وژن تہٕ اُس ونان۔ اکمل صاحب یس

---

[1] یمہ ساریے کتابہ چھ فارسی پس منز

[2] سوٗ شاعری یتھ اندر فارسی تہٕ کأشر زبان یکہ وٹہ ورتاونہ آمژ چھ

[3] خواجہ محمد اعظم دیدہ مری چھ لیکھان:

"شیخ اکمل الدین محمد کامل المشہور بہ مرزا کامل بیگ بدخشی از اولاد حضرت سلطان خواجہ احمد لیولیب عبد الیشان از تاشقند آمد در بدخشان متوطن شد بدخشی از انجہت گفتند در عہد اکبر بادشاہ ہند رسیدہ نوکری اختیار کردے ... ... موزون بود نظم معارف فرمودہ جامع معاونش کتاب "بحر العرفان" ست کہ چہار جلد مرتب و مکمل شدہ۔"

موتس پیٹھ چھن یہ مرثی دُنی ہڑسے

میانہِ ہیوٗ ہیوٗ ۴

ہی بو لدِہ یو ناوامُنے

نبی صاحبؐ نہِ چھُ وو

توٗتے گژھم واتونے

تتہِ دیدار دِیوٗ

ہی بو لدِہ یو ناوامُنے

میانہِ میرزادہ ہیوٗ

چانہِ "ہرم بیٹھاژی"

مٹہِ میانی مار چھیوٗ

ہی بو لدِہ یو ناوامُنے

دُورہ کن آلہِ دِیو

حوٗرہ تھویو خذماژی

گوٗرہ گوٗرہ کریو ہیوٗ

ہی بو لدِہ یو ناوامُنے

## صاحب کول

صاحب کول (زاسنہ ۱۶۲۹ء) — یُو گو تہ فلسفی۔ پننہِ وقتکی تھدی بزرگ تہ ووستاد — رچھ وژن کالہ کین گوتہ ماتن منز اکھ پنُن قد تہ رُتبہ تھاوان۔ یہنز شاعری چھ اُپنشد، ویدانت تہ شیوی فلسفہ نِشہ ہرتہ تر پراوان تہ پیرنی فلسفن ہنزہ وکھنہ کران۔ سنسکرتس منز چھکھ "دیوی ولاس"۔ "شوبدہ نیتی"۔ "گورو ورت چنتا منی"۔ "گیتاسار"۔ "شوجیودشک" بیترہ کتابہ لیچھمژہ۔

---

[1] ؟ [2] خدمت

کأشرِس منز چھِ صاحب کول نہٕ زِ تخلیقہٕ (رژنایہٕ) اتھِ آمژٕ۔ اکِٕ ناو چھُ "کلیہ ورکھش" دوٚیِم چھِ "جنم چرت"۔ "کلیہ ورکھش" چھُ کأرِگری تہٕ حمیت کأری ہُند اکھ عجیب نمونہٕ[1] کأشرِس سیتۍ سیتۍ چھِ سنسکرت، فارسی، عربی، پنجأبی تہٕ لداکھۍ زبانن ہُندۍ لفظ ورتاونہٕ آمتۍ۔ واریاہ لفظ چھِ براہِ راست ویدٕ، پُران، لداکھۍ، بودھ منترٕ، گورو گرنتھ صاحب تہٕ قرآنِ شریفس سیتۍ واٹھ تھاوان۔ سنسکرت لفظن ہُندِ ژٕریرہ کنۍ یہٕ رژنا چھےٚ سنسکرِتچ تہٕ تیژھی تخلیق بنان یژھ زن کأشرِچ چھےٚ۔ صاحب کولن چھُ پننۍ نار اکھ فن پارس منز یتھٕ پأٹھۍ گونڈمُت ؎

صاحب کولہ ہا متوالہٕ پوشن بالہٕ کرہ یو[2]

"جنم چرتس" منز چھِ گوڈٕ پیٹھٕ اندس تام اکۍ نظم ونہٕ آمژٕ۔ نظمِ منز چھُ زندگی ہُند چکر فلسفیانہٕ رنگس منز وبژھناونہٕ آمُت۔ یِم فلسفیانہٕ رنگ چھِ ہندوستأنۍ عقیدن ہُنزٕ براندہ کنۍ پیٹھٕ شاہ لبان۔ زِندگی چھےٚ پأٹھۍ پلنۍ پتھ ژھچھ بوزٕ ناوان زٕ سوٚ کتہٕ پیٹھٕ آیہٕ، کتیرٕ کر واتِ، یٚیتہٕ کھوٚ کوٚ فلسفو سیتۍ آیہٕ دِزٕ دِزٕ رنگہٕ تہٕ اکھ انسان کتھ پأٹھۍ ہیکہٕ توتٕ ییندِ رازٕ سُند گرٕ واتِتھ، یٚیتہٕ یہٕ زِندگی دِراہژ چھےٚ۔ نظم چھےٚ یتھٕ پأٹھۍ شروع سپدان ؎

---

[1] امہٕ فنٕ پارچ اکھ کأپی چھےٚ کھرہ یار سرینگرٕ پنڈت نندلال کول صاحبس نِش موجود۔ دَے چھُ زانان تِم کیازِ چھِنہٕ یہٕ کأمِہ ہاونس پیٹھٕ تیار سپدان۔

اپریل سنہ ۱۹۵۷ءکِس "یوجنا" ہس منز چھُ صاحب کولس پیٹھٕ پنڈت نندلالن اکھ مضمون چھپیومُت۔ اتھ مضمونس منز چھِ تِم اکِس جایہٕ لیکھان زِ "کلیہ ورکھش" چھُ ۱۷۳۳ بکرمی (۱۶۷۶ء) منز صاحب کولن لیچھمُت۔ امہٕ وقتہٕ چھِ صاحب کولنۍ عُمر ۴۷ وٕری آسمژٕ۔ امہٕ حسابہٕ چھُ صاحب کولنۍ زاسنہٕ ۱۶۲۹ء نیران۔ مرحوم آزادن چھُ صاحب کول مغل شہنشاہ جہانگیرنہٕ وقتُک شاعر مونمُت۔ تِمُ چھِ اُمہِ سُند مرن سنہ ۱۶۴۲ء لیوکھمُت۔ پنڈت نندلال نِ شچھ خبرِ موجوب چھےٚ یہٕ شچھ غلط باسان۔

[2] یہٕ مِصرٕ چھُ پنڈت مدھوسیدن صاحبن آزاد مرحومس دوٚنمُت۔

اوم شنہ یو ئندرس گارنے دراس

آیس ینڈرہ نہ، گرہ یہ تہ

پاروت شونہمس گارنے دراس آیس کیلاش پورئ یہ تہ

اُوری سیمرا گرد ژہایس ہیتھ ہیتھ اڑھ رژھ تہ

دیوان ڈکھتین وارہ ہیتھ امی دنوکشپ سرس ژایس تہ

آیس ینڈرہ نہ، گرہ یہ تہ

"آیس ینڈرہ نہ گرہ یہ تہ" چھ امہ نظمہ ہند وکھنے مصرہ، بادشاہی باغ، ڈل، کاٹھہ دروازہ، حسن آباد، کاٹلی شور، وبتھ، شیشہ ناگ، ژندرہ باگا، کشمیر ــــــ ہی ناو چھ نظمہ اندر درینٹھ یوان۔ امہ سیتی چھ نظمہ منز اکھ خاص مقامی رنگ[1] پادہ سپدیومت۔ گھہ گھہ چھ زبانی ہندو زیادہ صاف نمونہ تہ نظرہ گژھان سہ

گوڈس تن من دھن دی زہ گورس تہ لگی زہ پاری پارئ یہ تہ

گوڈ درشن نیتھ کرئ زہ گورس تہ بلہ ہارئ یہ تہ

گوڈ سیوا نہ کیاہ براوی زہ ترئ زہ بھ وساگرئ یہ تہ

گوڈ وژن سیوڈے پالی زہ تہ

آیس ینڈرہ نہ، گرہ یہ تہ[2]

صاحب کوس سیتی چھ بیٔہ دون کاشرین کتابن ہند ناو تہ لیکھنہ یوان۔ یم کتابہ چھ "کرشنہ اوتار چرت" تہ "آتمہ چرت"۔ "کرشنہ اوتار چرت" اُساتمی پنز پاٹھو لیچھرٔ کنہ نہ، توتام ہیکو نہ کینہہ ونتھ یوتام نہ یہ اتھ ییہ[3] ویان بہکرس ادس امیک اکھ نوسخہ اتھ اسمت!

---

[1] Local colour.

[2] "جنمہ چرتک" اکھ نوسخہ (کتاب نمبر ۸۹۰) چھ محکمہ ریسرچ کس کتب خانس منز موجود۔ رسم خط چھ شاردا۔

[3] محکمہ ریسرچ کس کتب خانس منز چھ "کرشنہ اوتار چرتک" اکھ قلمی نوسخہ موجود (ینداراج نمبر ۷۳۰)
(بقیہ دوٚیمس صفحس پیٹھ)

(بقیہ فٹ نوٹ)

یُس ژن صاحب کولنَ وننہ چھُ یوان۔ ژھآرَ دِوان تہٕ پےٚ بیاہ لگاوان ووتُس بُہ اتھ نتیجس زِ یہِ چھُ ٹُکہ تلِہ سُے فن پارہ یتھ گریرسنن "گرشنہ اوتار لیلا" ناوہ چھاپتھ چھُ۔ چھاپ سپدیمژٕ کِتابہ تہٕ ریسرچ محکمہکِس قلمی نوٗسخس منز چھہٕ کینژہ مولی لفظی ہیر پھیر ضرور موجوٗد۔ باسان چھُ ریسرچکہِ نوسخہٕ چھُ زِیادہ پژون تہٕ گوٚڈ ماتہٕ سُند اصل کلام گژھِ یہے آسُن!

گریرسنن چھُ "گرشنہ اوتار چرت" لیکھن وول شاعر دیناناتھ مونمُت۔ تمُ سندی وَننہ تمُ چھُ پننہ ناو یمہِ بندہ منزہ کوڈمُت ؎

دیوٗن آس شیران گرشنہ پادس
شیران آس کوہ نہٕ ٹوٹھیوم
پأری پأری ژھانڈس پانہٕ ٹوٹھس تہٕ
لاگس بو دستہٕ دستہٕ پمپوش (بند نمبر ۱۱۴۲)

"دیوٗن" دیناناتھ مانُن چھہٕ غلطی۔ امہِ لفظُک مطلب چھُ "بچور" یا "اناتھ"۔ گریرسنس چھُ اتھ فرمنی ناوس پیٹھ پانس شک۔ تمُ چھُ یہِ تہٕ وونمُت زِ یہِ تخلیق گژھِ پرمانندنی آسنہٕ۔ یہِ رژھ نا چھا پرمانندنی، صاحب کولنیٖ، کنہ بیٚیہ کانٛہہ شاعرہ سنز، یہِ کتھ چھہٕ دُنہٕ وادیاہ بوزنہٕ شوژ منکالہٕ سودنی گو زبأنی ہُندِ رنگہ تہٕ لفظن ہُندہِ میچھرِ کُنہ چھینہ یہِ تخلیق کُنہِ کُنہ صاحب کولنیٖ باسان۔

# رُوپ دید

رُوپ دید (۱۶۲۵-۱۷۲۱ء)[1] قلمی ناو الک۔ چھ پنٕنہِ وقتٕچ تھزٕ یوگنٕ امسٕ شاعرٕس سیٹھاہ سیٹھا اُس فارسی، سنسکرت تہٕ ہندوستٲنۍ (ہندی، اُردو) زبانن منٛز شار ونان۔ اُپنشد تہٕ ویدانت اُس جان پٲٹھۍ زانان۔ شیوی فلسفہ اوسُس زیادٕے سُنٛتھ گومُت۔ امیک اندازہ چھُ اُمۍ سندۍ شارٕ پرٕنۍ سیٹھا جان پٲٹھۍ سپدان۔

دوشوٕے بٹہٕ تہٕ مسلمان چھ یتہٕ وَتہٕ اُمۍ سندۍ گیت گیوان رُودی متۍ۔ گونماتو چھ کٕرِ لولٕ تہٕ شرٕدایہِ سان پنٕنۍ تام ٹھۍ فن پارہ اُمِس نذرانہٕ کرٕۍ متۍ۔ بابا اسرار قادری چھ پنٕنہِ فارسی مثنوی[2] منٛز لیکھان سہ بہ گلزار الک تالیف کردم

رُوپ دیدٕ ہُند مول پنڈت مادھو جُو در اوس نوٕ کدلٕ دیٚبہٕ مرٛ محلس منٛز روزان۔ پنڈت مادھو درٕن بُڈہِ بب پنڈت میرُو در اوس جہانگیرنِس فوجس منٛز ملازم۔ سُہ اوس تمۍ سندۍ زمانس منٛز دکن ایلیچ پورہ پیٹھٕ یورٕ آمُت۔[3] روپ اُس لوکچارٕ پیٹھۍ دیرِ ہینٛزہ ماہ گامُجرٕ ہشہِ ہٕندۍ دُد روگن تہٕ خانہ دارہِ ہندۍ بوزُرگیو دِژ اَتھ جذبس وادٕے کھہرن۔ اُمرس ژٕج گرٕ بارٕ ترٲوِتھ تہٕ واژ چشمہ صاحبی۔ اتہٕ گٔذارِن پورہ ۱۲ وُری۔ امہِ پتہٕ واژ

---

[1] رُوپہِ دید یا رُوپہِ بھوٲنۍ چھُ اصل ناو ومُت۔ [2] "ارزن وہی مال"

[3] پنڈت میرُو درنٕ خاندان اوس مُلہ تلہ گامُتر سے۔ دیان یہُند خاندان اوس سلطان سکندر بُت شکنہِ نِس زمانس منٛز کشیر ترٲوِتھ ژٕلمُت۔ میرُو درس تہٕ رُوپ دیدہ درمیان یمہٕ پیرہِ گذرٛان چھہٕ، تمہِ ترن یمہِ کولاوٕ لی سیٹھا فکرہ :-

| (۱) | (۲) | (۳) | (۴) | (۵) |
| --- | --- | --- | --- | --- |
| میرو پنڈت در | امن پنڈت | سری کنٹھ | مادھو پنڈت | رُوپ دید |
| | منن پنڈت | (منن پنڈتن لڑکہ) | راجہ پنڈت | لالہ پنڈت |
| | (میرو پنڈتنۍ شُرۍ) | | مہیش پنڈت | (مادھو پنڈتنۍ شُرۍ) |
| | | | (سری کنٹھنۍ لڑکہ) | |

منٛزٕ گام، لارٕ تہٕ واسکر۔ اتہٕ ترٕ گذٲرِن کینٛہہ ؤری۔ زِندگی ہُنزٕ پتھٕ مہٕ گرٕ گذٲرِن پننِس مٲلِس نِش۔

روٗپ دیدِ چھ کاشرِس منز واکھ، شرُکی تہٕ وژن وُنی متٕ۔ ڈاکٹر شیو ناتھ شرماہن چھُ یمہِ ہِندِ کینٛہہ کلام "شری روٗپہ بھوانی ـــــ رہبر ایڈیشن" ناوٕ دیوناگری خطس منز چھپومُت[1]۔

## نُندٕ اکمل

نُندٕ اکمل چھ سرینگرٕکہ روزن وٲلۍ ٲسی متٕ۔ کاشرِس منز ٲسی موہلٕ وُنی وژن لیکھان۔ مرن سنہ تہٕ زامسنہ چھُ نہٕ پوٗرٕ پأٹھۍ معلوٗم۔

## نُندٕ ڈار

دفتہ کین تھدین ریشن تہٕ صوٗفی بُزرگن سیتی ٲسی وو تھان بہان۔ مرن سنہ چھُ ۱۷۷۴ء، ننہ لوان۔ کاٹھِ کھیل گامس منز ٲسی بسان۔ شاید ٲسی شیٖرٕ فرقس سیتی واٹھ تھاوان باسان چھُ یہ آسن مرثی تہٕ کاشرِس منز لیچھمٕژٕ۔ یمنز اکھ زیٹھ نظم "ڈوکلہِ شار" چھ پننہٕ

---

[1] "تعمیر" سنہ ۱۹۵۹ء شمارہ نومبر دسمبرس منز چھُ پنڈت رام چند درٕ صابُن (لائبریرین محکمہ ریسرچ سرینگر) اکھ رُت مضمون چھپیومُت۔ تم چھ لیکھان زِ یمن نِش اوس روٗپ دیدِ ہُندِ ین واکھن ہُند اکھ پرٕون نوٗسخہ موجوٗد، یُس زن کم از کم دُون ژٕہ ہتھ (۱۷۵) ؤری پرٕون ہمہ شاز دأہس منز اوس لیکھنہ آمُت۔ دُنکِس چھُ یہ نوٗسخہ "الک الیشوری ٹرسٹ" کین کارکُنن نِش، یِمو زن چھاپِ سپدیومُت کلام جان پأٹھۍ پرکھاونہ یِیہ۔ "وومید چھ زِ روٗپ دیدِ ہُندۍ واکھ تہٕ شرُکی ین عنقریبی یِہِندہ دُسی جان پأٹھۍ چھاپنہ۔

پنڈت رام چندرن چھُ پننِس اتھ مضمونس منز تتھ کتھِ تہٕ ؤرمُن تُلمُت یُس زن روٗپہ بیٛچھ لیکھن والیو لکھاریو نوٗدٕ رُدومُت چھُ۔ روٗپہ ہنز ذِکر چھ یمن کتابن منز میلان: (۱) سوانحِ حیات روٗپہ بھوٲنی۔ منشی روگھناتھ در (۲) شری الکھ الیشوری صاحبہ (روٗپہ بھوانی)۔ شری سروانند کول پریمی (۳) لائف آف روٗپہ بھوانی۔ پنڈت آنند کول بامزٕئی (۴) ڈاٹرس آف وِتستا۔ شری پریم ناتھ بزاز (۵) خواتینِ کشمیر۔ خواجہ محمد الدین فوق (۶) بہارِ گلشنِ کشمیر۔ پنڈت برج کشن کول بیکس

قسیم اکھ بقر نظم، یوسہ زن وژن کالس منز لیکھنہ آمژ چھیہ۔ یہ نظم چھ یتھ پاٹھو شروع سپدان

ہا پاک ذاتے پروردگارو ژ ی کرتم راحم تے ۵
بم تر زلہ ہو ڈولکو چھے دیان بریما چھے سمار
ژ ی چھک اول، ژ ی چھک آخر، ژ ی کرتم کرم تے
ژ ی چھک پانے ہیرہ یوہ تاباں، ژ ی چھک بینا دار
سارنی برونٹھ پادہ ژیہ کوڑتھن سردار عالم تے
ہیمژ بوڈ چھے رحمژہ برتھ، امژ ہند تاج دار
عرش بلند چھک سر مبارک، فرشتہ یون قدم تے
تورے سوزنس جبرائل امین، سوختن خبر دار
حضرت فاطمہ تم ٹاکمی فرزند حضرت امام تے
نکھ اسہ دچھیتو حضرت علین اچھن ہندی گاش دار
ینے تموٗ لب شہادت تمنے رود کھ نام تے
شفاعتس تہندس سوٗرے دنیاہ چھ ددہ میدوار
ینے تم گیہ عالم بقا تمنے رود ماتم تے
بم تر زلہ ڈولکو چھے دیان بریما چھے سمار

. . . . . . . . .

لفظن ہنزہ شیرہ ژار، خیالن ہنزہ روانی تہ شاد ونہ کس طریقس منز چھ پننہ اسلوب تہ نزاکت۔

# کتاب نامہ

## الف (انگریزی)


(۱) لنگ وِسٹک سروے آف انڈیا ——— سر جارج ابراہم گریرسن

(۲) کلہن ہنز راج ترنگنی ——— ترجمہ کار (۱) اسٹین (۲) آر، ایس پنڈت

(۳) آئینِ اکبری ——— مترجم فرانسس گلیڈون

(۴) "البرونی اِن انڈیا" ——— ترتیب ڈاکٹر ایڈورڈ، سی سچاؤ

(۵) "کِنگس آف کشمیر" ——— جے سی دت

(۶) گریمر آف دی شنا لینگویج ——— گراہیم بیلی

(۷) ڈیٹیلڈ رپورٹ آف سنسکرت مینسکرپٹس میڈ اِن کشمیر

راجپوتانہ اینڈ سنٹرل انڈیا ——— جارج بہلر

(۸) ہسٹری آف انگلش لٹریچر ——— لوئیس کزامین

(۹) " ——— آرتھر کومپٹن رکیٹ

(۱۰) لینگویجز اینڈ لٹریچرس اِن ماڈرن انڈین لینگویجز ——— وی کے گوکاک

(۱۱) مینؤل آف کشمیری لینگویج ——— سر جارج ابراہیم گریرسن

(۱۲) دی ورڈ آف للا ——— سر رچرڈ ٹمپل

(۱۳) فریڈم اینڈ کلچر ——— جان ڈیوی

(۱۴) فنڈہ مینٹلز آف انڈین آرٹ ——— ایس، داس گپتا

(۱۵) یوگک پاورس اینڈ گاڈ ریلیزیشن ——— وی، ایم بھٹ

(۱۶) ہندوازم ——— سری راج گوپال آچاریہ

(۱۷) دی انڈو آرین ریسز ——— رام پرساد چندا

(۱۸) کشیر ——— ڈاکٹر غلام محی الدین صوفی

(۱۹) جیسس اِن انڈیا ——— حضرت مرزا غلام احمد

(۲۰) دی سٹرگل آف فریڈم اِن کشمیر ——— شری پریم ناتھ بزاز

(۲۱) ڈاٹرس آف وِتستا ———

(۲۲) ہسٹری آف سنسکرت لٹریچر ——— اے' بی کیتھ

(۲۳) ہسٹری آف انڈین فلاسفی ——— ایس' رادھاکرشنن

(۲۴) کشمیری لیرکس ——— پروفیسر جے' ایل کول

(۲۵) دردستان ——— ڈاکٹر لیٹنر

(۲۶) ہسٹری آف کشمیر ——— شری پی' این کے بامزئی


## ب۔ فارسی


(۱) واقعاتِ کشمیر (تاریخ اعظمی) ——— خواجہ محمد اعظم کول دیدہ مری

(۲) تاریخ کشمیر — پنڈت بیربل کاچرو (۳) تاریخ کشمیر — پیر حسن شاہ کھویہامی

(۴) بہارستان شاہی — سید محمد مہدی (۵) گوہرِ عالم — ابوالقاسم اسلم

(۶) تاریخ کبیر ——— حاجی محمد مسکین (۷) منتخب التواریخ ——— نرائن کول عاجز

(۸) تاریخ کشمیر ——— حیدر ملک چاڈرو


## ج: (ھندی' اُردو)


(۱) تاریخ بڈشاہی ——— منشی محمد الدین فوق (۲) خواتینِ کشمیر ——— منشی محمد الدین فوق

(۳) تاریخ اقوام کشمیر ——— منشی محمد الدین فوق (۴) ہندی ساہیتک اتہاس — رام چندر شُکل

(۵) ہندی ساہتیہ ——— ڈاکٹر ہزاری پرشاد دِرویدی

(۶) کشمیری زبان اور شاعری ——— عبدالاحد آزاد

(جلد اوّل' دوم و سوم)


## د: کأشرہ کِتابہ


(۱) کأشُر سرگم ——— شیخ عبدالعزیز (۲) کأشر شاعری — پروفیسر محی الدین حاجنی

(۳) کأشرہ نثرچ کتاب ——— پروفیسر محی الدین حاجنی (۴) صوفی شاعر ——— امین کامل


---

# کینٛژن کِتھن ہنٛز علاوہ خبر اَتر

(۱) صفحہ ۱۰ — کاشِرِ ین کتابن ہُنٛزِ چھپایہِ ہُنٛز ذِکر کران چھِ یہِ کتھ وننٛۍ لایق زِ کاشُر رامائن چھُ گوڈنچہِ لٹہِ ۱۹۱۰ ء منٛز چھاپ سپدان۔ رسم خط اوس فارسی تہٕ چھاپ خانہٕ اوس پرتاپ سٹیم پریس سرینگر۔ مُہیٖے پرکاش بٹٕنٕ رامائن چھُ ۱۹۲۰ ء منٛز بنگال چہ ایشیاٹک سوسائٹی ہُندِ طرفہٕ بیپٹسٹ مِشن پریس کلکتہ چھاپ سپدان۔ گرٔشنہٕ جُو راز دانٕنۍ "شیو پرنے" چھِ مختلف حِصن منٛز امی سوسائٹی ہُندِ طرفہٕ ۱۹۱۳ ء تہٕ ۱۹۲۴ ء منٛز چھاپ سپدان۔ یہِ کتاب تہٕ چھِ گریرسنٕنۍ ترتیب دِژمٕژ۔

(۲) صفحہ ۱۲ — ۱۵۵ ل ووہ ندِہ گوٗلمُ تہٕ ل ووہ ندِہ زوٗلمُ — مختلف نوسخن منٛز چھُ یہِ مِصرہ یمِن دٔون طریقن منٛز میلان۔ اصل کُس اکھ چھُ، تِ وَنُن چھُ مُشکل۔

## چھپایہِ منٛز روزمٕژہ کینٛہہ غلطی :

| صفحہ | سطر | غلطی | صحیح |
|---|---|---|---|
| ۳۹ | ۱۹ | آرین ہُندِہ | آرین ہُنٛز |
| ۵۰ | ۱ | دِل کش زبان | دِل کش کتاب |
| ۵۲ | ۱۹ | ڈاکٹر برنیز | ڈاکٹر برنیر |
| ۵۳ | ۵ | ادبس منٛز چھِنہٕ رلہِ وٕنین | ادبس منٛز چھِنہٕ رلہِ وٕنین (متضاد) |
| ۷۱ | فٹ نوٹ ۲ | تمٕ ... اسو متو | سُہ ... اوسمُت |
| ۹۵ | ۲۲ | ۱۳۲۰ء — ۱۴۷۰ء | ۱۴۲۰ء — ۱۴۷۰ء |
| ۹۶ | ۱۷ | پربتھ کانٛسہٕ | پربتھ کانٛہہ |
| ” | آخری سطر | شاعرن راماننٛد کبیر | شاعرن کبیر |

| صفحہ | سطر | غلط | صحیح |
|---|---|---|---|
| ۱۰۵ | وژُنک وکھنے مِصرہ | سُہ ہم سُہ | سُو ہم سُو |
| ۱۱۵ | ۱۰ | نُورِچ الکھ زُژ | نُورِچ الکھ زُژ |
| ۱۳۱ | ۱۲ | اُکِس سُوفی ہُندی | اُکِس سُوفی سُندی |
| ۱۴۶ | ۱ | یِمو سُند ناو | تمو سُند ناو |
| ۱۵۱ | ۱۱ | الھ ہجوس | الھا ہجومس |
| ۱۸۲ | ۱۳ | زانہہ ماس | زانہہ ماسس |
| ۱۸۳ | آخری سطر | موللِٕ تہٕ لال | موللِٕ لال |
| ۱۸۵ | ۱۱ | بادشاہ یُندرازہ گوہٕ نہات | بادشاہ یُندرازہٕ گوہٕ نہٕ مات |
| ۱۹۵ | ۱۱ | کم قلیل تراوِتھ | کم قلیل تراوتھ |
| ۱۹۹ | فُٹ نوٹ | اب پ ا | اب پ ب |
| ۲۲۳ | ۴ | پُرسوز کرِہ | پُرسوز لہرہ |
| ″ | ۸ | اسہٕ بأرتِچ | اسہٕ بأرتِچ |
| ۲۴۵ | ۲ | کارگر آسی | کارگر اوس |
| ۲۴۶ | ۱۴ وژُن ۱۴ مِصرہ | خامہٕ برے | خامہٕ برٔرے |
| ۲۵۱ | وژُن - یُتم مِصرہ | کنرہٕ بن پھُل لاہ | کنرٕن پھُلِلاہ |
| ۲۶۲ | ۳ مِصرہٕ ۳ سطر | یأدوِت شوبنی ہس | یأروِت شوبنہٕ ہس |

---



چھاپہ خانہ: مرکنٹائل پریس ریزیڈنسی روڈ سرینگر کشمیر